# ڈرامہٕک وِستار

(کاشِرٕ ڈرامہ سۆمبرن)

شوکت شہری

# ڈرامہٕک وستار

## (کأشِر ڈرامہ سۆمبرن)

شوکت شہری

کتابہِ ہُنٛد ناو : ڈرامہٕک وِہستار

لِکھأری : شوکت شہریؔ

گوڑنیک چھاپ : 2018

کمپیوٹر کمپوزنگ : سید ضمیر اندرابی - 7006334051

تعداد : پانٛژھ ہتھ (۵۰۰)

قٟمتھ : شےٚ ہتھ/۶۰۰ روپیہِ

# DRAMHUK VESTAAR

A Collection of Kashmiri Plays

BY

SHOWKAT SHEHRI

# ترتیب

# تارُف

ڈلگیٹ بازرس منزاوس ٹانگہٕ اڈس بروٚنہہ کنہِ دھوبین ہُند پرون مکانہٕ یتھ بۄنٛہِ مس پوٗ ہرس ہِش اوس بھان کرایہِ ۔ دۄیمس پوٗ ہرس منزاوس وانی آرٹ سٹڈیو۔ اتہِ اوس مول میون ہاوس بوٹن تہٕ شکارین ہنز ناوٕ پچہٕ تہٕ وانن ہندی سا ئن بورڈ لیکھان۔ ژورِ بجہِ پتھ گُن اُس اتہِ مصورن تہٕ قلمکارن ہنز بیٹھک لگان۔ وُہمہِ صدی ہندس شۄٚتمس دٔہلس منز آسہِ ہے نہٕ شہرِ سرینگرُک کانہہ مصور یا قلمکار یُس نہٕ اور آسہِ ہے ووتمت۔ تتھ چھُ یہِ وجہہ زِ پانژِ بجہِ اوس کافی ہاوٗس بند گژھان تہٕ دوہہ لوسہٕ وُنس اُس ڈلگیٹ بازرس منز تہذیب دار فرنگین تہٕ نیم عریان ہپی ین ہنز سکھ ووسہٕ دروس لگان۔ پیٹھہٕ اوس ڈلگیٹ امہِ ساتہٕ ثقافتُک گڈھ یوان مانہٕ۔ صوفی غلام محمد تہٕ نورشاہ ہیوٗ افسانہٕ نگارتہِ اوس اُتی بسان، علی محمد لون، سجود سیلانی تہٕ شبنم قیوم ہیوٗ ڈراما نگارتہِ۔، غیور حسن ہیوٗ مصورتہِ، حسن صوفی ہیوٗ گلوکارتہٕ تہٕ عبدال رحمان تہٕ راجا حمید ہیوٗ اداکارتہِ۔ لہٰذا اُس نہٕ یمن ہمعصر دانشورن ہُند سمُن کانہہ بڈ کتھ۔ تہٕ سمن بل اوس یہاۓ وانی آرٹ سٹڈیو۔ بازے اوس ریڈیو کشمیرس منز ادبہٕ کس گُنہِ تہِ موضوعس پیٹھ بحث رکارڈ سپدان تہٕ بحث کرن والین اوس نہٕ رکارڈنگ روم منزٕ نیر تھ تہِ بحث موکلان۔ کتھ کتھ کران اُسی واتان وانی آرٹ سٹڈیو۔ اتھ سٹڈیوس آسہٕ زٕ دارِ سڑکہِ گُن تہٕ اکھ پۄتٕ کنی۔ بروٚنہہ مہِ کھوورِ دارِ نکھہٕ اوس ہچیو صندوق تہٕ اتھ صندوقس پیٹھ بہتھ اوس سڑکہِ ہُند سأئلم نظارٕ درأنٛٹھی یوان۔ اتھ صندوقس پیٹھ جاۓ رٹنہٕ باپتھ اوس پی این کاچرو (مصور) سارِوٕے بروٚنہہ واتان۔ دارِ بُتھہ سیوٗ داوس تارِکوٹ تہٕ اتھ تارِ کوٗٹس اُس شیراز سنیما چھ

ہوڈنگ الوآنز آسان یتھ بازے جلدٕ ے تہٕ بازے سیٹھاہ کألی فلمہٕ ہُند پوسٹر اوس بدلان۔ یہِ چھُم اوٚکنی یاد زِ یوٚت کال مول میون سٹیٹ موٹرگراجس منز کامہٕ دوہہ دتھ اوس یوان، تیوٚت کال أسی أسی بھأیے زٕ أتھی ہچوس صندوقس پیٹھ بہتھ تارِ کوٚلس الوآنز ہوڈنگ ہندس پوسٹرس نقل کرٕنچ کوشش کران۔ میہ چھُ یاد 'خانہ خدا' پتہٕ آیے شیرازس منز 'مغلِ اعظم'۔ ژوپأری أسی سلیم تہٕ انارکلی ہندی پوسٹر نظرِ گژھان۔ میہ تہِ کریوٚ یہ نالہٕ موٚت نقل کرٕنچ کوشش مگر سید یوم نہٕ زانہہ۔ بھوٚے میون ییلہِ تہِ کُنہِ رومانٹک پوسٹرس یا فوٹوس نقل کرٕنس منز میہ پٔنٕنی وستأدل ہاوِ ہے۔ بہ اوسُس پٔنٕنی کھجالتھ نینگلاوِنہٕ باپتھ 'شاعر۔ شب خون۔ ہُما یا ہُدا' لاگان پرُن۔ یم اردو رسالہٕ اوس مول میون گٔنڈی تھِے انہٕ ناوان۔ یمن رسالن منز ہرگاہ کانہہ غزل خوش کرِہم تتھ اوسُس طرح لیکھان۔ بازے اوسُس فلمی بأتن پیروڈی بناوان۔ امہِ ساتہٕ اوسُس بہ سونہٕ وارکس سرکأری سکولس منز سُتی مہِ جمأژ پران۔ (اتھ جمأژ منز اوس میہ سعتی بشیر عارفس علاوٕ خالد بشیر تہِ پران)۔ پیٹرن میأنی غیور صأبن اوس نہٕ امہِ ساتہٕ اسہِ بھاین دون نصاب نیبر کینہہ پرٕنس یا لیکھنس اجازتھ تھوٚمُت تہِ کیازِ میأنس بڈس بھأیس اوس ڈاکٹر بنہٕ ٹنگ ٹارگیٹ دِنہٕ آمُت تہٕ میہ اوس انجینئر بنہٕ ٹنگ۔ امہِ خأطرِ اوس غیور صأب بازے اسہِ ہوم ورک تہِ چیک کران۔ لہٰذا یہ کینہہ أسی غأر نصأبی لیکھہو یا کانہہ ڈرایِنگ کرِہو، تمیُک گژھِ ہے نہٕ کانہہ نیب نشانے روزُن۔ نتہٕ أس رٔٹنی بیہ وأری۔

مگر خودایہِ سُند کرُن زِ کینہہ کال گژھی تھے کوٚر غیور صأبن سنگتراشی ہنز تربیت حاصل کرنہٕ باپتھ گجرات چہ ایم ایس یونیورسٹی منز ایڈمشن حاصل تہٕ اسہِ بھایو دوٚیو تروٚو پھریکھ۔ وٕں گومأ لس سائنس گو بیوگرہستی ہُند بار۔ تمس بجأرِس پیوٚ پنٕنس عیالس سعتی

سعتی بھائے سُند عیال تہِ پالُن ۔خوداہ صائبن آسَس دژمژ واریاہ صلاحیتہٕ یمہٕ بر وقت بروٗئے کارانیِن تہٕ اِدٕ پکہٕ نأوِن گھر گرہستی ہنز ناو۔سائِن بورڈ تہِ لیکھِن ، شأعری تہِ کرُن،ڈراماتہِ لیکھِن ، کتابن ہندی سرورکھ تہ بنأوِن تہٕ کارٹون تہِ ۔موخصر کوٗرُن أتھی وانی آرٹ سٹڈیوس یہِ ذٕپِ زِتہِ غار۔تہٕ اتھ غارس منز روٗ دسس بہٕ سعتی ۔ دوہس روٗ داتھ سٹڈیووس منز قلمکارن تہٕ مصورن ہُند یُن گژھُن جأری۔تہٕ تہنزٕ کتھٕ بوٗزی بوزی روٗدُس بہٕ رژھ رژھ بالیغ گژھان۔تم نیرِتھ اوُسس پتہٕ اجہِ رأژ تام مألس نش بہتھ پنہٕ فکرِ پوٗختاوان۔

اردواِ بچ آزاد نظم أس امہِ ساتہٕ کأشرس شاعِر ادبس منز نوٗرِ سا نےٕ زأنی یاب سپدان۔ نأدم صائبس تہٕ رأہی صائبس پتہٕ اوس بیٚیہِ تہِ واریہو شأعر واتھ نوٗرس اتھٕ ژھُن مُت۔ سجود صائبن تہٕ آسہٕ پننہٕ نہِ 'شیجار' کتابہِ منز یژھ کینہہ سأدروار نظمہٕ شأمل کرِمژٕ یمہٕ میہ سیٹھاہ پسند آسہٕ آمژٕ۔یمن نظمن کُن وچھتھ زن آوٗ میہ تہٕ گر ہیوتہٕ میہ تہِ تُل قلم۔ ژوٗ رِ ژورے نیم نظمہٕ جوراہ لیکھتھ۔تہٕ صبحس ہاویم تمہٕ وقتہٕ کِس وأحد دوستس یَس بروٗنہہ کُن زوٗنہٕ ڈبہِ ہُند نزیرلالہِ ووٗنگھ تہٕ پتہٕ آوٗ بشیر عأرف ناوٕ سعتی پرزٕ ناونہٕ۔أمی نیوس بہٕ فیلڈسروے آرگنائزیشن کس دفترس منز یُس بال گارڈنہٕ اوس۔اتہِ اوس 'چمن' نیران۔یہ اوس ناوٕ کنی کأشر اخبار مگر اتھ منز آسہٕ خبر وزیادٕ تخلیقات چھپان۔تہٕ یہ اوس امہِ ساتہٕ اختر محی الدین ایڈٹ کران۔میہ ییلہِ پنُن کلامہ أمس بروٗنہہ کنہٕ تروٗ۔أمی کڈ چند منزٕ اکھ روپے تہٕ دوٗپ نم بونہٕ کھال تہٕ سگریٹھ ڈٕبی۔اورٕ ییلہِ بہٕ کھوٗتس ،میہ وچھِ میزٕ پیٹھ نظمہٕ غأب۔سگریٹھ ڈٕبی رٹتھ ووٗن اختر صائبن اسہِ دوشوٗنی 'نیرِ وسہٕ۔بڈوِ خوٗدالیس حوالہِ '۔میہ باسیوٗ أمی چھَ ظأہریا میانہِ نظمہٕ دارِ کنی آسہٕ ژھنی مژ۔بہٕ پھیوٗرُس

ڈ زی تھے تہٕ دراس۔ بشیرس وچھم نہٕ کُنہٕ قسمچ کھجالتھ بُتھس پیٹھ۔ وتہٕ پکان یمہٕ آیہٕ سہٕ اختر صأبنۍ تأریف لۆگ کرنہٕ۔ تمہٕ کنۍ پیٹہٕ میہ تہٕ پننۍ رائے بدلاوٕنۍ۔ منزٕ گورتھ کھنڈتہٕ 'چمن' ووت گھرٕ۔ مأل میأنۍ دژ اتھ نظراہ تہٕ لوٚیُن میہ کُن۔ میہ ییلہٕ شوکت حسین شوکت ناۓ پۆرتہٕ اتھ بۆ نہٕ کنہٕ وچھم پننہٕ نظمہٕ۔ أندری کنۍ آیم نہٕ پرٛژھ مگر نیٚبرۍ ہیوٚ کُمس نہٕ مألس بُتھے دتھ تہٕ کیاز شوٚتھس اوس انجینیر بننہٕ ٹنک ٹارگیٹ دنہٕ آمُت۔ قلمکأری یا مصوری کرنٕک اوس نہٕ اجازتھے۔ یی کران گیہٕ کینہہ دوہہ تہٕ ڈاکہٕ وولاہ آوٕ میانہٕ ناوٕ ژتجھن روپین ہُند منی آڈر ہیتھ۔ یہ أس میأنۍ گوڈنچ کمأیے فی نظمہٕ وٕہ ڈبل۔ بُڈی ببن جنتگارن کوٚڈ حکم زِ میانہٕ اتھ گوڈچہ کمایہٕ گژھِ قہوٕ سماوار ایٚن کرنہٕ تہٕ محلکۍ شُری چاوٕنۍ۔ میأنۍ کنۍ اوس یہ لالہٕ صأبنہٕ طرفہٕ خوداہ صأبُس رشوتھ یُتھ سہٕ اتھ کمایہٕ بٕرژر ہیو کرِ ہے۔ لہذا اژٹ میہ تہٕ دندن تل زیو۔ ننتہٕ ہیکہٕ ہا بہٕ امہٕ ساتہٕ ژتجھن روپین ژتجی سلطنتہٕ مٔلۍ ہیتھ۔ (پۆز لالہٕ صأبُن رشوتھ تہٕ گو نہٕ ظایہٕ کینہہ۔ ڈٕستی نٔے تہٕ پنداہٕ وہری دراس تریلہٕ دوردرشن کیندرس کمشن سکیم دژ کھ۔)

بہر حال منزٕ گو کینہہ کال تہٕ ریڈیو کشمیرس سعتی آو یوواوانی سٹیشن قأیم کرنہٕ۔ پی این ترسل صأبنہٕ نگرأنی منز سپد اتہِ پیٹھ پوسٹ کارڈ افسانن ہُند سلسلہٕ نشرو۔ تہٕ لأگی میہ افسانہٕ لیکھنۍ۔ امہٕ ساتہٕ اوٚسُس بہٕ ایس پی سکولس منز أٹھی مہٕ جمأژ پران تہٕ انیس ہمدأنی اوس دوس بنیو مُت۔ أمس مرحوم سنز ہرگاہ بہٕ ذکر کرنہٕ میون تارُف روزِ اڈلیوٚک۔ اسہٕ اوس دوشوٕنۍ لیکھنٕک کیوٚم۔ محض کینہہ لیکھنہٕ خأطرٕ لأج اسہٕ پانہٕ وأنۍ چٹھِ کأری کرٕنۍ۔ دوہس کلاسس منز یکہٕ وٹہٕ آسنہٕ باوجود أسی أسی اکھ أکی سندِ ناوٕ زِ تچھِ چٹھِ لیکھان۔ تمہٕ سعتی أس اسہٕ أندرم ترٛیش ہمان تہٕ سعتی رٕدی افسانہٕ تہٕ لیکھان۔ یۆتام

أسی وأتی ایس پی کالج ۔ اتہِ اوس پروفیسر غلام نبی فراقؔ کالج میگزینہٕ خاطرٕ مسودٕ
سومبراوان ۔ میہ تہِ ٹُل افسانہ اکھ تہٕ دیُت مَس ۔ سہ ُ گومیانہِ خوش خط سعتی متأثر ۔ پتہٕ
ییلہِ افسانہٕ پؠٚرُن سہ ُ لۆگ میہ پرٛژھہٕ گأرکرنہِ تہٕ ییلہِ بوزُن بہٕ چھُس سجود سیلانی صأبُن
نیچو، پٔتّن زأنتھ کۆرُن اتھٕ واساہ تہِ ۔ أتھی ؤریس منز لٔج شیراز سنیما ہس 'پاکیزہ' تہٕ
وانی آرٹ سٹڈیوس بُتھِ سیٚوٚ دیٚو سہِ ہوڈنگ تارِ کۆٹس الوأنزأس تتھ کھولکھ مینا کماری
ہُند بلواپ ۔ کرہنی ژادر وُلتھ خوشوٗنی تہٕ موصوم پاکیزہ نقل کرٕنس تنٛبلیو دل تہٕ نقل گو پوٚختہٕ ۔
بہٕ ییلہِ یہِ نقل تھیکہٕ ناونہٕ خأطرٕ بھأیس نشِ گوس، یہِ چھُم اورٕ ہاوان بڈس ڈرائنگ شیٹس
پیٹھ مصورانہٕ خیالٕچ زبردست ڈرائنگ ، سفید تہٕ کرہنین لیکرن منز دون گرٛین ہُند
خوبصورت آکار ۔ تہٕ بہٕ زن پیوس اسمانہٕ ۔ بہٕ اوُسس بھأیہ ترومُت مصوری منز
تیوٗت پتھ ییٚتہِ پیٹھ نہٕ بہٕ تُمس سعتی مانٕے ہیکہٕ ہأ کرتھ ۔ انیس ہمدانیس سعتی ہرگاہ میہ
قلمُک پوٗٹ آسہِ ہے نہٕ لوٗ گمُت بھأیٔ سنز مصوری ہیکہِ ہے میہ شدید احساسِ کمتری
ہُند شکار کرتھ ۔ دۆیمہِ ؤریہ کۆر میہ زرعی کالجس منز ایڈمشن حأصل تہٕ میہ پتے ووت
انیسؔ تہِ ۔ الہٕ پلہٕ ژور ؤری گذأراسہِ دۆشوٕ یو شہرٕ دور سوپور کس ووڈٕ ری گامس منز ۔
ہوسٹلس منز تہٕ أسی أسی نصاب کہِ ژیلہٕ باوجود بازے افسانہٕ لیکھان تہٕ لو تہِ پأٹھی اکھ
أکس بوزناوان ۔ بی کران گرٕ ۱۹۷۷ عیسوی میہ زرعی ڈگری حأصل تہٕ امے ؤریہ
لۆگس نوکری ۔ زرعی کالجس منز أسی میہ تألیمہِ دوران لوٗکٕ کینہہ سکٹ لیکھی متی ۔ تہٕ مأئی
سنزی مسودٕ پٔری پٔری أسی وٕں میہ تہِ سأدر وار ڈراما ییتی متی لیکھٕنی ۔ سجود صأب اوس امہِ
وقتہٕ سنگم تھیٹرٕ خأطرٕ گنڈی تھے لیکھان تہٕ بازے رنگ منچ خأطرٕ تہِ ۔ میانہِ قسمتہٕ آو امہِ
ؤریہ یاون رائے تھیٹرک ہیدایت کار نظر بہزاد خان تہٕ سجود صابس نش سکرپٹ منگنہٕ

باپتھ۔ سجود صأبس اوس نہٕ کانہہ نوٚو ڈراما موجود تہٕ میہ زون موقہٕ غنیمتھ ۔ میہ اوس پٔنٕن گوڈنیک سٹیج ڈراما مکمل کوٚرمُت یتھ 'وآری داتھ' اوسُم ناو تھووُمت ۔ میہ اوٚن تہٕ تروٗوم مائس بروٚنہہ کنہٕ۔ تٔمی دژنس نظراہ تہٕ دِتُن نظر بہزاد خانس۔ تٔمس زن آو انین اچھن گاش تہٕ ۱۹۷۸ کس اکیڈمی ڈراما فیسچولس منز آو میون ڈراما تہٕ ٹیگور ہالس منز گندنہٕ۔ اما امہِ ساتہٕ کوٚرنہٕ میہ کانٕسہِ اکی مبارکھ۔ پٔنٕنی کنی درایوس بہٕ ٹیگور ہالس منزٕ نٔرس کُن تہِ۔ اما میہ کُن زن نہٕ اوس کانہہ وچھان نہٕ۔ شامس ییلہِ بہٕ گھرٕ ووتُس۔ سجود صأب وچھُم نس ژٕ کرأوتھ۔ موج مٲئنی ٲسس پرژھانٕ زِ شرارتھ کتھ پیٹھ چھُس۔ تٔمس اوس نہٕ ونان کہین۔ مگر یانی میہ کُن نظر پیہ لیس تانی لوٗگ تٔمس وننہِ۔

'میون نیچو آسُن پٔیہ یمس دروٗ ژٕگے پہن۔'

پتہٕ کوٚرُن میہ کُن وٕتھٕ کمجار ہیو تہٕ ووٚنُن

'لون صأبن کوٚر ریہائے وآ کھلہٕ ہیوٗ۔ دوٚ پٔنٕنم ول پٔھٹکھ نیچوِی سندٕ ناوٕ تہِ لیکھان۔'

امہِ کتھِ زن کھوٚت میہ پھکین ماز ہیو۔ میون گوڈنیک ڈراما وچھتھ چھَ لون صأبس گٔمژ رائے یہِ چھُ سجود صأبن لیوٗکھمُت۔ یمٕنے دوٚہن پوٚرمیہ شیرازٕ کس کتھ تام شمارس منز ڈرامہٕ کس موضووس پیٹھ لون صأبن مضمون یتھ منزٲ سجود صأبس 'بسیار نگار' چھُ ووٚنمُت تہٕ سجود صأب نین قابلِ اعتراف صلاحیتن چھن زأنتھ مأنتھ کتھے کھیمژ۔ پوٚز یہٕ گوٚنہٕ میہ برداش۔ میہ کوٚر پنہٕ نہِ جایہ ارادٕ زِ لون صأب چھُ امہِ رایہ ڈالُن۔ لہذا ہیوٚت میہ سرلہٕ پأٹھی تمن موضووَن پیٹھ سوٚنچُن یمن موضووٚن پیٹھ نہَ سجود صأبن سوٚنچمُت چھُ، نہَ لون صأبن۔ امہِ وٕریہِ لیکھی میہ زٕ ڈراما۔ سٹیج خاطرٕ لیوٗکھُم 'پگہس پرارو' تہٕ ریڈیو خاطرٕ 'روح ریہہ تہٕ وہراتھ'۔ سٹیج ڈراما گندٕ ناونہٕ خاطرٕ ٲس میہ یاون رائے

تھیٹرس ستی یارزلاج ہژ۔ مگر ریڈیو ڈراما گندناونہٕ خاطراوس پران کشور ہوس انسانس بروٗنہہ کُن گرشہٕ ہنس جگرٕ کرُن ۔ تہٕ کیا زِ میہ اوس بوزمُت زِ پران جی چھِ پریتھ اَکِ سُندسکرپٹ رژھِ رژھِ پران ۔ تہٕ سہٕ اوس نہٕ کانہہ لیس نہٕ سہٕ کانہہ نتہٕ کانہہ نوقص وچھتھ یا سکرپٹ چھِ بہتری ہنُد کانہہ نتہٕ کانہہ مشورٕ ہیتھ سکرپٹ واپس کرِ ہے۔ کتھٕ تام پاٹھی کۆرمیہ جگرٕ تہٕ گوس ریڈیو سٹیشن۔ واریہس کالس دروازس نیٚبر ے روزتھ سونبرووم جگرٕ تہٕ ژاس۔ سیٹھاہ ندامتہٕ سان تروٗوُم روح ریہہ تہٕ وآہراتھ ناوُک سکرپٹ پران جی لیس بروٗنٹھ کنہِ۔ تموٗتُل تہٕ کینہہ وننہٕ ورآئے ژھنگھ ٹیبلہٕ کس ڈرارس منز۔ رژھاہ پرأرتھ دراس بہٕ واپس۔ منزٕ گیہ دوہ ووہ مرٕ تہٕ اکہِ دوہہ ووٗن میہ مأکی زِ پران جی اوٚسے یاد کران۔ میہ زون شاید آسیس سکرپٹس متلق کینہہ وُنن۔ مگر تمہِ ساتہٕ آیہٕ نہٕ میہ پڑٕ چھے یِیلہِ تموٗ ٹیبلہٕ کہِ تلی مہِ ڈرارٕ منز رائیلٹی کانٹریکٹ کڈتھ میہ بروٗنہہ کنہِ تھوٗو تہٕ دوٗپہم ییتھ کرِ دسخط ۔ نکاح نامس دسخط کرنہٕ وزِ گوس نہٕ بہٕ تیوٗت خوش یوٗت تمہِ ساتہٕ رائیلٹی کانٹریکٹس دسخط کرنہٕ وزِ گیوس۔ یپأرِ گو یہ ڈراما نشر تہٕ ہُپأرِ آوٗ 'پگہس پرارو' تہٕ ۷۹ عیسوی کس اکیڈمی فیسچولس منز گندنہٕ ۔ یہ ڈراما اوس میہ ڈلگیٹ کین ہأنزن پیٹھ لیوکھمُت یہندِ شُرِ خبر کیا زِ أسی فرٕنگی جورین پتہٕ پتہٕ گیوان 'میم صاحب سلام۔ پتہٕ پتہٕ غولام'۔ أکس ہأنزس اوس یہُند یہ وُنن سکھ کھران۔ سہٕ چھُ گوڈٕ گوڈ گوڈٕ یمن شُرین تنبیہہ کران ، پتہٕ چھکھ لیکہٕ ژاران تہٕ چھیکرس چھُ پاگل گرٕ ھتھ یمن کنہِ لایان۔ یہ ڈراما وچھتھ یِیلہِ أسی ٹیگور ہالہٕ منزٕ نیران آسی ،لون صاب آوٗ میہ نزدیکھ تہٕ ووٗن نم کنس تل، 'تأجب چھُ ۔ بہٕ تہٕ ہے چھُس ڈلگیٹُک ۔ میہ چھُنہٕ تران فکرِ میہ کیا زِ آونہٕ ییتھ خیال'۔ پۆز لون صأبنی یہأئے کتھ أس میانہِ ڈراما گوٚرآسنچ صند تہٕ أتھی ستی آو میہ خیال زِ وٚنی

شۆ بہٕ تخلص تہٕ ۔ لہذا اوٗنم پانس شہرؠ۔

میہ اَس نہٕ اوٗ تتھ تام أندی پٔکۍ نظراہ کینہہ ۔ سجود صأب تہٕ تٔمی سندین ہمعصر ڈراما گرین پتہٕ اوسُم صرف پننہ نُے پان اتھ یوان ۔ اما یلہٕ کأرتھ زأ وتھ أندی پٔکۍ نظر ترٲوم پننہٕ نہٕ کھوتہٕ ناماور وُچھُم بشیر دادا، نثار نسیم تہٕ محمد امین بٹ ۔ یموٲ سی اوٗ تتھ تام پننہٕ نین پننہٕ نین علاقن منز لوٕکٹۍ موٕکٹۍ تھیٹر کری مٕتی تہٕ واریہن جاین اوس یہُند تذکرہٕ آمُت ۔ لہذا پیو میہ یمن سعتی پھیکس سعتی پھیوٗک رلاونہٕ باپتھ قلمس ہیٚنۍ زیادے پہن کأم ۔ اوٗ تانۍ اوسُس بہ ڈراما علاوٕ سأئنسی موضوعاتن پیٹھ مضمون لیکھان ۔ ون ہیوٗ ت میہ تھیٹرس پیٹھ لیکھُن ۔ میہ لیٚکھی عالمی تھیٹرس پیٹھ بسیار مضمون ۔ یمہٕ نے دوہن اوس رأ ہی صأب نہٕ نگرٲنی منز کشمیر یونیورسٹی منز کأشر ڈپارٹمینٹ قأیم گومُت تہٕ یم اَسی سأئنسی موضوعاتن پیٹھ کأشرِ کتابہٕ ژھانڈان ۔ میہ تہٕ ہیٚژ زراعت کس موضوعس پیٹھ اکھ کتاب مٕژ ۔ اتھ تھوٗ میہ ناوٗ آنگن وأرتہٕ اتھ منز ویژھناوٗ میہ باغ بناونچ تکنیک ۔ یونیوسٹی دنہٕ برونہہ ہاوٗ میہ یہ مرحوم موتی لال ساقی صأبس ۔ أمی سورگہٕ وأسی یتھہٕ کٔنۍ یہٕ کتاب سطرِ سطرِ پٔرِ تہٕ اتھ غلطیہٕ شیٚر ۔ بہٕ گوس سیٹھاہ متأثر ۔ از تہٕ چھُس بہ مأنلس پتہٕ ساقی صأب ہسے پنُن وستاد مانان ۔ کتابہٕ لیوٗکھ تمہٕ ساعتہٕ باٹنی ڈیپارٹمنٹکۍ سربراہن جان Review مگر بدقسمتی کنۍ گو رأہی صأب رٹأر تہٕ یہ کتاب چھاپہٕ نچ ہیٚژ نہٕ کأشرِ ڈیپارٹمنٹکۍ کأنسہ تہٕ سربراہن ہرِ ژھٹھ اتھ برعکس چھاپکھ سرکأری خرچس پیٹھ پننہٕ تمہٕ کتابہٕ یمن نہٕ ہوٚٹ لوٹ تہٕ چھُ ۔ پتہٕ آوٗ سنہٕ ۱۴ عیسوی ہُک سہلاب تہٕ ہوٗنۍ کھیٚیہٕ بستہٕ کھلٕرۍ ۔ میہ چھُنہٕ ون کتابہٕ ہُند پھیران ۔ پھیران چھُم کتابِ ہندس اندس پیٹھ پأرٹن صفن پیٹھ تمہٕ فرہنگِ ہُند یتھ منز میہ واریہن کلین کٹین ، پوشہٕ ذأژن تہٕ تکنیکن الہٕ پلہٕ ڈھاۓ ہتھ

کأشری ناؤ اَسی دتی مِتو۔
کنٕوہ شیتھ تہٕ شیتس منز لیوٗکھ میہ ٹیلی وجن ڈراما 'قدرتہٕ قمتھ' تہٕ ژاس گوڈ چھِ لٹہِ دور درشن کیندر۔ اتہِ اوس امہِ ساتہٕ کأشُر ڈراما اشوک جیلخأنی کران۔ میہ دیُت اَمس مسودٕ تہٕ أمۍ رِوٗٹ۔ امہِ پتہٕ چھس بہٕ چکراہ چکراہ دوان یہ چھُ میہ کانہہ نتہٕ کانہہ بہانہٕ ؤنتھ ٹرکاوان۔ یوٗ تام ریتھ شیہ مرٕ گیہ۔ فاروق نازکی زانہِ ہے میہ تہِ کیا زِیہ تہِ اوس برونہہ کالہِ وانی آرٹ سٹڈیو گاہے بگاہے یوان۔ تہٕ امہِ ساتہٕ اوس فاروق صأب، زتشی صأب تہٕ جیلخأنی أکی ہے کمرس منز بہان۔ میہ کُر فاروق صأبس نش شکایت ہش تہٕ أمۍ کُر جیلخأنی صأبس نش یہأئے سفأری شاہش۔ موخصر کتھ تام پأٹھی کوٗڈ جیلخأنی صأبن میون مسودٕ ٹیبلہ کہِ تلٕی مہِ ڈرارٕ منزٕ لبتھ۔ تہٕ دزان دزانۍ دِتُن بشیر بڈگأمی صأبس یُس تمہِ ساتہٕ ظأہر یا پروڈکشن اسسٹنٹ اوس۔ پزر چھُ زِ بڈگأمی صأبن نیو یہِ مسودٕ پنہٕ نس کمرس منز تہٕ استادے نیون پٔرتھ۔ میہ کُن پلنوٗن کانٹریکٹ فارم تہٕ دوٗ پنم کر دسخط۔ کینہہ کال گوتہٕ یہ ڈراما سپُد بلیک اینڈ وائٹ سکرینس پیٹھ ٹیلی کاسٹ۔ اما تمہِ پتہٕ تہِ ژاس نہٕ بہٕ دور درشن زانہہ۔ پتہٕ ییلہِ کمشن پروگرام شروع گیہ تہٕ فری لانس پرڈیوسر وأتی میون گھرٕ دور درشن کیندر تہِ لوٗگ میہ ژھانڈنہِ۔
ریاستی کلچرل اکادمی اَس تمن دوہن پرِ یتھ دوِیہ وٕہری سٹیج ڈرامہن ہندِ مسودٕک مقابلہٕ کران۔ ۱۹۸۵ عیسوی دیُت میہ تہِ امہِ مقابلہٕ خأطرٕ پٔنُن مسودٕ تہٕ نیوم گوڈنیک ینامہٕ۔ یتھے کٔنۍ اوس آل انڈیا ریڈیو تہٕ ڈرامہن ہندِ مسوٗدُک مقابلہٕ کران۔ ۱۹۸۹ عیسوی بوٗرر میہ سنجید کیٹگری منز پٔنُن مسودٕ تہٕ دتگھ اتھ گوڈنیک ینامہٕ۔ ۲۰۰۲ عیسوی منز بوٗرُم مذاحیہ کیٹگری منز مسودٕ تہٕ دتھکھ اتھ گوڈنیک ینامہٕ۔ یہِ اَس اکھ self assessment

یِمہِ میہ پانس پیٹھ مزید اعتماد دیُت ۔اَمے ؤ ریہِ دِژ ریاستی کلچرل اکادمی فیسچول خاطرِ مسودن ہُند تجزی کرِنچ ذمہٕ وأری میہ۔ پتہٕ دِژ کھ فیسچولچ جججمینٹ تہِ ۔امہِ پتہٕ روُ د یہِ سلسلہٕ جأری۔الہٕ پلہٕ بہن ؤ رین مسلسل ڈراما سکرپٹ valuate کران تہٕ فیسچولن judgement کران وچھی میہ واریاہ نوی قلمکار مارکس ؤتھی ہتی ۔اما یِمو منزٕ اکثر ڈرامہٕ کہِ بنیأدی نظریہِ نشہِ چھٕلی تھےٕ۔خاص کٔرتھ نہٕ یمن تھیٹرُک تصوٗر رے۔یموژ کہِ یم ڈراما ٹیلی وجنہٕ خاطرِ لیکھی ہتی تہٕ تھیٹرِچ تکنیک نہٕ آسنہٕ کنی نہٕ یمن شیرِ پأراہ تہِ کرٕہژ کانہہ۔ نتیجہ دراو یہِ زِ پرِتھ ؤ ریہِ روز ریاستی کلچرل اکادمی ڈرامہن ہُند مخصوص تعداد فیسچولن منز شأمل کرِنک اراد کران۔اما لایکھ کار مسودٕ درایہِ تمہِ نیصف تہِ کھےٕ۔کہِ یایہِ لٹہِ کوٗر اکادمی مسودن ہُند مقابلہٕ تہِ منعقد۔اماینامس لایکھ دراوٕ ے نہٕ کانہہ۔یہِ وچھتھ گوس بہٕ پنہٕ نہٕ جایہِ سیٹھاہ مایوس۔ڈراماادبس پیٹھ گوٗژھ نہٕ یُتھ گٹہٕ پچھ یُن ۔سہٕ تہِ تمہِ وقتہٕ ییلہِ ریڈیو تہٕ خاص کٔرتھ ٹیلی وجن میڈیمہٕ سعتی ڈراما کمایہِ ہُند سیٹھاہ جان وسیلہٕ تہٕ اکھ مستقل پیشہٕ ہیکہِ ہےبنتھ۔تأنچ کتھ چھےٚ یہِ زِ کشمیر یونیورسٹی ہندِ کأشرِ ڈپارٹمینٹہٕ منزٕ تہِ ہے کانہہ سکالر صند حأصل کٔرتھ چھُ نیران ۔سہٕ تہِ چھُ عموماً شارٕ ے وٕنُن پسند کران۔ ڈراما لیکھُن چھُنہٕ کانہہ مٹے ہیوان۔وٕں یمو لیکھُن ہیرٕ و، تمن چھنہٕ تکنیک۔اتھ کُن نظر کٔرتھ روُدُس بہٕ پرِتھ ؤ ریہِ پنہٕ نس تجزیأتی رپوٹس منز ریاستی کلچرل اکادمی مشورٕ دوان زِ فیسچولن ہُند اعلان کٔری تھےٕ گوٗژھ گوڈٕ یُن یمن ڈراما کارن ہُند اکھ ورک شاپ منعقد کرنہٕ۔یُتھ اَمے بہانہٕ یمن سٹیج ڈرامہن ہنز زان کأری ییہِ ہادنہٕ۔تہٕ سبجیکٹ تہِ یہن ڈسکس کرنہٕ ۔یمن مسودن شیرِ پأرکرِنچ گنجأیش آسہِ ہے، تم مسودٕ یہن تیار کرنہٕ ۔امہِ رنگہٕ چھُس بہٕ ڈاکٹر عزیز حاجنی صأبن شکر گذار یمو بحثیت سیکٹری کلچرل

اکادمی میانہِ تجویزِ پیٹھ غور کٔرتھٕ میہ دِژ کھ یہِ ورک شاپ coordinate کرنٕچ ذمہٕ واری۔ میہ چھےٚ خوشی زِ یہِ ورک شاپ روٗدامہِ رنگہٕ سود مند زِ مذکورٕ جمأژ علاوٕ دراہِ کینہہ نوجوان ڈراما کارٕنٛی یمن منز ڈراما لیکھنُک جذبہٕ تہٕ چھُ تہٕ ہیچھنُک شوق تہٕ۔ یمو منز کٔرکأتی ہومیہ سعتی آن لایٔن رأبطٕ قأیم تہٕ آن لایٔنے روٗدی أسی اکھ أکس مشورٕ دوان۔ یمہٕ وِے جوان دوستو دیُت میہ یہِ کتاب لیکھنُک مشورتہٕ میہ تُل قلم۔ اما کتاب چھاپنس منز روٗدس واریہس کالس وتلان تہٕ بوڈان۔ وٗری جورا چھٕنمی گرتھ دیُت مےٚ دوستن أکی ثار نسیم صأبن جوش تہٕ مےٚ لوگ کتاب چھاپنگ سنز کرُن۔

یتھ کتابہ چھِ ناوٗ ڈرامہٕک ویستار۔ اما ڈرامہٕ کس تارٕخس پیٹھ چھُنہٕ میہ زیادٕ زور دیُت مُت کینہہ۔ تہِ کیازِ میأنس پرن وألس یُس ڈراما لیکھُن ہیچھان چھُ شاید کرِ نہٕ کانہہ سو چھ ڈرامہٕچ قدیم تاریخ۔ سہٕ ہرگاہ کأشرِ ڈرامہٕچ موجودٕ صورتِ حالے وارٕ پأٹھی سمجھِ۔ تمی سندِ خأطرٕ چھُ فلحال تیوٗتے سیٹھاہ۔ برونہہ کُن کرو عالمی ڈرامہٕچ کتھ۔ موخصر چھےٚ یہِ کتاب تتھٕ کٔنی ترتیب دنہٕ آمٕژ یتھ زن ڈراماتہٕ ڈرامہٕچہ ترِیشوے فارمہٕ پوٗرٕ پأٹھی ویژھناونہٕ ین۔ کوشش چھےٚ آمٕژ یہِ کرنہٕ زِ ڈرامہٕک فن تہٕ ہونر، یاں زِ امِچ تخلیق تہٕ تکنیک گژھ پرن وألس پلہِ پینٛہ۔ تہٕ ہُش مُش پأٹھی ڈراماتھرن وألس گوٚژھ بیوٗن بیوٗن فارمن ہُند تمیز اتھِ یُن۔ اوٚکٔنی چھُ پرِیتھ فارمہِ ہُند مسودٕ آمُت پننی بیوٗن تکنیک ہیتھ کتابِ منز شأمل کرنہٕ یُتھ نہٕ کانہہ پھیہہ روزِ۔ امِہ پتہٕ تہِ ہرگاہ ہیچھن وألس ذہینس منز کانہہ سوال ییہِ وتلتھ، سہٕ ہیکہِ آن لایٔن تہِ میہ سعتی رأبطٕ قأیم کرتھ۔

شوکت شہری

# ڈرامہک وبستار

ڈرامہک بنیأدی نظریہٕ چھُ باہ شیتھ وری قبل مسیح ہندوستانس منز بھرت منی سندِ دستہٕ بدِ آمُت۔ یونانس منز چھُ یہِ کارِ نیک ارسطووَن کوٗرمُت۔ بھرت منی ین وۄن اتھ انوکرت۔ ارسطووَن وۄنُس mimesis۔ یانے کانہہ تہِ عمل دبارٕ کرٕنی۔ واریہس کالس روٗ دیہ مانے تہِ زیرِ بحث تہِ کیازِ انسان سندس دوہہ دِش وتھٕ نس بیہنس منز چھَ واریاہ عملہٕ گرِ گرِ یوان کرنہٕ۔ صبحس نندرِ وتھنہٕ پیٹھٕ شامس شوٗنگنٕس تام چھَ پریتھ کانہہ عمل پھرِ پھرِ سپدان۔ لہٰذا اچھُنہٕ ژھرے انوکرت یا مایمیسس وننہٕ سعتی ڈرامہک مطلب واضح گژھان۔ موخصر آیہِ اتھ نظریس ترمیم کرنہٕ تہٕ ڈراما وۄنگھ تتھ عملہِ یوسہٕ بیہٕ لیس ہاونہٕ یا پتھ یا نمأیشہِ یا پتھ دبارٕ بیہ کرنہٕ۔ یانے بیلہِ کانہہ بیہ لیس ہاوِ زِ فلأنی کتھٕ کٔنی چھُ پکان یا کتھ کران، تیلہِ ونوسہٕ چھُ فلأنی سُند ڈراما کران۔ مگر پتٕمہِ صدی منزیم ڈرامہٕ کس حوالس منز نٔوی تجربات آیہٕ کرنہٕ تموکوٗر ڈرامہک یہ مانے تہِ رد۔ ڈرامہ کین تمن تجربن تہٕ نوین ہیتن پیٹھ کروأسی برونہہ کُن بحث۔ فلحال یمہِ بنیأدی نظریچ کتھ وٕژھ۔ تتھ پیٹھ چھُ بھرت منی تہٕ ارسطو سندِ وکھتہٕ پیٹھے قدیم ہندوستانس تہٕ یونانس پانہٕ وأنی اختلاف روٗ دمُت۔ یونأنی أسی دوان یتھ کتھِ پیٹھ زور زِ بٔدی ہُند موضوع ٹُلوتہٕ پوٗتُس ہاووِ بٔدی ہُند ہأبتھناک انجام۔ یتھ وچھن وألی بٔدی نشہِ دور روزن۔ برونہہ کُن گرأمی نظرین یورپی ڈرامہن اندا ایکشن پأدِ۔ بھرت منی اوس ونان زِ بٔدی گژھِ نہٕ ینٕ ہاوٕ نے۔ یتھ ڈراما وچھن وألی بٔدی ہُند تصورُے ہیکن کٔرتھ۔ سہُ اوس دھارمک ڈرامہن پیٹھ زور دوان۔ بہرحال یہ نظریأتی اختلاف چھُ میہ



ریاستی کلچرل اکیڈمی ہندِ اہتمامہٕ ترین دوہن ہندس سکرپٹ ورک شاپس ترتیب دوان مصنف



نامور تھیٹر ساز مشتاق کاکس ستی تھیٹر فیسٹولس ججمینٹ کران۔

۱۹۸۲ عیسوی شیرازٕ کس دۆیمس شمارس منز تفصیلہٕ سان ویزٕھ نومُت ۔ وٕنۍ گوڈ ڈراما سمجھنہٕ خاطرٕ چھُ امہِ کس پس منظرس منز گژھُن ضروری ۔ ڈرامہُک آغاز کتھٕ گوٚو تہٕ کتہِ سپُد ۔ یہ چھ اکھ متنازعہ ہسٹری ۔ تہٕ یہِ ہسٹری تہِ چھ سیٹھاہ کال برونٹھہ 'عالمی تھیٹرک آغاز' ناوِ مضمونس منز لیکھنہٕ آمٕژ ۔ یہ مضمون تہِ چھُ ۱۹۸۴ عیسوی شیرازٕ کس گوڈنکس شمارس منز چھپیومُت ۔ پۆز زٕ ژیک ڈراما چھُ امہِ نظریہٕ نش سیٹھاہ برونٹھہ درامُت ۔ مگر کُنہِ تہِ ارتقائی عملہِ ہُند روخ تہٕ رفتار چھ تیلے سرٕ گژھان ییلہِ اتھ گوڈ پیٹھٕ ییہِ سام ہینہٕ ۔ اوے گٔرمیہ ڈرامہ کہِ پس منظرٕ چ تہِ ذکر ۔ اما اتھ پیٹھ مزید بحث کرنہٕ بجایہِ دمہٕ بہ امہِ سلسلہٕ کین کینژن مکالمن ہُند حوالہٕ ۔ یم چھِ ۱۹۸۴ ؤریہٕ کس شیرازس منز چھپےٕمتۍ 'قدیم ہندوستانٔی تھیٹر' تہٕ 'قدیم چینی تھیٹر' ۔ ۱۹۸۵ ؤریہٕ کس شیرازس منز چھپےٕمتۍ 'قدیم یورپی تھیٹر' تہٕ 'ایلزبتھ ین تھیٹر' ۔

أزی کس ڈرامہس چھُ مختلف ہیتین ہندِ Nomenclature سعتۍ تیۆت کھرُ آمُت زِ ڈراما ادبس سعتۍ وابستہٕ نوین سکالرن چھُ کینہہ پلہِ پیوٚن سیٹھاہ مشکل ۔ تہِ کیازِ پریتھ اکھ نوٚو ڈراما چھُ اکہِ نوِ تجربُک دعوا کران تہٕ پانس سعتۍ اکھ نٔو ہیتھ تہٕ تمہِ ہیژٕ ہُند اکھ نوٚو ناو ہیتھ یوان ۔ یہائے چھُ کنفیوجن پأدٕ کران ۔ پیٹھٕ ییلہِ کأشرۍ نقاد انگریزی کتابہٕ برونٹھہ کنہِ رٔٹتھ یہ nomenclature کأشراونچ کوشش چھِ کران ۔ تمہِ سعتۍ چھُ زنتہٕ مَس والن تہٕ گوگجہِ ہاکس کھُر یوان یُس نہٕ پتہٕ زانہہ نیرانے چھُ ۔ بہ چھُس سمجھان ڈراما ہیکن صرف دوٚیہِ قسمکۍ آستھ ۔ واقعأتی یا موضوعأتی ۔ ابتدأئی دورس منز آسی چھرا واقعأتی یانے objective ڈراما لیکھنہٕ یوان ۔ یم آسی یا تہٕ سوشل نتہٕ تاریخی ڈراما آسان یمن منز کردارن تہٕ واقعاتن سیٹھاہ اہمیت آس یوان دنہٕ ۔ کردارن ہندس سیأسی تہٕ ثقافتی

پس منظرس منز اُس کہانی وونہٕ یوان۔ کأشر بانڈٕ پأتھر تہٕ چھُ أتھی ذمرس منز یوان۔ محی الدین حأجنی صأبُن 'گرٕیسی سُند گھرٕ' محمد سبحان بھگت صأبُن 'تقدیر ساز' سجود سیلانی صأبُن 'اکھ یوٗن' اوتار کرشن رہبر صأبُن 'ولہرش' مصنف سُند 'پگہس پرارو' چھِ کینہہ واقعأتی ڈراما یم ظأہری دنیہہ کس پس منظرس منز خأرجی حالاتن پیٹھ چھِ لیکھنہٕ آمتی۔ تاریخی ڈراماتہٕ چھِ أتھی ذمرس منز یوان تہٕ اکثر مذاحیہ ڈراماتہٕ۔ اوتار کرشن رہبر صأبُن 'بڈشاہ' جگن ناتھ ولی صأبُن 'زوٗن' یا علی محمد لون صأبُن 'سیاہ' چھِ کینہہ ناو ہینٕ لایکھ تاریخی ڈراما۔ تہٕ مذاحیہ ڈرامہن منز چھُ پشکر بھان تہٕ سوم ناتھ سادھو صأبُن 'گرینڈ ریہرسل' سجود سیلانی صأبُن 'پھند باز'، اوتار کرشن رہبر صأبُن 'گرداب' مکھن لال صراف صأبُن 'نرکا پوری' واقعأتی ڈرامہن منز گنزرنہٕ یوان۔ وٕنی گو امہِ قسمہٕ کین ڈرامہن منز اوس نہٕ ڈراما لیکھن والین پننہٕ دأخلی فکر اظہار کرنُک موقے مویسر سپدان۔ تمن اوس پننہٕ نہٕ جایہِ دم ہیو موحسوس گژھان۔ اِوکنی ہیتی ڈراما گرن والیو پننہٕ نہِ دِلکی درواز وٕتھی تراونہٕ باپتھ موضوعأتی یانے subjective ڈراما لیکھنٕی۔ یمن موضوعأتی ڈرامہن منز ہیوٚک ڈراما کار پننہٕ نین خابن تہٕ خیالن زبان دِتھ۔ تمی لیچھ فنٹیسی۔ تمی لیکھی تمہِ قسمکی ڈراما یمن theater of the absurt وننہٕ آو۔ علی محمد لون صأبُن 'آدم ہواتہٕ ابلیس' سجود سیلانی صأبُن 'کج راتھ' تہٕ 'شہل نار' موتی لال کیمو صأبُن 'حرم خانٕک أنہٕ'، غلام رسول سنتوش صأبُن 'بُت تہٕ بلڈوزر' پشکر بھان صأبُن 'ہیرو مچامہٕ' بیتر چھِ پننہٕ نہِ وقتکی بہترین موضوعأتی ڈراما۔ یمن ڈرامہن منز چھُ ڈراما نگار پننہٕ نین فکرن واش ہیکان کڈتھ تہٕ پورٕ پأٹھی اظہارٕچ آزأدی چھأوتھ ہیکان۔ موخصر چھُ ڈراما یمہٕ نے دوٗن جمأژن اندر بأگرتھ زیادٕ سہل پأٹھی پلہٕ پیوان۔ یمہٕ نے دوٗن

جمأژن منز ییہِ کامیڈی تہِ لیکھنۍ تہٕ ٹریجڈی تہِ۔ یہِ چھُ پتہٕ ڈراما نگارسندس قابلیتس پیٹھ منحصر زِسہٕ کتھ ڈُ مرس منز ویپراوِ پنٕنی کہانی۔

## ڈراما کارسند دأخلی سرمایہ

ڈراما کارس گژھِ آنتہٕ رؤس علم(knowledge)، بیہ شمار مشأہد (observation) تہٕ وسیع تصور (imagination) آسُن۔ یمہٕ ترییشوے صلاحیتہٕ چھَ أکس ڈراما نگار سندِ خاطرِ انتہأیٔ ضروری تہٕ یمورٕ ژھ ہرگاہ کھونہٕ وٹھ کھوڈتہِ کھنہِ کانہہ، ڈراماگری ہیکہِ نہٕ کٔرتھ۔ تہِ کیازِ ڈراما چھُ پنہٕ نہِ جایہِ اکھ فن تہِ تہٕ پانسے اندر مکمل ادب تہِ۔ وقتہٕ وقتہٕ چھِ اتھ منز باقٕے تمام لطیف فن تہٕ باقٕے اصنافِ ادب شأمل گژھان۔ لہذا گژھِ ڈراماگرن وألس رقص وموسیقی پیٹھ تہِ دس رس آسُن، شأعری پیٹھ تہِ تہٕ خاص کٔرتھ سٹیج ڈراما لیکھن وألس گژھِ فنِ مصوری ہنز تہِ زان آسٕنۍ۔ دیگر علومن ہُند تہِ چھِ وقتہٕ وقتہٕ حاجتھ پیوان۔ مکالمہٕ چھِ عمومن مذہبی، سائنسی تہٕ تاریخی حوالوسعتے اثردار بنان۔ امہِ خأطرٕ گژھِ علم آسُن۔ کانہہ منظر ہرگاہ تیُتھ چھُ بُتھِ پیوان یتھ منز مول یا موج پنہٕ نس بچس ہوم ورک چھُ کرِ ناوان۔ تمہِ جمأژ ہُند نصاب تہِ گژھِ ڈراماگرن وألس ویوٗ د آسُن۔ غرض أکس ڈراما کارس گژھِ یاداؤترس منز دینگ تہٕ دنیہک سورُے علم آسُن گریکان۔ اِد چھُ ممکن ڈراما لیکھنس منز ییس نہٕ کانہہ تھوس۔ پؤ زمطالعہٕ ہرگاہ کمزور تہِ آسیس۔ اتھ ہیکہِ پتہٕ تہِ برُژرکٔرتھ۔ مگر مشأہد چھُ زندٕ گی لرِلور پکان۔ پۍ زندگی مشأہدٕ کرنہٕ رؤسٕتے آسہٕ گزأرمٕژ۔ زانُن گژھِ تیوٗت مشأہد چھُ اتھ گومُت۔ تہِ کیازِ نہَ ییہِ سو زندگی واپس، نہَ سہٕ مشأہد۔ لہذا گژھِ أکس ڈراماگرن وألس فطرتسے منز مشأہدک عادتھ تہٕ صلاحیت آسٕنۍ۔ پتہٕ چھَ خیالاتن ہنز وُپھ ڈراما نگار سنزِ کامیأبی ہنز ضمانتھ

بنان۔ڈراما نگارسندِ سفرُک ضروری سامانہٕ چھُ مشاہِد۔ یاں زِ تِمس گژھِ پریتھ وقتہٕ ہیس روزُن زِ تمسٕ أندی پکھ کیاہ چھُ سپدان، کُس کتھ کٔنہِ چھُ پکان، کمہِ آیہِ چھُ کتھ کران۔ مأنٔی تو تِمی سندس یادٕ ؤترس منز گژھِ سی سی کیمرہ آسُن لگتھ یُس یم سأری واقعات تہٕ حرکات رکارڈ کٔرتھ محفوظ تھاوِ۔ چھیکرس چھُ تصوٗر کنہٕ تہٕ خیالٕچ پنہٕ داؤرٕ ٹتھ اتھ مطالعہکٕ تہٕ مشاہدٕکِ موخ تہٕ بٔرتھ کہانی بناوان۔ اتیتھ چھُ ڈراما گرن وول انسأنی نفسیاتُک استعمال کران۔ یاں زِ ہر گاہ أمس برونٹھ کُن کانہہ بچھوٗن چھُ یوان۔ أمس چھُ پنہٕ نہٕ نفسیات کہِ زورٕ یکدم سمجھ یوان زِ یہِ چھا پزٕ پأٹھی حاجتھ مند کِنہٕ یہِ چھُ ٹھگ۔ أتھی سعتی چھُ یہ دوشؤنی صورتن منز أمی سندی گھریلو حالات اخز کران۔ تہٕ کیاز زِ پوٗختہٕ ڈراما نگار چھُ زانان زِ أکس معاشرس منز گژھ چھٔ آسان غریب گھرن ہنز تنگ دٔستی، ان پڑھ تہٕ جأہل گھرن ہنز گرہستی، سرمایہ دار گھرن ہُند وتھُن بہُن، ہشہِ نوشہِ ہنز لڑأیی، بأژن دوٗن ہنز نااتفأقی تہٕ شُرین پیٹھ تمیُک اثر۔ یمن محرکاتن ہر گاہ مختلف زأویو کنہِ تہٕ وچھو، یمن گژھِ نہٕ تیژ فرکھ۔ بہر حال ییلہِ خیال کہانی ہنز صورت تختیار کران چھُ تہٕ مکمل تکنیک چھٔ اتھ ڈرامِچ شکل دوان، ڈراما گرن وألس چھُنہٕ فکرے تران یادا ؤترِ منزٕ کتھ کٔنہِ چھُ مشاہدُک تہٕ مطالعہک خام مواد ؤسی ؤسی یوان تہٕ قلمہٕ کہِ پیٹھہِ مٔنزی کاغذس پیٹھ وہراونہٕ یوان۔ یتھ کٔنہِ تخلیق کرنہٕ آمتی ڈراما چھِ عموماً شاہکار ثابت گژھان۔ دیماغہٕ منزٕ لٔمی کڈٕتھ چھنہٕ شاہکار تخلیق یوان کرنہٕ۔ موخصر یس یادا ؤترس منز سرمایہِ آسہِ سیٹھاہ، خیالن ہنز وُپھ آسہِ دؤرتام تہٕ تکنیک آسہِ پوٗختہٕ گٔژھ۔ سہٕ ڈراما گرن وول ییلہِ تہٕ قلم ٹلہِ شاہکارٕ گژھِ تخلیق۔

ڈرامہُک بنیأدی سرمایہٕ: خیال :۔ ڈراما چھُ یا تہٕ اِرادس پیٹھ لیکھنہٕ یوان۔ نتہٕ

چھِ بیرونی محرکات ڈراما لیکھنہٕ باپتھ مجبور کران۔ اراد چھُ یوان تمہِ ساتہٕ کرنہٕ ییلہِ دِلس منز آسہِ ڈراما لیکھنُک شوق، فرصت تہِ آسہِ تہٕ ڈراما کاری ہُند بنیادی سامانہٕ یانے مطالعہ، مشاہدٕ تہٕ تصوراتُچ وُپھ تہِ آسہِ سیٹھاہ۔ امہِ ساتہٕ چھُ ڈراما نگارٕ پنہٕ نِس علمہٕ کِس خزانس وۄن دوان تہٕ وچھان مہاراجہٕ سندِ وقتہٕ غریب کاشکارس پیٹھ ژُدٕ یُک بار، لکرِ ژورن ہندِ دستہٕ جنگلن ہنز تباہی، سماجس منز داجُک وباہ، کنبہٕ پروری تہٕ بیہ روزگاری، مسلسل ھرتال تہٕ غریب پاکاری سنز گرہستی، رسول میر تہٕ کۄنگہِ ہُند عشق، ۲۰۱۴ عیسوی ہند سہلاب، تألیمی نظامُچ بدحالی تہٕ بیترِ۔ ڈراما نگار چھُ یموے منزٕ کانہہ موضوع منتخب کران تہٕ اُتھی اَندی اَندی ہیوان کہانی ابساوٕنی۔ نتہٕ چھَ ڈراما نگارس کنہِ بیرونی حادثہٕ یا خبرِ سعتی وُتش لگان۔ پۄز سکرپٹ ورک شاپس منز تہٕ پرُژھ وار یہو یہاے سوال زخیال کتھٕ کُنی چھِ یوان۔ امہِ خاطرٕ ہیکو نہٕ کانہہ خاص عمل وضح کرِتھ۔ البتہٕ بہٕ ہیکہٕ کینہہ واقعات پرن وۄلس سعتی share کرِتھ یم خیال ژارِنس، کہانی ابساوٕنس تہٕ مشاہدٕ ورتاونس منز سیٹھاہ مودد گار ہیکن بٔنتھ۔ نومبر چہٕ ترِ منز اوس کُس تام الیکشن۔ سرینگرٕ کی تریہ ملأزم اُسی اُسی بیرو حلقہِ انتخابس منز ڈیوٹی۔ بلٹ بکس سرکارس حوالہٕ کرِتھ ییلہِ اُسی اجہِ راژلال چوک واتہٕ ناوکھ۔ اتہِ اُس نہٕ مُچھ۔ اما گھنٹا گھرس بُتھِ سیٹھ داوس پٹرِ ہندس کونس منز نفر اکھ پھیرن لأگتھ پھوتراہ ہیتھ بہتھ۔ پھوترِ منز اُسی سوتھ ٹھوٗل۔ اسہِ اُسس سکھ بوچھ لُج مژ۔ اُسی گیہ اُمس نزدیکھ تہٕ ہیٚتِس ٹھوٗل۔ یانی اسہِ ٹھوٗل ہیتی کھینی تانی لۄگُس بہٕ سونچنہٕ زِ اما اُمس کیاہ مجبوری اجہِ راژا تیتھ بہنچ۔ یاتہٕ چھُنہٕ اُمی دوہس ڈسلابے کۄرمُت۔ نتہٕ چھُ دوہس کارکرِتھ وُن راژ ہُند سنیما شو وچھن والین کژ نۄ ٹۄکراہ ہیتھ گھرِ درامُت۔ امہِ تلہِ چھُ باسان غریب آسہِ۔ پیٹھ آسہِ نس

کورِ۔ شاید چھُ تمہٕ نِے خاطرِ داج سومبران۔ یہِ چھُس بہٕ پنہٕ نہٕ جایہِ سونچان۔ أتھی منزٕ وُتُس بہٕ تصورأتی طورأمی سُند گھرِ تہٕ چھُسن وچھان أمی سنز زنانہٕ دارِ پیٹھ بہتھ کانگر پھُکان۔ أمی سنزٕ کورِ بیہ غم شۄنگتھ۔ بہٕ چھُس سونچان کوتاہ بار چھُ آسان غریب مألس ماجہِ تہٕ اکہِ غریب گھرِ چ کہانی ہش ہیرٕ ن میأنس تخیلس منز یوٗنی۔ یوت کال موکلاوی اسہِ ٹھۄل کھیتھ تہٕ دتی أمس پوٗنسہٕ۔ أسہِ یانی نیرُن ہیوٗت تانی وۄتھ یہِ ٹھۄلہٕ وول ' ہاوُس بوٹس منز مہٕ حض کرِ و آرام۔ میون ہاوُس بوٹ چھو جنگلات گلی سیوٗد ویتھِ بٹھس پیٹھ۔ ہر گاہ راتس لڑکی تہٕ ژھاڈو، سو تہٕ بنہٕ۔ یمہٕ وأنسہِ ہنز یژھو، تمہٕ وأنسہِ ہنز۔ 'میأنی زِ سأتھی گیہٕ پنہٕ نہٕ جایہِ ہے بنگہٕ ہی۔ میہ تہٕ اوس نہٕ یہِ توقع۔ وں گو میہ پیٹھہٕ نہٕ تیژ فرکھاہ تہٕ کینہہ۔ تہٕ کیازِ ونی اوس میأنس خیالس منز یہِ نفر اکھ کردار بنیو مُت۔ تہٕ کہانی أس توتہٕ غریب گھرِ چی۔ وُنہٕ تہٕ اوس أمس داجی سومبراوُن تہٕ کورے نکھہِ والنہٕ۔۔ اماؤ تانی اوس یہِ کردار passive ۔ونی بنیو میأنس خیالس منز active۔ ونی چھُ یہِ پنہٕ نس سماجس خلاف retaliate کران۔ تہٕ یمہٕ دوشوے کہانیہٕ البساوِ میہ انوارِ انوارا کھ ریڈیو خاطرِ تہٕ بیاکھ سٹیج خاطرِ۔

بہٕ چھُس ژکہِ ڈلگیٹک روزن وول۔ ڈلگیٹس منز اوس میأنس لوکچارس منز ٹورسٹن ہُند سکھ یُن گرژھُن روزان۔ عام تورِ ییلہِ ہأنز شُری کانہہ فرٕنگی جوٗری وچھہن پکان۔ تمہ أسی یمن پتہٕ پتہٕ گیوٗن ہیولاگان۔ 'میم صاحب سلام، پتہٕ پتہٕ غولام'۔ یمن آسہِ ہے نہٕ خبر یم کیاہ چھِ ونان۔ مگر میہ اوس یہُند یہِ گیوٗن أندری مشکل گرژھان۔ تہٕ اتھ پیٹھ رُوٗدُس بہٕ سونچان اما یم کیازِ چھِ یہِ ونان۔ تہٕ جوأنی منز آوٗ میہ سمجھ زِ شاید چھُنہٕ ونہٕ سانیو دیما غو منزٕ فرنگین ہنز غولأمی دراہمٕ ش۔ میہ کوٗرا کھ کردار تخلیق یُس میانہِ ذہنچ ترجمأنی کرِ۔ چونکہِ

انگریزن ہندس وقتس تام چھِ کأشرۍ أسۍ ءتۍ وندس مؤزؤرۍ کرنہٕ پنجاب گرٕھان۔ میون یہ کردار تہٕ چھُ اوسمُت پنجابس منز یِیلہِ جلیاں والا قتلہِ عام چھُ سپُد مُت۔ أمۍ چھُ سہُ کترٕ بدترٕ وُ چھمُت۔ لہٰذا چھَ أمس انگریزن ہنز نفرت۔ یِیلہِ یہ کٔشیرِ منز شرین ہُند یہ گیوٗن چھُ بوزان۔ یہ چھُ تمن گوڈٕ تنبیہہ کران۔ پتہٕ لیکہٕ ژاران۔ تہٕ أخر چھُ گرٕھان پاگل۔ یہ بنیو سینٹرل ایڈیا یتھ پیٹھ میہ 'پگہس پرارو' ناوُک ڈرامالیوٗکھ یُس ۱۹۷۹ اکس اکادمی ڈراما فیسچولس منز گندنہٕ آیو۔

نشاطس نزدیکھُ چھ میہ گاڑ ہأنزاہ اکھ ناوِ منز بہتھ۔ میہ دوٗپ بہٕ ہیمہٕ أمس گاڑٕ تہٕ گوس أمس نزدیکھ۔ یہ وُچھُم سٹووس پیٹھ ننہٕ چائے پاکہٕ وان۔ گاڑن کوٗرُن انکارے اما چایہِ گٔرن ماذرتھ۔ میہ پرُژھمس زنانہٕ کتھِ چھے۔ دوٗپن انت ناگ چھَ ءگمژ گاڑٕ ہیتھ۔ بہٕ وولس یکدم خیالہٕ نے منز انت ناگ بازر بروبر تھٕکۍ جایہِ یتیتھ أمۍ سنز زنانہٕ گاڑٕ پھوٗت ہیتھ أس بہتھ۔ جوان گاڑ واجنہِ ہند حُسن آسہِ ہے میہ خبر کتھ کلنڈرس پیٹھ وُچھمُت۔ یہ باسے یم عأن تہٕ غأن سوٗئے۔ یوٗت کال بہٕ گاڑ ہأنزس نِش بہتھ چائے چھُس چیوان تیوٗتے کال گٔیہٕ انت ناگ بازرس منز کینہہ جوان ظأہر تہٕ یموٗ ہیوٗت أمس گاڑٕ واجنہِ أندۍ أندۍ پونپرۍ گتھ کرٕنۍ۔ میہ توگ یکدم بوزُن زِ پأ کأرۍ زنانہٕ کیازِ چھَ عموماً بتھٕکۍ پھرتہٕ بدزبان آسان۔ یمن چھ آسان ژکہٕ اچھ مجبوری۔ ننہٕ کتہِ ہیکُن یمہِ منز بازرس لگہٕ ارساتس منز بہتھ۔ یِی سونچان زایہٕ اکھ کہانی۔

بازے چھَ ڈراما نگارس پننۍ لاچأرۍ تہٕ بکاریوان۔ میہ اوس سکھ تماہ میہ گرٕھ کوٗ راہ آسنۍ۔ مگر خوداہ صأبن کوٗرنہٕ بھروسے۔ گاف گراؤ نڈس نزدیکھ یُس پٹرول پمپ چھُ۔ اوٗتھ گوس بہٕ گاڈِ تیل تراونہِ۔ اکھ غأر کأشر کورِ ہنا آیہٕ میہ برونٹھ کُن تہٕ لٔج بچھنہِ۔ میہ وُنُس

ہرگاہ میہ سعتیٚ یکھ۔ بہٕ پرٕناوتھ۔ تہٕ پٔرتھ لیکھتھ کرے کُنہِ جان گھرس منز نیتھر۔ تٔمس باسیوٚ یہِ نفردیہِ نہٕ پوٚنساہ وونساہ کینہہ۔ ئژِ گژھِ وکھ ظایہٕ۔ 'ماں سے پوچھ لوں گی'۔

یہ وٚنتھ ظاہر یا موکلوٚو تمہِ پان۔ مگر بہٕ گوس سیریس۔ گھرٕ تام واتان واتانےٚ کوٚر میہ خیال نےٚ منز اٚمس میلنسن گرلز سکولس منز ایڈمشن۔ وردی تہٕ کتابہٕ انہِ مس۔ شامس ییلہِ اسہِ بھتہٕ ہیوٚت کھیوٚن۔ یہ تہِ پٔتھ دستر خانس پیٹھ۔ اٚمۍ سنز جوانی وچھتھ گو میہ زوٚن زِوٚں پزٕ اٚمس کیُت نیتھر ژھانڈُن۔ اٚمس ییلہِ میہ پرٕژھ امہ کوٚر انکار۔ تہٕ میہ باسیو اٚمس چھُ کٚمس تام سعتیٚ عشق گومُت۔ پوٚتُس ننیو میہ اٚمس چھُ میانہِ بینہِ ہندس لڑکس سعتیٚ عشق گومُت۔ بہٕ گوس پنہٕ نہِ جایہِ خوشی۔ مگر ییلہِ بیمہٕ صائبس پرٕژھم زِیمہِ کتھِ چھَ یہ کتھ۔ تمۍ ووٚنم شرارتہٕ سان زِ ژیہ شوٚٹھس چھے دیماغ خراب گومُت۔ میہ چھاوٚں بچھوٕنی انٛز نوٚش۔ یِی کران پیٛیہِ میہ ننٛدٕر۔ پگاہ ییلہِ بہٕ دفتر دراس۔ گاڈِ اوسم کالے تیل تھومُت برٕتھ مگر توتہِ گوس اتھ پمپس پیٹھ۔ یہ کورہن آیہ بیٛیہِ اتھ دأرتھ۔ میہ پرٕژھمس

'ماں سے پوچھا؟' سوٚ ژھ در جواب۔ 'ماں نے کہا بھیک مانگنا سیکھو'۔

میہ دوٚپ بیمہٕ صائبےٚ اوس صحیح ونان تہٕ دِتُم گیر۔ بازے چھُ خوداہ صأب تہِ اسہِ ڈراما بازن سعتیٚ پٔنُن ڈراما گندان۔

__پلاٹ:__ پلاٹ چھُ بنان ییلہِ کہانی مختلف مناظرن منز بأگرنہٕ چھَ یوان۔ یُس ڈراما کار ٹریشوٚنی میڈیمن خأطرٕ لیکھان آسہِ یا لیکھُن آسہِ یژھان، تمۍ سندِ خأطرٕ چھُ بہتر امے ساتہٕ میڈیم مقرر کرُن۔ نتہٕ ہیکہِ تمۍ سٕنز واریاہ محنت ظایہٕ تہٕ گژھتھ۔ تہِ زن گو ڈراما لیکھنس دوران ہرگاہ کانہہ منظر تمہِ میڈیم خأطرٕ مشکل گژھِ یتھ منز ڈراما لیکھنہٕ آسہِ یوان، تمہِ ساتہٕ ہرگاہ قلمکارس منظر ٹوٚٹھ گو تہٕ پیہ یس نیصفس وأتتھ میڈیم بدلاوُن۔ نتہٕ

چھُس منظر قوربان کرُن ۔ لہٰذا اچھُ گوڈے پوٚر پلاٹس نظر تراوٕنی تہٕ پنٕہ نہٕ جایہِ مہکم

فأصلہٕ کرُن زِ ڈراما کتھ میڈیمس منز ہیکہِ اندوأ تتھ ۔ ڈرامہُک بنیأدی موضوع تہِ چھُ

میڈیمک فأصلہٕ کرٕنس منز زیرِ غور انُن ۔ تہِ زن گونظامس یا سماجس خلاف کتھ کرنہٕ

خأطرٕ چھُ غأر سرکأری میڈیمے بکار یوان ۔ سہٕ گو تھیٹر ۔ ریڈیو تہٕ ٹیلی وجن چھُ موجودٕ

نظامس منز کُنہِ پالسی تحت پروگرام پیش کران ۔ مناظر عملاوٕنس منز یم مشکلات پیش

ہیکن یتھ ، تم تہِ چھِ نظرِ تل تھاوٕنی ۔ یوٚ دوے ایڈوانس ٹیکنالجی مناظر عملاونس منز کأژاہ

سہولیژ چھےَ مویسر تھاوان ۔ تاہم چھُ تمہٕ سہولیژ ورتاوٕنس پونسہٕ تہٕ سیٹھاہ لگان ۔ لہٰذا چھُ

پنہٕ نین دٔستیاب وسائلن ہندس حدس منزٕ ے سوچُن ۔ کہانی اگر سٹیج کس محدود دائرس

اندر ابساوٕنی لایکھ چھےَ ۔ یاں زِ پوٚر کہانی ییہِ دون یا ترین سیٹن یأ کرٕ سے جایہِ پیش کرنہٕ ،

تیلہِ چھُ بہتر سٹیج میڈیمکے انتخاب کرُن تہٕ سوئے تکنیک ورتاوٕنی ۔ وٕن ہر گاہ وسیع منظر کشی

ہُند امکان چھُ ، یم منظر نہٕ سٹیجس پیٹھ پیش ہیکو گٔرتھ ۔ تیلہِ چھےَ دوٚیم صورتھ ریڈیو تہٕ

ٹیلی وجن ۔ یمن دون صورتن منز چھُ کینہہ تہِ ممکن ۔ جنہٕ پأ ٹھر ہش فینٹیسی چھےَ ریڈیو پیٹھے

شوبان ۔ موقول

صوتی تاثرات ہیکن کانہہ تہِ فینٹیسی تیژ وضح گٔرتھ زِ بوزن وول کرِ پننہٕ نہِ تصور

متأبق پانے تیچ منظر کشی گٔرتھ ۔ مشہور سند باد مچامہٕ چھےَ اَچ بہترین مثال ۔ موضوعاتی

ڈرامہن ہندی غأر نیچرل منظر چھِ ریڈیو پیٹھ بوزٕ ناوٕنی بہتر تہٕ سہل گرٕ ھان ۔ کُنہِ وزِ چھُ

کانہہ منظر فلماوٕن مشکل باسان ۔ تمہِ وزِ تہِ چھُ ریڈیو میڈیم بکار یوان ۔ بہر حال یمن

تریشوٕنی میڈیمن متلق کرو أسی بیوٚن بیوٚن بحث تہٕ تِھی سعتی ویژھناو تکنیک تہِ ۔

مقرر کہانی ییلہِ مختلف واقعاتن منز بأگراونہٕ چھےَ یوان ۔ سارِ وٕے بروٚنہہ چھُ

یوان فأصلہٕ کرنہٕ زِ ڈراما کمہِ منظر پیٹھٕ یِیہٕ شروع کرنہٕ۔ یہ منظر چھُ سیٹھاہ اہم تہٕ کیازِ یہائٕے منظر چھُ ڈراما وچھن وألس یا بوزن وألس ڈرامہٕک تارُف دوان۔ یہِ منظر گژھِ تمس اندر تجُسس تہٕ تذبذُب پأدٕ کرُن۔ وں گویمہِ کتھِ ہند چھُ خیال تھاوُن زِ تمس گژھِ نہٕ کہانی ہُند پَے لگُن۔ یتھ زن کہانی ہُند سسپینس برقرار روزِ۔ امہِ ساتہٕ چھِ أسی عارضی طور کہانی ہُند تیُتھ کلایمیکس تہٕ مقرر تھاوان گرتھ۔ یُتھ ڈراما وچھن وألس یا بوزن وألس وارِیہس کالس وأنج وُپھان روزِ۔ وں گو ڈراما لیکھنس دوران تہٕ چھُ بازے کلایمیکس یوان ذہینس منز یُس گوڈ کہِ نِش بہتر چھُ آسان۔ تمِچ تہٕ چھےٚ گنجأیش تھاوٕنۍ۔ واقعاتن ہنز ترتیب دنہٕ وزِ چھُ دۄن چیزن ہُند خاص خیال تھاوُن ضروری۔ سہٕ گو تضاد یانے conflict تہٕ تذبذُب یانے suspense۔ تضاد چھُ ڈرامہٕک روح۔ تذبذُب چھُ ڈرامہٕک زُو۔ روح سعتی چھُ مور دس زُو اژان۔

تضاد : کہانی منز یتھ تضاد ونو ڈرامہس منز ونوس ایکشن۔ یانے تضاد عملاوُنے گو ایکشن۔ ڈراما چھُ أتھی پیٹھ ڈٲرتھ۔ یُو تام ڈرامہس منز ایکشن چھےٚ، تۄت تِھے تام چھُ زندٕ۔ لہٰذا چھُ پریتھ واقعس تہٕ پریتھ کتھِ باتھِ منز تضاد پأدٕ کرُن تہٕ برقرار تھاوُن سیٹھاہ ضروری۔ تضاد ہیکہِ دأخلی تہِ أستھ تہٕ ظاہری تہِ۔ یانے subjective تہِ تہٕ objective تہِ۔ تضاد چھُ آسان جذباتن ہُند، اصولن ہُند، تخلاقن ہُند۔ جسمأنی تضاد تہِ چھُ آسان، سیأسی تہِ تہٕ سمأجی تہِ۔ تضاد ہیکہِ کردارس تہٕ کردارس درمیان تہِ أستھ۔ کردارس تہٕ ماحولس درمیان تہِ أستھ۔ کردارس کُنہِ واقعس سعتی یا خود پانس سعتی تہِ أستھ۔ انتہأیٔ مہذب تہٕ باشعور انسانس برونٛہہ کنہِ ییلہِ اکھ جاہل تہٕ بد تخلاق بہان چھُ، تضاد چھُ پأنۍ پانے پأدٕ گژھان۔ یا کانہہ کردار ہرگاہ سٹیجس پیٹھ کُنے زۄن تہِ آسہِ

اِستادٕ مگر بیہ قرار آسہِ یا انتہائ خوش یا مایوس آسہِ ، سہ چھُ یوان Active تصور کرنہٕ تہٕ کیازِ تِمس اندر چھُ ایکشن آسان ۔ ظأہری تضاد پأدٕ کرُن تہٕ ورتاوُن چھُ سہل ۔ مگر دأخلی تضاد یُتھ دوے ڈرامہِ کالٹی چھُ ظأہر کران ، یہِ چھُ ورتاوُن مشکلے پہن ۔ امہِ خأطرٕ گژھِ ڈراما نگار تہٕ پوٚختہٕ کار آسُن ۔ تہٕ اداکار تہٕ ۔

سسپینس : ڈرامہِک دوٚیم اہم جُز چھُ سسپینس ۔ یہِ چھُ اکہِ قسمُک پھندیُس ڈراما نگار پنٕنس ڈرامہس منز ورتاوان چھُ ۔ یُتھ تِمی سندس ڈرامہس منز دلچسپی روزِ برقرار ۔ سأری ہیے ہرگاہ یکہِ وٹے پرٕ دٕ تُل ، تہٕ کیاہ روٗ د ؟ ۔ یہِ چھُ بأزی گرسُند پٹارٕ ۔ اتھ چھُ ٹھکہِ شُکر ٹھانڈ تھاوُن پیٹھ ۔ کہانی پیٹھ تہٕ چھَ یوان یہأئے کپر ژادر تراونہٕ یوس پتہٕ رژھِ رژھِ چھَ یوان تھوٚ د تُلنہٕ ۔ یُتھ ڈراما وچھن وألس تذبذُب روزِ زِ خبر بُتھِ کیاہ آسہِ ڈیشُن ۔ ڈراما وچھن وول گژھِ نہٕ ہرگز صحی اندازٕ ہیکُن لگاوِتھ زِ یمہِ پتہٕ کیاہ سپدِ ۔ بلکہِ پوٚختہٕ کار ڈراما نگار ونو تِمس یُس ڈراما وچھن وألس مختلف قیاس کرٕنس پیٹھ مجبور کرِ مگر پزراونہٕ اکھ تہٕ ۔ پزراوِ تہٕ یمیک نہٕ وچھن وألس توقعٕ آسہِ ۔ یہأئے توقع آسُن تہٕ نہَ آسُن چھُ ڈراما وچھن وألس پننہٕ نہِ جایہِ گنڈتھ تھاوان ۔ تہٕ یہأئے چھُ کامیڈی تہٕ پأدٕ کران ۔ انتہائ ہلاکتس منز ییلہِ کینہہ کردار پان بچاونہٕ باپتھ ژلان آسن ، ڈراما وچھن وول تہٕ چھُ نفسیأتی طور تِمنے سعتی ژلان ۔ وِ ییلہِ کانٛسہِ کردارس دب تہٕ دب آسن لگان ، سہ چھُ مذاحیہ سچویشن بنان ۔ وِ ییلہِ تیُتھ نفر کُنہِ علاقُک غُنڈٕ یہِ ہاونہٕ یس نہٕ سیوٚ د استادٕ چھُ تگان روزُن ۔ سہ تہٕ چھُ غأر متوقعہ طور مذاحیہ کردار بنان ۔

کردار کأری :

ڈراما لیکھنس منز چھُ سارِوے کھوتہٕ أہم کار کردار گرُن ۔ تہٕ کیازِ کردارٕ ے چھُ

پتھٕ لاکس ڈراما ہیتھ لوکن بروٗنہہ کُنِ گژھان۔ یہأے چھُ اتھ یاتہٕ مولہٕ ناوان نتہٕ منٛدٕ چھاوان۔لہذا اچھُ کردار گرنہٕ وقتہٕ تمٕی سنزِ زبأنی ہُند خاص خیال تھاوُن۔ تہِ کیازِ زبانہٕ چھَ کردارس زندٕ تھاوان تہٕ زبانہٕ چھَس ماران۔ سہٕ گژھِ نہٕ تژھ زبان ورتاوُن یوٗسہٕ تمٕی سنز آسی۔ یاں زِ ان پڑھ تہٕ جاہل کردار ییلہِ لقمان سنز حیکمتھ تہٕ ارسطوسُند فلسفہٕ ہیٚیہِ بولُن۔سہٕ وسہِ نہٕ کانٛسہِ ہٹے۔ تہٕ سہٕ کردار تہِ مرِتہٕ تھٕے۔تتھے کٕنی ییلہِ داہوٗ ہر بچہ پینہٕ نہِ دٕلکی جذبات تہٕ احساسات چھُ بیان کران۔ تمٕی سُند کردار تہِ چھُ فوت گژھان۔ پوٗز ڈراما کارس چھُ پنہٕ نس پریتھ کردارس منٛز اژُن تہٕ تمٕی سُند ڈائیلاگ لیکھنہٕ بروٗنہہ تمٕی سندی پأٹھی ادا کرُن پیوان۔ پتہٕ سہٕ کردار وتہٕ پیٹھ سکہٕ تُجہٕ أسی تن کنانہٕ ، یونیورسیٹی ہُند پروفیسر یا گامہٕ سکولُک کانہہ ماشٹر أسی تن، دکہٕ دٕ دِن نوش أسی تن، تمٕی سُند نیتمہٕ خاندار أسی تن یا بیہ آر بد کھاہش۔ پریتھ أکس چھَ پنٕنی مخصوص زبان تہٕ لفأظی۔ یمہٕ نہٕ لفظن ہرگاہ ہیوٚر بون چھُ گژھان، کردارس سعتی چھُ گلہم ڈراما پتھر یوان لاینہٕ۔ کمزور کردارے چھُ ڈرامہس ونہٕ والان۔ تضاد تہٕ سسپینس ہرگاہ ڈیوٚل پھن تہِ آسہٕ پوٚختہٕ کردار ہیکہِ تتھ لیوٚب تھوٚپ گُرتھ۔ مگر غلط کردار گری چھَ سأری سے انان زوال۔ کردار گری چھَ ترین مرحلن منٛز مکمل سپدان۔ اول ییلہِ ڈراما کار چھُ کردار گران تہٕ ورتاوان۔ دوم ییلہِ ڈایریکٹر یم کردار ادا کارن منٛز بأگران چھُ یتھ ( casting) چھِ ونان تہٕ سوم ییلہِ ادا کار یہ کردار چھُ ادا کران۔ ڈراما کارس پزُن شروعاتسے منٛز پنٕنی خاص کردار لوٚکن متعارف کرِنی۔ مگر یہند تعارف گژھِ بالکل نیچرل باسُن۔ بہتر چھُ روزان ہرگاہ کردار فزیکلی متعارف سپدنہٕ بروٗنہہ سہٕ تذکرس منٛز متعارف سپدِ۔ تمہِ سعتی چھُ سہٕ کردار زیادٕ شدت سان پیش سپدان۔ یاں زِ ہرگاہ گھرُک

خاندار گھرِ نیبر زیادٕ مصروف چھُ روزان، گوڈنیک سین کرو شُرین پیٹھ یم کھٔرل چھ کران تہٕ موج چھکھ تنبیہ کران ۔ 'یی نومول۔ ازتارٕ ناو وفکرِ کٔہ چھُ گز'۔ اکھ بچہٕ چھُ یکدم جواب دوان۔ 'سہٕ چھُ اجہِ رأ ژیوان۔ أسی چھِ آسان شوٗنگی ٕتی'۔ یا اگر ہش چھَ بدکھاہ۔ أسی کرونوشہِ ہُند سین یتھ منز بچن پیالہٕ پھٕٹر وٗ۔ موج چھَ أمس بچس ونان۔ 'وٕں کہو کرٕ۔ وٕں کسوٗ جواب دمہٕ چانہِ دادی۔ سو ہا کڈیم أڈٕ أڈٕ'۔ یتھ کٔنی چھُ وچھن وول گوڈے توقع تھاوان زِ یہ کردار کیُتھ رویہٕ کرِ۔ نتہٕ ییلہِ ہش تارف ہے منز پیالہٕ وچھِ پھُٹمُت تہٕ یا شاہ گٔرتھ لایہِ نوشہِ تھاپر۔ ڈراماوچھن وأ لس باسہِ یہ غأر نیچرل کردار۔

## تکنیک

ڈرامہچ تکنیک یہِ تیلے زیرِ بحث ییلہِ گوڈٕ میڈیم مقرر یہ کرنہٕ۔ تہِ کیازِ سٹیج ریڈیوٕ تہٕ ٹیلی وجن چھِ ترٚیہ مختلف میڈیم تہٕ تریشوٕنی چھَ سکرپٹ لیکھنٕچ بیوٗن بیوٗن تکنیک۔ میڈیمک انتخاب چھُ کینژہاہ پلاٹ کس ضمنس منز وضح کرنہٕ آمُت۔ کینژہاہ کرو برونٔہہ گُن مختلف میڈیمن ہندس ویستارس منز۔ یمس یمہِ میڈٕچ تکنیک جان پأٹھی پلہٕ پیٚیہِ، تمس باسہِ تتھی میڈیمس منز لیکھُن سہل۔ البتہٕ یہِ کتھ چھَ خاص گٔرتھ لیکھن وأ لس ذہین نشین کرٕنی زِ تریشوٕنی میڈیمن ہُند ڈراما چھَ اکھ جماتھ کران۔ یتھ ٹیم ورک چھِ ونان۔ یہِ چھُنہٕ یُس افسانہٕ نگار چھُ لیکھان تہٕ کأنسہِ بوزٕ ناوان۔ نہَ چھِ یہ کأنسہِ شأعرٕ سنز غزل۔ ڈرامہہٕ کس مالس منز یوٗت لیکھن وول اہم چھُ تیوٗتے اہم چھُ کرن وول۔ تہٕ تیوٗتے اہم چھُ اداکار۔ یمو علاوٕ تہٕ چھِ کینہہ فنکار تہٕ ٹیکنشن ڈرامہس سعتی وابستہٕ۔ تہُند رول تہِ ہیکونہٕ أسی مٔشرأوتھ۔ یہِ ٹیم ورک چھَ گُنہِ ساتہٕ سودمنز ثابت سپدان ییلہِ أکی سنزِ غلطی بیا کھ وٗرُن چھُ کران۔ مگر بازے چھُ اکھ سوٗم ژٹان، ساس چھُ کولہِ گژھان۔

# سٹیج ڈراما

سٹیج چھُ اکھ مُنفرد میڈیم یُس أزی کس وقتس منز ریڈیو تہٕ ٹیلی وجن میڈیم نشہِ رژھ رژھ دۄ رانے چھُ۔ یہِ چھُ سہ پلیٹ فارم یتھ اظہارِ چ پریتھ رنگہٕ آزادی مویسر چھَ۔ یہِ چھُنہٕ کُنہِ سرکأری منصوبس یا پالسی پیٹھ۔ لہذا اچھِ آزاد خیال لۄکھ شوقہٕ سان سٹیج ڈراماو چھنہِ یہِ ومید ہیتھ یوان زِ اتہِ وتھِ میأنی کتھ۔ اتہِ ییہِ سمأجی، اقتصأدی تہٕ سیأسی بدحألی پیٹھ بیہ خوف طنز کرنہٕ۔ اتہِ ییہِ تمن مسلن دل دنہٕ یم ونیُکتام دلن اندر رہٕند رٕمتی چھِ۔ اوٕ کنی چھِ یم لۄکھ بازے ٹکٹہٕ تہٕ مٔلی ہیوان تہٕ شُری بأژ ہیتھ تھیٹر اژان۔ پیٹھ رۄ دی نہٕ کٲشیرِ منز سنیماتہِ۔ امہِ سعتی تہِ ہُرے یہِ تھیٹرن ہنز افأدیت۔ لہذا اچھُ سٹیج ڈراما پریتھ فنکار ہٕندِ باپتھ اکھ چلینج۔ تہٕ پوٚنتہٕ فنکار چھِ عموماً یہأے میڈیم پسند کران۔

سنہٕ ۱۹۵۸ عیسوی تام أس نہٕ کٲشیرِ منز ڈراما گندنہٕ خاطرٕ کانہہ مخصوص جائے۔ دھارمک لیلایہِ آسہٕ مندرن منز گیونہٕ یا گندنہٕ یوان۔ مألن تہٕ بڈین دوہن پیٹھ أسی بھانڈ کُنہِ تہِ جایہِ جشن لاگان تہٕ بھانڈ پأتھر گندان۔ بھانڈ پأتھرن ہُند ریواج چھُ کشیرِ منز پندأہی مہ صدی برونہہ تہٕ اوسمُت۔ بھانڈن ہنز ذکر چھَ شیخہٕ شرُکین منز تہِ میلان تہٕ راج ترنگی منز چھَ بھانڈ پأتھرن ہنز کھلہٕ ڈلہ وکھنے کرنہٕ آمژ۔ والٹر لارنس صأبن تہِ چھِ یمن بھانڈ جشنن متلق چشم دید واقعات قلم بند گری متی۔ سہ چھُ لیکھان زِ بھانڈہٕ پأتھر چھِ ییٚتہِ چہٕ سمأجی تہٕ سیأسی حالاتن ہنز صحی عکأسی کران۔ یمن ڈرامہن اوس نہٕ

سکرپٹ لیکھنہٕ یوان۔ بلکہ چھِ یم پرانہِ وقتہٕ پیٹھ پے در پے سینہٕ بہٕ سینہ پکان آمتی۔ کشیرِ منز چھُ گوڈنیک سکرپٹ ۱۹۲۹ عیسوی یس نندٕ لالٕ کولن لیوٗکھمُت۔ اتھ اوس ناوٗ 'ستیہ کہوٗٹ'۔ یہِ اوس راجہ ہرش چندرٕ نہِ دوکھ لدٕ زندگی تہٕ تمی سنزِ ستی ورتا آشنہِ ہندس ایثارس پیٹھ لیکھنہٕ آمُت اکھ دھارمک ڈراما یُس تمہِ وقتہٕ مندرن منز گندنہٕ آوٗ تہٕ وچھن والیو کوٗر سیٹھاہ پسند۔ امہِ پتہِ لیوٗکھ محی الدین حاجنین 'گریسی سُند گھر'۔ یوٗ دوے یہِ گوڈنیک تخلیقی ڈراما گنزرنہٕ چھُ یوان۔ تاہم اوسنہٕ یہِ سٹیجس پیٹھ گندُن لایکھ تہِ کیازِ اتھ منز چھِ لوٗکٹ لوکٹ سین یم وٗلی وٗلی چھِ بدلان۔ امہِ ساتہٕ چھُنہٕ ڈراما کارس سیٹ لدٕ نُک تہٕ لوہراوُنک اندازے اوسمُت۔ وُن ییلہِ ۲۰۱۷ عیسوی منز سیٹ لدٕ نُک تہٕ لوٗہراوُنک سلسلے اوسُکھ ووٗتمُت، ڈرامہک ہیدایتھ کار ہیوٗک سٹیجس کھستھ دروکہٕ دتھ 'نقاد آسی ونان یہِ ڈراما یہِ نہٕ گندنہٕ۔ وُن کتھٕ کٔنی آوٗ گندنہٕ'۔

موخصر چھَ کاشرِ ڈرامچ ہسٹری اتے پیٹھٕ شروع گژھان۔ یتھ دوٗیم میلہٕ کٔنی دینا ناتھ نادم صابن 'بومبر ایمبرزل' اوپیرا سعتی ترٲو۔

سنہٕ ۱۹۵۸ عیسوی آوٗ شہرِ سرینگرس منز ٹیگور ہال تعمیر کرنہٕ۔ یہِ اوس کاشرِ ڈرامہکہِ ارتقاہُک اکھ سونہری پڑاو۔ اتھ ہالس منز آسہٕ ڈراما گندنہٕ باپتھ جدید سہولیژ یمن ہُندنہٕ اوٗ تانی کانہہ تصور تہِ ہیکہِ ہے کٔرتھ۔ لایٹ اینڈ ساونڈ ٹیکنالجی سعتی ہیکی ڈراما ساز مختلف تاثرات پٲدٕ کٔرتھ۔ سایکلو رومس پیٹھ مختلف رنگن ہند گاش تراونہٕ سعتی گوڈ ہک تہٕ راتٕ ژہُند، مختلف موسمن ہُند، سمندرُک تہٕ ریگستانک تاثر پٲدٕ کرُن سہل تہٕ مناسب موسیقی ہندِ دستہٕ آوٗ گگراین ہُند، واوٕ طوفانک تہٕ جنگُک تاثر پٲدٕ کرنہٕ۔ اتھی سعتی ییلہِ وچھن والین لوٗکھ بیہناوُنک معقول انتظام آوٗ کرنہٕ، تھیٹرن رٕٹ ترقی یافتہٕ صورتھ۔

اتھ فنس کُن آیہِ زیادٕ زیادٕ لۆکھ تہٕ جایہِ جایہِ گییہٕ نۆوی تھیٹر گروپ گیہٕ منظّم۔ ٹیگور ہالس ستی آیہِ تحصیل مرکزن منزٕ تہٕ ٹاون ہال بناوںہٕ تہٕ کُل کٲشیر منزٕ گیہٕ تھیٹر چ وسہٕ دروس شروع۔ نۆوی ڈراما لیکھن وٲلی درایہِ نٔنی۔ تھیٹر سازو ہیٔت وِں اتھ ٹیکنالجی لرِ لور پکنہٕ باپتھ پنہٕ نیور یوایتو منزٕ نیرتھ نۆوی تجربہٕ کرٕنی تہٕ نوِ فارمہٕ بدِ کڈنہِ۔ تہٕ اَکس تھیٹر تحریکہٕ ژاوٕ زٕ یوسہٕ ۱۹۶۵ عیسوی تام بالیغ سپز۔ سارِوے بروٗنہہ کُر قلمکارو پنہٕ نہِ فکری آزادی ہنز سبیل تہٕ موضوعاتی ڈراما لیکھنُک سلسلہٕ گو شروع۔ تھیٹر آف دَ ایبسرڈ (Theater of the absurd) ناوس پیٹھ نیہِ تھیٹر سازو سیٹ لدنچ لۆہرا ونچ ہو دہٕرے کاٗستھ۔ گوڈٕ گوڈ کرے یکھ علامتی سیٹ استادٕ۔ پتہٕ تھاٗو کھتم تہِ تُکی تھے۔ ریوایتی بھانڈٕ پاٗتھر آوٕ نۆس پیمانس پیٹھ لیکھنہٕ۔ یہِ فارم آیہِ ہمعصر ڈرامہن اندرو ییر اونچ کوشش کرنہٕ۔ بھانڈوے منزٕ دراوٕ اکھ پاٗتھر ساز محمد سبحان بھگت تیمی نوِ طرزٕ کی پإتھر لیکھی۔ موتی لال کیمو تہٕ رۆد اَتھی بھانڈٕ پاٗتھر فارمہِ منز ڈراما لیکھان۔ سجود سیلانی ین تہٕ چھ وارےہن ڈرامہن منز یہِ فارم ورتاٗوِمژ۔ مصنفن تہِ چھُ امہِ قسمُک اکھ ڈراما کتابِ منز شاٗمل کۆرمُت۔

موضوعاٗتی ڈرامہن اندر مختلف فکری تاثُر وتلاوںہٕ خاٗطرٕ آیہِ لمبو (limbo) تکنیک ورتاونہٕ۔ یتھ منز مناسب سلایڈ وستی منظر بندی چھ کرنہٕ یوان۔ اتھ سلسلس منز چھِ سجود سیلانی صاٗبن وارِیاہ اثر دار تجربہٕ کرِٕ متی۔ اَمی سُند ڈراما 'کُج راتھ' آیوٕ اَتھی منظر کشی منز سپارٹ لاٗیٹن تل گندنہٕ۔ غرض سنہٕ شیٹھِ پیٹھٕ پانژ شیٹس تام رۆد کٲشرِ ہُند ڈراما نۆی نۆی پڑاو سرِ کران تہٕ بروٗنہہ بروٗنہہ پکان۔ امہِ ساتہٕ اوس ہندوستانس منز صفدر ہاشمی ہیتھ یہِ ڈیپز تہٕ نوٹہِ کین نٹین کھۆتمُت۔ اَمی سنزِ اتھ تھیٹر فارمہِ کرٕہن street play کاٗشری تھیٹر سازو لولہٕ متہٕ لاٗیے۔ اما کٲشیر اَس پانہٕ آلین ژاہرِ۔ الہٕ پلہٕ وُہن وٕرین رۆد

کشیرِ ہُند کلہم کلچر نیتہ سوتھ۔

وہِن وُرین ہنزِ نیتہٕ سوتی پتہٕ ییلہِ کأشرِس کلچرس وارٕ وارٕ ہیس ہیوپھیور، تھیٹر گروپ لگی پنٕنی ممبرٕ ژھانڈنہِ۔ أتھی منز باسیوز نتہٕ أکس نوِ قسمہٕ کِس تھیٹرس اوس أندری أندری پھاہ لۄگمُت۔ یہِ اوس فزیکل تھیٹر یتھ پیٹھ ابل وُنے محمد امین بٹ لۄگ زور ازماونہِ۔ یۄدوے یہِ فارم بھارت ناٹیم چی ژھائے چھَ، تاہم ہیکہِ ہایہِ جدید رقص آمیزش ہیتھ اظہارٕچ نۄتہٕ اثر دار فارماہش بٔنتھ۔ مگر ظأہِریااوس نہٕ امین صأب اتھ منز اظہارُک موقول آمد ورفت قأیم کٔرتھ۔ توے کٔر یہِ تمی سندیو ہمعصر دوستو ناپسند۔ خاص کٔرتھ وُژھ نہٕ داداصأبس ملہٕ مونجے ہٹہِ۔ سجود صأبن تہِ وۄن یہِ چھَ بہترین فارم ہرگاہ اتھ منز ژھٔرٕ ے ورزش ییہِ نہٕ درأنٹھی۔ البتہٕ میہ چھُ سکھ شوق اتھ فارمہِ منز تھیٹر کرٕنُک۔

موخصر رۄدنہٕ سٹیج ڈراما سٹیج ہے تام محدۄد۔ Street Play تہٕ فزیکل تھیٹرن ڈأج اتھ شکلے۔ یہِ بنیو وٕں کُلہم پأٹھی تھیٹرٕیُس تھیٹر ہاوسن اندر تہِ چھُ گندنہٕ یوان تہٕ سرِ عام وتن پیٹھ تہِ۔ تھیٹر بنیو اکھ مشن۔ وٕں چھنہٕ اتھ چھرا رومانٹک دلیلن تہٕ تاریخی داستانن ہنزٕ ے یأژ ضرورتھ۔ وٕں چھَ ضرورتھ تمن پلاٹن ہنز یمن منز لکہٕ ہندین موجودٕ دولابن دَل ییہِ دنہٕ۔ یمن منز موجودٕ مسائل ین ابساونہٕ۔ یم حکومتھ کین ایوانن تام لُکن ہنز کتھ واتہٕ ناون۔ سماجس بیدار کرن۔ سٹیجس پیٹھ نہَ چھَ وٕنی سیٹن ہنز ضرورتھ نہَ کاسٹیومچ۔ وٕن چھنہٕ سیٹ گھروٹھ تہِ بکار۔ وٕں گژھہِ صرف عوأمی دلچسپی ہُند موضوع ہیتھ لوکن ویہٕ وُن پلاٹ آسُن۔ پتہٕ سہٕ سٹیجس پیٹھ گندویا وتہِ پیٹھ۔ غرض أزیُک سٹیج ڈراما ہیوٚتُن وٕں ہیٚہ پرأنس بھانڈٕ پأتھرس لرِ لۄر پکُن۔ تمے اندازٕ تمے

سمأجی تہٕ سیاسی مسلہٕ ہیتھ۔ وٕں گو موضوع بدلے یہِ تہٕ مسلہٕ تہِ۔ لہذا چھُ وٕں تمے انمانہٕ سونچُن۔

کتابہِ ہندس یتھ حصس منز چھِ تریہ سٹیج ڈراما چھاپنہٕ آمتی۔ تریشونٕی چھَ فارمہٕ تہِ بیوٗن تہٕ پس منظر تہِ۔ لہذا چھَ تریشونٕی افاَدیت تہِ بیوٗن تہٕ مناسبت تہِ۔ گوڈنیک ڈراما 'بجہِ بونہِ ہُند سادھ' لیوکھ میہ سنہٕ ارشیتس منز ریڈیو خاطرٕ۔ ۱۹۸۹ عیسوی دتٕکھ اتھ آل انڈیا ریڈیووُک گوڈنیک ینامہٕ۔ مگر ییلہِ یہِ ریڈیو کشمیر پیٹھٕ نشر سپُد، میہ باسیوو یہِ آسہِ نہٕ کأنسہِ پسند آمُت۔ تہِ کیازِ میہ ییلہِ نہٕ پانس پسند آو، بیہ یس کیاہ ییہِ ہے۔ تہِ کیازِ نہَ اوس امیک پلاٹ عامس لایکھ، نہَ اوس پروڈیوسرس سمجھ آمُت، نہَ اداکارن۔ پتہٕ سونچ میہ سرلہٕ پأٹھی اتھ پلاٹس نوِ سرٕ۔ یہِ اوس اوٚ تانی مذہبی فلسفس پیٹھ اکھ موضوعاتی پلاٹ۔ اتھ ووٹ میہ ٹھولہِ اکھ واقعاتی ٹریک تہٕ سعتی کوٗرمس کینژن کردارن ہُند اضافہٕ۔ بطورِ سٹیج ڈراما آو میہ سیٹھاہ پسند۔ ومید چھم توہہِ تہِ ییہِ۔ 'شیہلُن' چھُ نوٚو ڈرامایمیک ایڈیا اکوہی مہِ صدی ہندس دوٚیمس ڈٕہلس منز عصمت دری ہنزو مسلسل خبرو دیُت۔ یہِ ڈراما گندنہٕ باپتھ چھُنہٕ کانہہ سیٹ درکار۔ وٕں گو کردار متعارف کرنہٕ خاطرٕ چھِ کینہہ موختصر کاسٹیوم استعمال کرنہٕ آمتی۔ کشیرِ منز چھَ یہأے ونکیس جدید تھیٹر فارم۔ 'سرکأری پأتھر' چھُ بانڈٕ پأتھر طرزس پیٹھ اکھ تازٕ واقعأتی ڈراما۔



# بُجہِ بوٗنہِ ہُند سادھ

(دوٗن ایکٹن ہُند سٹیج ڈرامہ)

کردار :-

۱۔ سدارتھ ----۔ اکھ جوان بودھ بھکشو۔

۲۔ کلاکار ----۔ اکھ مردیُس پنہٕ نہِ حُلیہٕ تہٕ پوٗشاکہٕ کِنۍ فن تہٕ ادبُک اعلیٰ ترجمان چھُ باسان۔

۳۔ بل ویر ---۔ مہاراجہ اشوک ہیوٗ بہودُر جنگ بازیُس أخرس آدم ۂتیا کرنس پیٹھ پشیمان چھُ سپدان۔

۴۔ مایا ----۔ اکھ جوان لٔڑکی یوٚس ہیرِ مین تریشوٗنی کردارن تھنز پٔنٕنۍ مایا بٔنِتھ چھےٚ برونہہ کُن یوان۔ یہاۓ چھےٚ ماریاتہِ۔ تہٕ یہاۓ چھےٚ مونالیزاتہِ أمِ سُند پرٕتھ کردار چھُ پنہٕ نہِ پوٗشاکہٕ سِتۍ بیوٗن نیران۔

۵۔ وشوامتر ---۔ بیاکھ بودھ بھکشو۔

۶۔ سدھو ----۔ اکھ بودھ بالک۔ سدارتھ سُند لوکچار۔

۷۔ مایا ۱ ----۔ اکھ بودھ کورِہن یوٚسہٕ سدارتھ سنزِ مایایہِ ہُند لوکچار چھےٚ دَرشاوان۔

۸۔ پروہت ـــــ۔ سارِ دنیہک عالم۔ یُس پریتھ دینی تہٕ دنیاوی علم چھُ زانان۔

۹۔ راکھٕ ـــــ۔ اکہِ رکھِ ہُند جوان تہٕ مُشیُل راکھٕ۔ دھرمہٕ کِنی بٹہٕ۔

۱۰۔ بڑٕ ـــــ۔ راکھٕ سُند بُڈی بب۔ ریشیات زانن وول کاشُر بٹہٕ۔

۱۱۔ پنڈت ـــــ۔ انگریز ریذیڈنٹ سُند خاص بٹہٕ منش۔

۱۲۔ اندر ـــــ۔ پنڈت سُند لندنہٕ پوٗرمُت نیچو۔

## گوڈنیک ایکٹ

### سین۔ ۱

(پردٕ چھُ وتھان تہٕ سٹیج چھُ باسان ژھوٗرُے۔ منز بھاگ چھَ کُنیاہ اکھ الہِ پلہٕ فٹہٕ جوراہ لیپیچ۔ یتھ انسان کرسی ہنز کام ہیکہِ ہیتھ۔ اسمانس پیٹھ چھُ نیک نیک گاش۔ تہٕ پوٗت منظرس منز چھِ باسان کینہہ بھکشوٗ بودھ منتر 'بدھم شرنم گچھامی ـــ سنگھم شرنم گچھامی ـــ بھرمم شرنم گچھامی' پران زنتہٕ کیاہ تام کنہِ یوان۔ یہنزِ آوازِ تلہٕ چھُ باسان یم وأتی نزدیکھ تہٕ پتہٕ درایہِ بیہِ کیاہ تام۔ یہنزٕ ژھایہٕ چھَ سائیکلوروم کہِ پردٕ پتی کنہِ درأنٹھی توان۔ یمن منترن ہُند تاثُر یانی سوٗتُن چھُ ہیوان تانی چھُ سٹیج چہِ پتہٕ مہِ ونگہِ کنہِ اکھ بھکشو ظاہر گژھان تہٕ وارٕ وارٕ ڈراما وچھن والین کُن پکان۔ اتھس منز چھُس بونہِ ہنز لُنڈ اہ اکھ ڈکھوٕنی۔ کھور چھُنہٕ ہیکان وارٕ پتھرترأوتھ۔ تہٕ کیازِ جنگلو منزی پکان چھُس تلہٕ پتین گنڈی سنیمتی۔ یہِ چھُ تھوٗ کمُت ہیوٗ کمن تام گوتن گومُت کنہِ پلس پیٹھ بہان تہٕ تلہٕ

پتین ئنڈی کڈان۔ یہ چھُ کیاہ تام سونچان وُنہِ تلہٕ پتین ئنڈی کڈان تہٕ یوٗت کال چھُ أمی سُند اکھ سأتھی بھکشوٗ أمس ژھانڈان ژھانڈان اوٗت تہٕ واتان۔)

وشوامتر :۔ اِد زبرہے گو۔ ژ پانہٕ یپأری دربدر۔ بہٕ آس ئلی ژ یہ ژھانڈان سأری سہٕ جنگلس ژٔنڈ کڈٕتھ۔

سدارتھ :۔ کیازِ۔ میہ کمہِ باپتھ اوسُکھ ژھانڈان ؟

وشوامتر :۔ گام گُن وسونہَ ؟

سدارتھ :۔ گام وٗستھ کیاہ کرو ؟

وشوامتر :۔ یہ پتھ گُن کران آیہِ۔ گھرِ پتہٕ گھرِ انو بھکشا سومبرأوتھ۔ تہٕ کنہِ جایہ بہمو نارزٲلتھ۔ راتھ ہرگاہ یپأری گزارو۔ اِد ہیکو نکہِ نکہِ گاشہِ برونہہ گُن نیرتھ۔

سدارتھ :۔ برونہہ گُن کوٗت ؟

وشوامتر :۔ برونہہ گُن وچھو کوٗت لگو۔

سدارتھ :۔ پتہٕ ۔۔۔۔ پتہٕ کوٗت چھُ اسہِ واتُن ؟

وشوامتر :۔ کوٗت چھُ واتُن ؟۔۔۔ یہ کیتھ سوالاہ پرِژھُتھ ژ یہ ؟

سدارتھ :۔ وشوامتر۔ ژ یہ چھُے نہَ باسان أسی چھِ ئلی ہٹرِ ہٹرِ پھیرتھ پٔن وکھ ظایہٕ کران۔ نہ چھَ اسہِ خبر أسی کتہِ آیہِ۔ نہ چھَ خبر گژھُن کوٗت چھُ۔ ونی ہے أسی لتن ہُند ماذوتن چھِ متھان تہٕ کیازِ۔

وشوامتر :۔ تیلہِ چھُیہٕ ژ یہ باسان یم امہِ وتہِ درایہٕ تمو کوٗرنہٕ حاصِلے کینہہ۔ تمو کوٗر سہ نشٹ۔ تمو کرُوٕمر چھیمی ؟

سدارتھ :۔ (نرمی سان) اسہِ گوہٕ ت کال گویمن ونن تہٕ ہُنٛز رانن منز کھورننہٕ وورے
پکان۔ گنڈی دِپھ مانڈان۔ کأتیاہ گنڈی سنے یہِ یمن تلہٕ پتین۔ کتھ تاپہٕ
کرایہِ زول پان۔ کأژاہ رأژ گذارِ فاقے۔ ژے ون حأصل کیاہ آوٕ ؟
وشوامتر :۔ پانس یہٕ ت ازاہ واتہِ تیوت لوتن پران۔ پاٹھ شالس منز چھُ آمُت لِی وننہٕ
سدارتھ :۔ ژ یہ تہِ ہے ونِکھ تام پیٚتی ازاہ تُلتھ۔ ژ یہ لوتے یہِ پران ؟
وشوامتر :۔ سدارتھ۔ میہ چھُ باسان ژٕ چھکھ وتہِ ڈٲلُمت۔
سدارتھ :۔ نتہٕ کوس سیٚز وتھ رچ اسہِ۔ اسہِ نَے سیٚز وتھ کأنسہِ ہأوِ ے زانہہ۔
وشوامتر :۔ تأجب چھُ۔ یہ چھکھٕ ژٕ ونان۔ سانہِ پاٹھ شالایہِ منزٕ درامُت بوٚڈ
گیأنی۔ تیمی وُہن وٚرین انسأنی دھرمن ہُند انیکھ گیان پراپت کٔرتھ شأنتی
ہنزٕ نٔو وتھ بدِ کڈٕ۔ یُس سون وتہٕ ہاوُک بنٛتھ اسہِ برونہہ برونہہ دراوٕ۔ تہٕ أسی
واتہٕ نأوِن۔ یتھ مقامس۔ سُے یِیلہِ یژھ کتھ کرِ۔ تیلہِ اوسا وُہن وٚرین
ہُند سہٕ گیان۔ سہٕ تپ تہٕ یوگ سورُے اپزٕ۔؟
سدارتھ :۔ سہٕ گیان چھُ ازتہِ میہ سعتی میانہِ وتہٕ گاشراوان۔ سُے گیان چھُ نہٕ
میہ وٕنی برونہہ پکہٕ نچ أ گیاہ دوان۔
وشوامتر :۔ ژ یہ چھُے ظأہر یاہ مایایہِ ہُند آلوگومُت کنن۔
سدارتھ :۔ مایایہِ ہندی آلوٲسی میہ دوہے کنن گرشھان۔
وشوامتر :۔ تیلہِ کیاہ چھُے کرُن ؟
سدارتھ :۔ وشرام۔

وشوامتر :۔ یوٗت چھکھ ژٕ شرین تھکر ومُت ؟

سدارتھ :۔ انہِ گٹس منز پھیری پھیری تھوٗ گس ۔ وٕنی ژھارٕ بہٕ پیٚتی تھےٚ پٔنُن گاش۔۔۔

(سدارتھ چھُ بونہِ ہنز لٔنڈ کنہِ پلس پٔتی کنی رُوٗنی ہیوان)۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔

پیٚتھی بنواسس منز بساوِ بہٕ پٔنُن سمسار۔

وشوامتر :۔ کوتاہ ساد چھُکھ ۔ بونہِ ہنز یہ لٔنڈ کردیی ژ یہ شہُل تہٕ ژٕ بساوکھ اتھ تل پٔنُن سمسار ؟

سدارتھ :۔ پوٗز تہِ چھم نہٕ خبر کردیہِ شہُل ۔ امادیہِ کنہِ دوہہ ۔ آسیم نصیب تہٕ چھاوس۔ نَے تہٕ میہ پتہٕ چھاویس کانہہ۔

وشوامتر :۔ موخصر چھُکھ ژٕ باولہٕ گومُت ۔ ژٕ انکھ میہ تہِ مژر ۔ بہٕ دراسے ۔۔۔

(وشوامتر چھُ تپاری نیران یپاری آیو۔ سدارتھ چھُ بونہِ ہنز لٔنڈ کنہِ پلس پٔتی کنی رُوتھ کنہِ پل ڈوٗ کھ دتھ بہان ۔ أمس چھےٚ نندر پیوان ۔ تہٕ وارٕ وارٕ چھُ گاش ژھوکان ۔ وُنہِ چھُ انہِ گوٗٹ گژھٕ نے تہٕ دٔ چھنہِ ونگہِ کنی چھُ سفید لباس لاگتھ تہٕ زیوٗٹھ سفید ریش گرتھ بزرگاہ اژان اتھس منز پرانہِ قسمُک لالٹین ہیتھ ۔ یہ چھُ نندرِ پیمتس بھکشووس غورٕ سان وچھان ۔ پتہٕ چھُ بونہِ ماوِ ہندس انگس لالٹین الووندرٔ اوتھ واپس نیران ۔ انہِ گوٗٹ چھُ گژھان تہٕ لالٹینک گاش چھُ اکھ سپاٹ لائٹ بنان ۔ دوٗرِ چھےٚ أکس کم سن لڑکی ہندی آلو گژھان ۔ تہٕ وارٕ وارٕ چھُ سٹیجک بروٗنٹھم حصہٕ روشن گژھان ۔ کم سن لڑکی ہندی آلو چھےٚ نزدیکھ ہیوان گژھٕ ھنی تہٕ سائکلو رومہٕ بروٗنٹھی کنی چھےٚ چمی یوان

پنہٕ نس بأ جس ژھانڈان ۔)

چمی :۔ سدھو۔۔۔سدھو۔۔۔ ژٕ کوتو گوکھ ۔۔بہٕ ہا چھَس یتھ وأ نا کھونس منز کنی زٔنی کھوژان ۔۔۔سدھو۔۔کتیو چھُکھ ۔۔۔سدھو

(أمس چھُ کھورس کوٗنڈا ژان ۔ یہ چھَ وِزِ نچ کریکھ دوان تہٕ کوٗنڈ کڈٕنچ کوشش کران ۔ امے ساتہٕ چھُ أمی سنزے وأنسہِ بودھ لَڑکہٕ ظاہر گژھان تہٕ اسان اسان أمس کوٗنڈ کڈان)

سدھو :۔ کأژاہ مُژ چھکھ ۔کأژاہ ڈامبل ۔

چمی :۔ بہٕ چھسہٕ ڈامبل ۔ چون مطلب چھا بہٕ چھَس ڈامب کران ۔ ؟

سدھو :۔ تلہٕ بی تیلہِ ہاو تم کتیتھ چھُے کوٗنڈ ژامُت ۔؟

چمی :۔ ژیہ کیا زِ ہاوے ۔ یا گومیہ تگہِ نہٕ کڈُن ۔

سدھو :۔ اتہٕ ییلہِ نہٕ کوٗنڈ چھُیی ۔ ژٕ کیاہ کڈ کھ ۔ تو ہہِ بودھ پکن چھوتگان نہقے ڈامب لاگُن ۔

چمی :۔ توتہِ ما چھَس گنیا یہِ ہندین لامہٕ کٹین ہندی پأٹھی بیہ آر ۔ پھند گرتھ واتہٕ نأوتھس یتھ ہُنٕز رانس منز ۔ تہٕ یوٗت واتہٕ نأوتھ روٗ دہم ژھیف دتھ ۔ یہ سونچتھ نہٕ میہ ما گژھ ہِ پھر یٹھ کنے زنہِ ۔

سدھو :۔ نائے تہٕ بہٕ کتہٕ اوسُس ژھیف دتھ ۔ بہٕ ہے پیٹھ تھے اوسُس ۔

چمی :۔ تیلہِ کیا زِ اوسُکھ نہٕ بروٗنٹھ کُن یوان ؟

سدھو :۔ بہٕ اوسُس وچھان ژٕ کیاہ کرکھ ییلہِ بہٕ یژی پأٹھی ژھیف دمے ۔

چمی :۔ کیاز ؟۔ ژِ کیازِ دکھ ژھیف ؟

سدھو :۔ونان اوس سے نہ َ میہ چھُے سیٹھاہ دوٗ رسفرس گژھُن ۔ہُمن کوہ تینتالین اپور

چمی :۔ کرُن کیاہ چھُے یمن کوہ تینتالین اپورٔ ترتھ ؟

سدھو :۔ دپان یمن کوہ ہہ تینتالین اپارِ چھِ َ ریش وأراہ اکھ۔تتھ چھِ ونان کشیر ۔تور چھِ طرفاتو پیٹھٕ ریشی تہٕ سادھ یوان تہٕ نروان پراپت کران ۔دپان تِتی چھُ گیا نُک آگُر۔

سدھو :۔ ژٕ ہے مائی ماجہِ گنپایہِ چھُکھ دیُت مُت ۔ژ یہ کیاہ چھُے کرُن تور گژھتھ۔

سدھو :۔ میہ چھُ سرٕ کرُن سری کتہِ چھُ یوان ۔زون کوٗت چھَ گژھان ۔میہ چھُ سمسارُک گیان پراپت کرُن ۔یمہِ کاریُک کارن ژھارُن۔

چمی :۔ گنپایہِ ہندی زِٹھی لامہٕ کتہِ تراوِ نے ژ یہ ؟

سدھو :۔ تمن لگہِ نہٕ پے یی بیلہِ بہٕ نیرٕ ۔ بہٕ تھاوِ نہٕ کأنسے خبریوٗ تام اپور ترٕ۔

چمی :۔ گوژٕ پھِٹر اوکھ گنپایہِ ہُند اصول۔ژ یہ مالگی پاپ ؟

سدھو :۔ نتہٕ کم اصول چھکھ ژٕ پالان۔ژٕ تہِ ہے گنپایہِ ہنز خزمتھ گار چھکھ ۔ژ یہ شوبِہ پریم کرُن ؟

چمی :۔ ہے کیاہ گوم۔میہ کر کوٗر پریم

سدھو :۔ میہ سعتی چھکھ نہ َ کران ۔اگر نہٕ کران چھکھ ،تیلہِ کیاہ چھکھ گنپایہِ نیبر میہ سعتی کران یتھ جنگلس منز؟

چمی :۔ یوٗت أنی تھس بہٕ ژے۔

سدھو :۔ گو یہ پاپ تہِ کھۄت میے ؟

چومو :۔ اِد کیاہ۔ یہ پاپ تہِ کھۄتے ژے۔ مہابدھ چھُے سأٔلم وچھان۔

سدھو :۔ وچھان چھُ تہٕ وچھی تن۔ میہ ما چھُ منس منز کھوچر۔ تُمس چھَ خبر۔ تُمس چھَ یہ تہِ خبر زِ ییلہِ بہٕ سورے تیاگ دِتھ تُمی سنزِ وتہِ نیرِ۔ پۄت نظر تہٕ دمہٕ نہٕ زانہہ۔

چومو :۔ میون تہِ پھیری نہَ زانہہ ؟

سدھو :۔ تیلہِ کتھ وۄنگھ تیاگ؟ ۔ ژ یہ چھے نہَ خبر سدارتھ کتھ کٕنۍ درایو۔

چمی :۔ ہیو بہٕ نا چھسے یشودرا۔ ہیو میہ نا چھُے تُمی سُند یوت بگر۔

سدھو :۔ بگر چھُے کرُن۔ بہٕ ییلہِ سدارتھ بنہٕ۔ ژ یہ تہِ چھُے یشودرابُن۔

چمی :۔ یہ نا چھُے ممکن لاما۔ بہٕ نازرے چون دۄریر

سدھو :۔ چمی ۔۔۔ بہٕ تھاوے وٕنتھ۔ یُتھ نہٕ میہ پتھ ژٕنۍ زندگی برباد کرکھ۔ میہ پرأٔری زینہٕ۔ میہ مُشرأوی زِ۔

چمی :۔ میہ ما گژھِ ژ یہ ورأٔے گنپایہِ منز دم ؟

سدھو :۔ تیلہِ کٔری زِ کأٔنسہِ بودھس ستی وِواہ تہٕ بسأوی زِ گھرِ۔

(چومہٕ چھَ روشان تہٕ نیران۔ سدھو چھُ اُمس کریکھ دِتھ ونان۔)

سدھو :۔ چمی ۔۔۔ میہ نے پرأٔری زینہٕ۔ بہٕ نے یمے واپس۔۔۔۔

(سدھو چھُ تیأری نیران یِیأٔری سدارتھ آیو۔ سٹیجس چھُ صبحُک نیک نیک گاش پیوان تہٕ سدارتھ چھُ ہُشارٕ گژھتھ کاڈھیٕ کڈان۔ یاں زِ سأٔ دروار نندراہ چھس پیمژ۔ اُتھی منز چھَ اُمس لالٹینس پیٹھ نظر پیوان۔ یہ چھُ تھۄد وتھان تہٕ خوشی سان اتھ لالٹینس اندی

أندی کتھ ہی کران۔ یوت کال چھُ بزرگ گرٛھان بێیہِ ظاہر تہٕ دورے ٹھہران۔)

سدارتھ :۔ واریاہِ کالٕی آوٲز گھریک ہیوٗ گاش درأنٛٹھی۔ سرِہُل تہٕ سأ درواز گاش۔

ظأہریا آوٲ اوے مایایہِ ہُند سوٗپُن۔۔۔ گھرِ کس آنگنٕس منز تہِ اوس تیتھے

سوٗت سوٗت گاش آسان ییلہِ گریشمہٕ رأژن وگوہہ وہرأوتھ أسی سأری یکہٕ

وٹہٕ أسی بہان۔ تہٕ مأج أس کمہٕ دلیلہٕ بوزناوان۔ تُمی سنزٕ کنہٕ واجہٕ آسہٕ روٗپہٕ

ژٕندرہشہِ پرزلان۔ بس تہِ اوس ژٕ چھنہِ بتھی لبہِ پیٹھ گونژھہِ تلہٕ کنہٕ کرہُن لگھُن چپن

ٹاکارِ یوان لبنہٕ۔ تہٕ چومی۔ سوٗ مُژ ہیچ چومی أس پننہٕ نہِ دارِ پیٹھ بہتھ میے

آسان مدأئے گنڈتھ۔ (اچانک پننہٕ نہِ کمزوری ہُند احساس گرٛھان)

اوہ۔ میہ ہیوٗتُن بێیہِ دھیان ڈلُن۔ میہ کیا زِ چھےٚ یتھ بنواسس منز تہِ ہنگہٕ منگہٕ

سمسارٕچ کل وٕتلتھ یوان۔۔۔۔

بزرگ :۔ فطرتھ...... سمسارٕچ کل چھےٚ انسانہٕ سنز فطرتھ۔ فطرتس پیٹھ چھُنہٕ کانسہِ

یختیار۔ ژٕ یہ چھُے ظأہریا گھریک پھیران۔

سدارتھ :۔ آ۔ کنہِ کنہِ ساتہٕ چھُ پزے گھرِ پیوان یاد۔ من چھُ کران چھأنی متہِ آچھ

ژوٗ ٹاہ گرٛھہ آسنی۔ زامتس دوٗدس سعتی۔ مگر یمن چیزن چھُ منع کرنہٕ آمُت۔

بزرگ :۔ کائنات کس دسترخانس پیٹھ چھےٚ رنگہٕ رنگہٕ نیامژ شیر تھ۔ ژٕ کتھ کتھ نیامژ

کرکھ انکار۔

سدارتھ :۔ بہٕ چھُس بودھ بھکشو۔ بہٕ چھُس شُری پانے گھربار ترأوتھ مٹھن تہٕ پاٹھ

شالن اندر سادھن تہٕ گوسانین سعتی روٗدمُت۔ میہ چھُ سمسارٕچ کلپنا

کرٕنس تہٕ ٹھاکھ۔

بزرگ :۔ مگر فطرتس کیاہ کرکھ۔ فطرتھ ماچھہٕ چانٕس تختیارس منز۔ فطرتھ وزٕ ناوی سمسارٕچ کل۔

سدارتھ:۔ سمسارٕچ کل چھہٕ موہ مایا۔ بہٕ چھُس موہ مایا ترأوتھ سیٹھاہ دوٗر آمُت۔ تیوٗت دوٗر ریٚشتہٕ پیٹھٕ نہٕ پوٗت پھیرنس کانہہ وتھے چھہٕ۔

بزرگ :۔ انسان أسی تن کوتاہ تہٕ سمسارٕنش دوٗر یومُت۔ یوٗتتھ تام شاہ کھسان وسان چھُس۔ توٗتتھ تام چھُس فطرتھ غالب۔ تہٕ کیازِ کائیناتُک کلھم نظامے چھُ فطرتس پیٹھ ڈٔرتھ۔ اختاب، زوٗن تہٕ زمین چھہٕ پننہٕ پننہٕ محورس منز گردش کران۔ صبحس چھہِ جاناوار بول بوش کران۔ ماچھ تُلرِ چھہٕ پوشن پیٹھ بہان تہٕ رس ژٕٹان۔ ریٚشیہٕ ہُند جکھُن۔ زیوٗن مرُن۔ شہن ہُند کھسُن وسُن۔ یہِ سورُے چھہٕ فطرتھ۔ یوسہٕ نہٕ کأنسہِ ہندس تختیارس منز چھہٕ۔ تہٕ ژٕ کتھ کتھ کرکھ انکار۔

سدارتھ :۔ ژٕ چھُکھٕ سادھو کنہٕ بھکشو ؟

بزرگ :۔ بہٕ چھُس نہٕ یموٗ منزٕ کانہہ۔

سدارتھ :۔ یموٗ منزٕ چھُکھ نہٕ کانہہ۔ تیلہٕ کموٗ منزٕ چھُکھ ؟

بزرگ :۔ بہٕ چھُس تموٗ منزٕ یمو پزھ گٔر۔ یم پزھ چھہٕ کران۔

سدارتھ :۔ ژٕ کتھ پیٹھ چھُکھ پزھ کران ؟

بزرگ :۔ بہٕ چھُس تتھ پیٹھ پزھ کران۔ یہٕ أچھو چھُم تہٕ موٗحسوس کوٗرُم۔

سدارتھ :۔ (اشتیاق سان) ژیہٕ کیاہ وچھُتھ۔ تہٕ کیاہ کوٗرُتھ موٗحسوس ؟

بزرگ :۔ میہ وُ چھ اُچھ پیٹھ اُچھ گرٕ ھان تہٕ سکہٕ بدلان ۔ زمانہٕ بدلان ۔ میہ کوٗر
موٗحسوس زِ وکھ چھُ بوٗ ڈ طاقتھ ۔ یُس اکھ اٗستھ تہٕ پریتھ جایہِ چھُ موجود۔
نہ زاس کانہہ ۔ نہ زیویس کانہہ ۔ یہائے چھُ سہ طاقتھ ییمِ اٗسی ساٗری
گٗنڈتھ چھِ تھاٗوی مِتی ۔

سدارتھ :۔ وکھ ؟ ۔۔۔۔ تأجب چھُ ۔ اتھ بارس منز نے میہ سونچوے زانہہ ۔
یوٗت نزدیکھ اٗستھ تہِ زن آؤنہٕ میہ اتھے ۔

بزرگ :۔ یہ کائینات پاٗدٕ کرن وول تہِ چھُ اسہِ نزدیکھ ۔ مگر اسہِ چھُنہٕ اتھِ یوان ۔

سدارتھ :۔ تیلہِ چھاونیُکھ تام میہ پٔنٕز وُہر چھیٖمی گرٕ مژ ۔ پژودیا، یوٗت گیان اٗستھ
تہِ سنیوس نہٕ بہٕ اتھ موٗمولی کتھِ ۔ کوتاہ موٗرکھ ۔ کوتاہ اگیأنی چھُس بہٕ ۔

بزرگ :۔ دراصل چھُکھ ژٕتھوٗ کمُت ۔ پیٹھٕ چھُکھ فاقہٕ کشی کران ۔ شریر ییلہِ سوتیوٗمُت
آسہِ ۔ عقلہِ ہُند گیان کیاہ کرِ ۔ پریتھ کانہہ چھُ لاعلم بنان ییلہِ نہٕ یِڈ آسہِ
ووتمُت کینہہ ۔۔ (بزرگ چھُ لالٹین تلان واپس تہٕ نیرُن ہیوان)۔
ژٕ پکھ میہ سعتی تہٕ کینہہ کھیہ ۔

(بزرگ چھُ لالٹین ہیتھ نیران ۔ رژھ کھنڈ سونچاہ گرتھ چھ سدارتھ تہِ نیران ۔ اٗتھی سعتی
چھُ گاش ژھوکان ۔ تہٕ سٹیچس چھُ مکمل انہِ گوٗٹ گرٕ ھان)

سین ۔ ۲

(سٹیچس منز بھاگ چھُ سپارٹ لائیٹ دزان ۔ یتھ منز اکھ جوان لڑکی ماریا چھُ اتھس منز
بائیبل ہیتھ استادٕ ۔ یہ چھُ قرار سان پران ۔)

ماریا :۔ So God created man in his own image, in the

image of God he created him; male and female he created them. And God blessed them. And God said to them, "Be fruitful and multiply and fill the earth

(امہِ پتہٕ چھَ یہ لڑکی اعتقاد سان ڈ چھنہٕ اتھ سعتی سپنس پیٹھ کراسُک بناوان۔ کتاب بند کرتھ اتھ میوٹھ کران۔ پتہٕ چھَ کوٹھین پیٹھ بہان تہٕ کینژس کالس منز چھدعا کران۔ أتھی أمی سُند بوائے فرینڈ اندر أمس پتّی کنی ظاہر گژھان۔)

اندر :۔ ماریا۔

ماریا :۔(زن نہٕ بوز أنی)

اندر :۔ آر یو اوکے۔؟

ماریا :۔ نو۔ائے ایم ناٹ

اندر :۔ وٹ از دَ پرابلم ؟

ماریا :۔ (جوابے نہٕ دوان)

اندر :۔ ائے ایم آسکنگ یو ڈیٔر ۔۔۔

ماریا :۔ آسکنگ وٹ ؟

اندر :۔ ائے وانٹ ٹُ نو یُور پروبلم ؟

ماریا :۔ دس از مائے پروبلم۔ دیٹ یو آر آسکنگ آل دَ ٹائم۔ بٹ نیور انڈرسٹینڈ نگ۔۔ائے ایم سِک آف ٹیلنگ یو اگین اینڈ اگین۔۔ ائے ایم فیڈ اپ۔۔(بُتھس اتھ دتھ ودان۔)

اندر :۔ ائے ایم سوری ۔بٹ ائے لو یو

ماریا :۔ نو ۔۔ یوڈونٹ

اندر :۔ ماریا ؟۔ وٹ ازرانگ ودیو

ماریا :۔ پلیز لیومی الون ۔ پلیز

اندر :۔اوکے ۔۔۔ اوکے

(اندر چھُ نٟبَر نیران۔ ماریا چھَ مسلسل بُتھس اتھ دتھ ودان۔ پتٕ سپارٹ لائٹہِ منزٕ نیبر نیران۔ یۄ تام سپارٹ لائٹ چھَ ژھیتہٕ گژھان۔)

سین ۔ ۳

(یۄت کال پرٕد برۄنٹھ کنہٕ سین ۔۲ چھُ سپدان، پرٕد پتٕ کنہٕ چھَ بونہٕ ماوِہنزٕ جایہٕ بڈ بۄنی لاگنہٕ آمژ۔ امہٕ تلہٕ چھُ باسان وکھ چھُ سیٹھاہ گذر یومُت۔ اسمانس چھُ خوشوٗن رنگ۔ جاناوارن ہُند بول بوش چھُ خوشہٕ ماحولک باس دوان۔ کینہہ وکھ گژھتھ چھُ پتٕ مہٕ ونگہٕ کنہٕ کلا کاریوان تہٕ یہ پُرکیف منظرو چھتھ شادمان گژھان۔)

کلاکار :۔ واہ۔۔۔ ۔کوتاہ پُرسکون ماحول چھُ ۔کأژاہ شانتی ۔۔۔ کیلاش کس تیتھٕ ألس پیٹھ تہٕ آسہٕ نہٕ یژھ شأنتی ییتھ شوتہٕ پاروتی ہُند مسلند چھُ شیرتھ۔ واہ۔ژوپأری کیاہ منظر چھُ ۔ییتھ خوبصورت منظر آسہٕ نہٕ برندابن کین گاہ چرائین منزیتہٕ کشن پنہٕ نین گوپین سعتی آسہٕ راس لیلا کران۔ژوپأری کیاہ حسن چھُ ۔یُتھ حسن آسہٕ نہٕ اندر سبھایہٕ منزیتہٕ سوندر حورتہٕ پُریہٕ ژوشوٗنی پہرن چھَ رقص کران ۔یُتھ پُرکیف فضا آسہٕ نہٕ کوہِ طورس پیٹھ ییتھ ییتہٕ چھُ ۔۔۔۔۔ اما یژھ حسین جائے کتہٕ ہیکہٕ اُستھ میانہٕ تخیُل نیبر۔؟۔۔۔۔ بے شک چھُ یہ

میونۍ تخیٖل یُس سارِوے کھوتہٕ خوبصورت چھُ ۔ پُرسکون چھُ ۔ پٔزی پأٹھی چھُ یہ میانے تخیٖلُک جنت ۔ تہٕ میأنی مونالزاتہِ آسہِ یپأری کتیتھ تام ۔ بالکل پیٖٹھی تھٕے کتیتھ تام ژھایہِ روزتھ ۔ تہِ کیازِ تمی سنز مشک پھیٖر ژوپأری ۔۔۔ وٕں ہیوٗت میہ پانس اندر تمی سندوشنیر تہِ موٗحسوس کرُن ۔ (آلوکران) مونالزا

......مونالزا ۔ ژٕ کتہِ چھکھ ؟

(ژٕ چھنہِ ونگہِ کنہٕ چھ مایاظأہر گژھان مونالزایہِ ہُند رخ گرتھ ۔)

مونالزا :۔ پیٖٹھی تھٕے چھس ۔ بہٕ چھس یتیتھ ژٕے پراران ۔

کلاکار :۔ اوہ مونالزا ۔ میانہِ تصورٕچ مأری منز مسول ۔ میانین خیالن ہنزوڑٕ ونی پٔری ۔ میہ أس خبر میون آلو بوزتھ روزی نہٕ ژٕیہ تاب ۔ ژٕ یکھ یکدم میہ برونٹھ کُن تہٕ میون اوٗ ندپوٗک مشکاوکھ ۔

مونالزا :۔ بہٕ أسس یتیتھ ژٕے پراران ۔ میہ أس خبر ژٕ واتکھ یوٗ تےٗ ۔ اما ژٕیہ پرارناوتھس بہٕ کوٗت کال ۔

کلاکار :۔ ژٕیہ ماچھے خبر بہٕ کیأژ کیأژ اوس ستھ ژھانڈان ۔ کأتس کالس روٗدُس اجنتاہٕ ایلوراہس منز پوتلی گران ۔ اما کُنہِ پوتلس منز لوٗبُم نہٕ چون آکار ۔ کأتیاہ دیوان لیکھم تہٕ پننس پریتھ شارس منز دِتے مے آلو ۔ پننہٕ نین ڈرامہن تہٕ کہانین ہندس أکس أکس کردارس پرُژھم چون پَے ۔ کم سازوأیم ۔ کم نغمہٕ گیہوم ۔ مگر ژٕیہ تام ہیوٗکُس نہٕ واتتھ ۔

مونالزا :۔ وٕں ییلہِ ووتکھ تہٕ وٕں کیازِ چھُکھ دوٗ رروٗزتھ ۔ وٕں کیازِ چھُکھ نہٕ میہ برونٹھ

کُن یوان تہٕ میہ نرِ آلوتھ پنُن لول کا سان۔

کلاکار :- نہَ ۔وُنہِ نہٕ ۔ونہِ چھُس بہٕ یژھان صرف ژ یہ وچھان روزُن۔ یُتھ میہ

أندرم تریش ہُرِ۔ میأنی بیہ تأبی واتہِ پنہٕ نس کمالس تہٕ بہٕ رٹتھ ژ نالہٕ متہِ۔

أسی سپد واکھ أکس منزلین۔ یُتھ ژ دبارٕ میہ زنم دکھ۔ تہٕ میہ روز کھ ییتی تھے

پراران۔ یتھ پرٕ یتھ تخلیق کہِ تکمیلہٕ پتہٕ یئِہ سپد تخلیقُک سفر شروع۔ تہٕ

کائیناتُک نظام روزِ پکان۔

مونالزا :- یہ کیاہ چھُکھ ونان ژٕ ۔ میہ چھا یئِہ ژ یہ پراُرن ؟

کلاکار :- اسہِ چھُ ونہِ کُرِژلۍ ژھینہٕ گرژھُن۔ کُرِژلۍ سمکھُن۔ تہٕ سون پرٕ یتھ ملاقاتھ

آسہِ سانہِ خأطرٕ اکھ نوٗ تجربہٕ۔ پتٕ مہ نشہِ زیادٕ حسین۔

مونالزا :- میہ وأ ژوٕمر ژ یہ پراران۔ چأنس امارس منز دزان۔ وُنہِ کأتس کالس

روز کھ ژٕ میہ زالان؟ وٕل کر تہٕ بس۔ وٕل رٹھ تہٕ میہ پانس سعتی یُتھ وکھ

ٹھہرِ ہے۔ اسہِ گرژھِ ہے میُل۔ تہٕ میأنی تکمیل سپدِ ہے۔

کلاکار :- ژیڈ کر۔ وُنہِ روز ہنا دٔ رپہن۔ یُتھ اسہِ درمیان شاہ ہیوٗن سنٛب ہوا روزِ

پھیران۔ نوین فکرن تہٕ نوین خیالن ہُند سلسلہٕ روزِ پکان۔ تہٕ میانہِ تخلیقُک آگُر روزِ

توٗ ندرٕ کی پأٹھی وہان۔

مونالزا :- میون ہیوٗ بیہ مثال حُسن تخلیق کُرتھ تہِ چھا کینہہ پرٕ۔ بہٕ چھس ناچانین

خیالن ہُند آخری جنت۔ ؟

کلاکار :- پزی پأٹھی چھکھ ژٕ میون عظیم شاہکار۔ میانین خیالن ہُند جنت۔ مگر آخری

چھکھ نۂ۔تہِ کیازِ میون سفر چھنۂ ژے تام وأتتھ انداواتان۔میون سفر روزِ توٗت تام جأری یوٗت تام کائینا تک سفر جأری چھُ۔توٗت تام روزِ تخلیق سپدان۔

مونالزا :۔ وں کوس چھہن ژٕ ژھانڈان ؟

کلاکار :۔ شاید بیا کھا اکھ مونالزا۔چانہِ کھوتہٕ خوبصورت۔

مونالزا :۔ ژٕ کونہٕ روز کھوں میأنی ہے وجودس منز زندٕ۔میے منز محفوظ ؟

کلاکار :۔ بہٕ چھُس نہٕ محفوظ یژھان سپدُن۔میأنی تریش یپأری یپأری میہ نیہِ۔ تیأری تیأری چھُس بہٕ یلہٕ روزُن یژھان۔

مونالزا :۔ گومیون وجودٕ ے گوظایعہٕ ؟

کلاکار :۔ چون وجود گژھِہ نہٕ ظایعہٕ۔ژٕ روز کھ ہمیشہٕ میأنس سفرس منزا کھ میلہٕ گنٕز بُنتھ۔ ینہٕ وول نسل مولہٕ ناوی ژیہ۔رٕ ژھراوی ژیہ۔

مونالزا :۔ژے مولہٕ ناوکھ میہ۔ژٕ ے رٕ ژھراوکھ۔؟۔تہِ کیازِ بٔ چھس چأنی عظیم تخلیق۔چون معراج۔میانہِ کھوتہٕ خوبصورت نہ آسہِ کانہہ۔نہ ہیکہِ اُستھ۔

کلاکار :۔ژیہ ہیوٚت نَے گمنڈ گژھُن۔چون یہ گمنڈ چھُ میأنس تخلیکس توہین۔امہِ برونہہ زِ چون یہ حسُن یہِ میانے دستہٕ نِہناونہ تہٕ چون گمنڈ پیٖہِ پتھر۔ژٕ بچاؤ پان۔ژیہ چھُتھ نہٕ ونہِ اُکس کلاکارٕ سند قہروچھمُت۔

مونالزا :۔ ژیہ کیازِ چھےُ جل شرارتھ کھسان ؟

کلاکار :۔ (شرارتہٕ سان) ژٕ کیازِ چھکھ نہٕ جل دفاہ گژھان ؟

(مونا لزا چھَ ودان ودان نیران۔ تہٕ کلا کار چھُ شرارتہٕ ہۆت اورٕ یور کران۔ پتہٕ چھُ کلہٕ بون کُن ژٕھنتھ کنہٕ پیٹھ بہان۔ کینہہ کالہ گُزٕھتھ چھ سدارتھ واپس نیران تہٕ کنہٕ پیٹھ نفراو چھتھ حاَران ہیۆ گژھان۔)

سدارتھ :۔ ژٕ کُس چھُکھ۔

کلا کار :۔ (شرارتہٕ ہۆتے) بہٕ ۔ بہٕ چھُس ئے۔ بہٕ ہیکہٕ نہٕ بیٖہٕ کانہہ اُستھ۔

سدارتھ :۔ مگر پریتھ اُکس چھُ ناوآسان۔؟

کلا کار :۔ میون بہٕ آسُن چھنا چانہِ خاطرٕ سیٹھاہ ؟۔

سدارتھ :۔ مگر بہٕ کمہٕ ناوٕ کرٕ ژٕ یہ سعتی کتھ ؟

کلا کار :۔ ژٕ یہ چھیہٕ میہ سعتی کتھ کرٕنی کنہٕ میانس ناوس سعتی ؟

سدارتھ :۔ ژٕ چھُکھٕ سادھو کنہٕ بھکشو ؟

کلا کار :۔ بہٕ چھُس نہٕ یمو منزٕ کانہہ۔ نہَ ہیکہٕ بہٕ یمو منزٕ اُستھ۔

سدارتھ :۔ تیلہِ کمو منزٕ چھُکھ ؟

کلا کار :۔ میانہِ دٕلکی درواز چھِ ونہِ وُتھی۔

سدارتھ :۔ تہٕ عقلہِ ہندی ؟

کلا کار :۔ عقلہِ چھُ میہ کلف ژٕھنُمت۔ میہ سعتی کری زینہٕ عقلہِ ہنز کانہہ کتھ۔

سدارتھ :۔ کیازِ ؟

کلا کار :۔ تہِ کیازِ عقل چھَ تفرُق پاَدٕ کران۔ عقلے چھَ انسانس وتھ ڈالان۔

سدارتھ :۔ عقل چھَ وِدیا۔ عقلے چھَ سارِ دنیہک گیان۔

کلا کار :۔ ژیہ کوتاہ گیان چھے ؟

سدارتھ :۔ میہ چھ انیکھ پاٹھ شالن ہنز سائلم ودیا پراپت کٔرمٕژ۔ میہ چھُ وٕری وادن پدیا ترا کٔرتھ بودھ، برہمن تہٕ ریشین نش آنتھٕ رۄس گیان حاصل کۄرمُت۔ میہ چھَ تیژ تپسیا کٔرمٕژ یژنہٕ کانٛسہِ آسہِ کٔرمٕژ۔

کلا کار :۔ موٗخصر کیاہ چھکھ ژھانڈان۔؟

سدارتھ :۔ یمہِ کارٕیک کارن۔

کلا کار :۔ یمہِ کارٕیک کارن ؟۔ہاہاہا۔۔۔ گوپنہٕ نی فطرت ژھانڈان ژھانڈان چھتھ ژیہ پنٕنی وُمر چھیمی کٔرمٕژ۔ یہائے چھُتھٕ ژیہ گیان حاصل کۄرمُت۔ میہ چھُ باسان ژیہ ہیۄ اگیانی پی چھُنہٕ کانہہ۔ چانٛی سارٕے ودیا۔ چون سورُے علم چھُ کولہِ گومُت۔

سدارتھ :۔ چون علم تہٕ چون گیان کیاہ چھُ ونان ؟

کلا کار :۔ میہ وۄنُے نہَ گوڈے میہ چھے عقلہِ کلف ژھُنمُت۔ میہ سعتی کٔری زینہٕ عقلہِ ہنز کانہہ کتھ۔

سدارتھ :۔ مگر یتھ منزنہٕ گیان آسہِ، بہٕ ہیکہٕ نہٕ سو کتھٕ کٔرتھ۔

کلا کار :۔ گونا اُسی چھِ اکھا اُکس برونہہ کنہِ آستھ تہِ اکھا اُکس واریاہ دۄر۔ تہٕ اسہِ چھَ اکھا اُکس تام واتنہٕ چہٕ سارے وتہٕ ژٕٹتھ تھاوِمٕژ۔ ژٕ ہیککھ نہٕ گیانہٕ نیبر کتھ کٔرتھ۔ بہٕ ہیکہٕ نہ گیانٕچ کتھ کٔرتھ۔ مگر تاٛجب چھُ۔ یۄت کٔرتھ تہِ چھِ اُسی دۄشوے زندٕ۔ اُسی نہ چھِ اکھا اُکس نالس تھف

ژھنان۔ نہ ژٕٹ اکھأ کس کلہٕ ہیر۔

سدارتھ :۔ اسہِ چھُ پاٹھ شالن تہٕ مدرسن منز وننہٕ شرارتھ ژاپُن تہٕ اہنسچ وتھ رٹنۍ۔ مگر میہ چھُنہٕ فکرِ تران ژ یہ کتھ پیٹھ چھُے یوت گمنڈ۔

کلاکار :۔ پننہٕ نہِ لاعلمی پیٹھ۔

سدارتھ :۔ گوجاہٕل آسُنک چھُکھ اعتراف کران۔؟

کلاکار :۔ ژٕ تہِ ہرگاہ میے ہیوٚ جاہٕل آسہکھ۔ ونیُکھ تام آسہکھ مٔنزلس ووتمُت۔

سدارتھ :۔ ژٕ کتھ منزلس چھُکھ ووتمُت ؟

کلاکار :۔ میأنۍ کتھ تراوٗ۔ بہٕ چھُس بار بار منزلس واتان تہٕ پریتھ منزلہِ پیٹھ پٔنن اکھ نوٚو سفر شروع کران۔ بہٕ چھُس نہٕ ٹھہران کنہِ جایہِ۔ بالکل وٕتھی پأٹھی چھُس بہٕ کائنات کس ذرس ذرس پیٹھ وہرتھ۔ اکہِ خیالکی پأٹھی آزاد۔

سدارتھ :۔ یہ چھُکھ ژٕ خود پرستی ونان۔

کلاکار :۔ بالکل۔ یہ ؤنتھ ژ یہ پزٕ کتھ۔ بہٕ چھُس بے شک خود پرست۔ بُتھی پھیوٚرتہِ چھُس۔ مگر چأنۍ پأٹھی چھُم نہٕ علم أچھن دولہٕ بیوٚٹھمُت۔ چأنۍ پأٹھی چھُس نہٕ وِدیاتہٕ اوِدیا، علم تہٕ لاعلمی درمیان روٗمُت بچہٕ ہیوٚ۔ یمس نہَ منزلک پے پتاہ چھُ۔ نہَ چھُس وتہِ ہنز خبر۔

سدارتھ :۔ (شرارتس منز) متھ چھُم کران یہ کھراو واہے کلس تہٕ زٕ اڈ کرٕ ہے۔

کلاکار :۔ (اسن کھنگالہٕ تراوان) ہاہاہا۔ گوٚأ خرمٔشر ووٗتھ پاٹھ شالن ہُند سوٗرے گیان۔ تہٕ زندگی ہندس گیانس ووتُھ۔ زندگی ہُند گیان چھُ ونان اہنساچہِ وتہِ پیٹھ

درامُت ساد ھوتہِ چھُ کُنہِ ساتہٕ ہنسا کرٕنس پیٹھ مجبور گژھان ۔تہِ کیازِ اٗخر چھُ

سہ ُتہٕ انسانہٕ ۔تہٕ ژکھ چھَ تمہٕ سندُ فطرتی ردِ عمل ۔

سدارتھ :۔بہٕ چھُس نہٕ اتھ پیٹھ ژ یہ سعتی بحث یژھان کرُن ۔

کلاکار :۔تیلہِ ون ژٕ ے کتھ پیٹھ کرو بحث ۔

سدارتھ :۔بہٕ چھُس تھوٚکمت ۔بہٕ چھُس یژھان آرام کرُن ۔

کلاکار :۔ بےشک ۔ژ یہ چھےیژٕی پاٗٹھی وِنکیس آرامچ ضرورتھ ۔نتہٕ پھٹی رگ تہٕ مار

کھالکھ میہ مٹہِ ۔لہذا گوجان ۔ژٕ تراو آرام ۔تیوٚت کال کرٕ بہٕ نوٚ تخلیق ۔

( کلاکار چھُ نیران تہٕ سائکلو روم کس پردس نند دیکھ استادٕ روزان ۔تہٕ اتھ سعتی یہ باس

دوان زِ سہ چھُ تاج محل ڈِزائین کران ۔تہٕ اتھ سعتی چھُ پوٚر پردس پیٹھ چھُ تاج محلک

عکس وتلان ۔یوت کال چھُ سدارتھ کُنہِ پلس بروٚنہہ کنہِ لرتراٗوتھ مس نندرِ پیوٚمُت ۔

وارِ وارِ چھُ گاش ژھوکان تہٕ پوٚرٕ سٹیجس چھُ انہِ گوٚٹ گژھان ۔)

سین ۔ ۴

( سٹیجس کھوورِ پاسہٕ چھُ گوڈچہِ ونگہِ کنٕ گاش پیوان تہٕ پٗتھرٕ پٗتھرٕی سیوٚد سدارتھس پیٹھ

پیوان یُس امہِ ساتہٕ لرِ چھُ شوٚنگتھ ۔گاش چھُ تتھٕ کنٕ پیوان اٗمس پٗتٕ کنٕ چھُ کُنہِ پل

نیصفاہ لبنہٕ یوان مگر بوٚزنہٕ نہٕ بالکل ۔کینہہ کال گژھتھ چھَ جین پتلون لاٗگتھ اکھ انگریز کورِ

ہنا ماریا امے کھورِ ونگہِ کنٕ اژان تہٕ آنندو چھتھ زنتہٕ رٕہتھ ہش گژھان ۔کینہہ کال پتے

چھُ جتگلُک جوان راکھٕ اٗمس لڑکی ژھاران ظاٗہر گژھان ۔لڑکی چھَ ونی اڈٕ پھوٚٹ

کاٗشُر بولان ۔)

راکھٕ :۔ ماریا میم صاب ۔۔۔( سٹیجس پیٹھ ظاٗہر گژھان )۔او۔ماریا ۔۔۔( آلو

اڑ ژۆ ٹے کران ) ہے افسوس۔مارٔ گیہٕ کتھ۔۔ أمس کٔمی سناہٕا ؤ یور کُن وتھ۔
یہ کیاہ سہٕ گرٛشھ نہٕ فیل کرٕنی ۔۔۔۔

ماریا :۔ ہش۔۔۔۔ڈونٹ ڈسٹرب۔ یہ گرٛشھی ہشارٕ

راکھٕ :۔ نو میڈم۔ أمس گوٗ مراہ تھے گٔنز۔نوسی۔نوٹاک۔ یہ نہٕ چھُ أچھ مٕژ راوان۔
نہٕ چھُ کتھ کران۔ بالکل خوداہ دوس۔

ماریا :۔ لیس۔ائے نوہم

راکھٕ :۔ ژٕ کتہٕ زانہن۔ أمس زانہٕ میون بُڈی بب۔۔۔۔ مائے گرینڈ فادر۔ سہٕ
چھُ یپأری گوڈنیک راکھٕ اوسمُت ییلہٕ یہ سینچری بنیمٕژ چھہٕ۔ تٔمی چھہٕ انگریزن
سعتی واریہس وقتس کأم کٔرمٕژ۔ تٔمی چھُ یہ گوڈ چہ لٹہٕ اتھ بونہٕ تل وُچھمُت۔
سہٕ تہٕ آسہٕ ازہتہٕ پیٹھی۔

ماریا :۔ یومین ہنڈرڈ اِیرس۔؟

راکھٕ :۔ تمہٕ تہٕ زیادے۔ سہٕ چھُ ونان یہ چھُ تیلہٕ تہٕ تتھے اوسمُت۔ کیاہ پتہٕ کوتاہ
کال آسیس گومُت اتیتھ۔ مگر ونیگھ تام چھُس نہٕ مس وال تہٕ سفید گومُت۔

ماریا :۔ اچھا۔ ؟

جوان :۔میون بُڈی ببس ونہٕ ہی ژ یہ أمی سنز سٹوری۔ مگر ونی نہٕ کینہہ

ماریا :۔ کیازِ ؟

راکھٕ :۔ سہٕ چھُ ونان یہ چھُ سِر۔ سکرٹ آف گاڈ۔اتھ گو نیر ۔گاڈول اینگر

ماریا :۔ میہ چھُ تٔمس سمکھُن۔

راکھ :۔ نومیڈم۔مائے گرینڈ فادر ویری اینگری۔

ماریا :۔ یوٹیک می ٹُ ہِم۔

راکھ :۔ موخصر مارِ ناوکھ میہ۔

ماریا :۔ ناتھا پلیز

راکھ :۔ اِدسہٕ بہٕ کرے تٔمس بدل پھند۔بہٕ ونے تٔمس ژ یہ چھے مٔتس پیٹھ فلم بناوِنی۔

خبر فلمہِ ہُند بوزتھ ماونی کینہہ۔

ماریا :۔ اوکے

(دوشوے چھِ نیران۔سٹیجس چھُ بالکل انہِ گوٹ گژھان۔)

سین ۔ ۵

(نیُک نیُک گاش چھُ پیوان۔سیٹس چھُ کرہُن پردٕ ترٲوتھ۔کھورِ طرفہٕ چھُ بڈٕ بٹاہ اکھ کلس دستار دتھ تہٕ زیوٗٹھ پھیرن نالی ژہنتھ ٲکس ژٲنگی جہِ پیٹھ بہتھ تسبیح پھران۔دٕ چھنہِ ونگہِ کنی چھُ جوان راکھ اژان تہٕ ٲمس پتہٕ یہ انگریز کورِہن ماریا۔)

راکھ :۔ کاکا۔۔۔ ہوکاکا۔یپاٗرِ دیو نظر کُس چھُ آمُت۔۔۔

(بڈٕ چھُنہٕ ٲمس کھن نظرِ ے پھران تہٕ یہ چھُس برونٹھ کُن گژھان۔لڑکی چھَ ویڈیو ٹلان۔)۔۔۔ ہیو یہ ہا چھے ریذیڈنٹ صاٗبنی کوٗر۔

بڈٕ :۔ یور کیازِ ٲئی تھن ؟

راکھ :۔ ہیو ٲمس ہا چھَ بجہِ بونہِ ہندس مٔتس پیٹھ فلم بناوِنی۔

بڈٕ :۔ ترہی ناراٸین۔میہ ہیاٲس خبر۔زٲنتھ اوسُس ژ کرِ ناوکھ ٲٹھِ نہٕ شیٹھِ اتھ

سرِس نیرتہٕ خبرٕ کُس خطرٕ کھیکھ۔ ہیوژ یہ کتھؤ ہے یہ تیاٗری نی۔ ہیوژ یہ آیے نا

بیٛیہِ کانہہ وتھ لبنہٕ۔؟

راکھٕ :۔ میہ ناییے نہٕ تیاٗری۔ یہ ہاوٗ ژپانے تؤتھ۔

بڈٕ :۔ ترہی نارائن۔ ترہی نارائن۔۔۔۔زانہِ بھگوان کیاہ آسہِ ڈیٛشن۔

ماریا :۔ ناتھا۔ یہ کاکھ کیاہ ونان ؟

(لڑکی یانی برونہہ کُن پھ یوان، کاکھ چھُ وتھان تہٕ دؤیمس اندس کُن گژھان۔)

بڈٕ :۔ترہی نارائن۔۔۔۔ترہی نارائن۔۔۔۔۔

راکھٕ :۔ کاکس کھوٗت شرارتھ۔ کاکھ چھُ دپان بھگوان سندس سِرس گژھِ نیر۔ تہٕ

خطرٕ واتہِ۔

ماریا :۔ کاکا۔ ژٕمہ کھوژ۔ پروائے چھُ نہ کینہہ

بڈٕ :۔ نہ بی تہٕ بہ کتھ کھوژ۔ میہ ہبی پٔنٕز دوہہ کڈی ءتی۔ خطرٕ چھوتو ہہِ۔ توہی چھو

لوٕکٹ۔ توہہِ چھونہٕ خبر خودایہ سندس سِرس پھاش کرُن کیُتھ پاپ چھُ۔

ترہی نارائن۔۔ترہی نارائن۔ یہ ہبی گوسر پھٕ اٗلس اتھٕ تراوُن۔

راکھٕ :۔ ہیو یہ بچاٗرہا چھ مُتی سندے باپتھ کران۔ یہ ہرگاہ مُتس پیٹھ فلم بناوِ۔ ژیہ

چھےنہٕ خبر مُتس کاژاہ مشہوری گژھِ۔ پگاہ ییلہِ مرِتو تہٕ بناونس قبرِ پیٹھ استاناہ

ہیٕ تہٕ دٕ شاہ گنڈٕنس۔ یوژھ ہے بھگوانن تیل تہِ سومبراووٗ سی۔ نیاز نظر رٹوٗ سی۔

بڈٕ :۔ ہیودم کروذلت لدا۔

(بڈٕ چھُ پٔنٕز ڈکھوٗنی لوٗرٹلان تہٕ راکھس لار کران۔ راکھٕ چھُ ژلان۔ تہٕ بڈٕ چھُ واپس

پھیران۔)

بڑ :۔ یتھ ریشِ وارِ گو یہاۓ مُکر یار۔ یمن ریشن تہٕ سادھن کوٗرُکھ یہاۓ ننیر تہٕ یمو روٗٹ یمہٕ نِے کوہن تہٕ بالن پیٹھ مزار۔ موخصر ہیتی یہندی پاپ تہِ اسے۔ ترٛہی نارائن ۔۔۔۔ترٛہی نارائن۔

ماریا :۔ کاکا۔ پلیز ہیلپ می ۔ائے ایم سو ہیلپ لیس ۔

بڑ :۔ ہتہٕ بی۔ بہٕ کیاہ ہیلپ کرے۔

ماریا :۔ میہ چھُ دم گژھان یِیلہِ نہٕ میون کتھ کانہہ سمجھان چھُ۔

(اتھ زٕ بُتھس دتھ وڈٕ ٹنگ تاثرُ دوان)

بڑ :۔ ہے ہے۔ ہے ہے۔ ہتہٕ بی ودان کیاز ژھکھ ؟

ماریا :۔ ائے ہیو اَ پرابلم۔ کانہہ چھُنہٕ میون پرابلم سمجھان۔

بڑ :۔ وٹ پرابلم۔؟

ماریا :۔ ائے ایم بارن ان انگلینڈ۔

بڑ :۔ اہن بی۔ تہِ چانہِ بُتھِ تلے چھُ فکرِ تران۔ انگلینڈس منز ا یکھ تہٕ وُں کُس گوناہ کوٗرُتھ۔

ماریا :۔ سکولنگ ٹائیم گو ڈیڈی جرمنی ٹرانسفر۔ پتہٕ کیپ ٹاوٗن۔ دین رشیا۔ دین انڈیا۔ ہندوستانس منز گراہ کلکتہ، گراہ بمبئی، گراہ پنجاب، گراہ کشمیر۔ ائے ایم فیڈ اپ ود مائی گریٹری لائیف ۔ جاناوارن ہند زندگی بسر کران چھُس بہٕ تھوٗ کمُت۔

بڈ :۔ نئیرم ہی چھِ سأری آسان پھیرنہٕ ہیٚ پیٹھ۔تم کتہٕ چھِ ٹھہران أکس جایہِ۔

ماریا :۔ مگر یہٕ چھُس نہٕ تمن ہیوٚ۔یہٕ چھُس کُلین ہندیٚ پأٹھۍ أکس جایہِ موٗل دیُن یژھان۔

بڈ :۔ (سنجیدٕ ہیو گژھان) تہِ چھُم فکرِ تران۔ ژٕ نہٕ بی چھکھ عام کورِ ہن کینہہ۔ ولہٕ بیہہ یور کُن۔تہٕ ون میہٕ پننۍ دلیل۔سٹ ڈاوُن۔

(بڈ چھُ ماریا بیہناوان پتجہِ پیٹھ تہٕ پانہٕ چھُ أمس نزدیکھ بہان۔ گاش چھُ ژھوکان تہٕ یمن پیٹھ چھِ سپارٹ لائٹ دزوٗنی روزان۔ ماریا چھہٕ أمس پننۍ دلیل بوزٕ ناوان تہٕ بڈ چھُ کلہٕ سعتۍ آنکار کران۔ وارٕ وارٕ چھہٕ سپارٹ لائٹ تہِ ژھیتہٕ گژھان۔)

## سین ۔ ٦

(سدارتھ چھُ تُتھی حالتس منزلر ترأوتھ۔ کلاکار چھُ سائکلوروس نزدیکھ اِستادٕ اسمانس کُن نظر گرتھ۔آسمان چھُن زنتہٕ نارگوٗنڈ مُت۔پوٗت منظرس منز چھُ لکہٕ ہجوٗمُک، زنانن، مردن تہٕ بچن ہُند سہٕ کریکہٕ ناد گژھان زنتہٕ قتلِ عام چھُ سپدان۔ یہٕ شور بوزتھ چھُ سدارتھ ہُشارٕ گژھان)

سدارتھ :۔ یہٕ شور کیُتھ ووٗتھ۔؟

کلاکار :۔ آسہِ بٔیہِ کانہہ کانہہ بل ویر دنیاہ فتح کرنہِ درامُت۔

سدارتھ :۔ دنیا فتح کٔرتھ کیاہ پراوِسہٕ۔؟

کلاکار :۔ پرِ ستھ أکس پیٹھ سبقت۔ بٔیہِ کیاہ پراوِ۔ یہٕ تہِ چھہٕ فطرتچ اکھ نمائش۔

سدارتھ :۔ یہأئے گو کلیگ۔ مہان گوتم اوس تیلے پیشین گوئ کٔرتھ گومُت زِ وکھ ییہٕ

تیُتھ ییلہِ پرتھوی پیٹھ ژوپاَری جنگے جنگ سپدن ۔تم جنگ یم نہٕ ہمہٕ نے

زانہہ۔ بیہ شمار لوکھ ین مارنہٕ ۔زنانہٕ گرٛشھن مونڈ۔ شُری گرٛشھن ییتیم ۔انسانٔی

نسل گرٛشھِ پامال۔

کلاکار :۔ مگر پریتھ جنگہٕ پتہٕ چھُ نوٚو ارتقائی عمل شروع سپدان۔ پریتھ جنگ چھُ

نۆس تہذیبس زنم دوان۔

سدارتھ:۔ مگر یہ فاصلہٕ کُس کرِ زِ کٔمی زیوٗن تہٕ کٔمی ہورٕ۔ کم چھِ کورو۔تہٕ کم چھِ پانڈو۔

کلاکار :۔ survival of the fittest یُس زندٕ روٗد، تٔمی کر زندگی فتح۔

سدارتھ:۔ مگر یُتھ بھینکرو یوہار چھُنہٕ میہ زانہہٕ وُچھمُت۔

کلاکار :۔ژ یہ ییلہِ نہٕ انسانن ہندی پاٹھی زندگی گذارتھے زانہہ۔ ژٕ کتہِ وچھکھ

سرشٹی ہُند قونون۔ پریتھ طاقتور جاندار چھُ کمزورس پیٹھ غالب سپدان۔

سدارتھ:۔ مگر یہ گوٚژھ نہٕ سپدُن ۔یہٕ چھُ انیائے۔

کلاکار :۔یہاَئے چھُ نظامہِ حیات۔

(امہِ مکالمہٕ برونٹھے چھُ آسان بزرگ پنہٕ نہِ ہجرٕ منزٕ درامُت ۔سہ چھُ یکدم اتھ مکالمس

ریکٹ کران۔)

بزرگ :۔ یہٕ چھُنہٕ نظامِ حیات۔ یہ چھُ انسانٔی نفسُک بیہ گنڈ داندیُس ونکیس

زوپاَری متیومُت چھُ۔نظامِ حیات اگر انسانس اتھِ آسہِ کنہِ تلہٕ کس کیٚمس

کُس دیہ ہے رزق۔ آبہٕ تلہٕ چہِ زوٗ ذاژ کُس دیہِ ہے ٹھوٗلن شاہ۔ نظامِ

حیاتُک یختیار چھُ تٔمس اتھِ یُس یمہِ کائیناتُک ابتداتہِ اوس۔انتہاتہِ چھُ۔

یُس کائنات کس ذرس ذرس پیٹھ چھُ محیط۔ یُس اکھ اَستھ تہِ پر۔تھ جایہِ چھُ موجود۔

سدارتھ:۔ کرشن چھُ ونان۔ اے ارجُن۔ بٔہ چھُس شکتی شالی۔ تمام ویدن منز لیکھنہٕ آمُت اوم چھُس بٔہ۔ سنسارُک آرمبھ تہِ چھُس۔ انت تہِ چھُس۔ بٔہ چھُس سورُے زانان۔ مگر میہ چھُنہٕ کانہہ زانان۔

کلاکار :۔ تیلہِ وُنی تومیہ یہ کُس چھُ یُس۔تھ مہاساگرس اپارِ پر۔تھ کینہہ تباہ چھُ کران۔ یہ چھاچون خوداہ کنہٕ چون کرشن ؟

بزرگ :۔ یہ چھُ سُہ گاش یُس تمہِ ساتہٕ خلق سپدیمہِ ساتہٕ کہیں اوس نہٕ۔ نہَ آس ابتدا، نہ انتہا۔ نہ زمین نہِ آسمان۔ نہَ زون نہَ آفتاب۔ نہ دوہ نہ راتھ۔ صرف اوس اکھ نوٗر یس خوداین انسان وۄن تہٕ اَمس انسانس دژن پر۔تھ زوٗ ذاَژ پیٹھ سبقت۔ یہ بنوٗن اشرف المخلوقات۔ تہٕ ییلہِ اَمی عظیم انسانن پانس اَندی یکھ نظر ترأوٕ تہٕ پانس سواو چھُن نہٕ کانہہ۔ اَمی وۄن بس بٔہ چھُس۔ فقط بٔہ تہٕ ہمیشہِ خاطرِ سپُد گمراہ۔ تہِ کیازِ اَمس روٗ دنہٕ یاداَمس برونہہ تہِ اوس کانہہ۔ تیمی یہ پاَدِ کوٗر۔

(امہِ ساتہٕ چھُ جنگک تاثرپس منظرُک لوٗکن ہُند شور تیزان تہٕ اسمانس پیٹھ چھَ گگرایہِ تہٕ وُزملہٕ گرژھان۔ بزرگ چھُ لوٗکن کُن بُتھ کرتھ نرِزِ تھوٗ دتھلان۔)

بزرگ :۔ اے زمینِ پیٹھ روزن والیو لوٗکو۔ یاد کروسہُ دوہ ییلہِ سمندر دزن، پہاڑ ویگلن تہٕ زمینِ گرژھِ چاک۔ ییلہِ نہٕ کانہہ کانسہِ ہُند آسہِ۔ فقط آسہِ سُے

لیس یہ کرٕ نک تختیار چھُ۔ پس کرِو تُمی سنز نیا متن ہنز شکر گذآری۔ ناشُکری مہٕ
کرِو۔

( گاش چھُ ژھیتہٕ گژھان تہٕ سآری سے چھُ انہِ گوٗٹ گژھان۔ پرٕ دٕ چھُ پیوان۔ تہٕ
گوٗڈنیک ایکٹ چھُ انداوتان۔)

☆☆☆

دوٗیم ایکٹ

سین ۔ا

( پٔتھرس پیٹھ چھُ وارٕ وارٕ گاش پیوان۔ سدارتھ چھُ آسان کنہِ برونہہ کنہِ بہتھ تپسیا
کرنہٕ کس اندازس منز تہٕ کھورِ ونگہِ نکھٕ چھَ مآریا آسان اُمس مدآئے گنڈتھ۔ کیٛ کال
گژھتھ چھُ مآریا پتے اُمی سُند عاشق اندر اُمس ژھانڈان ژھانڈان ظآہر گژھان۔
تہٕ مآریا ہنز حالت وچھتھ اُجز ہیو یوان۔)

اندر :۔ مآریا۔ کم آن لیٹ اس گو ۔

ماریا :۔( زن نہٕ بوزانے )

اندر :۔ ماریا۔ دس از اینف ۔ وی کتھ چھکھ ژٕ پراران۔ یہ گژھیا اُچھ مژ راوُن تہٕ
ژیہ ستی کتھ کرُن۔ تیلہِ تگہِ میہ یہ کتھٕ کرٕ ناوُن ۔؟۔ اف یو وانٹ ہی شُڈ
ٹاک۔ ائے ول میک ہم ٹاک۔ ( اندر چھُ آنندس نزدیکھ گژھان )

ماریا :۔ اندر۔ ؟

اندر :۔ یو جسٹ ویٹ۔ از چھس یہ یژھان یہِ ماملہٕ ہمیشہٕ خاطرٕ اُنزراوُن۔

ماریا :۔ خبردار چھے اگرأ مس اتھ لوگتھ ۔میون بُتھ وچھکھ نہٕ زانہہ۔

اندر :۔ تیلہِ ون ژے کرُن کیاہ چھُ ؟

ماریا :۔ لُک ۔۔۔لُک ایٹ ہز فیس (look at his face) ۔ژ وچھ کأژاہ شانتی چھَ أمی سندس بُتھس پیٹھ۔

اندر :۔ شانتی ؟۔وٹ ڈو یو مین بائے شانتی ؟۔ژ یہ چھُیہٕ باسان شانتی چھَ وٹھن ہنز لپ سٹک یوس دورے لبنہٕ ییہٕ۔کنہٕ ژ چھکھ أمی سنزِ سنجیدگی منز شانتی ژھانڈان ؟۔۔۔۔مس ماریا۔شانتی چھنہٕ بُتھِ پیٹھٕ نِنان ۔اِٹ شُڈ بی ان سائیڈ ۔شانتی گژھِ أندرٕ آسٕنۍ ۔

ماریا :۔ ییلہِ أندرٕ آسہِ ۔تیلے چھَ نِنان بُتھس پیٹھ۔

اندر :۔ مگر میہ چھُ باسان یہ آسہِ أندرٕ کنۍ تیٚوٗت ڈسٹرب۔یوٗت واوِ طوفانس منز سمندر چھُ آسان۔

ماریا :۔ ژٕ کتھٕ کنۍ چھُکھ ونان ؟

اندر :۔ میہ چھُ پوٗرمُت بنگالی سادھوون ہُند بلیک میجک۔میہ چھَ خبر یم یوٗت شیطانہٕ سنز پرستش چھِ کران۔تیٚوٗت چھُنہٕ شیطانے یمن سوکھ دوان۔یم لوٗکھ چھِ پریتھ ساتہٕ ڈسٹربڈ آسان۔یم روزن تہِ پریتھ ساتہٕ ڈسٹربڈ۔

ماریا :۔ اُف اندر۔یوٗ آر ٹوٗ سک

اندر :۔ لیس۔ہی میکس می سک۔

ماریا :۔بٹ ڈو یو نو وٹ از بلیک میجک ؟۔

اندر :۔ لیس ۔ائے نو

ماریا :۔نو۔ یوڈونٹ نو۔ بلیک میجک چھُ اکھ کرافٹ ۔یُس پریکٹس کرنہٕ سعتی چھُ یوان ہیچھنہٕ۔ بلیک میجک چھُنہٕ جنگلن منز بہتھ تپسیا کرنہٕ سعتی حاصل گژھان۔

اندر :۔ یہ سب اس کا ڈھونگ ہے۔ژ یہ تری نہٕ اَمی سنز پھٔندل فکرِ۔

ماریا :۔ نو یوٗ شٹ اپ

اندر :۔ او کے ۔ائے گُیٹ ۔ژ یہ یہ خوش کری تہِ کر۔بہٕ دراس۔

(اندر چھُ شرارتہٕ ہوٚت نیران)

ماریا :۔ اندر -----

(ماریا چھَ پریشانی ہندس حالتس منز اندرس پتے نیران۔گاش چھُ ژھوکان۔)

سین ۔۲

(سٹیجک دوٚیم پردٕ چھُ پیوٚمُت ۔اندٓر چھُ کم زیادٕ پریشانی ہندس حالتس منز اورٕ یور کران۔کینہہ کال گژھتھ چھُ دٕچھنہٕ ونگہِ کنٕ اکھ وزیرنما پنڈت کرہُن اچکن تہٕ سفید دستار دِتھ آسہٕ اتھس منز ہیتھ ظاہر گژھان۔)

پنڈت :۔ اند

اندر :۔ لیس پتا جی

پنڈت :۔ میہ چھُ باسان ژ یہ چھے کیاہ تام ٹینشن ہیو۔خاٚرے چھا ؟

اند :۔ نہ مارا ٹھیک ہے چھُس۔

پنڈت :۔ مآریاتہِ وچھم اوٚرٕ نہٕ یوٗری ہش۔ژتہِ چھُکھ نہٕ پننہٕ نین جامن منز۔توہہِ ما

چھوپانہٕ وأنی مُژکری وٗژھمِژ ؟

اندر :۔ مُژکری وٗژھ نہٕ۔ جسٹ اَڈ فرنس آف اوپینین۔

پنڈت :۔ یہ ڈفرنس آف اوپینین کتھ پیٹھ گوپأدٕ ؟

اندر :۔ ژکہِ چھنا انگریز لڑکی۔ یمن ماچھُ کھوچرآسان۔ یمن یہ وننہٕ چھُ یوان تہِ چھُ یمن بہان۔ مگر بہٕ چھُس ہندوستأنی۔ بہٕ کرٕ تھی پڑھ یہٕ أچھووچھ۔ یہأئے چھُ اختلاف۔

پنڈت :۔ توہہِ ہے انگلینڈس منز چھو یکہٕ وٹہٕ پوٗرمُت۔ اکھأکس چھو پسند تہِ کران۔ یہ اختلاف تہِ گوٗژھ پانہٕ وأنی دورکرُن۔

اندر :۔ ویسے چھُنہٕ تیوت سیریس معاملہٕ۔ وی ول ساٹ اٹ اوٹ

پنڈت :۔ معاملہٕ چھُ کیاہ ؟

اندر :۔ سینچری منز چھُ أکس بونہِ تل اکھ سادھو بہتھ۔ تُمس متلق چھُ أمس وننہٕ آمُت زِ سہ چھُ ہتوٗ ریو پیٹھ اتیتھ بہتھ۔ بلکہِ تمہِ تہِ زیادے۔ پیٹھٕ نہَ چھُ أچھ مژران۔ نہَ چھُ کران کتھ۔ مگر میہ باسیو بالکل جوان۔

پنڈت :۔ جوان ہرگاہ چھُ۔ تیلہِ کیأژ گیس ہتھ وٗری تتیتھ بہتھ ؟

اندر :۔ یی چھُس بہٕ تُمس سمجھاونچ کوشش کران۔ مگر سو چھنہٕماننہٕ خأطرٕ تیارٕ ے۔

پنڈت :۔ سو کیاہ چھَ ونان ؟

اندر :۔ سو چھَ ونان اتھ spritual mystery۔ اکھ روحأنی کرامتھ۔

پنڈت :۔ سادھو سےٕ پرٕ ژھی زِ ہو دلیل کیاہ چھَ ؟

اندر :۔ میہ آسہٕ ہاسہٕ تُتیتھ دفہٕ کوٚرمُت ۔مگر سو نے چھنہٕ سا دھووَس برونہہ کُن
دوان گژھ نے ۔پیٹھٕ چھُ میہ باسان سہ چھُ وارٕ وارٕ ہیوان أمس
hypnotise کرُن ۔

پنڈت :۔ تیلہٕ چھُ میہ باسان ماملہٕ سیریس ۔

اندر :۔ not so serious۔

پنڈت :۔ ائے ہوپ سو ۔مگر اکھ کتھ تھاوے ؤنتھ ۔ مآریا چھَ بڈٕ گھرٕ چ خانہٕ مأج
کوٚر ۔اور سرکأری عہدٕ دار آسنہٕ کنی چھُ میہ تٔہندس گھرس منز یُن گژھُن ۔ان
فیکٹ چھُس بہٕ چانہٕ بہتر مستقبل خأطرٕ تتھ گھرس سعتی رشتہٕ قأیم کرُن یژھان ۔
لہذا پچھے ژیہ سچویشن تتھٕ کنی ہینڈل کرٕنی ییتھٕ کنہٕ میہ تتھ گھرس سعتی تولقات
خراب گژھن ۔امہٕ کتھٕ ہُند تھأوی زٕ خیال ۔

(پنڈت چھُ نیران واپس ۔آندر کینہہ کال ورٕ یور کران تہٕ گاش چھُ ژھوکان ۔)

سین ۔ ۳

(منز بھاگ سٹیجس چھَ وزجہٕ رنگچ سپارٹ لائٹ دزان ۔ییتھ منز بل ویراتھس منز تلوار
ہیتھ مہاراجہ اشوک سندی پأٹھی انسانن قتل عام کرتھ أخر پشیمان چھُ سپدان ۔أمس چھَ
تلوار اتھٕ منزٕ ؤسی پیوان ۔تأنی چھَ مایا مہارانہٕ ہندس رخس منز سپارٹ لائٹٕ أندی أندی
کتھ کران ۔تہٕ أمس بل ویرٕس پیٹھ افسوس تہٕ ٹسنہٕ کران کران)

مایا :۔ وائے بچور ۔۔۔ کُس بلوان رازٕ ۔یُسند مژھ بل کمن کمن مہاویرن زیر
اوس کران ۔ کُس ویرٕ ۔یمہٕ سنز تلوارٕ ہُند ضرب کوہن تہٕ بالن اوس چاکھ

کران۔ سہٕ بل ویر چھُ ازتیوٗت کأہل گومُت۔ زِٚمس چھنہٕ پٔنٕنی تلوارتہٕ اتھس منز دران۔ سوتہٕ چھُس اتھہٕ منزٕ وٗسی پیوان۔۔۔ ژژژژ۔ افسوس......۔

بل ویر :۔ مایا۔ بس۔ بس۔ وٕن چھُس نہٕ بہٕ یہ مانوہٕتی یا ۔۔ یمہٕ لتہٕ سٔری لاشہٕ وچھتھ ہیکان۔ وٕنی تھوٗکُس ۔۔ یہِ ماردار ۔ یہ ویناش کٔرتھ تھوٗکُس۔ وٕن چھُم نہٕ زنین ہندی ویداکھ تہٕ شُرین ہُندو دُن برداش گژھان۔ میأنی آتما چھ ژٹان۔

مایا :۔ ازکتھ پیٹھ ؟

بل ویر:۔ از وچھ میہ انسانن ہنز ژھر یٹہٕ ژھریٹھ۔ یژھے اور۔ تژھے یور۔ از گومیہ ایحساس بہٕ تہِ چھُس یمہٕ نٕے ہیو انسان۔

مایا :۔ اپُز۔ ژٕ چھُکھ نہٕ یمن ہیوٗ انسان۔ ژٕ چھُکھ راز۔ یہ چھَ چأنی پرزا۔

بل ویر:۔ مگر سہٕ کُس راز گوٚیُس یُس پنہٕ نٕے پرزایہِ پیٹھ ظلم تہٕ أتیاچار کرِ۔

مایا :۔ پرزا چھَ ہتہٕ وادووٕ ریو پیٹھ ظلم تہٕ أتیاچار ویتران آمٕژ۔ پرزایہِ چھُ یمہِ یور تہِ ظلم تہٕ اتیاچار ویتراوُن۔

بل ویر:۔ مگر یہ چھُ پاپ۔ بہٕ ہیمہٕ نہٕ یمہِ یور یہ پاپ۔

مایا :۔ ژٕ ہیکھ نہٕ یہِ پاپ ہٕیِمہِ کانہہ ہٕیِمہِ۔ تہِ کیازِ پرزا چھَ اتیاچار خأطرے زیوان۔ توے ییلہِ ییلہِ انسأنی تہذیب لرپھرُن چھَ دوان، کانہہ نتہٕ کانہہ راکشس چھُ کلہٕ کڈان۔ تہٕ یوٗتام سنسار چھُ پکان۔ توٗتام روزِ یِی سپدان۔

بل ویر:۔ مگر میأنی انتر آتما چھَ اتھ وروٗد کران۔

مایا :۔ چأنی انتر آتما چھُس بٔے۔ بٔے چھسے ونان ژٕ تُل تلوار تہٕ کر پنہٕ نین شُترن ناش۔

بل ویر:۔ میأنی شُتر چھکھ ژٕ۔ ژٕ ے چھکھ گرِ گرِ میہ وتھ ڈالان۔ بہٕ چھُس پانس اندر

چون وجودٕ ے ختم کرُن یژھان۔

مایا :۔ ہاہاہا۔ تأجب چھُ۔ یہ کژھ کتھاہ کرٕتھ ژیہ۔ ژٕ ہرگاہ پانس اندر میون وجود ختم

کرکھ ،ژیہ نے پرزٕ ناوی کانہہ۔؟ ژیہ چھُے نہٕ باسان ژٕ یہ چھُکھ تہٕ چھُکھ

میانے سعتی۔ بٔے چھُس چأنی پأری زان۔

بل ویر :۔ اگر ژٕ ے چھکھ میأنی پأری زان تیلہِ چھُس بہٕ یژھان میہ گژھ ہٕ نہٕ یمہِ یور

پرزٕ ناوُنے کانہہ۔

مایا :۔ ہنا سونچ بل ویر۔ ژٕ چھُکھ اکھ ناماور رازٕ۔ ژیہ چھُتھ وُمرِ پرزایہِ پیٹھ راج

کوٗ رمُت۔ پگاہ یپلہِ یہأے پرزا پرزٕ ناوی نہٕ۔ زندٕ روزُن ما گژھی کریوٗٹھ۔

بل ویر :۔ میہ مہٕ کھوٗ ژٕ ناوٕ یموکتھو سعتی۔ بہٕ ویسرے نہٕ وٕں یموکتھو سعتی۔ تہٕ کیا زِ میہ

اندر چھَ وٕں کرانتی آمٕژ۔ اکھ سہٕ انقلاب تیمی میہ نٔو قو وتھ چھَ دژٕمژ۔

ونیُکھ تام اوُسس بہٕ اختابس کُن تھٕر کرٕتھ درامُت۔ توٕے أس میہ پننہٕ نی

ژھائے یوان۔ بُتھ تہٕ میانین وتن انہِ گوٗٹ کران۔ وٕں چھُ پزٕ یک اختاب

میہ برونہہ کنہ پرزٕ لان۔ تہٕ بہٕ چھُس وچھان ژٕ چھکھ رسہٕ رسہ

میأنی ژھائے بُتھ میانین قدمن متھنہٕ یوان۔

مایا :۔ بل ویر۔ مہٕ یہ توہہ پھلکی پأٹھی چھکراونہٕ۔ یتھنہٕ کانسہِ لبہٕ نے یکھ۔ یہ پرزا

ییلہِ مُشراوی۔ أستھ تہٕ زن نہٕ آسہٕ کھے۔ تہٕ چانہِ آسہٕ نچ گوأہی تہٕ دیہٕ

نہٕ کانہہ۔

بل ویر :۔ بہٕ چھس وں پانے ؟

مایا :۔ آ۔ چانہٕ آسنٕچ گوٲہی۔ تہٕ چانہٕ آسنٕچ گوٲہی ہیکہٕ بٔ دتھ۔ تہٕ کیازِ بٔ چھس چأنی پأری زان۔

بل ویر:۔ بہٕ چھس وں پانے پٔنٕنی پأری زان بٔنٕن یژھان۔ بہٕ دراس پٔنٕن پان ژھارنہٕ۔

مایا :۔ بل ویر۔ ہنا کرٕ ٹھہر

بل ویر:۔ وں ہیکہٕ نہٕ چأنی آواز تہٕ میانین کنن تام وٲتتھ۔ تہٕ کیازِ پزٕ یک اختاب چھُ پرٕزلیومُت۔۔۔انہٕ گوٗٹ گودوٗر ۔۔۔۔

مایا :۔ بل ویر

(یوت کال چھُ رسہٕ رسہٕ اسمانٔک رنگ نیول گومُت تہٕ اختاب چھُ پرٕزلیومُت۔ بل ویر چھُ اختابس کُن بُتھ کٔرتھ پٔتہٕ مہٕ ونگہٕ کٔنی نیران۔ مایا چھَ أمس پتہٕ پتہٕ گژھان۔ خألی سٹیجس چھَ گاشہٕ گٹہٕ گژھان۔)

سین ۔ ۴

(پس منظرس منز چھُ صبحُک تاثُر۔ جاناوارن ہُند چھُ ژوپأری چٕری گیُش۔ کلاکار چھُ أندی أندی سٹیجس پھیران زنتہٕ کُلی لٔنجن پیٹھ بہتھ جاناوارن سعتی بول بوش کران۔ کینہہ کال گٔژھتھ چھُ سدارتھ ظأہر گژھان۔ تہٕ کلاکارس وچھان سہٕ کیاہ چھُ کران۔ کلاکار چھُ أمس کُن وچھان تہٕ پننہٕ نہٕ مُستی منز وسلہٕ وایان۔)

سدارتھ:۔ ژٕ کتھ پیٹھ چھُکھ ازٕ یوٗت خوش ؟

کلاکار :۔ بہٕ کراو سُس نہٕ خوش؟۔ (مسلسل وسلہٕ وایان تہٕ جاناوارن زن نقل کران)

سدارتھ:۔ مگر یمہٕ باشہِ اوسُکھ نہٕ کران۔

کلاکار :۔ ازو چھِم یم جاناوار خوش۔ یموٕے ہیچھ نووُس یمہٕ باشہِ کرنہِ۔

سدارتھ:۔ ژ یہ کتھٕ کنٔی توٗرُے فکرِ یم چھِ خوش ؟

کلاکار :۔ یہند بول بوش چھُکھ نہٕ بوزان۔

سدارتھ:۔ یاتہٕ گوٗ ژھ میہ یہُند بول بوش فکرِ ترُن۔

کلاکار :۔ یہ آواز چھُکھٕ بوزان؟۔ یہِ گونچُر۔ یہ چھُ خوش تہٕ کیازِ پوٗ ژھ چھُ یہنہٕ وول۔

سدارتھ:۔ پوٗژھ ؟۔ یورکُس پوٗ ژھ یہِ؟

کلاکار :۔ آسہِ کانہہ۔ سہ ترِمی سندِ یورواتی تھےٕ فکرِ۔

سدارتھ:۔ میہ چھُنہٕ باسان یور یہِ کانہہ۔ (سائیکلو رومس کُن گرشھان۔) یا گو ایراوتی اپارِ چھُکھ نہٕ وچھان کاژاہ ژھوپہٕ چھَ۔

کلاکار :۔ پریتھ واوِ طوفانہٕ پتہٕ چھَ یژھ ژھوپہٕ روزان کینژس کالس۔ کانسہِ ہندِ مرنہٕ پتہٕ چھُکھ نہٕ وچھان قبرستانس منز کاژاہ ژھوپہٕ چھَ گرشھان۔ پتہٕ چھِ بیٚیہٕ لوٗکھ ژانگی زالان۔

سدارتھ:۔ (سائیکلو رومہٕ اپور وچھان) اپارِ آسہِ سورُے ختم گومُت۔

کلاکار :۔ ختم آسہِ گومُت تہٕ بیٚیہٕ بنہِ۔ انسانی تہذیب کس اتھاسس منز چھُ تخریب تہٕ تامیرُک سلسلہٕ پکہٕ وُن روزان۔ یونان تہٕ روم کہِ تہذیبُک انجام چھُتھ نہٕ وُچھمُت۔ کاینا تُک وجود چھُ توتہِ قائم۔

سدارتھ:۔ وِیناش تہٕ نرمان کس اتھ سلسلس تہٕ آسہ کانہہ انت۔

کلاکار :۔ ژٕ کیازِ چھُکھ ہمیشہٕ انت ہیے پتہٕ لوٗ گمُت ؟۔ژٕ کیازِ چھُکھ نہٕ زندگی آئے

کانچھان ؟۔ژیہ کیازِ چھےنہٕ زندگی ہنز کل ؟

سدارتھ:۔ زندگی ہنز کل چھَ اَستھ ۔موہ مایا۔

کلاکار :۔ ژکہِ چھُکھ ژٕ پھیشل ۔توے چھُکھ خوشِ نس ماحولس منزتہِ منحوس کتھ

کران ۔ژٕتہِ ہرگاہ میأنی پأٹھی یمن جاناوارن سعتی بول بوش آسہکھ

کران ۔میأنی پأٹھی روزِہی نہٕ پوٗت فکرٕ ے کانہہ۔یہ بُلبل چھہنہٕ وُچھان۔

وچھان ۔وچھ یہِ ماچھُ اُکس لنجہِ پیٹھ دران۔میانہِ تصورٕ کی یپأرِ خوش کریس

تیأرِ نیہِ وُ پھ۔تہِ کیازِ اُمس چھَ زندٕ روزٕنچ کل۔یہ چھُ زندگی ویٕ رٹلان۔

سدارتھ:۔ مہاتمابدھن چھُ وٕ نمُت یہ دنیاہ چھُ دوکھوتہٕ مصیبتو سعتی بُرتھ۔یہ دنیاہ

تیاگ کُری تھےچھَ مُکتی پراپت گژھان۔سروم دُکھم دُکھم۔

کلاکار :۔ دوکھ تہٕ سوکھ چھُ زندگی ہندی زِ روپ۔یُس دوکھ تلہِ ۔سے چھُ ہیکان

خوشی ہُند لطف موٗحسوس کُرتھ۔توے چھُ کرشن ونان۔یہ دنیاہ چھُ رنگن

ہُند اکھ سمندر۔ انگ رنگ ساگرم۔

سدارتھ:۔ سروم دُکھم دُکھم۔

کلاکار :۔(زور دِتھ )انگ رنگ ساگرم۔

سدارتھ:۔ سروم ۔دُکھم ۔دُکھم۔

(یہِ ونان چھُ سدارتھ کُنہِ پلس نش بیہنہٕ خاطرٕ گژھان ۔تہٕ بزرگ چھُ ظاہر گژھان)

بزرگ :۔ عقل تہٕ نفس ییلہِ پانہٕ وأنی ژٕونی چھِ ہیوان۔روح چھُ بنان کارزار۔۔یہ کرٕ

ہاتُھندس اتھ نظریأتی اختلافس منز صلاح۔ تہٕ تہنزن عناصیرن ہنز بیہ آہنگی
بدلاوِ ہن وحدت کس آہنگس منز۔ اما یہ چھُ توٚ تام ناممکن یوٚ تام نہٕ توٚہی پانہٕ
صلح کرنٕچ کوشش کٔرو۔ تہٕ کیازِ توٚہی چھومیأنس گھرس منز مہمان۔ بہٕ ہرگاہ
أکی سنز خأطرداأری ہیٚیہِ سندِ کھوتہٕ زیادٕ کرِ۔ میانہِ مہمان نوأزی ہُند مانے
بدلہِ۔ لہٰذا اگرژھِ جان ہرگاہ توٚہی پانہٕ وأنی بوجُھت کٔرو۔

کلاکار :۔ سہٕ کتھ کٔنی ہیکو أسی پانہٕ وأنی بوجُھت کٔرتھ۔ کُنہِ دٔریاوِ کی دِبُھٹھ رلے یا
زانہہ۔ تہٕ أسی رلو۔

بزرگ :۔ پرٕ یتھ دٔریاوٕ چھُ رلان سمندرس منز یٚیتہٕ نہٕ کانہہ بوٚٹھ چھُ روزان۔ عقل تہٕ
نفس تہِ چھِ اکے روحکی زٕ عناصیر۔ عقل چھِ لنٔڈ تہٕ نفس چھُ اوٚن۔ عقل چھِ
نفسہٕ کہِ جذبہٕ سعتی یوان بحرکت تہٕ نفس ہرگاہ عقلہِ ہنز رہنمأیی قبول
کرِ۔ وجوٗدک میزان گژھِ پأدٕ۔

(امے ساتہٕ چھُ پٔتِمہِ ونگہِ کٔنی بل ویر یوان)

بل ویر :۔ چھا کانہہ یُس میانہِ آسنٕچ گوأہی چھُ دوان۔؟

کلاکار :۔ بالکل۔ بہٕ چھُس چانہِ آسنٕچ گوأہی دوان۔

بل ویر :۔ شُکر۔ بہٕ چھُس ونہِ تہِ گٔنزرنہٕ یوان۔ میون آسُن چھُنہٕ آمُت گأل کھاتس
ژھٕنہٕ۔

کلاکار :۔ اکھ چھُ تیلے ییلہِ بیا کھ آسہِ۔ تہِ کیازِ گٔنزرُن کیٚت گژھِ بیاکھ آسُن۔
تٔمی عظیم تخلیقکارن تہِ چھِ شایداوے یہ کائینات تخلیق کٔرمٕژ یتھ تٔمی سندِ

آسنٛچ گواہی دیہِ کانہہ۔

بزرگ :۔ سُے چھُ۔ یٚیہ چھُنہٕ کانہہ۔ بے شک چھَ یہ کائینات تُمۍ سندِ آسنٛچ گواہی دوان۔

بل ویر :۔ اے مہان آتما۔ پزٕ یٚک ژونگ زالن والہِ۔ میانہِ منٛگ گٔژھٕ زۄل تہٕ

عقلہِ ہُند اہنکار کرتہٕ پننہٕ نہِ نۆرٕ سعتی دۄر۔ میہ چھِ سیٹھاہ پاپ کٔری مٔتۍ۔

آنتھہٕ رٔسی لۆکھ قتل کٔری مٔتۍ۔ تہنزٕ خونہٕ سٔری لاشہِ چھَ میہ پھرِ پھرِ اُچھن

برونہہ کُن یوان۔ تہٕ میأنی آتما چھَ پشیمان سپدان۔ میہ ون بہٕ کتھٕ کرٕ پننہٕ

نین پاپن ہُند پراسچت۔ کأتی ہن گونہن ہُند کفار کرٕ ادا۔ یُتھ یہ من شانت

سپدیم۔

بزرگ :۔ چانٛس منس منز چھُ پزٕ یٚک نور پوشہٕ ٹۆرِکی پأٹھی پھولُن ہیوان۔ اتھ دِپوٚزٕ

پھولنہٕ۔ یۆت یہ واش کڈِ، تیۆت گژھِ چون من شانت۔ یۆت

پشناوکھ تیۆت لوتکھ۔ تہِ کیازِ توبہٕ کرن والین پیٹھ چھُ سہٕ مُہربان سپدان۔

( کلاکار چھُنہ بظأہر پر بزرگ سنزِ اتھ کتھِ سعتی اتفاق کران۔ سہٕ چھُ تمسکُر کران تہٕ کنہِ

پلس پیٹھ بہان۔ بل ویر چھُ کوٗٹھین پیٹھ بہان تہٕ کلہٕ ژھنان بون کُن۔ بزرگ چھُ

واپس نیران۔ )

کلاکار :۔ دۄ ہے ہسہ َ۔ ژٕ یہ کمن گونہن ہُند توبہٕ چھُے کرُن ؟

بل ویر :۔ یم گوناہ میہ پتھ کُن کٔری مٔتۍ چھِ۔

کلاکار :۔ تہٕ یم گوناہ برونہہ کُن کرکھ۔ تمن گونہن ہُند توبہٕ کُس کرِ ؟

بل ویر :۔ بہٕ چھُس سأری سے لدتھ آمُت۔ میہ چھُ سورُے تیاگ کۆرمُت۔ تیاگہٕ

پتہٕ کم گوناہ سپدن ؟

کلاکار :۔ چون تیاگے چھُ سارٕوے کھوتہٕ بڑ گوناہ۔ امہِ کھوتہٕ کُس گوناہ گژھکھ کرُن۔؟

بل ویر :۔ چون مطلب کیاہ چھُ ؟

کلاکار :۔ آنتھٕ رٕسی انسان قتل کٔرتھ بیوٹھُکھ ژٕونی توبہٕ کرنہٕ۔ یم قتل کٔری تھکھ تمن کیاہ لارِ چانہٕ توبہٕ کرنہٕ سعتی ؟

بل ویر :۔ تم چھِ مؤمتی۔ مؤمتی ماہیکھ بہٕ زندٕ کٔرتھ۔

کلاکار :۔ مؤمتین آسہِ پتھ کُن تہِ کانہہ رٔ دمُت۔؟

بل ویر :۔ تہُند چھُنہٕ میہ کانہہ پے پتاہ۔

کلاکار :۔ پے پتاہ گوکڈُن۔ یم چانہِ دستہٕ قتل سپدی۔ بنان چھُ تم آسہٕ ہن پنہٕ نین ماجن ہندی ڈکھٕونی۔ تمن ماجن وچھا تھس ماپچھکھ تھف کرٕنی۔ یمن جوان کورین ہندی محأفظ بھأئے مارٕ کٔری تھکھ۔ تمن جوان کورین دِ تحفظ۔ یمہٕ زنہٕ چانہِ دستہٕ ازموندٕس چھَ کڈان۔ تمن زنین تہٕ تہندین یتیم شُرین دِ سہارٕ۔ تتھ ونو کفارٕ ادا کرُن۔ سُے گو پراسچت۔

بل ویر :۔ بالکل۔ ژٕے چھُکھ صحی ونان۔ یہأے چھُ میون پراسچت۔ امایہ چھُ میانہِ باپتھ سیٹھاہ کریوٹھ۔ بہٕ اکھ کتہٕ کتہٕ ژھارکھ یم۔

کلاکار :۔ آلو کرُکھ۔ بنان چھُ چانہِ اکے آلٕو ییٔنے سأری برونہہ کُن۔

بل ویر :۔ آلو ۔۔۔ کُس آلو کرکھ ؟

کلاکار :۔ انقلابُک آلو۔

بل ویر :۔ کمہِ انقلابُک ؟

کلاکار :۔ تمہِ انقلابک یُس پرٛیتھ أکس تحفظ دیہِ۔ یُس پرٛیتھ أکس سمأجی۔ معاشی تہٕ فکری آزأدی فراہم کرِ۔ یُس نہٕ کانہہ کأنسہِ دیہِ کأنسہِ پیٹھ ظلم کرِ۔ انسأنی روادأری ہُند انقلاب۔ جمہوریتُک انقلاب۔

بل ویر :۔ مگر بہٕ چھُس ونکیس کُن زوٗن۔ بہٕ گُس انقلاب ہیکہٕ أنتھ ؟

کلاکار :۔ ژٕ کتہِ چھُکھ کُن زوٗن۔ ژیہ ہے پرزاستی چھے۔

بل ویر :۔ پرزا ؟۔۔۔ پرزا چھاونہِ تہِ میہ ستی ؟

کلاکار :۔ ژیہ روٗس گرٛٹھہِ کوٗت۔ پرزأ ہے پتھ کُن تہٕ ژے ستی۔ پرزا روزی برونہہ کُن تہٕ ژے ستی۔ تہٕ کیازِ ژٕ ے چھُکھ پرزایہِ ہُند پُہل۔ چانے ستی چھُ جب یکہٕ وٹہٕ۔ یوٗت خوش کری توٗت نتن۔ جب چھُ پہلی ہے ستی۔

(بل ویر چھُ خوشی سان غور کران تہٕ پوٗت منظرس منز چھِ انقلابکی نعرٕ گرٛٹھان۔ وارٕ وارٕ چھُ گاش ژھوکان)

سین ۔ ۵

(سٹیجُک دوٗیم پردٕ چھُ پیتھ۔ پنڈت چھُ تشوش ناک حالتس منز سٹیچس اورٕ یور کران تہٕ اندر چھُ یوان۔)

اندر :۔ کیاہ مارا پتاجی ؟

پنڈت :۔ گۄ برا۔ حالات ہیتن خراب گڑھنۍ۔ ملکس منز تیز یوانقلاب۔ بنان چھُ
انگریزن پئیہِ ملک تراوُن۔

اندر :۔ یہ انقلاب نۍ ہمیوٕ ے زانہہ۔ یہ ووت بہادر شاہ ظفر نہِ پیٹھے چلان۔
انگریز کر کھۄژی یمن گگراین۔

پنڈت :۔ تیلیچ اُس بدل کتھ۔ عالمی جنگہِ سعتی یوسہ ولہرش ٲژھ۔ تمہِ تھوٗ نہٕ کانہہ
ملک کانسہِ ہُند۔ ریذیڈنٹ صاٮ۪بس چھَ وار یہو ملکو پیٹھ تارٕ واتان۔ دپان
انگریز وچھُ وار یہو ملکو منزٕ ڈیر ووٗ ٹُمت۔

اندر :۔ اِدوں توٚہی کیازِ گیوٚ پریشان ؟

پنڈت :۔ پریشانٮ۪ چھَ سانٮ۪ وفادٲری۔ ٲسی رُوٗدی ہمیشہٕ یمن وفادار۔ پگاہ ییلہِ یم
عوٲمی ردِعملکی شکار سپدن۔ سون انجام آسہِ تمہِ کھوتہٕ ہاٮ۪بتھناک۔ اسہِ
یوٗس ملکس تہٕ ملکہٕ کس عوامس سعتی غدٲری کٔر۔ تمیُک قساس ہرگاہ ہور نہٕ
آیٕ۔ سہ آسہِ اسہِ کیُت سیٹھاہ کریوٚ ٹھ

اندر :۔ ییلہِ تژھ ہش وزواتہِ۔ ٲسی ژلوا انگریزن برونہہ۔

پنڈت :۔ گژھو کوٗت ؟

اندر :۔ انگلینڈ تہٕ بٮ۪یہِ کوٗت۔

پنڈت :۔ توے چھس بہٕ ونان ژٕ گوٗ ژھکھ تمہِ برنٹھے ریذیڈنٹ صاٮ۪بنہِ فیملی منز شامل
سپدُن۔ یُتھ برٹش سرکارس منز کانہہ رُتبہٕ حاصل گژھِ ہی۔ تہٕ برٹش
سرکارٕ ے ہٮ۪یہِ ہاسانٮ۪ ذمہٕ وٲری۔

اندر :۔ تمہِ خاطرِ کیاہ چھُ کرُن ؟

پنڈت :۔ ژٕ یہ چھے مارٓیا کھاندرٕ خاطرِ آمادٕ کرٕنی۔

اندر :۔ توہہِ چھُنا باسان ریذیڈنٹ صاب چھُ سائنس کھاندرس راضی ؟

پنڈت :۔ میہ بروٗنہہ کنہِ تُجٕ نہٕ تُمی یژھ کتھ زانہہ۔ وٕں گو تہنزِ دوستی ہنز چھُس خبر۔

اندر :۔ تیلہِ تٕلی زِ ہو کتھ ۔

پنڈت :۔ جان گیوٚ ہرگاہ مارٓیا تٕلہِ ہے مائلس بروٗنہہ کنہِ یہ کتھ پانے۔تمہِ سعتی ہُرِ ہے اسہِ تہِ یژتھ۔

اندر :۔ مگر میہ چھُنہٕ باسان مارٓیا گژھِ ونکیس یژھ کتھ تلہٕ نس آمادٕ۔

پنڈت :۔ کیازِ۔ تُہند اختلاف چھناوُنہِ دوٗرگوٚمُت ؟

اندر :۔ اسہِ چھُنہٕ پانہٕ وأنی کانہہ اختلاف۔ مگر ازکل چھُ سہُ بجہِ بوٗنہِ ہُند سادھو تُمی سندس دلس تہٕ دیماغس پیٹھ سوار۔

پنڈت :۔ یہ چھُ چائنی لاپرواہی۔ ژٕ یہ پزِہی یتھ تنازعہٕ گوڈے تھاوُن گألتھ۔

اندر :۔ میہ آسہِ ہے تُمس سادھوسنز گاندھے دفاہ کرٕمژ۔ مگر مارٓیا کرِ ہے میہ پیٹھ شکھ۔ پیٹھٕ چھُ سیٚنچری ہُند راکھٕ تہِ اتھ مالس منز خبردار گوٚمُت۔

پنڈت :۔ تُمی ما چھُس کینہہ وٕنمُت ؟

اندر :۔ تُمی سندی بُڑی بٕن چھُس کیاہ تام پۆرمُت۔

پنڈت :۔ تہند پے پتاہ کڈٕ ناوٕ۔ تہٕ یہ قضیہٕ موکلاو۔

(پنڈت چھُ نیران اکہٕ طرفہٕ۔ اندر چھُ نیران بییہِ طرفہٕ۔ گاش چھُ ژھوکان۔)

## سین ۔ ٦

(سدارتھ چھُ پنٕنہِ مخصوص جایہِ بہتھ تپسیا کرنس منز مشغول۔سائیکلو روم کنۍ چھُ کلاکار یوان سدارتھس کژ کوس تام خوش خبر ہیتھ۔)

کلاکار :۔ سدارتھ ۔۔۔۔سدارتھ ۔اوہ۔ژٕ ہے چھکھ بیوٹھمُت تپسیا کرنہِ۔
پھرٹیومُت چانہِ اتھ عقلہِ۔یوسہٕ نہٕ ژیہ امہِ انہِ گٹہِ منزٕ چھے نیرنہٕ دوان۔
نہَ چھے اُچھو کینہہ وچھنہٕ دوان۔نہَ چھے کنو دوان بوزنہٕ کینہہ۔۔۔
موخصر چھکھ ژٕ عقلہِ ہُند قدی۔ژیہ چھے نفسُک ژونگے ژھیتہٕ گومُت۔

سدارتھ:۔ (اُچھ مژراٗوتھ) موخصر ژلی نہٕ ژیہ یہ شُرل۔نہَ کرکھ پٹُن یہ بکواس بند۔

کلاکار :۔ ژیہ ما چھے خبر بہٕ کیاٗزی آس ونکیس پھیرتھ۔ژیہ ما وچھُتھ اندر سبھایہِ ہُند جشن۔حوٗرن ہُند رؤف۔اندرازُن ساز۔بھرت منی سندی اُٹھوے رس اُسی فضہس منز تتھٕ کنۍ چھکرتھ۔زن اوس رنگن ہُند سمندر۔

سدارتھ:۔ مہ آس یژ کلپنا کران۔ژیہ چھے یہاۓ کلپنا مژراوان تہٕ تو ہہ پھلکی پاٹھی چھُکھ وڈتھ گژھان۔خبر کمہِ دوہہ پیکھ امہِ کلپنایہِ ہندِ وژ پرنگہٕ پیٹھٕ وٕسی۔تہٕ موحتہٕ دانن ہندی پاٹھی یکھ چھکراونہٕ۔

کلاکار :۔ اُتھی کلپنایہِ منز آس بہٕ ونکیس ترین عالمن ژ ٔنڈ کڈتھ۔ یہاۓ کلپنا۔۔
یہاۓ تصور واتہٕ ناومیہ اکہِ دوہہ کیلاش کس سارِوے تھٔدس تیتیاٗلس پیٹھ۔یتیتھ شوسندس سنگھاسنس پیٹھ پہتھ بہٕ پننہِ زندگی ہُند نوٚو باب لیکھٕ۔

سدارتھ:۔ تہٕ چانہِ زندگی ہُند پٗتم باب کُس لیکھِ۔ ؟

کلاکار :۔ میانہِ زندگی ہُند پٲتم باب ؟۔ یہ کٔژھ کتھاہ کٔرتھ ژ یہ۔ میانہِ زندگی ہُند پٲتم
باب کُس لیکھِ۔ اتھ بارس منزنے میہ سونچُے زانہہ۔

سدارتھ:۔ ژ یہ ہے عقلہِ چھُتھ کلف ژھُن مُت۔ سونچہٕ ہکھ کتھٕ کٔنی۔

کلاکار :۔ ژٕ ہرگاہ عقلہِ ہُند دعوا چھُکھ کران۔ ژ یہ ہرگاہ سارِ دنیہک گیان چھے۔
ژٕ ے ون میانہِ زندگی ہُند پٲتم باب کُس لیکھِ ؟

سدارتھ:۔ سہٕ تہِ آسہِ ژٕ ے ہیوٗ کانہہ۔ چونےُ عکس

کلاکار :۔ میون عکس ؟۔ میون عکس ہیکہِ نہٕ اُسی تھے۔ تہِ کیازِ بہٕ چھُس بۓ۔ میہ ہیوٗ
ہیکہِ نہٕ بیا کھ اُستھ۔

سدارتھ:۔ تیلہِ ییہ نہٕ چون پٲتم باب تہِ لیکھٕ نے۔ نہَ دیہِ کانہہ چانہِ آسنچ گواہی۔ ژٕ
یکھ ملہٕ مونجے گاٗل کھالتس تراونہٕ۔ تہٕ چون ناوٗ تہِ ہیٚیہِ نہٕ کانہہ۔

کلاکار :۔ نہ نہَ۔ یِژھ کتھ مہ کر۔ میٲنی زندگی ہیکہِ نہٕ یِژ بیہ مانے اُستھ۔ نہ آسہِ
میون انجام یوٗت ہاٚ بتھناک۔

سدارتھ:۔ یہاٗے چھُ پرکرتی ہندقونون۔ یہاٗے چھ فطرتھ۔ تہِ کیازِ ییلہِ نہٕ کہیں
اوس۔ نہَ اُس زمین۔ نہ آسمان۔ نہَ دوہ نہَ راتھ۔ نرا کارٕ منزٕ پیوٗ آکار
تھنہٕ۔ اصلہٕ منزٕ وٗتھی زٕ عکس۔ پُرش تہٕ پرکرتی۔ زوٗن تہٕ زٕنی۔ یمن دٕژ کھ
بسنہٕ کٔژ یہ بُت راتھ۔ تہٕ دوٗ پہکھ۔ لِسو۔ تہٕ ہُر و۔ تہٕ یہ بت راتھ گٔری وُن
آباد۔ تتنے چھُ عکسہٕ پیٹھٕ عکس وتھان تہٕ زگتک نرمان سپدان۔

کلاکار :۔ گوناتیلہِ چھَ میٲنی کلپنا بیہ مانے ؟

سدارتھ:۔ چاۓنی کلپنا چھہٕ چون بھریم۔ چون تصور چھُے ژٕ یہ خوش فہمی منز مبتلا کرٕ رتھ اصلہٕ
نشہٕ ڈالان۔ ژٕ چھُکھ پنہٕ نِس تصورس منز شوس سعتی بروبری کران۔ مگر شکتی
کُن چھُے نہٕ زونے۔ یوسہٕ یٕیمہِ زٕنگیج مأج چھہٕ۔ شو چھُ نراکار۔ مگر شکتی چھہٕ
آکار۔ شو چھُ کارن۔ شکتی چھہٕ کارے۔

کلاکار:۔ بہٕ چھُس اکھ کلاکار۔ میون تصورُے ہیکہِ میون طاقتھ أستھ۔

سدارتھ:۔ کلاکارٕ سنز شکتی چھہٕ تٔمی سنز کلا۔

کلاکار:۔ آ۔ میأنی شکتی چھہٕ پزی پأٹھی میأنی کلا۔ تہٕ میأنی کلا۔۔۔ میون عظیم شاہکار
چھہٕ مونالزا۔ سوئے چھہٕ میأنی شکتی۔ سوئے دیہٕ پگاہ میانہِ آسنچ گواہی۔ آ۔
سوئے ۔۔۔۔ بہٕ ژھارن سوئے۔ بہٕ دراس۔

سدارتھ:۔ گرٕ ھکھ کوٚت ؟

کلاکار:۔ بہٕ وسہٕ وٚں پرتھوی پیٹھ۔ یٕیتہِ میأنی مونالزانا وِ منز بہتھ پمپوش آسہِ سومبران۔
نتہٕ آسہِ رُوانگن کلین ڈکھ کران۔ نتہٕ آسہِ آرٕ پلس پیٹھ بہتھ کھور چھلان۔

(یی ونان چھُ کلاکار نیران۔ سدارتھ چھہٕ أمس اتھٕ تُلتھ الوداع کران۔ تانی چھُ بزرگ
ظأہر گرٕ ھان)

بزرگ:۔ مبارکھ چھُ یہ ساتھ یٕیلہِ نفسن رٕٹ عقلہِ ہنز وتھ۔ تہٕ ایمانٕچ تکمیل سپز۔
مبارکھ چھہٕ یہ وزٕ یٕیلہِ چانین ازمأیشن ہُند سفر ووت اند۔ تہٕ چانین
ذمہٕ وأرین ہند سفر گو شروع۔

سدارتھ:۔ اے پوٚز پرٕ زناون والہِ پزی زیارِ۔ ژٕ یہ گرتھ میانین عناصرن رٕژ رہبری تہٕ

میون کرِیُوٗٹھ سفر کوٗرُتھ آسان۔ بہٕ کمہِ چانٹہِ کرٕ چاٗنۍ شکر گزاٗری۔

بزرگ :۔ میہ چھَ یمہِ کتھِ ہنز خوشی زِ ژٕ سپدُکھ پنٕہ نہِ عملہِ منز کامیاب۔

سدارتھ:۔ امادیہِ سنزِ لیلایہِ ہُند حسرتھ رُوٗ دُم باقٕے۔ سہُ کارن گوم نٕہ پرکٹ تیمۍ بہٕ

یوٗتتھ واتٕہ نووُس۔

بزرگ :۔ سہُ تہِ سپدی پرکٹ۔ییلہِ ژٕ بت راٗ ژ پیٹھٕ اٗچھ مٕڑ راوکھ۔سہُ وُچھہن پرٕ یتھ

جایہِ۔

سدارتھ:۔ تیلہِ اٗسن میہ روخصتھ۔

بزرگ :۔ بڈٕ خوداِیس حوالہٕ۔

(سدارتھ چھُ پٔتۍ مہِ ونگہِ کنۍ نیران تہٕ بزرگ چھُ وٕٹھ کمجاگرتھ واپس پھیران۔)

بزرگ :۔ دیہِ سنز لیلا۔۔۔۔

(بزرگ چھُ اندراژان تہٕ گاش چھُ ژھوکان۔)

سین ۔ ۷

(دوٗیم پردٕ چھُ پیتھ۔راکھٕ چھُ کوٗٹھین پیٹھ پتھر بہتھ۔بڈٕ چھُ لوٗرڈ کھٕ وان اورٕ یور

کران۔دوشوے چھِ زنتہٕ رٕٹھ انٕہ ناوٕنہٕ آمٕتۍ۔)

بڈٕ :۔ ترٕہی نارائِن ۔۔۔ترٕہی نارائِن ۔۔۔۔دیوی دیاکٔری زِ۔راٗچھ کٔری زِ

پرٕ یتھ گٹہِ تہٕ ژھٹہِ منزٕ ۔۔۔

راکھٕ :۔ کاکا۔تلابیہہ تہٕ پتھر۔اورٕ ہا آسی ریذیڈنٹ صاٗب پکان

بڈٕ :۔ ژیہ ہباونیوٗے میہ۔دیہِ سنزِ لیلایہِ ناچھُ بنان نٔنیر کرُن۔امہِ سعتۍ ہا چھُ سیٹھاہ

خطرٕ واتان۔اما ژیہ ناپھےٚ زانہہ یادروزان۔ کُتی کُتی چھےٚ گرٛھان اکۅت۔یۆ تام بُجرس منزلو گتھس خبر کمن واوٕ گلین۔

راکھٕ :۔ ناتہٕ میہ کیاہ زأنتھ مأنتھ نیا سادھس برونٹھ کُن۔سو ہے پانے وأژتوتھ۔

بڈٕ :۔ ہیو گرٛھ ناواتی۔سو ہے کوٚرچھ یمہٕ نےٚ جنگلن ہنز۔ تمس اَس وتھ ہاوٕنی۔

اماژ ڈألی زِہن اورٕ یور

راکھٕ :۔ یہٕ کیاہ بھریم بھریم چوک چھُسہٕ وتھ ڈالہٕ ہس۔

بڈٕ :۔ ہیا دم کرو کوٗ واکیاہ۔ژیہ ہاتری وٕن فکرِ کہو چھُ گز ییلہِ گھاسہٕ رز کٔرتھ لأری کنی لوٗہر واتہٕ ناونے۔

(امے ساتہٕ چھُ پنڈت رعبہٕ دابہ سان اژان)

راکھٕ :۔ نمسکار جناب

پنڈت :۔کیاہ سہَ ہے۔توٗ ہہ کُس فتناہ چھوز یورا وُمت اپأری ؟

بڈٕ :۔ نہ جناب۔اسہِ نے کانہہ فتنے ایورۄ دیوی ہنز درٕ ے۔اسہِ چھُنہٕ پانس تران فکرِ اَسی کتھ پیٹھ آیہِ ژٕتھ انہٕ ناونہٕ۔

پنڈت :۔ ریذیڈنٹ صأبنہِ کچہ کوسہٕ پھٔندل چھوٕنی مژ ؟

بڈٕ :۔ نہَ جناب۔اسہِ ؤنس نہٕ کانہہ پھٔندل۔امادیہٕ سنز لیلا چھَ اپرم پار۔تیتھ کیاہ کرِ میہ ہیوٚ سادٕ منوش۔

پنڈت :۔ ہیو بڈٕا۔میہ مہِ ون یہِ افراسیأبی۔یہٕ تہِ چھُس یے جندُک پیوند۔میہ چھَ تُہنز یمہ لیلایہ سیٹھاہ بوز مژ۔توٗ ہہ ماچھو خبر یم انگریز چھ سیدی۔یمن ییتھٕ

پأٹھی خوش کرِتھ پأٹھی تأری وُکھلورِ پیٹھی سرُ پھ۔ تہٕ پھندوستی کڈی وُکھ دیار۔ انہِ گٹہِ کوٹھرِ منز بروپیتہِ گگر کھینو۔

رکھ :۔ ہیو کاکا۔ ژکونا چھُکھ ونان أمس صاف صاف۔ ژکھیاوِ ناو کھاہ میہ گگرن اتھِ۔ ژیہ چھےنا خبر بہٕ کوتاہ چھُس گگرن کھوژان۔

بڈ :۔ ہیو بہوٚژ رسہٕ پأٹھی۔ بہٕ ہے صاجبس ستی چھُس کتھ کران۔ یا گو میہ چھُنہٕ تگان کتھ کرِنی۔ پتھ گو یتلہِ گگرن پیٹھ کتھ واتہِ۔ تیلہِ یوسہٕ مأج ہأر بٔنتھ کوہِ ماران ہیکہِ تو نتہٕ منز ٹُلتھ۔ سو کیا ژِ ہیکہِ نہٕ برأ ربٔنتھ یہند ین گگرن ناش گٔرتھ۔ تیلہِ چھُنا میانہِ پوزایہِ اثرٕ ے کینہہ۔

راکھ :۔ (پنڈتس کھوررٹان) جناب۔ بہٕ چھُسو بیہ خطاہ ماجہِ ہنز درٕ ے۔ میہ چھُونہٕ خبرٕ ے کینہہ۔

پنڈت :۔ تلہٕ سہَ وتھ تھوٚد۔ تہٕ اژ اندر۔ نیرتہٕ چیکھ چائیہ پیالاہ۔ تیوٚت کال کرٕ بہٕ چائنس بُڈی ببس ستی کتھ۔ (راکھ چھُ اژان اندر)۔

دوٚ ہے ہسہَ پنڈت جی۔ میہ چھُ باسان تو ہہِ چھو دیوی پیٹھ سیٹھاہ یژھ تہٕ پرٔژھ۔ میہ تہِ چھَ۔ تتھ کُن نظر گٔرتھ چھِ أسی پانہٕ وأنی کُنی۔ چھا کنہٕ نہٕ؟

بڈ :۔ اہن مارا۔ تتھ کیاہ شکھ چھُ۔

پنڈت :۔ اکھأ کر سندِ باپتھ چھَ کُنہِ ساتہٕ پیوان کتھ تہِ کھینی۔ وچھتھ چھُ پیوان لاگن اوٚن تہٕ بوزتھ زوٚر۔

بڈ :۔ تی ونیوم أمس ناتھس۔ امایہ تہِ بوزی وُن طفلے۔ ون گو تو ہہِ ونو پنہٕ نہِ جایہِ۔

سو انگریز کورٕ ہن تہٕ زأنی زون نہٕ لۆت کینہہ ۔ یہٕ چھوسا کشا پاروتی ہُند روپ۔

پنڈِت :۔ مطلب ؟

بڈٕ :۔ تمہٕ وۆن میہ شوٗٹھ چھَ شُری پانے بدل بدل سۆ پنۍ وچھان ۔ تہٕ سۆ پنین منز چھَ وچھان کوٗہن تہٕ بالن ہُند اژھیوٗن سلسلہٕ ۔ گریشمہٕ کرایہٕ منزیمن بالہٕ تینتالین پیٹھ شہین ۔ جایہٕ جایہٕ شولنگ ۔ گریزٕ نہٕ کولہٕ تہٕ کولن ہندس آبہٕ شورس منز چھم گرشہان آلو ۔ شیلجا کُرتھ چھُم کُس تام آلو دوان ۔

پنڈِت :۔ شیلجا ؟

بڈٕ :۔ اہن مارا شیلجا

پنڈِت :۔ مگر أمس ہے ماریا ناوٗ چھُ ؟

بڈٕ :۔ سہٕ مارا گو دنیأوی ناوٗ ۔ ژ کہٕ چھَ یہ شیلجا ۔ کنہٕ ہنز کوٗر ۔ مطلب کوٗہن تہٕ بالن ہنز کوٗر ۔ پاروتی

پنڈِت :۔ ہتا یارٕ ونان کیاہ چھُکھ ژٕ ۔ أمس ہے ماریا ناوٗ تہٕ شیلجا کپأری گیہٕ پأدٕ ۔ پیٹھٕ زاہرٕ انگلینڈس منز ۔ پرتھے ہرٕ جرمنی منز ۔ امہٕ کتہٕ وُچھ شولنگ تہٕ سُے آس خأبہٕ ۔؟

بڈٕ :۔ أتھی ونان دیہٕ سنز لیلا ۔

پنڈِت :۔ چأنی کنی ہرگاہ یہ انگریز کوٗر پاروتی ہُند روپ چھَ ۔ تیلہٕ ما چھُ سینچری ہُند سادھ پانہٕ شو ؟

بڈٕ :۔ نہَ مارا تہٕ ہیکہ نہ أستھ ۔؟

پنڈت :۔ یہ لیلا چھؤ أمس انگریز کورِتہٕ وٗنی ہٕش ؟

بڈٕ :۔ نہ مارا۔ تمٕس بنہِ ہے وٕنی۔

پنڈت :۔ (سونچاہ کران تہٕ پتہٕ نیچوس آلو کران) اندر ۔۔۔۔ اندر

اندر :۔ (یکدم حأضر گژھان) کیاہ مارا ؟

پنڈت :۔ جانکی ناتھس ون یمس پنڈت جی لیس چاون چایہ پیلاہ۔ تہٕ پانہٕ آکھ یوٗرۍ۔

اندر :۔ وٗلو۔۔۔۔

(اندر چھُ بڈس نوان۔ پنڈت چھُ سونچاہ کران۔ یوت کال چھُ اندر یوان واپس۔)

اندر :۔ یہ بڈٕ بٹہٕ کیاہ اوس ونان ؟

پنڈت :۔ یہ کیاہ اوس ونان۔ تہِ تھاوزٕ أتی تھے۔ گوڈٕ گژھ ژٕ نفر ژور پانژھ ہیتھ سینچری۔ تہٕ سادھوأنی وُن تُلتھ۔ سہ ژھنہِ وُن پیر پانژال اپورتہٕ یم دوشوے مأژی پتھٕر ژھکی وُکھ کُنہِ کوٗٹھرِ منزیٔتہ نہٕ یہنز کریکھ تہِ بوزِ کانہہ۔

(پنڈت چھُ اکہِ طرفہٕ نیران تہٕ اندر بیٚیہِ طرفہٕ۔ گاش چھُ ژھوکان)

## سین ۔ ۸

(سیٹ چھُ خألی۔ وں چھُنہٕ سدارتھ بونہٕ تل بہتھ۔ ڈٕ چھنی کنی چھَ گوڈٕ چہِ ونگہِ کنی ماریا ظأہر گژھان۔ أمس ییلہِ نہٕ سدارتھ نظرے چھُ گژھان یہِ چھَ پریشان ہش گژھان تہٕ پریتھ طرفہٕ وٗنی دوان۔ سائیکلو رومہٕ بروٗنٹھی کنی چھُ سدارتھ یوان۔)

سدارتھ :۔ کُس چھہن ژھانڈان ؟

ماریا :۔ (کتھ کرٕ ون سادھ وچھتھ حاٴران) ییٚتیتھ اوس۔۔۔

(دوٚشوے چھِ کینژس کالس اکھاٴکس وچھان)

سدارتھ :۔ ژٕ ماٴ سکھ مےیے ژھانڈان؟

ماریا :۔ اوسیس۔ ژٕ ےٚ اٴس ستھ ژھانڈان۔ ژٕ ےاوسکھ نہٕ ییتھ بونہِ تل بہتھ آسان۔؟

سدارتھ:۔ (یقرار کران) آ۔بےٚ اوٚسُس۔

ماریا :۔ لُکھ چھِ ونان ژےیہ چھےٚ اتیتھ واریاہ کال گوٚمُت۔؟

سدارتھ :۔ تہٕ چھم نہٕ خبر کوٚت کال۔ وقتُک چھُنہٕ مےیہ کانہہ اندازٕ۔۔۔مگر ژٕ کیازِ اٴسکھ مےیہ ژھانڈان۔ ژےیہ اوسے نہٕ مےیہ وۄ نمُت مےیہ ژھاٴری زینہٕ۔ مےیہ پتھ گٲری زینہٕ پننی زندگی برباد۔

ماریا :۔ وٹ؟۔ ڈُ یومین۔۔۔ چون مطلب چھاژٕ چھُکھ مےیہ زانان؟

سدارتھ:۔ ژٕ چھکھ نہٕ لاساگاٴمچ چُھی۔ گنپایہِ ہنزٕ خزمتھ گار

ماریا :۔ گنپایہِ ہنزٕ خزمتھ گار؟

سدارتھ :۔ مےیہ اٴس خبر ژےیہ تہٕ چھےٚ نہٕ میاٴنی پاٴٹھی گنپایہِ منزدل لگان۔ ژٕ اٴسکھ یژھان مےیہ سعتی گھرٕ بساوُن۔ مگر مےیہ اٴس پننہٕ نہِ سفرٕ چ کل دراہٕژ۔ مےیہ اوس دنیہٕک گیان پراپت کرُن۔ یمہِ کارٕیک کارن ژھاٴرُن۔ اٴخرآس اکہِ دوہہ گنپایہِ منزٕ ژٕ لتھ۔ تہٕ ہمالہ کین یمن بالن ترٕتھ ووٚتُس کشیرِ۔ ییٚتہِ روٗ دُس واریہس کالس ریشین تہٕ سادھن سعتی۔ پتہٕ سمکھے یم کینہہ بودھ

بھکشوتہٕ دراس تمہٕ نےٚ سعتی۔ تم تہِ ترأوم اڈٕ وتے تہٕ رٹم یہ جائے۔ یتیتھ

رُوٕم یہ بوٗنی تہٕ أتھی تل بہتھ کوٗرُم دھیان۔ اما یتیتھ تہ روٗدی میہ چانٛی

آلوکنن گرٛشھانہِ۔

ماریا :۔ لیس......میہ تہِ چھُ خابن منز آلوگرٛشھان۔ سمباڈی کالزمی فرام دَ جنگل۔

پتہٕ چھُس بہٕ یمن جنگلن پھیران۔ تُمس ژھاران۔ اینڈ دین۔۔ دین ائے

سایوٗ ۔۔ پتہٕ وچھُکھ میہ ژٕ۔ اینڈ میہ پرزنوٗ کھ ژٕ۔۔۔۔ ژٕ ے اوسُکھ

میہ آلوکران۔ اینڈ بہٕ أسس ژٕ ے ژھانڈان۔

سدارتھ :۔ یہائے چھُ پرُش تہٕ پرکرتی ہُند سمبھند۔ شوتہٕ شکتی ہُند آکار۔ پرُش تہٕ

پرکرتی ہندِ ژھینہٕ گرٛشھنہٕ سعتی سپد بت رأ ژہُند ویناش۔ توے أسی أسی

اکھ أکس ژھاران۔ اکھ أکس نادلایان۔ تہ کیازِ اسہِ چھُ پراسچت کرُن۔

ماریا :۔ پراسچت ؟

سدارتھ:۔ ژٕ چھکھ نہَ وچھان ماحوٕلچ یہِ آلودگی۔ ونن ہنز یہ وأرأنی۔ مانوزأ ژہُند

یہ اہنکار، یہ بھینکر ویوہار۔ یم سأری پاپ چھِ کأنسہِ نتہٕ کأنسہِ مٹہٕ ہینٛ۔

کأنسہِ نتہٕ کأنسہِ چھُ یمن پاپن ہُند کفارٕ ادا کرُن۔ اُپنشدن منز چھُ لیکھتھ

ایکم ست۔ اسہِ بروٗنہہ یم أسی تم تہِ أسی أسی۔ اسہِ پتہٕ یم آسن تم تہِ آسو

أسی۔ لہٰذا یم پاپ اسہِ بروٗنہہ سپدی تہٕ یم پاپ اسہِ پتہٕ سپدان۔ تمن

سارِنےٚ پاپن ہُند پراسچت چھُ اسے کرُن۔

(سدارتھ چھُ ماریا تھاوان پھیکس پیٹھ اتھہٕ تہٕ نوان چھُس سائیکلو روم بروٗنٹھی کنہٕ۔

گاش چھُ وارِ وارِ سوتان ۔)

## سین ۔ ۹

( فرنٹ سٹیج ۔ کینہہ کال گژھتھ چھُ پنڈت یوان بانبرِ ہۆت تہٕ نیچوس آلو کران ۔ اندر چھُ لارِ ہۆتے یوان ۔)

اندر :۔ کیاہ ماراپتا جی ۔؟

پنڈت :۔ ماریا کتہِ چھَ ۔؟

اندر :۔ میہ مارا چھنہٕ تٔمی سنز خبرے ۔ اسہِ گٔیہ کینہہ دوہہ اکھأکس سمکھنہٕ ہسے ۔

پنڈت :۔ کارن ؟

اندر :۔ ائے ایم فیڈ اپ پتاجی ۔ وٕں چھُنہٕ میہ برداش گژھان تٔمی سُند مزر ۔ سو چھَ وٕں تیوٚت الاجکل بکواس کران ۔ میہ چھُ نار گنڈان سأری ہسے پانس ۔

پنڈت :۔ ژیہ ہے میہ ونیوئے سادھانہٕ ناوٗن تُلتھ ۔؟

اندر :۔ بہٕ اوُسس نفر ہیتھ گوٚمت ۔ سادھ اوس ژوٚلمُت ۔

پنڈت :۔ ژٕ ہے اوُسکھ ونان سہ چھُنہٕ تیتھ تھوٚدے وتھان ۔ تٔمس چھِ وٕری وادٕ گٔمتی تتھ بُجہ بونہِ تل بہتھ ۔؟

اندر :۔ میہ باسیوسہ آسہِ وٕں کھوٚژمُت ۔

پنڈت :۔ کھوژان چھُ سُے یَس کانہہ ٹوٹھ چیز راوِ نک پھریٹھ چھُ آسان ۔ سادھ چھُ آسان ہٹس ژنہِ رِکھ گٔرتھ ۔ سادھ گس کھوژِ ؟ ۔ دپ سادھس ییلہِ باز اتھس منز آو ۔ تٔمی سنز تپسیا گٔیہ سپھل ۔ تہٕ پتہٕ کیاہ اوُسس بونہِ شیہجارس بہتھ کرُن ۔

اندر :۔ مطلب ؟

پنڈت :۔ میہ چھُ باسان سادھ چھُ ماریاہیتھ ژۆلمُت۔

اندر :۔ کیاہ ؟۔ہاؤ ازاٹ پاسبل ؟

پنڈت :۔ ماریا چھُنہٕ راتہٕ پیٹھٕ گُنے ۔ریذیڈنٹ صائبس چھَ رائے سوچھَ ژیہ سعتی ۔سہٕ چھُ توے مطمعین ۔اکھُتے وۆن تمی اسان اسان أزی کہِ لِٹہِ اورے زِوں پزِ تُہندِ کھاندرُک بۆندبس کرُن ۔وں ہرگاہ تُمس اصلیت ننہِ ،میأنی وُمرِ ہنز محنتھ گژھِ کولہِ۔

اندر :۔ میہ ماراونیوتوہہِ یہ سادھ چھُنہٕ سیدیو پدیو۔میہ باسیو گوڈے أمس چھَ بدٕلے مأتھر ۔یہ چھُ ماریایہِ hypnotise کران۔

پنڈت :۔ مگر یہ کتھ ؤنتھ ژیہ میہ راتھ۔یلہِ سُری پیٹھی اوس سہلاب گومُت ۔راتھ تام کیاہ اوسُکھ کران ؟

اندر :۔ ائے ایم سوری

پنڈت :۔ ونہِ چھُنہٕ ژیر گومُت ۔ژٕ گژھ وُنی یِمے دمہٕ تہٕ ریذیڈنٹ صائبس ون اصلیت ۔مگر پانس پیٹھ ہے زینہٕ کہیں ۔سادھ آسہِ نہٕ ونہِ پیر پانژالہٕ اپور تورمُت ۔ریذیڈنٹ صاب انہٕ ناوِ تمس کُنہِ تہِ جایہِ پیٹھٕ رٹتھ ۔پتہٕ وچھکھ ژٕ یہ کتھ گٔنز ژھن ناون ترودِ۔

(سٹیجس چھُ گاش ژھوکان تہٕ سأری ہے چھُ انہِ گوٹ گژھان۔)

## سین ۔ ۱۰

(گُلہم  سٹیچس چھُ انہِ گوٗٹ ۔ برونہہ کنہِ چھَ سیہ منزس اکھ سپارٹ لائیٹ دزان ۔ یتھ تل ماریاٗ تہٕ سدارتھ چھُ  لوکٹین پالیتھین لفافن منز سری بچھاوان ۔ یِی کران چھَ سپارٹ لائیٹ چھَ ژھیتہٕ گژھان ۔ پرٕد چھُ پیوان ۔)

## ختم شُد

# شیٚہلُن

(دوٚن ایکٹن ہُند کأشُر سٹیج ڈراما)

کردار:۔

۱۔ عام شہری ـــــــــــــــــ درمیأنی وأنسہِ ہُند اکھ جنونی دانشور

۲۔ لڑکی ـــــــــــــــــ اکھ جوان لڑکی

۳۔ جوان ـــــــــــــــــ اکھ جوان اداکار

۴۔ بزرگ ـــــــــــــــــ اکھ بڑٕ دانشور

۵۔ تھاندار ـــــــــــــــــ درمیأنی وأنسہِ ہُند اکھ مرد

۶۔ ٹریفک پلسہٕ وول

۷۔ سپاہ

۸۔ لونڈٕ لڑکہٕ

۹۔ لفنگہٕ ۱

۱۰۔ لفنگہٕ ۲



## سین ۔۱

(پردٕ چھُ وتھان ۔ سٹیچس چھُ مکمل انہِ گوٚٹ ۔ کینہہ لۄکھ چھِ اتھن منز دزونہِ موم بُتہِ ہیتھ سٹیچس انٛد وند پھیران زنتہٕ انہِ گٹس منز نارٕ تیٖنمبرِ ہشہِ پھیران ۔ سٹیچس برونٛہہ کنہِ چھُ گاش پیوان ۔ اما امہِ گاشہٕ سعتی چھُنہٕ پٔتم انہِ گوٚٹ ڈسٹرب گژھان ۔ اتھ گاشس منز چھُ ٹی وی کارسپانڈنٹ اتھس منز مائک رٹتھ رپوٹ دوان ۔)

ٹی وی کارسپانڈنٹ: ناضرین ۔ توٚہۍ چھِوٕ وچھان یہ عام لۄکن ہُند پرامن احتجاج ۔ تہٕ یہ چھُ سو جائے یتیتھ از صبحس ساڑٕ نو بجے دۄ یوٚ بد ماشو اکھ جوان لڑکی چھَ اغوا کرمٕژ ۔ مگر ونیگھ تام چھُنہٕ اتھ مالس منز ایف ائے آر تہِ درج کرنہٕ آمُت ۔ تہِ کیازِ اغوا کارن متلق چھ وننہٕ یوان زِ تم چھِ بارسوخ گھرن ہندۍ خانہٕ مالۍ یمن سرکارس تہٕ انتظامیہس پیٹھ پورٕ دس رس چھُ ۔ شاید چھُ اوے پولیس اتھ مالس لیٚوب تھوٚپ کرنٕچ کوشش کران ۔ مگر وأری داتُگ چشم دید گواہ چھُ ایف ائے آر درج کرناونہٕ باپتھ ڈٔٹھ تہٕ تِمی چھُ مدید کینہہ افراد پننہٕ نس اعتمادس منز أنتھ پولیسس خلاف پرامن احتجاج شروع کوٚرمُت ۔ ویتستا ٹی وی خأطرِ چھُس بہٕ کیمرہ مین علی عمران ہیتھ عمران علی ۔۔۔۔۔۔۔ (کیمرہ مینس کُن )

تلہٕ سہَ چشم دید گواہ اُنن سپارٹ لائیٹ منز ؟ ۔

(سپارٹ لائیٹ چھَ دزان تہٕ امہِ کس گاشس منز چھُ عام شہری موم بتّی اتھس منز ہیتھ نظرِ گژھان۔ ٹی وی کارسپانڈنٹ چھُ مائیک ہیتھ أمس کُن گژھان)

ٹی وی کارسپانڈنٹ: جناب توٚہی چھوٕ امہِ واقعکی چشم دید گواہ ؟

عام شہری: بالکل۔

ٹی وی کارسپانڈنٹ: اسہِ ہیکِو توٚہی وٕنتھ actually کیاہ سپد۔ تہٕ کتھٕ کٔنی سپد؟

عام شہری : ازصبحس ییلہِ بہٕ واک کران ہُتھ اپاری مہِ پارکہِ منز ژاس۔ بہٕ بیوٚٹھُس تھکس۔ نظرأ سم ییتھ بس سٹاپس کُن۔

ٹی وی کارسپانڈنٹ: اکھ منٹ۔ أسی کوٚنہٕ تروأتھی پارکہِ منز تہٕ تِتی تھے کروکتھ۔ تمہِ سعتی ہیکن ناضرین پانہٕ تہٕ واقعہ visualise کٔرتھ۔

عام شہری : میہ چھنہٕ کانہہ اعتراض۔

ٹی وی کارسپانڈنٹ: لیٹ اس گو۔

(دوشوے چھِ سپارٹ لائٹہِ منزٕ نیران تہٕ سپارٹ لائیٹ چھَ ژھیتہٕ گژھان۔ أتھی سعتی چھِ پُرامن احتجاج کرن وألی تہٕ وارٕ وارٕ سٹیج خألی کران۔)

## سین ۔۲

(گاش چھُ پیوان۔ سٹیج چھُ خألی۔ أزی کہِ زمانک اکھ لونڈٕ آیہٕ لڑکاہ چھُ پتہٕ مہِ ونگہِ کنہِ یوان فونس پیٹھ کتھ کران۔ فون چھُس چندس تہٕ کنن منز چھُس ہیڈ فون لأگتھ۔ نألی چھُس لیپ ٹاپک بیگ۔ یہ چھُ سیہ منز سٹیجس ٹھہران تہٕ فونس پیٹھ کتھ کران۔)

لونڈٕ : ہلو ہلو ہلو۔ٹیک اَ بریتھ (take a breath) ۔ژٕ کتھ پیٹھ لّجکھ مکائے
بزنہٕ۔ بہٕ چھُسے نہٕ یمن گگراین کھوژان۔اف یوٗ وانٹ ٹُ بریک۔
اۓ ڈونٹ کیر۔(if you want to break. I dont care) ول
گوپنہٕ نہٕ جایہِ تھاوے وٗنتھ۔فراح ازناٹ مائے فینسی۔شی از جسٹ ا
فرینڈ۔اوکے ؟۔۔۔۔ بٔیہِ بوز بیا کھ کتھ۔ فراح ازناٹ مائے
اونلی فرینڈ۔تژھ چھَ کأژاہ یمن سعتی بہٕ وتھان بہان چھُس۔سوڈونٹ
بی جیلس۔۔۔۔۔اوہ۔کم آن۔ژیہ کیاہ چھُے باسان۔چأنی کنی چھُسہٕ
بہٕ ناٹہٕ داند۔میہ ترِ نہٕ فکرے ژٕ کیاہ چھکھ کران۔ چأنی سأری بوائے
فرینڈ چھِ میہ دوس۔اۓ نو دیم آل۔أسی چھِ سأری یکہٕ وٹہٕ وتھان
بہان ۔ اینڈ جو کچھ ہم experience کرتے ہیں۔ we share
it۔یوٗ انڈرسٹینڈ؟......سویوٗ کانٹ فول می۔نواُلو بناونگ۔

(یوٗت کال چھُ بزرگاہ اکھ یوان لفافس منز فائیلاہ ہیتھ تہٕ لونڈس نکھے ٹھہران۔
ٹھہرتھ چھُ أندرِ مس چندس ژھأنڈ ہش دوان۔)

لونڈٕ : لونڈٕ :۔ (کتھن منز مس)۔۔ مائے فُٹ ۔۔۔۔ژیہ گیٔے کالہٕ
کاجہِ زٕ ے ریتھ میہ سعتی ۔ژیہ کتہِ زوتھس بہٕ۔بٔیہِ بوز بیا کھ کتھ۔یوٗ
آردَاونلی لیس سعتی بہٕ دوٕن ریتن دریوس۔نتہٕ چھُس بہٕ پنداہ دوٕ ہی گرل
فرینڈ بدلاوان۔یونو......

(یوٗت کال چھَ جوان لڑٕکی اکھ تہٕ یوان تہٕ یمن دوٗرے پہن ٹھہران۔چھیکرس چھُ

بزرگ کڈان چند منزٕ گرتہٕ لڑکس گن ہاوان۔)

بزرگ : تلہٕ سہٕ گۆ براہ۔یتھ وچھتہٕ ٹائم کیاہ ہاوان ؟

(بزرگس avoid کرنہٕ باپتھ فون کران کران پتھ گن گژھان)

لونڈٕ : ......وں بوز کتھ۔میہ چھُ باسان ائے ایم گیٹنگ سیریس ان یور کیس۔بائے مدر سم تھنگ از کُلنگ ان سائڈ می۔مے بی اٹ از لو آر سمتھنگ ائے ڈونٹ نو......۔

جوان لڑکی: (بزرگس گن) بجےحض داہ۔

بزرگ: گوناژیر چھُنہٕ گومُت۔دفتریو تام یلہٕ گژھن۔توتتھ تام واتہٕ بہ تہٕ۔وں گو قسمت نہِ کارٕ گو ژھ نہٕ کلرک آسُن چھٹی پیٹھ۔تیلہِ راوِ از دو ہہ تہٕ۔

(لونڈٕ چھُ فونس پیٹھ کتھ کران اسن کھنگالہٕ تراوان۔)

بزرگ: گوڈٕ چھنہٕ میہ فکرِ تران یم کلرک کیازِ میانے وزِ چھُٹی پیٹھ گژھان۔ ژکہِ میأنی بدقسمتی۔میانہِ وزِ گژھِ کولن تہِ آب۔نتہٕ ہے وارٕ کار نچو واتہٕ ناویوم۔سُے ہرگاہ طابیدار نیرِ ہے۔میہ کتھ اوس پینشن بکار۔تہٕ پینشن کلرک تہِ کیازِ کرناوِ ہے میہ ٹِکہٕ ٹکھ......۔

(لڑکی چھنہٕ اُمس کانہہ جواب دوان۔البتہٕ سو چھُ منزی منزی مژھِ گرنظر نظر دوان ۔زنتہٕ چھُ گمس تام پراران۔یوت کال چھُ درمیأنی وأنسہٕ ہُند مرداہ اکھ پیوان وأتتھ)

مرد : اززن چھُ ھرتال ہیو باسان۔

بزرگ : کیاہ ۔۔۔از چھا ھرتال ؟

مرد : نہ حض ۔ یتھ کنی چھنہٕ دژہٕ مژ کال کانسہِ ۔ وں گوسڑ کہِ تہِ چھنہٕ پکان کانہہ۔امہِ تلہٕ چھُ باسان کیاہ تام دلیل چھَ ۔

بزرگ: اھن سہَ ۔ مٹاڈوراہ تہِ آیہِ نہٕ اَدِ پیٹھ کانہہ۔ سوموتہٕ گیہٕ نہٕ کانہہ نظرِ ۔ امہِ تلہٕ چھُ باسان ظاہر یا ھرتالے ۔ میأنی کنی روؤ تیلہِ أز ٔیک دوہہ تہِ ۔۔۔ۂ ہی گوناہ پنٕنی ۔

( گوڈچہِ ونگہِ کنی چھُ ٹریفک ڈپارٹمینٹچ وردی نالی ژھنتھ اکھ کانسٹیبل ظاہر گژھان ۔ تہٕ لۄکن اطلاع دوان ۔ )

ٹریفک پلسہٕ وول: حضرات ۔ یپأری چھُ ٹریفک بند کرنہٕ آمُت ۔ توہہِ میلہِ پر یتھ کانہہ گاڈی ہُتھ دۄیمس سٹاپس پیٹھ۔

مرد: کیازِ ۔ یپأری چھا کانسہِ منسٹرس یُن ؟

ٹریفک پلسہٕ وول: نہ حض ۔ دراصل چھَ بُتھِ سڑکھ کھٔنتھ ۔ توے چھُ ٹریفک آمُت ڈائیورٹ کرنہٕ ۔

بزرگ: گوناھرتال چھُنہٕ کینہہ ۔

مرد : ھرتالے ہے آسہِ ہے ۔ جانٕے گیو ۔ گھرِ ہیکہِ ہے انسان داہ کامہِ کٔرتھ ۔

لونڈٕ: ویسے اگر ٹریفک اوس ڈائیورٹ آمُت کرنہٕ ۔ ٹریفک والین پزِ ہا یتیتھ بورڈ تھاوُن لیکھتھ ۔ ئلی گژھِ ہانہٕ لۄکن وکھ ظایعہٕ ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: (اکہِ طرفہٕ اشارٕ ہاوان ) بورڈ چھُ لیکھتھ ۔ وں گو گوٹ پہن چھُ ۔

لونڈ: (اشارٕ طرفہٕ وچھان) یہ چھا گوٹ پہن ؟۔ یتھ ہے چھَ سأری
سے کھنجہِ وژہٕ مژ۔ یہ کُس پرٕ ؟

ٹریفک پلسہٕ وول: فلحال اوس اسہِ نش یہائے بورڈ موجود۔ اسہِ تھو یہائے استادٕ گرتھ۔

مرد: نوٗ گوٗ ژھ لیکھناوُن۔

ٹریفک پلسہٕ وول: اسہِ تام اوس رکوزشن دنی۔ سو چھَ دژہٕ مژ۔ باقٕی ہیکو توٚہۍ دفترٕ مولوم
گرتھ۔

لونڈٕ: سو چیٖڑ تہِ چھا اسے۔ اِنہہ (لونڈٕ چھُ نیران)۔

بزرگ: بنان چھُ دفتر والین آسہِ نہٕ بجٹ۔ یتھٕ کُنی سائنس دفترس چھنہٕ۔ نتہٕ
کیازِ گرژھہِ ہن میہ پینشن پونسن پتہٕ زٕ ریتھ دربدر۔

مرد: مگر ٹریفک وألی ہے موٹر سائیکل والین نش تہٕ ٹرکہِ والین نشہِ
دوہس خبر کوتاہ جرمانہٕ آسن وصول کران۔ سہٕ کوٗت چھُ گژھان۔

ٹریفک پلسہٕ وول: یہ گوتمن وُنِن یم رٹان چھِہ۔ میہ کرنأوی توقسم ہرگاہ پُتی مین شین ریتن
داہ روٗپِن چھُم روٗ ٹمُت۔

مرد: اہن سہَ۔ ژیہ ییلہِ یپأری ٹریفکے ژھُن ہے ڈائیورٹ گرتھ۔
رٹکھ تہِ کُمس نش۔ (مرد چھُ نیران)۔

بزرگ: موخصر چھوا زاہ دوان مُردِ آدمس۔ تاپہ کرایہِ منز چھوسٹاپہٕ پیٹھٕ سٹاپ
کران دربدر۔ (بزرگ تہِ چھُ نیران)۔

ٹریفک پلسہٕ وول: (لڑکی کُن) توہہِ چھنا بسہِ کھسُن ۔؟

لڑکی : نہ حض بہٕ چھس پراران کأنسہِ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: اِدٕ تمس کُرُوفون۔ ڈٕپُ وُس بیہ یس جایہِ سمکھُن۔

لڑکی : نہ حض۔ سانہِ خاطرِ گو جانٕے۔ سون سمکھُن چھُ کھلو کھٕے شوبان۔ یتیتھ تہِ رُد نہٕ وں کانہہ کھُتکھ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: اچھا۔ گوتوٚہۍ چھو یژھان کھتکھِ ورأے سمکھُن۔ یانے یہ آسہِ دُنمبری ملاقات۔

لڑکی : دُنمبری ملاقاتُک مطلب ؟

ٹریفک پلسہٕ وول: مطلب یہأے عاشقی ماشوقی۔

لڑکی : تتہِ بوز وکینژھاہ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: ویسے ونو اکھ کتھ۔ کھلوکھ جاین چھُ خطرٕ تہِ آسان۔

لڑکی : کیُتھ ہیوٚ خطرٕ ؟

ٹریفک پلسہٕ وول: از چھِنہٕ حض کالہٕ پگاہ کورین نوان اغوا کرٕتھ۔ یا گو خبرٕ چھِو نہٕ بوزان۔

لڑکی: نہ َحض۔ میہ نیہٕ نہٕ کانہہ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: توٚہہِ کوتاہ کال گو اکھأکس سمکھان ؟

لڑکی: اسہِ چھُ از گو ڈچہ لٹہِ سمکھُن۔

ٹریفک پلسہٕ وول: گو ڈچہِ لٹہِ ؟۔ تیلہِ کتہٕ گو یہ دُنمبری ملاقات۔ یہ گومُنزم یأری کار۔

لڑکی : توٚہہِ کتہٕ وٚچھِو ون مُنزم یور؟

ٹریفک پلسہٕ وول: تی تہٕ چھُس بہٕ ونان۔ مُنزم یور نے کُنے چھنہٕ۔ توٚہۍ کتھٕ کٔنی پرزٕنٲوو اکھاُ کس ؟

لڑکی : سہٕ ییلہِ میہ برونٹھ کُن ییہِ۔ بہٕ پرزٕناون پانے۔

ٹریفک پلسہٕ وول: یتھین مالمن منز چھُ نہٕ حض کنہِ ساتہٕ دھوکھٕ تہِ لگان۔

لڑکی : میہ نہٕ حض لگہِ دھوکھٕ۔ توٚہۍ رُوٚزو بلاوسواس۔

ٹریفک پلسہٕ وول: تیلہِ چھوون لوتہِ پأٹھی وچھمُت۔ میہ کرنأوی توقسم۔

لڑکی : ویسے چھُ یہ میون ذأتی مامِلہٕ۔ توہہِ ہیوٚتو وں اتھ زیادے پہن تچھُن۔

ٹریفک پلسہٕ وول: تمہِ خاطرِ گیہٕ مأفی۔ وں گوتچھونے تہٕ ہیچھو کتھٕ کٔنی۔

لڑکی : توہہِ چھاونہِ یہِ کار ہیچھنے ؟۔

ٹریفک پلسہٕ وول: نہٕ حض کتھ چھہٕ چلان۔ ممکن چھُ جلدی آسہِ اسہِ تہِ سمکھُن۔ توے چھُس دپان ہرگاہ کارروزِ ہیچھتھ۔ بُتھِ ییہِ پانہٕ ہے بکار۔

لڑکی : میہ چھُ باسان اسہِ نش ہیچھونہٕ کہیں۔ ئلی گرِ ھیووکھت ظایعہٕ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: کیازِ ؟

لڑکی : أسہ ماچھُ مُنزم یور ترومُت۔ أسی چھِ دراٮٔتی دُنمبری ملاقاتس۔

ٹریفک پلسہٕ وول: اہن حض میہ ہے تریو گوڈے فکرِ۔ مگرتوہہِ وۄنونہِ از چھُ گوڈچہِ لٹہِ سمکھُن۔ توے گیم رائے مُنزم یأری اسہِ نووۄ نمُت ییتھ سمکھُن۔

لڑکی : نہٕ حض۔ یہ چھنہٕ سو کتھ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: مگر توہہِ ہرگاہ از گوڈ چہِ لٹہٕ سمکھُن چھو۔ یہ سمکھنک پروگرام کتھٕ کٔنۍ بنیو۔

لڑکی : فونس پیٹھ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: فونس پیٹھ۔فونس پیٹھ کتھٕ کٔنۍ۔؟

لڑکی : رانگ نمبر ڈائیل کٔرتھ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: مطلبِ ؟ رانگ نمبر کوراٹھٕ ڈائیل کنہٕ توہہِ ؟

لڑکی : میہ کریو کمس تام فون۔اتھ گو رانگ نمبر ڈائیل۔

ٹریفک پلسہٕ وول: پتہٕ ؟

لڑکی : پتہٕ گیہٕ کتھ کتھ زیٹھان۔دۄیمہِ دۄہہ کوٚرُتھ فون۔تریمہِ دۄہہ کوٚر میہ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: یۄ تام نم سید یوتہٕ نمبر گو save ۔

لڑکی : بالکُل۔

ٹریفک پلسہٕ وول: یہ گو قسمتھاہ آسُن۔یتھے کٔنۍ ہرگاہ رانگ نمبر save گرِٹھہٕ ہن۔

بوٹن ما آسہٕ ہن پار گلان۔

لڑکی : کوشش کٔرِو۔بنان چھ توہہِ تہِ گرِٹھیو کانہہ نمبر save

ٹریفک پلسہٕ وول: اہن حض۔ وٕنۍ ہے رۄد کار ہیچھتھ۔وٕنۍ وچھو توٚہۍ کأتیاہ نمبر گرِٹھن

save۔

(ٹریفک پلسہٕ وول چھُ یکدم چندٕ منزٕ موبائیل فون کڈان تہٕ نیران نیران نمبر ملاوان۔ لڑکی چھےٚ اُمس بیقل زٲنتھ پانسے سعتی وٹھٕ کمجار رہیٚو کران۔پتہٕ چھےٚ اورٕ یور رہیٚو کران تہٕ گرِو چھان ٹائیم۔یِی کران چھِ امیر گھرٕ کۍ زُلفنگہٕ ہی لڑکہٕ ظاہر گرِشھان۔تہٕ لڑکی دویو

طرفو استادٕ گژھتھ بیہ حیاہ حرکتہٕ کران۔)

لفنگہٕ ۱ : (وسل وایان)۔

فنگہٕ ۲ : ہیلو بے بی۔ ہاو آر یوٗ ؟

لفنگہٕ ۱ : کہِ حض پراران چھہٕ کانٛسہِ ؟

فنگہٕ ۲ : یوٗت کال چھا کانٛسہِ پراران۔ تُمس ہرگاہ یُن آسہِ ہے۔ تیلہِ آسہِ ہے آمُت۔

لفنگہٕ ۱ : ویسے چھِ اسۍ تہِ یلے۔ اینڈ وی آر مور رومانٹک

لڑکی : شٹ اپ۔

لفنگہٕ ۱ : یہائے کیاہ سہَ چھُ میہ کانٛشرین کورین ہُند کھران۔ یکدم چھِ نوان شٹ اپ وَنتھ۔ یہ چھنہٕ سونچان کانٛسہِ ما کھسہِ شرارتھ۔ کانہہ ما آسہِ یژتھ دار گھرُک خانہٕ مول۔ سیٹھاہ رسوخ وول۔

لڑکی : تران چھُ فکرِ توہی کمن یژتھ دار گھرن ہندی خانہٕ مالی گژھو آسنۍ۔ تہِ چھُ تُہند بُتھِ تلے نِنان۔

لفنگہٕ ۱ : (شرارتھ ژاپنہٕ کنیٛ ڈیکس پھش دوان)

لفنگہٕ ۲ : شرارتھ لگہِ نہٕ کرُن۔ لیٹ یوٗ ٹوٗ بی رومانٹک۔

لڑکی: ائے سے شٹ اپ

لفنگہٕ ۱ : توٚ ریہِ سہَ فکرِ۔ وں ما چھُ یمن آب ویان۔

لفنگہٕ ۲ : ژٕ کر صبر۔ وی ول بی جسٹ فرینڈس۔

لڑکی: مائے فُٹ

لفنگہٕ ۱: (شرارتس منز لڑکی اتھس تھف ژھنان) کم آن بے بی۔ (تہٕ یکدم چندٕ منزٕ شراکھ کڈتھ اُمس ہٹس پیٹھ تھاوان)۔ اگر کرٕتھ کوٗ ڈتھ۔ تمے ساتہٕ وسی ہٹس۔

(لڑکی چھےٚ پھرٕ ڈی ہش گرٛزھان تہٕ لفنگہٕ چھُ ہیوان اُمس نٔین۔ امے ساتہٕ چھُ ہالہٕ منزٕ عام شہری بانبرٕ ہوٗت کھسان تہٕ یمن گرٕنز کران۔)

عام شہری: ہے۔ ہے جوانو۔ تلہٕ سہٕ ٹھہر گرو۔ میأنی تہٕ بوٗزو کتھِ ہنا۔ (یوٗت کال عام شہری یمن تام واتان چھُ تیوٗت کال چھِ یم لڑکی ہیتھ نیران) ہے ژٕلو کوتو یارٕ۔ تلہٕ سہٕ ٹھہر گرو ۔۔۔۔۔ (عام شہری چھُ یمن پتے پتی مہِ کھووٕ رِ ونگہِ کنی دوان۔ کمے کالاہ گرٛزھتھ چھ تھکتھ یوان واپس۔ تہٕ پریشانی ہندس حالتس منز سٹیچس اورٕ یور کران۔)۔۔۔ کوتاہ گو وقت خراب۔ یتھی قصہٕسی نہٕ سپدان یتھ ریشی وارِ منزٕ۔ کوسہٕ وأر أنی گیہٕ سائنس تہذیبس......۔

(یوٗتے کال چھُ بیا کھا کھ جواناہ یوان۔ یہ تہِ چھُ اورٕ یور نظراہ دوان تہٕ مڑتھِ گر وچھان۔ زنتہٕ چھُ پراران کأنسہِ۔)

جوان: جناب یتیتھ مأ اُس کانہہ لڑکی پراران۔؟

عام شہری: آ۔ اکھ لڑکی اُس پراران۔

جوان: سو کوٗت گیہ ؟

عام شہری: دو یو بدماش لڑکو نیہِ اغوا کرتھ۔

جوان: کیاہ۔؟

عام شہری: پتہٕ کنہٕ دوے یوس بہٕ تمن پتے۔ مگر تموٚ ترٕ سو کارِ منز تہٕ نیکھ۔

جوان: توتہِ آسیو کارِ ہُند نمبر نوٹ کوٚرمُت ؟

عام شہری: تتھ اوس نہٕ نمبر پلیٹے۔

جوان: اوہ مائے گارڈ۔

عام شہری: سو ماچھَ آسہٕ تو ہے پراران۔؟

جوان: شاید......۔

عام شہری: تیلہِ چھو تہنٕزٕ ے غلطی۔ لڑکی ہر گاہ ٹائیم اوسو دیُت مُت۔ تو ہہِ پزٕ ہاسلہِ پہن واتُن۔ جوان لڑکی ماپزٕ ہے وتہٕ پیٹھ پرارٕ ناوٕنی۔

جوان: نہٕ حض۔ دراصل بوز میہ وتے ٹریفک چھُکھ Divert کرنہٕ آمُت۔ تہٕ بس سٹاپ چھُکھ ہور نیومُت۔ توے پراریوس بہٕ تتی تھے۔ تتہِ ییلہِ نہٕ وچھے۔ بہٕ آس یوٗتتھ۔

عام شہری: گونہ یہاٰئے دھونکھِ چھُ لوٗ گمُت۔ یہاٰے چھَ گمٕژ تأر۔ خأرُ وٗنہِ آسن نہٕ تم ذیادٕ دوٗر ریمتی۔ توٚہی نیر وجلدٕ ے تہٕ تھانس کرواطلاع۔

جوان: ہتہٕ حض یا گوتھانہٕ والین ہنز چھونہٕ خبر۔ تم ژٕھنی تن شوٗٹھس پھرتھ پھیرن نألی۔ ئلی لگہٕ نہقہٕ پھقس پیٹھ رٕز گز۔

عام شہری: ہتا یارٕ ونان کیاہ چھُکھ ژٕ۔ ژیہ چھےٚ نہ تمس لڑکی ہند کانہہ پاس گژھان۔ سو بچاۂرہے ژےٚ اٚسہِ پراران۔ یہاۂے چھا چون محبت۔ یہاۂے گیا انسانیت ؟

جوان : ہے ژٕ چھُکھ نہ حض بوزان از کتھی واٚرِی داتھ چھِ کورین سعتی سپدان۔ وٕں چھا اسہِ تہِ پان تراوُن ہلاکتس منز ؟

عام شہری: افسوس۔ افسوس چاٗنس اتھ لیاقتس۔ تہٕ چاٗنس اتھ محبتس۔ ونیُکھ تام اٚسی میہ عاشقن ہندی کم قصہٕ بوزی ہٕتی یمو پنہٕنس معشوقس پتھ پان دیُت چھپہٕ۔ تہٕ کم داستانہٕ تھاویکھ زندٕ۔ از چھُکھ ژٕ بدلے قصہٕ ونان۔ ژیہ چھےٚ نہٕ یژھ کتھ کرنس شرم تہِ یوان۔

جوان : ہے خواجہٕ صاٗب۔ بہٕ نہٕ حض چھُسے تمن عاشقو منزٕ۔ بہٕ چھُسے سیوٚد ساد کاٗشُر۔ بہٕ لگےنہٕ اتھ کھٗری لہٕ۔ (نیرُن ہیوان)۔

عام شہری: (تھف ژٕھنان) ہے یارا۔ تلہٕ سہٕ کتھ بوز۔ ژٕ کوٚت دراکھ۔۔۔ ۔۔۔۔ژیہ ما چھےٚ خبر لکہٕ ہنز کوٚراہ کرناوٕہن قتل تہٕ پانہٕ ہیکھ لیف۔

جوان: مطلب ؟

عام شہری: ژیہ ہے سو کوٚراہ انہٕ ناوُتھن یوٗتتھ۔ تہٕ یتیتھ کرناوٗتھن بدماشن اتھِ اغوا۔ ژیہ چھُیہ باسان ژٕ ہیکھے نہٕ پانس پیٹھ کانہہ ہرِ ژھٹھ۔ ژٕ موکلاوکھ ٹنگہِ تلی پان۔ سو بچاۂر آیہِ تہٕ یرٕ۔ گیہ تہٕ گھاسُو۔ بلکہِ زن ژٕ تہِ آسکھ تمن بدماشن سعتی رٕلتھ ؟

جوان : ہے یارٕ ونان کیاہ سہٕ چھُکھ ژٕ۔؟

عام شہری: پکھ سہٕ ژ یہ ونہٕ ناوے بہٕ پلسس اتھِ ۔

جوان : ہے تراوسہٕ میہ تھف ییلہٕ ......۔

(امے ساتہٕ چھُ اکھ پلسہٕ سپاہ دوان یوان)

سپاہ: ہے ہے۔ کیاہ سہٕ دلیل ؟

عام شہری: بوزسہٕ بھایا۔ بہٕ ونے دلیل کیاہ چھَ۔ وُنی وُنی آیہٕ ییتھ اکھ لڑکی اغوا کرنہٕ۔

سپاہ: اچھا ؟

عام شہری: سو چھَ اُس مٕژ یمس پراران۔ توے وۄن میہ اُمس تھانس پیٹھ کرو رپوٹ۔ مگر یہ چھُنہٕ مٹے ہیوان۔

سپاہ: او۔ گونہ ژکہِ چھَ اُمی سنزٕ ے سازش۔ اتھ ہے لگہِ سیدِ سیۆ دایف ائے آر۔ (آلو کران) جناب ۔۔۔ تھاندار صاًب ......(تھاندار چھُ یوان)۔۔۔ ہے پکھ ہض وٕلی وٕلی۔ مامل ہض چھے گریکان۔

تھاندار: ون سہٕ کیاہ دلیل ؟

سپاہ : جناب یمو چھَ کوس تام لڑکی اغوا کرٕ مٕژ۔

عام شہری: ہتا یارٕ ژٕ کتھ چھُکھ دوان اولہٕ دولہٕ کتھ دأرتھ۔ اُسی ہے دوشوے ژیہ برونہہ کنہِ استادٕ چھِ۔ اُسی کتھٕ کٕنٕز کرٕ ہون اغوا۔ وں گویمس جوانس پیٹھ ہیکِو توٚہی شک گرتھ۔

تھاندار: تہٕ ژٕ کُس ئٔی بیگاہ چھُکھ تیلہِ منزس ؟

عام شہری: بۂ جناب چھُس اکھ عام شہری۔ یِمہِ مامَلُک چشم دید گواہ۔

تھانددار: مامَلہٕ کیاہ چھُ ؟

جوان : بۂ حض ونو مامَلہٕ کیاہ چھُ۔

عام شہری: روز ویارٕ پتھ۔ ژٕ کیاہ ونکھ تھاندار صائبس۔ ژیہ ہے پَنٕنہِ کتھٕ کھیہ یے یتھ۔

سپاہ : تۄ ریہ حض فکرِ ۔ بۂ نے واتہٕ ہاموقس پیٹھ۔ یمو چھے ہیٖرٕ مٔژ کتھٕ کھینٕ۔

عام شہری: نہ حض۔ اَمی زن ونیو۔ بۂ کتہِ مانہٕ ہس۔ بۂ ہے تہِ گرتھ تہِ ایف ائے آر

درج کرناوِ ہا۔ بۂ مادمہٕ ہاأکس بیہ گوناہ لڑکی ہنز زندگی ظایعہٕ گژھنہٕ۔

تھاندار: کمس لڑکی ہنز ۔ صاف صاف ونو دلیل کیاہ چھَ ؟

عام شہری: جناب دلیل چھَ گژھان یتھٕ کٔنی زِ بۂ چھُس آسان ہُتھ (ہالس کُن

ہاوان) پارکہِ منز بہتھ ۔ یتھ بس سٹاپس پیٹھ چھِ کینہہ نفر یوان تہٕ

بسہِ پراران۔ یمن منز چھَ آسان اکھ لڑکی۔ کینہہ کالاہ چھُ گژھان تہٕ

اکھ ٹریفک پلسہٕ وولاہ چھُ یوان تہٕ یمن چھُ ونان یپأری چھُ ٹریفک

بند۔ سوارِ چھَ نیران برنٹھ مس سٹاپس کُن۔ مگر یہ لڑکی چھنہٕ نیران

کینہہ۔ ٹریفک پلسہٕ وول چھُ أمس پرٕ ژھان ژٕ کیا زِ چھکھ نہٕ نیران۔

لڑکی چھُس وانان شوٹھ چھَ کأنسہِ پراران۔ ٹریفک پلسہٕ وول چھُ

نیران۔ کینہہ کالاہ چھُ گژھان تہٕ بدماش لڑکہٕ جوراہ چھِ یوان تہٕ

أمس لڑکی سعتی چھِ ہیوان زور زبردستی کرٕنی۔ أکی تھاوٕنس ہٹس پیٹھ

شرا کھ تہٕ نیکھ پانس سعتی۔

تھانِدار : ژ بچاؤوِ زِہن۔؟

عام شہری: بہٕ جناب آیوس اپارِ پیٹھِ لاران۔ مگر تموئلز کارِلتھ تہٕ درایہِ۔ پیٹھِ اوسُکھ نہٕ کارِ نمبر پلیٹ تہِ۔

سپاہ : اتھ جناب لگہِ سیوٗ دایف ائے آر۔

عام شہری: بالکل۔ بہٕ تہِ چھُس تی عرض کران۔

جوان: ویسے جناب چھُس بہٕ پانہٕ اکھ وکیل۔ بہٕ گوس شریف صابُن لُڑکہٕ۔

(چندٕ منزٕ ائے کارڈ کڈان تہٕ تھانِدارس کُن پلناوان۔ تھانِدار چھُ کارڈس نظراہ کران تہٕ جوانس واپس پلناوان۔)

تھانِدار : او۔کے۔

جوان : میہ جناب چھُ باسان یژھ چھنہٕ کانہہ دلیلے گمژ۔ یہ چھُ اوسمُت ہُتھ پارکہِ منزٕ شوٗنگتھ۔ اَمی چھُ نندرِ منزٕ ے کیاہ تام خاب ہیوٗ چھمُت۔

عام شہری: ہتا یارٕ ونان کیاہ چھُکھ ژٕ ؟۔ ژ یہ وٗنتھ نہ پانہٕ سوٗ اَس شاید میے پراران۔ میے اوس تَمس ٹائیم دیُت مُت ؟

جوان: یژھ کتھِ کرِ نہٕ میہ۔

عام شہری: توٗ ہی اَنی وُن جناب سہٕ ٹریفک پلسہٕ وول نادتھ۔ سُے ونیو توہہِ لُڑکی اَسا پراران کنہٕ کہیں۔

تھانِدار: (سپہس کُن) تلہٕ سہَ ژٕ وچھُن کُس ٹریفک پلسہٕ وول چھُ اوسمُت ڈیوٹی ؟

سپاہ : جناب۔ (سپاہ چھُ نیران)

عام شہری : ژ کہ جناب چھَ سولڑکی أمی یوٚتتھ انہٕ نأوِمڑ۔ یہِ ہَن ہیٚژ أمی پانے مٹہِ۔ میہ چھُ باسان یہ تہٕ آسہِ تمن اغوا کارن سعتی رٕلتھ۔

جوان: اے مسٹر۔ مائنڈ یور لنگویج۔

عام شہری: اِدٕ جان ہے گو۔ بڈٕ بیہ غأرتھ چھُکھ ژٕ۔ اکھ چھےٚ خطاہ۔ بٔیہِ چھُکھٕ میےٚ لنگویج ہیچھٕ ناوان۔

جوان: تھانیدار صأب۔ پلیز سمجھایئے

تھانیدار: کتھ بوزسہَ ہے۔ ژٕ ہرگاہ ونان چھُکھ لڑکی چھَ اغوأگمڑ۔ اتھ کُس چھُ گواہ ؟

عام شہری: بہٕ جناب چھُس چشم دید گواہ۔

تھانیدار : مگر چأنی کتھ مانہِ کُس یوٚتام نہٕ بیا کھ دیہ گواہی؟

عام شہری: نہ حض تہٕ بیا کھ گواہ کتہٕ تھُرن بہٕ ؟

تھانیدار: دین ائے ایم سوری۔

عام شہری: نہ حض تہٕ توٚہی کُرو تحقیقات۔

تھانیدار: تحقیقات سپدِ تیلے ییلہِ ایف ائے آر لگہِ۔ تہٕ ایف ائے آر لگہِ تیلے ییلہِ کانہہ تھُہندس رپوٚٹس گوأہی دیہ۔

جوان : تھانیدار صأب۔ ایکسکیوز می۔ میہ چھُ کورٹس منز واتُن۔ میہ دِیو اجازتھ۔

تھانیدار: اوکے۔ اگر ضرورتھ باسہِ۔ توہہِ سوز وناد۔ فلحال ہیکو توٚہی نیرتھ۔

جوان: تھینک یو۔ (جوان چھُ عام شہریس کُن وٲ کھلہٕ نظراہ کرتھ نیران۔)

عام شہری: تھاندار صاب۔ خودارا اگر ویتھ کتھہِ پیٹھ غور۔ ونکیس چھُ اکس بیہ کوناہ لڑکی ہُند جان تہٕ یزتھ خطرس منز۔ سو بچاوٕنی چھُ اسہِ سارنٕے ہُند اخلاقی فرض۔ چشم دید گوہس تہٕ ہرگاہ کانہہ گواہی دیہ نہ۔ تیلہِ چھنا تمس لڑکی زندٕ روزنُک ہقے۔ تہٕ تمن اغوا کارن چھا جرم کرنٕچ چھوٹ؟

تھاندار: قانون تہٕ چھُ کنہِ قائدس پابند۔ یتھٕ کنٕی چھُنہٕ ہُش مُش کانسہِ خلاف ایف ائے آر لگان۔ یہ گوہنگہٕ تہٕ منگہٕ بوٗمبرٕ لس کلہٕ آپراوُن۔ نیرِ و بڈٕو روبس حوالہٕ۔ (تھاندار تہٕ چھُ نیران)۔

عام شہری: تأجب چھُ یہ کیُتھ قونوناہ چھُ یُس پنہٕ نینٕے قائدن اندر قاد چھُ۔ چشم دید گوہس تہٕ نے کانہہ گواہی دیہِ تیلہِ گژھہِ نَہ انصافے۔ اکھ بیہ گوناہ لڑکی آسہِ گرداپس منز تہٕ تمس ہیکہِ نہٕ بچأوِ تھے کانہہ۔ تیلہِ چھنا تمی سنزِ زندگی تہٕ تمی سندس ویقارس قدرٕ ے کانہہ۔ تیلہِ چھنا خوداصأبن انصافچ کانہہ وتھٕے تھأوٕمژ یلہٕ...... نہ نہَ۔ تہِ ہیکہِ نہٕ اَستھ۔ انصاف اگراوُن چھُ۔ میہ ہے اچھن منز گاش چھُ۔ قونون چھُ مجبور۔ بہٕ چھُس نہٕ مجبور کینہہ۔ بہٕ کڈٕ انصافٕچ وتھ۔ بہٕ کرٕ کانہہ سبیل۔

(عام شہری چھ بانبرِ ہوٗتُ نیران تہٕ وارٕ وارٕ چھُ گاش ژھیتہٕ گژھان۔)

## سین ...... ۳

(انہِ گٹس منز دزٕونہِ موم بھتہِ ہیتھ لۄکن ہُند سُے پُرامن احتجاج۔ پیٹہِ چھَ سوے سپارٹ لائیٹ دزان۔ تہٕ یکدم چھُ اتھ سپاٹ لائیٹہِ منز عاشہری تہٕ ٹی وی کارسپانڈنٹ اژان)

ٹی وی کارسپانڈنٹ: ۔ناضرین۔ تۄہہِ وچھو پانہٕ کمن حالاتن منز آیہٕ دوٕ ہلے اکھ بیہ گوناہ لڑکی اغوا کرنہٕ۔ یہِ واقعہ چھُ صبحس دۄنہٕ داہ بجے سپد مُت۔ مگر ونکیس شامہٕ چِن ستن بجن تام تہِ چھُنہٕ ایف ائے آر درج گژھان۔ نہَ چھُ لڑکی ہُند کانہہ پے پتاہ نیران۔ یپأرکی چھُ عام شہری ونان زِ یہِ احتجاج روزِ تۄتتھ تام برقرار یۄتتھ تام نہٕ پولیس ایف ائے آر درج کٔرتھ ماملُک تحقیقات کرِ۔ وٕنی چھُ سوال پأدٕ گژھان زِ پولیس کأتس کالس روزِ اتھ مألس لیۄب تھۄپ کران۔ تہٕ انتظامیہ کوسہٕ حیکمتِ عملی کرِ تختیار۔ ویتستا ٹی وی خأطرٕ کیمرہ مین علی عمران ہیتھ چھس بہٕ عمران علی۔

(سپارٹ لائیٹ چھَ ژھیتہٕ گژھان تہٕ أتھی ستی چھِ موم بھتہِ ہیتھ لۄکھ تہِ نیران۔ سٹیچس چھُ مکمل انہِ گۆٹ گژھان۔)

## سین ۔۴

(گاش چھُ یوان تہٕ انہِ گۆٹ چھُ ختم گژھان۔ عام شہری چھِ ژٕ چھنہِ ونگہِ کِنی سٹیچس کُن نیران۔ تہٕ أمس پتے چھُ نیران سپاہ۔)

سپاہ : ہے صاحبا۔ بڑٕ وستہٕ دراکھ کوٚچھ دٕرے۔ اَخرہیوٚتتھ تھانداراصائبس ایف ائے آر درج کرناوتھ۔ یِٹھہِ مادٕتھ کانٛسہِ کینہہ۔؟

عام شہری: یِٹھہِ کُس کیاہ اوٚسُم دیُن۔؟

سپاہ : ہائے ہے۔ تھانداراصاب زن چھنہٕ رٹان۔ باقےٚ چھنا ؟

عام شہری: ژٕ دراکھٕ اوے میہ پتہٕ پتہٕ وگرٲئے کرنہِ ؟

سپاہ : نہ َحض۔ وگرٲئے کیازِ کروئے۔ مگر روپین دٕہن ہنز ومید چھَ آسان پرٛیتھ کانٛسہِ۔

عام شہری: انسانٛی فرض تہِ چھُ آسان پرٛیتھ کانٛسہِ۔ مگرنکھٕ کاتیاہ چھِ والان۔؟

سپاہ : تتہِ چھُ پوٚز۔ انسانٛی فرضاہ تہِ چھُنہٕ کانہہ نکھٕ والان۔ یہ وچھکھ میہ ژٕ ے تیمی لکہٕ ہنزِ کورِ ہندِ باپتھ پٔنُن یۄت وکھ ظایعہٕ کوٚر۔ تیمس نہٕ ونیُکھ تام مولٕ موج دراوژھانڈنہِ۔ تمس دراکھ اَخر ژٕ ے ہمدرد۔

عام شہری: مولٕ موج چھنہٕ بیہ درد آسان۔ مگر مائُلس ماجہِ چھَ آسان ہلہِ تہِ شراکھ تہٕ بلہِ تہِ۔ بدنامی کُس ہیٚیہِ۔ کورِ ہندس مالس منز چھُ پیوان مائُلس ماجہِ رسے یہ زہرٕ پیالہ چیوٚن۔ بدنامی ہندِ کانٛہہ آسہِ خبر کاٛژھو کوریوِ پانس ہٕےٚ گنڈ دیُت مُت۔

سپاہ : پزر چھُ۔ تتھس مالس منز چھُ پرٛیتھ کانہہ کتھے کھیوان۔ توے چھنہٕ یوان گونہہ گار رٹنہٕ۔

عام شہری: توے چھُ اتھ مالس منز قونون نرماوُنچ ضرورتھ۔ پولیس چھُ گوا ژھانڈنہٕ ورأئے بہٕ حرکت یُن۔

سپاہ : مگر جناب۔ یتھ مالس منز نہٕ چھُ لڑکی ہند پے پتاہ۔ نہٕ چھُ تمِ سند مول موج برونہہ کُن یوان۔ پولیس ہے تحقیقات کرِتہٕ کرِگس

عام شہری: نیک کامہِ چھُ خوداہ سعتی پکان۔ پنُن مہم چھُ ہاوان پانے وتھ۔ سہٕ وکیل ہرگاہ أنی وُن زٕتھ تیمہِ لڑکی چھ فون کرتھ گھرِ کڈمژٕ تہٕ وتہِ پیٹھ پرارِ ناوٕمژٕ۔ تمِس نش چھولڑکی ہُند فون نمبر۔ بنان چھُ تمی سندِ گھر یک ایڈرس تہِ آسیس۔

سپاہ : آسیس۔ بالکل آسیس۔

(امے ساتہٕ چھُ کھوٕ رِونگہِ کنۍ ٹریفک پلسہٕ وول یوان۔ أمس چھُ رول کرتھ اخبار اتھس منز تہٕ أمس چھُ سیوٗ دُے ڈٕچھنہِ ونگہِ کنۍ نیر نک اراد)

ٹریفک پلسہٕ وول: کیاہ سہٕ تھاندار صأب چھاہکھ تھے ؟

سپاہ : اہن سہٕ بیٹہِ کوٗت گژھِ ۔

عام شہری: ہے۔ تلہٕ سہٕ کتھ بوز۔ ژٕ ما چھکھ سُے یُس راتھ ہائے وے چوکس منزاوس ڈیوٹی۔ ٹریفک پلسہٕ وول :۔ اہن سہٕ بۓ اوسُس۔

سپاہ : ہتا یارِ ژٕ یہ ہے راتہٕ پیٹھ ژھانڈان چھی۔ ژٕ یہ ہے میہ دفتر تھاوٕ ے شیچھ۔ ژٕ یہ تھوتھن تھاندار صأب ژٕ یرتام پرارِ وُن۔

ٹریفک پلسہٕ وول: نہ سہَ تہٕ بہٕ کیاہ بہتھ اوس سہٕ۔ اسہِ ہے راتہٕ پیٹھٕ خاک گیہٕ وِتھِ منٛز گاڈی کھالان تہٕ لاشہِ ژھانڈان۔

سپاہ : کوسہٕ گاڈی ؟

ٹریفک پلسہٕ وول: راتھ گونہ ایکسیڈنٹ۔ اکھ کارٕ ژھ کٔڈلہٕ پیٹھٕ تھوٗ دتہٕ گیہٕ وِتھِ۔ زٕ لاشہِ لبیکھ۔ بیٚیہِ چھنہٕ خبر کٲژاہ آسن۔ ہتہٕ سہَ یہِ چھےٚ تمن لاشن ہُند فوٹو۔ یا گووچھکھ۔ اکھ چھےٚ منسٹر صاٮ۪بُن لڑکہٕ۔ بیاکھ چھےٚ کمشنر صاٮ۪بن۔

عام شہری: تلہٕ سہَ یور کُن ہاوٕ۔ (فوٹو وچھتھ حٲران گژھان)۔ افوخودایا۔ یم ہے چھِ تمے

سپاہ : کم ؟

عام شہری: یمو ہسا راتھ سوٗ لڑکی نیہِ اغوا کٔرتھ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: کوس لڑکی ؟

عام شہری: سوٗئے ہسا یس سٕتی ژٕ ہائے وے چوکس منز کتھٕ اوسُکھ کران۔ یوسہٕ پراران ٲس کمس تام۔

ٹریفک پلسہٕ وول: ژٕ یہِ کتہِ وچھتھ ٲسی کتھٕ کران ؟

عام شہری: بہٕ اوسُس ہُتھ پارکہِ منز بہتھ سورٕ وچھان۔ ژٕ دراکھ تہٕ ژٕ یہِ پتے آیہِ یم زٕ لڑکہٕ۔ یموتھٲو تمس شراکھ ہٹس پیٹھٕ تہٕ نیکھ اغوا کٔرتھ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: اوہ۔ مائے گارڈ۔ گوناسو تہٕ چھَ ٲسہٕ ژٕ یمن سٕتی۔

عام شہری: اِدٕ کیاہ چھُس بہٕ ونان۔

ٹریفک پلسہٕ وول: مگر تمی سنز لاش نے ئِتی دراٖیہ بائے گارڈِ۔

عام شہری: یہنٛزِ لاشہِ ییلہِ ننہِ دراٖیہِ ۔ تمی سنز لاش کیازِ دراٖیہِ نہٕ ۔ دپ یم آسی بڈٕین مالین ہندی شُری ۔ توے لوگو نہٕ چاٖر یہنٛزِ لاشہِ ژھانڈنس ۔ غریب کورِ ہنز لاش کتہِ ژھاٖنڈی ہو......(ئِ چھنہِ ونگہِ کنی چھُ تھاندار ظاٖہر گژھان تہٕ سہٕ چھُ دوٗرے یمن نظراہ کران ۔)
خوداہ چھوٗ پیٹھٕ کنہِ وچھان ۔ تمی سندس قہرس کھوٗ ژِو ۔ خوداہٕ سندس قہرس بروٗنہہ کنہِ نہٕ چھِ منسٹر دران ۔ نہٕ کمشنر۔

ٹریفک پلسہٕ وول: ہتایاٖر میہ کتھ چھُکھ ونان ۔ میہ کتہِ چھَ خبر سو لڑکی چھَ اغوا کرنہٕ آمٕژ ۔

عام شہری : مگر سو لڑکی وچھتھن ژیہ تہِ ۔ ژیہ تہِ چھےٚ خبر سو آس کُمس تام پراران ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: اہن سہٕ لڑکی ہے وچھ میہ ۔ سوٗ آس پزے پنہٕنس معشوقس پراران ۔
اکھُتے ہے میہ سعتی کتھ تہِ کرین ۔ مگر تمہِ پتہٕ کیاہ گو ۔ تِمچ ماچھَ میہ خبر ۔

عام شہری: مگر ژیہ کتھٕ کُنۍ وڈٕنتھ تمس کھلوکھ جاین چھُ خطرٕ تہِ آسان ۔ تیلہِ چھےٚ ژیہ خبر آسمٕژ ۔
ہتایاٖر ونان کیاہ چھُکھ ژٕ ۔

تھاندار : کیاہ سہٕ وٕں کیاہ داتھُر چھُتھ ژیہ وہرومُت ؟

عام شہری: یہِ وچھو تھاندار صاٖب ۔۔۔(اخبار پلہٕ ناوان)۔۔ یہ وچھو خوداہِ سُند انصاف ۔ یمے چھوتم اغوا کار ۔

(تھاندار چھُ فوٹو وچھان تہٕ خبر پران۔ یُٔت کال چھُ عام شہری مدید اگاہی کران)

عام شہری: ...... یہ وچھوخوداپہِ سُند قہر۔ یُس نہٕ انسانس چھُ فکرِ تران۔ یُٔت گُرتھ تہِ چھُ سہ یمہٕ نےٚ منسٹرن تہٕ کمشنرن سجدٕ کران۔ تہندین آوارٕ اولادن ہنزٕ لاشہٕ آیہِ ترِیہ تہٕ ترواہ گُرتھ ژھانڈنہٕ۔ مگر أکس غریب سنز بیہ گوناہ کوٗر آیہِ کرنہٕ دٕریاوبُزی۔ تَمی سنز لاش تہِ آیہ نہٕ ئٔنٕ کڈنہٕ۔ یُتھ اغواکأری ہندس مالس لیوٗب تھوٗپ ییہِ کرنہٕ۔

تھاندار: ہے خوجا۔ ژٕ کتھ پیٹھ چھُکھ پژمکأئے بُزان۔ وُنی ہے ایف ائے آر تہِ درج کوٗرُے۔ تہٕ بڈ خودالیس حوالہٕ۔ وُں کتھ بیوٗٹھکھ ژٕ تحقیقات تہِ پانے کرنہِ۔؟

عام شہری: نہَ جناب۔ اتھ ہے خوداہ صأبن پانے تحقیقات کوٗر۔

تھاندار: وٹ ڈُو یومین ؟ ۔ چون مطلب کیاہ چھُ ؟

عام شہری: بہٕ جناب چھُس نہٕ پریژ ونان یم نہٕ کأنسہِ فکرِ ترن۔ بہٕ چھُس پٔز کتھ ونان۔

تھاندار: کوس پٔز کتھ چھُکھ ونان۔ مؤمتین چھُکھ فاتح پرنہٕ بجایہِ گوناہ کھالان مٹہٕ۔ تہٕ یہأئے چھا چأنی انسأنیت ؟۔ یہأئے چھوٕ توہیٕ یہندین مالین تسلیح دوان یمن جوان گبروأتی برونٹھ گُن مُرتھ۔

عام شہری : تھاندار صأب۔ توہۍ گیو زیادٕ پہن جذبٲتی۔ خطاہ چھُ یمن پٔنُن۔ یم چھِ پننہٕ نیو عملو گمتی جانہٕ مرگ۔ مگر تمس لڑکی ہند گرو خیال یوسہٕ بیہ گوناہ مارٕ گیہٕ۔ تمہِ کُس خطاہ کریو۔ سو ہے وارٕ کارٕ بس سٹاپس پیٹھ استادٕ أس۔

ٹریفک پلسہٕ وول: ہے یارٕ ژٕ چھُکھ بیٚیہٕ ونان کو کرس کنی زنگ۔ سو لڑکی ہرگاہ یمو اغوا کٔر۔ تیلہِ گژھہ نہٕ آٮ۪ـسنۍ یمٕنے سعتی۔ یہنزٕ لاشہِ ییلہِ اتھِ آیہ۔ تٔمی سنز لاش کیا زِ چھنہٕ اتھِ یوان۔

عام شہری: تی چھُس بہٕ ونان۔ تٔمی سنز لاش کیا زِ چھنہٕ اتھِ یوان۔

سپاہ : ہے یارا۔ ژٕ بوز میون۔ ژٕ نہٕ پٔنُن ایف ائے آر واپس تہٕ گژھ گھرٕ۔ مہٕ ان پانس پرٕش ٹُلتھ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: کیاہ؟۔ أمی چھا ایف ائے آر درج کرنومُت ؟

سپاہ : اِدٕ کتھ پیٹھ چھے ژٕیہ ژھانڈو۔

ٹریفک پلسہٕ وول: نہٕ سہٕ تہٕ میہ کتھ پیٹھ چھُ ژھانڈو۔ یا گو میہ کانہہ اتُر چھُ کوٚرمُت۔؟ ہے تھاندار صأب۔ بہٕ چھُسے حضٕچ بیہ گوناہ۔ میہ نہٕ حضٕ چھے کہیں خبر بائے گارڈ (ٹریفک پلسہٕ وول چھُ شُری سندی پٲٹھی ودان) بہٕ حضٕ چھُسے مأٔلس ماجہِ کُنے۔

تھاندار : گوڈٕ چھنہٕ میہ فکرِ تران۔ سو لڑکی ہرگاہ چأنی کنی یموے لٔڑکو چھَ اغوا کرٕمژ۔ وٕں چھِ یم رحمتِ حق گمتی۔ ژٕ کُس جأے گیر رٹکھ یمن۔ تہٕ چون ایف ائے آر کتھ لوٚگ ؟

عام شہری : نہ حض تہٕ لڑٕکی کٕری وُن نہٕ برامد۔ کنہٕ تٕمی سنزٕ تہِ کھیہ یو کتھے ؟

تھانہ دار : نہ سہَ تہٕ سو کاروائی ہے کرو۔ (سپہس کُن) نیر سہَ گڑھ انُن ژٕ وکیل صاب نادِتھ۔

سپاہ : بہتر جناب (سپاہ چھُ نیران)

تھانہ دار: نیرو سہَ بڈو ونکیس ۔ اسہِ دیو ماملُک تحقیقات کرنہٕ۔ پگاہ گڑھی زیو ساری حاضر۔

(تھانہ دار چھُ واپس بظاہر تھانس کُن اژان۔)

ٹریفک پلسہٕ وول: ہے یارٕ۔ بڈ افسوس چھُ ۔ ژیہ تُجتھ ہنگہٕ تہٕ منگچ مینگہٕ دگ پانس تہِ تہٕ اسہِ تہِ۔ ژیہ چھے نہَ بئیہٕ کانہہ کاماہ کاراہ ؟

عام شہری : ژٕمہ ہیہ غم۔ ژیہ ماری نہٕ کانہہ۔ یُسے زہر کھئیہِ۔ سُے مرِ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: نہَ سہَ تہٕ ژیہ ہے بہٕ زہر کھینے مارٕ کوٗرتھس ۔ ونان کیاہ چھُکھ ژٕ ؟

عام شہری : ژٕ روز بلاوسہٕ واس۔ پوٗ زونہٕ نس پیٹھ مارِنہٕ اسہِ کانہہ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: اتھ ہسہَ ونان۔ موج وہوان چھُم نہٕ کانہہ۔ پوٗ ترٕ وتہِ پیٹھ بیہہ۔

(ٹریفک پلسہٕ وول چھُ شرارتہٕ ہوٗت نیران۔ تہٕ عام شہری چھُ روزان کُنے زوٗن۔ یہ چھُ سٹیچس اورٕ یورکران تہٕ پننہٕ نہِ جایہِ سونچان۔ اُتھی ستی چھُ بیک گراوٗنڈس منز دُہک گاش زوٗنہٕ گاشس منز تبدیل سپدان۔)

## سین۔ ۵

(برونہہ کنہِ چھَ ہالس نزدیکھ اکھ سپارٹ لائیٹ دزان۔ امہِ کس گاشس تل چھ لڑکی بہتھ کوٹھین منز کلہ ترٲوتھ۔ انہِ گٹہِ منزٕ چھُ بزرگ ظاہر گڑھان تہٕ لڑکی تسلیح دوان اُمس

نکھ بہان۔)

بزرگ : وں کیاز چھکھ ژٕ پشیمان۔ یتھ یہ گژھُن اوس۔ تتھ تہِ گو۔ خطاوارس دیہِ خوداہ پانے سزا۔

لڑکی : کاش یم بیہ ضمیرلوکھ آسہن یُتھ اثر کرنہٕ برونہہ سونچان زِ اکہِ ژیٚچ یہ خوشی ماکرِ أمس مظلوم لڑکی ہنز پوٚر زندگی برباد۔ یہ کتھٕ کُنہٕ ویتر اوِ کنے زنہِ یہ بار۔

بزرگ : یہ ضمیر کتہِ چھِ سونچان۔ سونچہِ سُے یمس ضمیر زندٕ آسہِ۔ سُے چھُ أندری أندری گلان۔ سُے چھُ سونچان زِ کأژاہ کورِ آسن یتھے کُنہٕ مألس ماجہِ ہُند یژتھ رچھنہٕ باپتھ لوتہِ پأٹھی زہر کھیوان تہٕ مران۔ کأتیاہ مألی ماجہِ آسن پننہٕ نین ٹاچھن کورین یتھے کُنہٕ قبرن منز ساوان۔ تہٕ کرٕتھ تہِ آسن نہٕ کڈان۔ پیٹھٕ ییلہِ پتہٕ یمے لوٚکھ چھلتھ چھوکتھ پلونٲلی ژٕھنتھ تأذیتی مجلسن منز شرافت تہٕ شرمدأری ہندی قصیدٕ آسنکھ پران۔ کوتاہ عزاب آسیکھ گژھان۔

لڑکی : أتھی ریاکأری وۆنُکھ دنیاہ۔ یتہِ چھُ پرتھ أکس بُتھس پیٹھ ماسک۔ پرتھ اکھ چھُ مکار۔

بزرگ : توے چھُس دپان یہ زندگأنی ہُند تھیٹر گوٚژھ وٕنی کُنہِ پأٹھی وٹہٕ نے یُن۔ دیوبہٕ پننہٕ نس خودایس افومنگہٕ ہا۔

لڑکی : توٚہی کیاز گیو بدزون۔

بزرگ: مُکر یارگو۔ سأری ہے گومُکر یار۔ تیلہِ اُس تھیٹرن یوان مندرن ہنز نظر کرنہٕ۔ یمن ناٹیہ مندرن اوس پٔنُن اکھ تقدُس۔ وٕں روز نہٕ تمہٕ قدرے۔ وٕں چھُیی نہٕ یمن جاین سو پاکیزگی روٗزمٕژ۔ تورے نہ چھُ کہانین کانہہ اند بوٗر لگان۔ نہَ چھِ فنکار دران پنہٕ نین کردارن منز۔ تورے گوس بدزون۔ تورے چھُم نہٕ وٕں کانہہ دلچسپی روٗزمٕژ۔

لڑکی: توٗہی ہرگاہ دلچسپی ترأوِو۔ فنکارن ہُند جب ییہِ چھُکراونہٕ۔ فن گژھِ لتہٕ مونجہِ۔

بزرگ: پتھ وتھ آوٕلی سپدان۔ اکھ چھُ سُم ژٹان۔ ساس چھُ کولہِ گژھان۔

لڑکی: سُے اکھ چھُ نوٗن کڈُن۔ سُے اکھ چھُ کرُن رسوا۔

بزرگ: ژٕ چھکھ نہَ وچھان ژھوٹس کم ڈیر چھِ گمتی۔ ژ ییہ چھے نہ باسان مُکر یار چھُ گومُت ؟

لڑکی: یہ مُکر یار چھُ کرُن دوٗر۔ تہٕ فنٕچ پاکیزگی چھَ بحال کرٕنی۔ فن چھُ زندٕ تھاوُن۔ تہِ کیازِ یگاہ چھُو جواب دیُن۔

بزرگ: بہٕ چھُس وٕں تھوٗ کُمت۔ بہٕ چھُس لاجواب گومُت۔

لڑکی: ہیمتھ کرٕ ولالہٕ صأب۔ ہیمتھ کرو۔

بزرگ: کیاہ ہیمتھ کرٕ۔ سو بچأرگیہ ژھوٹہٕ ڈیرٕ ٹتھ۔ وٕں کتہِ ییہِ واپس۔

لڑکی: وٕں چھُ پرِیتھ اُکس پٔنُن ژھوٹھ پانے ڈوٗن۔ تہٕ یہ مُکر یار چھُ کرُن دوٗر۔

(سپارٹ لائٹ چھُ ژھیتہٕ گژھان۔)

سین ۔ ٦

(ڈٕچھنہِ ونگہِ یاں زِتھانہٕ پیٹھ چھُ سپاہ تہٕ ٹریفک پلسہٕ وول نیران۔)

ٹریفک پلسہٕ وول: بائے گارڈ چھُ میہ ونکیس تیُتھ شرارتھ۔ بہٕ چھُس دپان یہٕ عام شہری رٹن تہٕ أمس ژھنہٕ بہٕ سوٹھول زِمغزینس ہوشہٕ۔ نہقہٕ پھقس پیٹھ تھاوِ ے أمی ساڑ ے مشینری آوٕرأوتھ۔

سپاہ : أمس تہِ ییہ خبر کتیتھ ٹاس۔ ژٕ گژھ وچھان۔

ٹریفک پلسہٕ وول: یمن ہے چھِ پتہٕ ٹاہے یوان۔ صرپھ ألس یُس اتھ ژھنہِ تمس کیاہ بنہِ؟

(دوٕیمہِ طرفہٕ چھُ جوان یوان)

جوان : کیاہ سہَ ہے صاحب کتہِ چھُ ؟

سپاہ : صاحب حض چھُ درامُت دورس۔

جوان : میہ کتھ پیٹھ چھُ ژھانڈو ؟

ٹریفک پلسہٕ وول: ہے عام شہری ین چھُنہٕ حض ایف ائے آر درج کرنومُت۔

جوان : سہُ ایف ائے آر چھاونہِ چلانی ؟

سپاہ : اہن حض۔ تُمی ہے نہقہٕ پھقچ پریشانی تُج۔ پیٹھٕ ماچھُ یہ عام شہری یورٕچ کتھ بوزان۔ نتہٕ ہے تھاندار صابن تہِ سمجھایو۔

جوان : عام شہری چھُ آسان کلہٕ خراب۔ یمن چھُنہٕ آب ویان۔

(عام شہری چھُ ہنا اطمنانہٕ سان یوان)

ٹریفک پلسہٕ وول: أ کیاہ آئے۔ ون تس وں کیاہ ونہٕ ہس۔

جوان ؤلو جناب۔ تہنٛدُ ے اوس انتظار

سپاہ کیاہ سہٕ۔ ژٕ کیا زِ چھُکھ رسے۔ خأرٕ ے چھا ؟

عام شہری : لڑکی ہُند مانٛنیو کینہہ ؟

سپاہ : لڑکی ہُند ننہٕ ہاتیلہٕ یِیلہِ تحقیقات گژھِ ہے۔

عام شہری : اِدکران کیا زِ چھونہٕ ؟

سپاہ: تھانٛدار صأبس چھِ پراران۔ سہٕ یِیہِ تہٕ تحقیقات کرو شروع

(تھانٛدار چھُ یوان)

ٹریفک پلسہٕ وول: ولہٕ سہٕ آیہ تم تہِ۔

جوان : سلام علیکم جناب

تھانٛدار : وعلیکم سلام۔

جوان : جناب وں کیاہ مسلہٕ چھُ درپیش۔ توہہِ ما چھو میڈیا کس دباوس منز ایف ائے آر درج کۄرمُت ؟

تھانٛدار : اہن سہٕ تہٕ کرٕ ہو کیاہ۔ ہیرے یِیلہِ حکم گو جأری۔ أسی چھِ مجبور۔ اسہِ چھُ تأمیل کرُن۔

جوان: جمہوری نظامس چھُ یہأے نوقص۔ عام انسان چھُ ہیکان کینہہ تہِ گرِتھ۔ قونون تہٕ انصاف کین رأچھدرن چھُ پننہٕ نین قائدن تہٕ اصولن سعتی پانے پیوان سمجھوتہٕ کرُن۔ اینڈ دیٹ میکس دسسٹم سک۔

عام شہری: مطلب ؟۔ عام انسانٕنے چھا پنٕہ نہٕ ملکُک دشمن ۔ تٔمی چھا سسٹم کمزور کوٚرمُت۔ کنہٕ ملکٕکی دشمن چھہِ ملکٕکی حاکم یم نہٕ پنٕہ نین یختیارن ہُند صحیح استعمال چھہِ کران۔ یمو ریاع کاری تہٕ رشوت خوری ستیٚ ملکہٕ کس نظامس ژٕون زژر۔ یمو سسٹم کوٚر خراب ؟

ٹریفک پلسہٕ وول: نہٕ حض تہٕ ول چھاسہِ اٚتھی پیٹھ بحث کرُن۔ کنہٕ مالہٕ چھُ أنز راوُن۔

جوان : موٚخصر کیاہ چھُ ونان عام شہری؟

تھاندار : عام شہری چھُ ونان لڑکی چھےٚ یمو دویو لڑکو اغوا کٔرمژ یم موٚ دی۔ یمو منزٕ چھُ اکھ منسٹر صأبُن لڑکہٕ۔ بیا کھ کمشنر صأبُن۔

جوان : گونا یہ چھُ تیلہِ پوٚلٹیکل اِشو ۔ اپوزشن والین ہنز ننہِ وانہٕ سازش۔ یہ مالہٕ اگر میڈیا والین اتھِ لگہِ تم ہے اتھ بامب بنأوتھ سأری ہے کشیرِ نار دیاون۔

تھاندار : تی تہٕ چھُنہٕ یہ عام شہری سمجھان۔ اگر عوامس تام ووت مسلہٕ۔ تھانہٕ کیاہ کرِ۔ یہ پیٚیہِ مالہٕ اسمبلی پیٹھ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: جناب یہ گوٚیٚتی تھے أنز راوُن۔ ننتہٕ آسہِ اتھ ستیٚ خبر کأتی ہن مرُن بائے گارڈ۔

جوان : عام شہری صأب۔ ژٕ کراتھ کتھِ پیٹھ غور۔ (پھیکس پیٹھ اتھِ تھأوتھ اندگُن نوان) بہٕ دمے پنٕہ نہٕ جایہِ مشورٕ ژٕ نہٕ پٔتن ایف ائے آر واپس۔ ہر گاہ مانکھ روپیہٕ لچھ کھنڈ تہٕ دیاوے لو تہٕ پأٹھی۔

عام شہری : ہے یارٕ۔ میہ کتھو چھکھ روپین ہنز لاچ دوان۔ بہٕ نا چھُس جدال کینہہ۔ بہٕ ہا چھُس بایز تہ شہری۔ بہٕ نا گوس پنُن ضمیرٕ کنن وول۔ بہٕ ہا انن سورُے میڈیا سومبرأوتھ تہٕ کل کٔشیرِ وایہِ ناوو ڈابر۔ اِد تریو تو ہہِ فکرِ عام شہری کس چھِ ونان۔

(عام شہری چھُ شرارتہٕ ہوٚ تے نیران)

سپاہ : یہِ ہے گوکوپأٹھی اگادِ۔

جوان : مگر جناب یہ ما گرٕ ھِ پزے میڈیا والین بائے گارڈ

ٹریفک پلسہٕ وول: موجودٕ سیاست چھَ ونان یتھ فتنہٕ گالنہٕ خأطرٕ چھُنہٕ فتنہٕ گرس ٹاس دیاونہٕ ورأئے چارے۔

تھاندار : توہہِ دیولڑکی ہُند فون نمبر

جوان: نمبر ؟۔تتھ کیاہ کُرو توہہِ۔؟

تھاندار : (شرارتہٕ سان) دیٹ از ناٹ یور جاب۔ توہہِ دیو نمبر ؟

جوان : نمبر جناب چھُ یتھ لبہِ پیٹھ لیکھتھ۔

(تھاندار چھُ لبہِ کُن گرٕھان تہٕ نمبر وچھتھ ڈائیل کران۔ کینژس کالس فون رٹان کنس تل ۔ پتہٕ شرارتہٕ سان عاشقس کُن

تھاندار : وچھان)۔آر یوٗ شور یہائے چھُ نمبر ؟

جوان : میہ چھُ یہائے نمبر دنہٕ آمُت۔

تھاندار: یا چھُکھ ژٕ پانس ذیادٕ چالاکھ سمجھان ۔ نتہٕ چھُکھ اسہِ زانان بے وقوف۔ مگر ژٕ یہ چھُے نہٕ ظاٗہر یا پولیس خاٗیٖ آمُت۔

جوان : جناب یہ نمبر چھُ اپارِ یپور پرِ تھ لبہِ پیٹھ لیکھتھ۔ سکرپٹس منز تہِ چھُ یہاٗے نمبر۔

تھاندار : اچھا ؟...... (تھاندار چھُ یٖیہِ نمبر ری ڈائیل کران۔ تہٕ سپیکر آن تھاوان) یہاٗے نمبر چھُے تہٕ بوز تیلہِ ژٕ تہِ......۔

(ہیلوٹیون پتہٕ چھُ آواز یوان۔ یہ نمبر چھنہٕ اسہِ نش موجود ۔)

جوان : تأجب چھُ تھاندار صاٗب۔ توٚہی تہِ ہیتِو نو وں فکشن تہٕ ریلٹی درمیان کنفیوز گژھنی۔ یہ نمبر ییلہِ نہٕ ٹیلی فون دفتر کس کنہِ رکارڈس منز درجی آسہِ۔ تہٕ رلہِ کتھٕ گنی۔ آپ شاید بول رہے ہیں کہ ہم اس وقت ایک کہانی میں جی رہے ہیں۔ یہ نمبر تہِ چھُ تمے کہانی ہندا کھ حصہٕ۔ اس کا حقیقت کے ساتھ کوئی تعلق نہیں ہے۔

تھاندار : اوہ مائے گارڈ۔ ہاہاہاہا............

(ژٕوشوے کردار چھِ اٗکس پتہٕ اکھ اتھ اسن کھنگلس منز شاٗمل گژھان۔ گوڈٕ جوان۔ پتہٕ ٹریفک پلسہٕ وول تہٕ پتہٕ سپاہ۔)

تھانددار : ژ یہ چھیہٕ خبر میہ کیاہ اوس ٹینشن ؟۔ بہٕ اوُسس دپان منسٹر صائبُن تہٕ کمشنر صائبن ماملہٕ گوٗژھ نہٕ میڈیا والین اتھ لگُن۔ کار کریو تھند یو شُریو۔ ٹاس یہٕ ہا میہ۔ خبر لداخ گژھہٕ ہاٹرانسفر۔ کنہٕ خبر کتھ سیلہٕ ٹھکہٕ ہنم۔ بہٕ اوُسس اتھ کردارس منز تیوٗت سٔنتھ گومُت زنتہٕ پزے اوُسس تھانددار ۔۔ ہاہاہا ..........

ٹریفک پلسہٕ وول: گو نہَ تیلہٕ چھُ نہٕ ایف ائے آر تہٕ لوٗ گمُت کینہہ ؟

سپاہ : اِد سہَ تہٕ بوٗ زِی تو تیٚمی سُند۔ یہ چھوتو تہٕ پرٕ ژھان لاٗل کیاہ واتہٕ ہے مجلونس ۔ ہاہاہا

ٹریفک پلسہٕ وول: ہتا یارٕ ژ یہ کیاہ چھے خبر میہ کوس پریشانی اٗس وٗ ژھہٕ مژَ ۔ میہ ہے امہٕ ایف ائے آر سعتی راٗ ژ ہنز نندرٕ اٗس کاٚمٕژ گمژ۔ بہٕ اوُسس نہٕ گھرس منز کانٛسہٕ بتھے ہیکان دتھ۔ وٚنی ہے میہ واٗنج شیہلے یہٕ بائے گارڈ۔

تھانددار : مگر یہ نمبر کٔمی چھُ لبن تھومُت لیکھتھ ؟

جوان : نمبرے یوت نہٕ۔ کہانی ہندی کردار تہٕ چھِ لبن لیکھتھ۔

سپاہ : یہ گونوٗرُن کار۔ سو پژ نہٕ صفائیَ اٗس کران۔ تیوٗت اٗس تھاوان لبن لیکھی لیکھی۔ خو دایہٕ خو دایہٕ کران ما آسہٕ یہ نمبر تہٕ تٔمی سندے۔

ٹریفک پلسہٕ وول: سائنس کہانیکارس تہٕ آسہٕ اٗتھی پیٹھ نظر پیمژ۔ تٔمی ژھُن سکرپٹس منز درج کٔرتھ۔

تھانددار: موخصر چھُنہٕ وٕں فکرِ تران کہانی کتیتھ گیے روٗتہٕ۔

جوان : بہٕ ونو پۆز ۔ میہ چھونہٕ یہ کہانی ہێٹێ وٕ ژھ ٕمژ ۔ شاید اوٗسس نہٕ بہٕ تۄ ے پننہٕ نس کردارس منز و یپان ۔

سپاہ : ہے ونان کہو چھُکھ یارٕ ۔ أمی سنزن کہانین ہے چھِ کم ایوارڈ آمٕتی دنہٕ ۔ ژ یہ کیا زِوٕ ژھے نہٕ یہ کہانی ہٹہٕ؟

جوان : قونون حسابہٕ چھُنہٕ ایف ائے آر لگان کینہہ ۔ لڑکی ہند تہٕ چھنہٕ پَے لگان گیہٕ کۆت ۔

تھاندار: مگرٕ میہ چھُ پننہٕ نہٕ جایہِ پوٚرٕ یقین زِ یتھ کہانی تہٕ آسہِ زبردس کلائمیکس ۔

جوان : میہ چھُ باسان أزی کہِ لٹہِ چھُ ڈۆلمُت ۔

تھاندار: یہ کتھ پیٹھ چھُکھ ونان ژٕ ؟

جوان : بہٕ زن کرٕ ہا لڑکی ہندس مالِس منز گوڈے اِنکار ۔ کہانی موکلہِ ہأتی تھے ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: نہَ سہَ تہٕ میہ ہے لڑکی وچھمٕژ أس ۔ بہٕ کتھ کٔنی ہیکہٕ ہا انکار کٔرتھ؟

تھاندار : یس ۔ دیٹ ازا ٹیکنکل پوئنٹ ۔ أمی سنزِ گواٚہی پیٹھ ہیکہِ ایف ائے آر لگتھ ۔

جوان : مگر اغوا کاریتھ کارِ منز أسی ۔ سو گیہٕ ویتھِ ۔ Accused یم چھِ ۔ تم موٚدی دوشوے ۔ ایف ائے آر ہے لگہِ تہٕ لگہِ کٔمس ؟

سپاہ : سُے چھُ کہانی منز سسپینس ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: موخصر چھُ میہ باسان یمہِ کہانی سٕتی وۆتھ کلہٕ دود ۔ أسی کونہٕ انہٕ ناوو گوڈٕ چائے ۔ بنان چھُ تیوٚت کال نیرِ لڑکی ہند کانہہ پے پتاہ ۔

جوان : ڈیٹ از ابیٹرائڈیا۔

تھاندار : تلہٕ سہٕ کَروأ مس موبائل لونڈس آلو۔

(سپاہ چھُ نیران۔ باقٕے کردار چھِ اوٕر یور چھکرتھ پتھر بہان۔

تہٕ وارٕ وارٕ چھُ گاش ژھوکان۔)

سین ۔ ۷

(شامُک وکھ چھُ۔ اسمانس پیٹھ چھَ زنتہٕ ژوداٗ ہم زوٗن پرزٕلان تہٕ ساٗری ہے سٹیچس چھُ امیک گاش وٕہرتھ۔ عام شہری چھُ سائکلو رومس نزدیکھ زوٗنہٕ وچھان تہٕ پانٕسے سعتی کیاہ تام سونچان۔ پتہٕ چھُ پوٗت پھیرتھ وش تراوان تہٕ سٹیچس برونٹھ کُن یوان۔)

عام شہری : عجیب ذیہنی ازتراباہ گوپاٗدٕ۔ فکرن ہندِ اکہِ بالہٕ چھُس بہ کھسان۔ بیٚیہٕ بالہٕ چھُس وسان۔ مگرتمی سُند چھُنہٕ پے پتہٕ ہے نیران...... فکرے چھُنہٕ تران اٗخرگیہ ہے تہٕ گیہٕ کوٗت۔ کتھ حالس منز آسہِ۔ کیاہ آسہِ کران...... زانہِ خوداہ میاٗنی خیال کیازِ چھنہٕ تٔمس تام واٗتتھ ہیکان۔ میانین فکرن زن چھُکھ گنڈ ژھُنمُت۔ فکرن ہنز یہ لاچاٗری چھنہٕ میہ ونیگھ تام زانہہ موحسوس کٔر مژٕ۔ اغوا کارن سعتی ہرگاہ سوتہٕ آسہِ ہے موہٕژ۔ تیلہِ کیازِ ییہِ ہے نہٕ تٔمی سنز لاش اتھِ۔ نتہٕ ہے زاٗنتھ ماٗنتھ آسیکھ یرژھنی مژٕ۔ پولیس کریس کینژن دوہن ئلی کارواٗیٔ۔ کینژن دوہن کریس میڈیا تہٕ ژھوٗرے کریکہٕ ناداہ۔ پتہٕ کھین ساٗری کتھ۔ زن نہٕ سو بچاٗردنیہس منز آمژٕ ےاٗس۔

(عام شہری چھُ پنہٕ نہٕ جایہٕ وش ہیوتراوان تہٕ پتٕ کنی چھَ لڑکی ظاٗہر گژھان۔)

لڑکی : توٗہی کیاہ چھِو سونچان۔ ؟

عام شہری: بہٕ چھُس تُمس لڑکی متلق سونچان یوسہٕ اغوا آیہ کرنہٕ۔

لڑکی : سو چھُس بٕے۔ بٕے آیس اغوا کرنہٕ۔

عام شہری: یس ائے نو۔ مگر بہٕ چھُس نہٕ چاۓنٕ کتھ کران۔ بہٕ چھُس تمہِ کردارٕ چ کتھ کران یُس ونکیس میانہِ کہانی منزلا پتہ چھُ۔

لڑکی : ائے ایم سوری۔ میہ دۄپ میہ چھِو ژھاران۔ توے آئے سوٚ برنٛتھ گُن۔

عام شہری: پلیز ڈونٹ کنفیوز می۔ ژ یہ چھِے نہٕ خبر ونکیس کوتاہ پریشان چھُس بہٕ۔ میانہِ تخیلکۍ ساٗری درواز چھِ بند گمتۍ۔ بہٕ چھُس نہٕ کہیں سونچتھ ہیکان۔

لڑکی : تیلہِ چھُ میہ باسان توٚہۍ چھِو بدل کہند تام سونچان۔ توٚہۍ چھِو نہٕ پننہٕ نس کردارس منز۔

عام شہری: کردارس منز نے آسہٕ ہاتہٕ یۄت ٹینشن کیاز ہیمہٕ ہا۔؟ اَکس بیٛہِ سندۍ پاٛٹھۍ کھیمہٕ ہا بہٕ تہِ کتھے۔ مگر انسان سُند شعورٕ ے چھُ ساٗری فتنہٕ پاٗدٕ کران۔ یہاٗے شعور چھُنہٕ ونکیس میہ تہِ دوان کنہِ جایہِ سوکھ۔

لڑکی : توٚہۍ کیاز چھِو یۄت پریشان ؟۔

عام شہری: یہ چھُ ماملے پریشاٗنی ہُند۔ میانین اَچھن ڈیشمان آیہ اکھ لڑکی اغوا کرنہٕ۔ اور اُس کا پتہ نہیں چل رہا ہے۔

لڑکی : ایف ائے آر چھُنا درج آمُت کرنہٕ ؟

عام شہری : ایف ائے آر گو درج۔ مگر تحقیقات کرنہٕ برونٹھے گواغوا کارن ایکسیڈنٹ تہٕ تم مۆدی۔ وں رۆدنہٕ ایف ائے آرُک تہِ کانہہ مطلبے۔ وں چھُس بہٕ دپان وَنی ہے لڑکی ہُندے پَے پتاہ نیرِ ہا۔ کہانی واتہِ ہا کنہِ انجامس۔

لڑکی : سو تہِ بلکہِ اغوا کارن سعتی موٕمژ آسہِ۔

عام شہری: تی تہٕ چھُس نہٕ بہٕ یژھانی۔ سو ہرگاہ مرِ۔ میأنی کہانی تہِ مرِ تُتھی سعتی۔

لڑکی : وں زن آسہِ سو گوڈے موٕمژ۔

عام شہری: گوڈے کر ؟

لڑکی : یہے کینہہ دوہہ برونہہ ۔

عام شہری: مطلب ؟

لڑکی : مطلب ییلہِ بہٕ توہہِ گوڈ چہٕ لٹہٕ تتھ بس سٹاپس پیٹھ وچھی ووس۔ بہٕ آسہٕ ہا تمہِ ساتہٕ تہِ موٕمژ۔

عام شہری: (کہانی منز دلچسپی ہاوان) تیلہِ کیاہ اٰسکھ ژٕ تتھ بس سٹاپس پیٹھ کران؟

لڑکی : پننہٕ نِس معشوقس پرااران۔ تُمس ٕقساس ہینہٕ باپتھ۔

عام شہری: کمیُک قساس ؟

لڑکی : میانہِ مرِنُک قساس۔

عام شہری: مرِنُک قساس ؟۔ ژٕ کیاہ تُمی ماأرنکھٕ ؟

لڑکی : تمی مأرنانہٕ۔ دپ مرِنس پیٹھ کٔرنس مجبور۔

عام شہری : ژِ کیازِ گیکھ مرِنس پیٹھ مجبور ؟

لڑکی : میہ پھوٗر محبتک پھند تہٕ اتھٕ گوم۔ تمی کٔر عیاشی۔ میہ تھووٗن گوناہ پیٹھ رٔٹِتھ۔ محبت کس ناوس پیٹھ والہٕ واشہِ لٔج مژ غریب مألس ماجہِ ہنز کوٚرِ کتھٕ کٔنی ویتراوِ ہے سوزلاتھ۔ سہٕ اوس دراُمت نٔوس شکارس۔ بہٕ أسس أندری گلان۔ أخر پیوم مألس ماجہِ ہُند یژتھ رچھنہٕ باپتھ لوتہِ پأٹھی زہر کھیوٗن تہٕ مویس۔ مأل ماجہِ تہٕ کٔرس لوتہِ پأٹھی دفن۔ شاہ تہِ کوٗڈ کھنہٕ بچاریو۔ یتھ نہٕ کانہہ بوزِ۔

عام شہری : گو ژٕ چھکھ نہٕ اغواکارو مأرمژ ؟

لڑکی : اغواکارن تہِ اوس سُے مطلب۔ یُس مطلب تمس اوس۔ اغواکار تہِ أسی تمی سے ہی مادٕ کھاوگرید۔ یم شکارس أسی دراُمتی۔ یم ہرگاہ نہٕ میہ وچھہن۔ بیہ یلس دہن تھف۔ توے اوس یہند مرُن ضروری۔

عام شہری : گوچون قأتل چھُ ونہِ زندے۔

لڑکی : اغواکار نے وسیلہٕ آسہنس آمتی۔ تمن برونہہ آسہِ ہے سُے مزار ووتُمت۔

عام شہری : گوژٕ چھکھ ون مٔرتھ تمس قساس ہیوٗن یژھان ؟

لڑکی : زندٕ روٗزتھ کُس دیہ ہامیأنس حقس منز گوأہی۔ غریب مألس ماجہِ ہنز کوٚرِ رہیکہِ مٔری تِھے انصاف حأصل کٔرتھ۔

عام شہری: قساس ہیتھ کُس انصاف کرکھ ژٕ حأصل ؟۔ قساس ہیکہِ صرف دٕ ے تہٕ نفرت پأدٕ کٔرتھ۔ پنُن پان مأرتھ چھتھ ژ یہ پانے پانس پیٹھ ظلم کوٗرمُت۔ ژ یہ چھے نہٕ انصاف ژھانڈٕ نک تختیارٕ ے۔

لڑکی : مگر قساسے ہیکہِ میہ عزابہٕ نش موکلأوتھ۔

عام شہری: نو ۔۔۔ نوائے ڈونٹ ایگری۔ چانہِ کہانی ہُند یہِ انجام چھُ غأر فطری۔ اتھ نیرِ یہأئے مطلب زِ دنیہک قونون چھُ بییہ مانے۔ پرٕ یتھ مظلومس چھُ ٔرتھ ژھارُن انصاف۔ یہٕ چھُس نہٕ یتھ انجام یژھان۔ یہٕ چھُس قونونٕچ وتھ تختیار کٔرتھ پنہٕ نہِ کہانی ہُند انجام ژھارُن یژھان۔

لڑکی : کُس قانون۔ یتھ قانونس منز نہٕ اغوا گٔمژِ أکس لڑکی ہند ایف ائے آر چھُ درج ہیکان گٔرژھتھ۔ توٗہی چھوٕ تمے قونونٕچ کتھ کران۔ توٗہی چھو نہٕ وچھان یم بییہ ضمیر لوٗکھ کتھٕ کٔنی چھِ دنیہس منز زندٕ روٗزتھ اکھأکی سندین عأبن وُرن کران۔ کتھٕ کٔنی چھِ قونونٕکی سوٗتھی ژٔتتھ انصافٕچ ویتھ پانس کُن پھران۔ یتھس بییہ ضمیر سماجس منز کُمس غریب مألس ماجہ ہنزِ مظلوم کور ہیکہِ انصافٕچ ومید تھأوتھ۔

عام شہری: سأری ہیکن نہٕ بییہ ضمیر أستھ۔ باضمیر لوٗکھ کرن قونون کین سوتھین رأچھ۔ تہِ کیازِ قونونٕے چھُ زندٕن ہنز ضمانتھ۔ قونونٕے ہیکہِ تمن تحفظ فراہم کٔرتھ۔ تہِ کیازِ انسانہٕ سنز فطرت تہِ چھَ کائینات کہِ نظامٕکی

پأٹھی قو درت کس قونونس پابند۔ فطرت نیبر نہٕ چھُ کانہہ victim نہٕ چھُ کانہہ accused ۔ نہٕ چھُ کانہہ ایف ائے آر درج کرُن پیوان۔

لڑکی : دنیہس منز چھُ دنیہُک قونون چلان۔

عام شہری: تم دنیا میں نہیں ہو۔ تم جاؤ یہاں سے۔ میرا دماغ مت خراب کرو۔

سین ۔۸

(دوشوے لفنگہٕ چھِ مایوس حالتس پٔتھ مہٕ ونگہٕ کنٕ سۆت سۆت یوان)

لفنگہٕ ۱ : وٕن کیاہ چھُکھ ژٕ سونچان ؟

لفنگہٕ ۲ : سونچُن لایکھ نے وٕن رۆ دے کینہہ۔ ژ یہ چھُے نہٕ ونہٕ تران فکرِ یمو کیُتھ پھند کۆر راسہٕ سعتی ؟

لفنگہٕ ۱ : أسی چھا پزے موٕتی ۔ ؟

لفنگہٕ ۲ : ژ یہ بوزُتھ نہٕ تھانددار صأب کیاہ اوس ونان۔ سانین لاشن چھَ شناخت گمٕژ ۔ أسی چھکھ موکلائےمٕتی ۔

لفنگہٕ ۱ : گونا تیلہِ گومزإ قے ۔ ڈائیلاگ ژور دتکھ تہٕ أتھی سعتی ژھنکھ یرٕ گرتھ۔ ہیروینہِ دتُکھ نہٕ اتھٕ تہِ لاگنہٕ۔

لفنگہٕ ۲ : دپ سہٕ کۆر کرووٕنہٕ کہیں۔ ئلہٕ ئج ہانژ ھاہ نہقہٕ پھقس پیٹھ۔

لفنگہٕ ۱ : ویسے ہیکہٕ ہن یم اسہِ ہیرورول تہِ دتھ۔ پتہٕ بوزٕ ہو ہیروئن نہِ ہکھا ژٕ کنہٕ یہٕ۔

لفنگہ۲ : وچھ کیاہ چھُکھ ونان ۔ ژٕ بیوٚٹھُکھ ہیروئِن بأ گراونہٕ ۔ بہٕ چھُس دپان ولن روٕلے ہے دٕہن دۆر پٔہن ۔ توتہٕ گئے کتھ ۔ یزٕ تھٕے روزِ ہا گامس منز ۔ توتہٕ دٕپہن کینہہ کرتھ آیہِ ۔ مگر یمو ہے تتھ تہٕ ہوشاٹی تارُکھ ۔

لفنگہٕ ۱ : تیلہِ کیاہ چھُکھ ونان ۔ دموکھ نہٕ رول بتھس دأرتھ ؟

لفنگہٕ۲ : اہن سہٕ تہٕ اِدٕ کیاہ کرو ۔

(امے ساتہٕ چھُ لونڈٕ لٔڑکہٕ یوان چایہٕ گلاسہٕ تارٕ ہیتھ ۔)

لونڈٕ : کیاہ سہٕ یم کوٚت ٕگمتی ؟

لفنگہٕ ۱ : اسہِ چھایارٕ خبرٕ ژٕ کمن چھُکھ ژھانڈان ۔؟

لونڈٕ : نہٕ سہٕ تہٕ اداکارتارٕ ہے اُسی یتیتھ ۔ تمہٕ وٕے ہے بہٕ چایہٕ سوزُس ۔

لفنگہٕ۲ : اسہِ وچھے نہٕ کانہہ ۔

لفنگہٕ ۱ : ویسے چھِ اُسی تہِ اداکارٕ ے ۔ اُسی تہِ چھِ چایہٕ گلاسس حق تھاوان ۔

(امے ساتہٕ چھُ لونڈس موبائل وزان ۔)

لونڈٕ : ٹلوسہٕ گلاسہٕ ......(ٹرے پلناوان لفنگن کُن تہٕ موبائل چندٕ منزٕ کڈان) ہیلو......ہوٗ ازاٹ ؟ ......یار میں کس کس کا نمبر یاد رکھوں گا...........او ٹُونکل ۔ سوری بے بی ۔ بہٕ چھُسے ونکیس تھیٹرس پیٹھ ریہرسل کران ...... او میڈم ۔ جسٹ چل ۔ میں کوئی ایسا ویسا نہیں ہوں ۔ ائے ایم اَ بارن ایکٹر............او کے ۔ ژٕ پرار دٕہن منٹن......اُڈس گھنٹس منزو وٗتس بہٕ ......او کے بے بی ۔ تم آیس کریم کھاؤ مگر برگر مت کھانا......ژٕ یہ ما چھے

خبرژ کاُژاہ چھکھ ویٹھے مژ یم برگر کھے کھے۔اینڈ یونو۔ائے ڈونٹ

لائیک فیٹی گرلز............اوکے بے بی۔لویوٗ۔

(لونڈ چھُ موبائیل چندس ژھنان تہٕ چائیہ گلاسہٕ ٹلتھ دام دام چیوان)

لونڈ : مگر یہ کتھ پییہ یوتوہہِ مانٛز۔سرن چھَ کہانی اے ون لیچھ مژ۔

لفنگہٕ ا : تلا یارٕ کرژھوپہٕ۔اسہِ ہا چھَ امہِ کھوتہٕ فس کلاس کہانیہٕ بوزمژٕ۔ژیہ ما چھے خبرأسی چھِ ونہٕ وٗتھی متی۔اسہِ آسہِ نہٕ کہیں وُچھمُت۔ترین وٗرین چھِ بمبیہ منزرٗ دی متی۔

لونڈ : تتہِ کیاہ اُسوکران ؟

لفنگہٕ ا : کاُم ہساتہٕ کیاہ۔

لونڈ : کیاہ کاُم ؟

لفنگہٕ ا : دپ سہَ یمس کیاہ کاُم۔

لفنگہٕ ۲ : فلمن منز کیاہ کاُم کران ؟۔دپ ایکٹنگ

لونڈ : نہ سہَ بائے گارڈ۔توہہِ چھوٕ فلمن منز کام کرٕ مژ ؟

لفنگہٕ ۲ : اہن سہَ کران اُسی لوکٹ موکٹ رول۔

لونڈ : تیلہِ کیازِ آیو واپس ؟

لفنگہٕ ا : گھریک ییلہِ لول آوٗ۔پتہٕ کیاہ کرِ ہو۔

لونڈ : توہہِ آسیو واریہن فلمن منز کاُم کرٕ مژ ؟

لفنگہٕ ۲ : اہن سہَ کرے۔مگر سأنی بدقسمتی۔تم فلمے گیہٕ فلاپ۔

لونڈٕ : مگر توتہٕ وٕنو ناواہ کنہٕ فلمہٕ ہُند۔ بلکہٕ میہ وچھمژ آسہٕ۔

لفنگہٕ ا : ہتا یارٕ فلاپ فلمن ہُند ناوکُس چھُ یاد تھاوان۔ ژٕھنکھ سہٕ بھلایہٕ۔ وٕں گٕیو اسہٕ شوق تھیٹر کرٕنُک۔ اسہٕ دوٗپ پیٹھہٕ واتہ ٕیز تھٕے۔ مگر پیٹھہٕ تہٕ ووت نہٕ تیوٗت یز تھاکینہہ۔

لونڈٕ : کیازِ ؟

لفنگہٕ ۲ : ڈائیلاگ ژورد تکھ تہٕ تٔتھی سعتی ژٕھنکھ ویتھٕ۔

لونڈ : اِدٕ توہہٕ چھونہٕ ژھرانٹھ ؟

لفنگہٕ ا : ہتا یارٕ یموہے أسی مأری تھٕے ژٕھنی۔

لونڈٕ : اِدٕ بلکہٕ دبارٕ کرٕنو زنٕد۔

لفنگہٕ ۲ : موٗمُت چھا زندٕ گژھان۔ کران کرٕھ کتھ چھُکھ ژٕ۔ سانین لاشن تہٕ ہے شناخت آیہ کرنہٕ۔

لونڈٕ : تیلہٕ چھونہٕ توہہٕ خبرٕ ے رائٹر کیاہ کیاہ چھُ ہیکان کٔرتھ۔

لفنگہٕ ا : مطلب ؟

لونڈٕ : توٗہی سمکھِو رائٹر صأبس......(لونڈٕ چھُ گلاسہٕ ٹرے تلان تہٕ نیران)۔

لفنگہٕ ا : میہ کیاہ سہٕ چھُ باسان أمی دژ جان رائے۔ بلکہٕ سانین روحن ہُند رولاہ نیوٗن لیکھتھ۔

لفنگہٕ ۲: روح کٔمی ووٗن۔ اسہٕ بنأوی تن بھوتٕے۔ اسہٕ چھُ سہٕ تہٕ منظور۔

لفنگہٕ ا: تلہٕ سہٕ پکھ۔ ہیموس رولاہ لیکھتھ۔

( لفنگہٕ چھِ نیران۔ وارِ وارِ چھُ گاش ژھوکان )

## سین ۔ ۹

( گاش چھُ پھولان ۔ بزرگ چھُ اتھس منز لرٛژھل ہیتھ ظاہر گژھان ۔ تہٕ اطمنانہٕ سان ساری ہے فرشس ڈُوان ۔ پتہٕ مہِ ونگہِ کنی چھُ تھاندار، تہٕ ٹریفک پلسہٕ وول یوان تہٕ بزرگس لرٛژھل ہیتھ وُچھتھ شرمندٕ ہی گژھان ۔ )

تھاندار : اوہ ۔ مائے گارڈ ۔ لالہٕ صاًب ۔ یہ کہِ حض چھِوتوٚہی کران ۔؟

بزرگ: ژ چھُکھ نہٕ وچھان کیاہ چھُس کران ۔؟

تھاندار: نہٕ حض تہٕ یہ ہے سانہِ خاطرِ مند چھ چھَ ۔ توٚہی ہے اسہِ سارِنے وستاد چھو ۔ توہہِ شوبیا لرٛژھل تلُن اتھس منز ۔ تلہٕ حض دِیہ لرٛژھل یوٚ ری ۔؟

بزرگ : پنہٕ نِس گھرس صفائیٔ کرٕنس چھنہٕ کانہہ مند چھ ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: نہٕ حض تہٕ اسہِ وُنی زہو ؟

بزرگ : توہہِ کیاہ ونہٕ ہو ۔ یاتہٕ گوٚ ژھوٚ توہہِ پانس آسُن ایحساس ۔

تھاندار: پزٕی پاٹھی چھ چھَ یہ سانی لاپرواہی ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: ویسے چھنہٕ سانی لاپرواہی تہٕ کینہہ ۔ وارِ کارِ ہے ڈُون واجنی اُس یوان ۔ خبر چھا تمس کُس وکانہٕ گو ۔

بزرگ : تمس پیٹھ کیاہ بھروسہٕ چھُ ۔ سو چھَ مُژ ۔ ییلہِ خوش کریس تیلہِ ییہِ ۔

تھاندار: پرٕ ژھنس تہِ ماچھس کانہہ ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: دراصل چھناسو اسہِ سارِنے ٹاٹھ ہش گُمژ۔توے چھس نہٕ کانہہ کینہہ ونان۔ نتہٕ پژ نہٕ سوصفأیٔ چھ کران ۔ تیژ چھ انان ولٕہرش ٹُلتھ۔ پیٹھٕ وچھ ژنہِ پھلیو سعتی لیکھی لیکھی کوسہٕ یرٕونی ناوٕ چھن گرٕمژیمن لبن ۔(چندٕمنز ڈٕج کڈان تہٕ لبہٕ صاف کران)۔

تھانەدار: یتھٕ کنز نہٕ سہٕ اندِ کہیں ۔ژ بوزتہٕ میون۔(چندٕمنز پونسہٕ کڈتھ ٹریفک پلسہٕ وألس پلہٕ ناوان)۔ژ نہِ پونسہٕ تہٕ بازرٕان بڈ پہن پھشہِ ڈٕج۔ بالٹین تہٕ ژھوٹہٕ شُپ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: تیلہِ گومیأنی کنز ڈُون واجنہِ جوابے کرُن ۔أزی کہِ پیٹھٕ آسو أسی پانے صفأیٔ کران۔

تھانەدار: تمیک فأصلہٕ کروپتہٕ۔فلحال یہٕ ژٕلی ڈٕلی۔

(ٹریفک پلسہٕ وول چھُ نیران اور چھُ یوان عام شہری)

عام شہری : یہ گوزبر۔سیٹھاہ جان۔ بہٕ تہِ اوُسس یی یژھان۔ان فیکٹ اوُسس بہٕ کأتی ہودوہو پیٹھٕ سونچان پٔنُن اڈ ندپوٚک کرٕہو صاف۔ یتھ سأنی خیال کڈٕہن واش ہیو۔تہٕ سرتاز فکرن دمہٕ ہوجائے۔مگر یمہِ ژھوٹہٕ سعتی زن اوس جموٗ دہیو آمُت۔

بزرگ: مگر مُکر یار چھُ اسہِ اندر۔توے چھُ سانین فکرن تھوٚپ تہٕ خیالن آلُرژ آمُت۔

عام شہری: از کروأسی پٔنُن اڈ ندپوٚک صاف۔ پگاہ پیٹھٕ کروٗنوٗ کہانی شروع۔

تھانەدار : نوٗ کہانی ؟

عام شہری: آ۔ وٕنی ہیکہٕ بہٕ نوٕ کہانی لیکھتھ۔

تھاندار: مگر یوسہٕ کہانی اسہٕ شروع اُس گرمٕژ۔ تتھ کیاہ کرکھ ؟

عام شہری : تتھ کہانی آو سہٕ کھٕریُس نہٕ نیری زانہہ۔ لہٰذا ترآو میہ اڈٕ وتے۔

تھاندار : بٹ ہاؤ کین یوٗ ڈو دیٹ ؟۔ ژٕ کتھٕ کٔنی ہیککھ سو کہانی اڈوتے ترآوتھ۔ تمہٕ کہانی ہندی کردار کوٗت گژھن ؟۔

عام شہری : ییلہٕ کہانی موکلہٕ۔ کردارتہٕ موکلن تتھی سعتی۔

تھاندار : مگر اسہٕ ہے تمن کردارن پتہٕ ونیکھ تام یژٕ محنتاہ گر۔ سو محنت گیا تیلہٕ ظایعہٕ۔

عام شہری: وں ییلہٕ کہانی ژٕھنٕ اڈٕ وتے ترآوتھ۔ ژٕھری کردار ماپکن برونہہ۔؟

تھاندار : گونامنزوٕ یتھٕ وأتلتھ ژٕھنہکھ یرٕ۔ ؟

بزرگ : سہٕ گوٗ قتل۔ یم کردار اکہٕ لٹہٕ پأدٕ گیہٕ۔ تم چھہٕ بہرحال اندواتناوٕنی۔ نتہٕ چھہٕ تم کہانیکارس کتھٕ زولانہٕ بنان۔ وقتس پیٹھٕ ہیکن تم گریبان رٹتھ۔

عام شہری : ہاہاہا۔ تُہند مطلب چھا میأنی کردار رٹن میے گریبان۔ لالہٕ صأب یہ کٔرٕ کتھاہ چھوتوٚ ہی کران۔؟

بزرگ : ژٕ یہ وٕسی نہٕ ونکیس میأنی یہ کتھ ہٹہٕ۔ تہٕ کیا زِ ژٕ چھکھ اکھ نامور کہانیکار۔ چأنی پرٕ یتھ کہانی چھےٚ پننہٕ نہٕ جایہٕ مکمل شاہکار۔ مگر ژٕ یہ چھے نہٕ ونیُکھ تام تژٕ ھ کہانی برٕونٹھی آمژٕ یتھ نہٕ اندبوٗرے لوٗگ۔ ژٕ یہ چھُتھ نہٕ وُچھمُتی نامکمل کہانین ہندی کردار کتھٕ کٔنی چھہٕ اقرب تہٕ مار بٔنتھ کہانیکارن نٲلی گژھان۔

عام شہری : تاجب چھُ۔ یہ چھُس بہٕ ازٕنوٕے کتھاہ بوزان۔

بزرگ : گوٚبرا۔ میہ چھ اکھ وُمراہ گمٕژ تھیٹر کران۔ میہ چھِ یتھی کأتیاہ حأدثہٕ نظرن تل۔ توٚے چھُسے ونان۔

عام شہری : میہ چھُ باسان یہ چھُ اکھ بے ہوٗدٕ خیال۔ ائے ڈونٹ ایگری وِد دس۔ یژھ کتھے چھنہٕ میہ قأبلِ قبول۔

بزرگ : ژ یہ ییلہِ امیک تجربہٕ سپدی۔ پانے کرکھ قبول۔

عام شہری : ہرگز نہٕ۔ بہٕ چھُس یتھ سأری سے منڈلس برونہہ کنہِ دعوا کران زِ یِگاہ ییلہِ میأنی نوٚ کہانی منظرِ عامس ییہٕ۔ توٚہی گژھو پانے پنہٕ نس اتھ بے ہوٗدِ خیالس پیٹھ نادم۔ میأنی پِچھ کہأنی تہٕ آسہِ اکھ شاہکار۔ یہ گوٚ چلینج

(عام شہری چھُ اعتمادٕ سان نیران۔)

تھانہ دار : لالہٕ صأب۔ نوٚ کہانی نہٕ حض مانی کانہہ۔ یہ تھومووٗنتھ۔

بزرگ : میہ چھُ خبر۔ أمس پیٹھِ پانہٕ ہیے پیتراوُن۔ وچھان گژھ۔

تھانہ دار: نہٕ حض أمس چھا خبر تیلہِ تگن نہٕ اسہِ سکرپٹ ورأئے کردار اند واتناوٕنی۔؟

بزرگ : بلکہِ توٚتے پیٹھ واتہٕ کتھ۔

(ٹریفک پلسہٕ وول چھُ یوان صفأیی ہُند سامانہٕ ہیتھ۔ تھانہ دار چھُ ہیوان شُپہٕ سعتی ژھوٹھ جمع کٔرتھ بالٹینس منز تراوُن۔ ٹریفک پلسہٕ وول چھُ ٔج تُلتھ لبہٕ صاف کران۔ بزرگ چھُ اطمنانہٕ سان ڈُوان تہٕ وارٕ وارٕ چھُ گاش ژھوکان۔)

## سین ۔۱۰

(گاش چھُ پھولان تہٕ لڑکی چھےَ سکرپٹ اتھس منزٕ ٹتھ بظاہر ڈائیلاگ یاد کران نظرِ گژھان۔ کینہہ کال گژھتھ چھُ دوٗرِ جوان یوان۔)

جوان : ژٕ چھکھ ونہِ سےٗ سکرپٹ یاد کران۔؟

لڑکی : ئلی چھس یتھ پھیوٗر دوان۔ نتہٕ چھُ میہ سورُے سکرپٹ یاد۔

جوان : وٕں گو یہ سکرپٹ مٔشراوُن۔

لڑکی : کیازِ ؟

جوان : یہِ سکرپٹ گورَد۔ وٕں ییہِ بٔ کہانی لیکھنہٕ۔

لڑکی: یہِ سکرپٹ کیازِ گورد۔؟

جوان : کہانیکارس آیہِ نہٕ اتھ سکرپٹس سعتی بروبری تہٕ أسی کم گیہٕ۔ نتہٕ ونیو میہ گوڈے یہ کہانی پکہِ نہٕ بروہہ۔ اتھ چھُنہٕ زُوے۔ مگر میون کُس چھُ مانان۔ وٕں گو جان کہانیکارنے ہیوٗت پتھ تہٕ ٹنڈے موکلیو۔

لڑکی : مگر بہٕ کتھ کٔنی مانہٕ۔ بہٕ چھس مطمعین پننہٕ نس کردارس منز۔

جوان : چون نہَ مانُن کیاہ کرِ۔ ژٕ چھکھ محض اکھ کردار یمہِ کہانی ہنز۔ ژ یہ چھےُ بہر صورت سکرپٹس طابیہہ روزُن۔

لڑکی : بہٕ چھس نہٕ کنہِ کہانی ہُند کردار۔ بہٕ چھس یمہِ سوسائٹی ہنز پرِیتھ کانہہ لٔڑکی یوس غأر محفوظ چھےَ۔ یوس کمزور تہٕ بییہ بس آسنہٕ باوجود زندٕ روزُن چھےَ یژھان۔ بہٕ چھس اکھ زندٕ کردار۔ بہٕ ہیکن موہٕرٕ کہانی زندٕ

کٔرتھ تہٕ اندوارتنأوتھ۔ میہ چھنہٕ کأنسہِ کہانیکارٕ سنز ضرورتھ۔ تہٕ کیازِ

یہٕ چھُس بذاتِ خوداکھ کہانی۔ یمہِ سوسائٹی ہنز گھر گھر کی کہانی۔

جوان : پزٕی پأٹھی۔ پریتھ گھرس کٔر زنانہٕ وٕے وأرأنی۔ پریتھ فتناہ چھُ زنانن ہُند۔ کلہم انسأنی تارٖیخس منز آتی جنگ سپدی، نیصفہٕ کھوتہٕ زیادٕ سپدی زنانن ہندِ باپتھ۔ مرد رُوٗدی مران۔

لڑکی : پنہٕ نہِ لالچہٕ۔ مردس چھُ پھران پنُن تماہ۔

جوان : تماہ نہٕ۔ دپ محبت

لڑکی : یہأے ناوٕ بدلی چھَ زنانن کمزور کران۔ مرد چھُ یتھے کٔنی پنہٕ نس تمہس محبتُک ناوٕ دوان۔ تہٕ زنانہٕ چھَ لگان داوس۔

جوان : تأجب چھُ۔ یہ چھکھٕ ژٕ ونان یوس میانہِ محبتکی قسم چھَ کھیوان۔ کنہٕ یہ چھُ چون کرداروٗنان ؟

لڑکی : ( یکدم کمزور گژھتھ اُسن تراوان ) پوٗز ہے بوز کھ میہ چھُنہٕ یٖمہِ کردارٕ منزٕ نیرٕنس وندے یوان۔ یہٕ زن چھُس یتھ کردارس منز شرو پتھ گمژ۔

جوان : زیادٕ جذبأتی لگہِ نہٕ گژھُن۔ خلیل جبران چھُ ونان۔ قأتلٕہِ یوت چھُنہٕ جرم وار۔ مقتول چھُ پانہٕ تہِ پنہٕ نہِ قتلہٕ چہِ سأزشہِ منز ملوث۔ تہِ کیازِ سُے چھُ تم حالات پأدٕ کران یمن حالاتن منز سہ قتل چھُ گژھان۔ موجودٕ حالاتن منز یہ کینہہ لڑکین سعتی سپدان چھُ۔ تتھ منز چھُ تہُند فاشن تہِ ذمہٕ وار۔ تہِ کیازِ

أزٕیک فاشن چھُ nudity پیٹھ زور دوان۔ اور اس پر کوئی غور ہی نہیں کرتا۔

لڑکی : مگر انسان چھُ آزاد۔ تُمس چھُ آزأدی منز روزنٕک حق۔ پتھ کیاز چھِ أسی اکھ أکس زاگان۔ اکھ أکس اوفینڈ کران۔ کانہہ اگر پنُن پان پأرأوتھ چھُ نیران۔ بیٚیس کیاز چھَ ہاوسن وُتش لگان۔ بیہ یس کیاز چھ حیوأنیت وتلتھ یوان۔؟

جوان : یہِ چھَ انسانٕہ سنز فطرت۔

لڑکی : یہأئے فطرت چھَ مردس جبر کرناوان تہٕ زنانہِ مجبور۔ یہأئے ہاوٕسچ گتٕہ چھَ مردس اچھن پھُلٕی ژھنان۔ توے نہَ چھَ تُمس لڑکی ہنز جسمأنی کمزوری لبنہٕ یوان۔ نہ تُمی سنز ذہنی کمزوری۔ بہٕ چھُس دپان یُتھ مرد گوٚژھ سیہ منز چوکس ترو ڈِ یُن تراونہٕ۔

جوان : کُس مرد۔ ژٕ کُمی سنز کتھ چھکھ کران ؟

لڑکی : (لڑکی چھَ پنٕہ نہِ کُس تام راز چھُپاونٕچ کوشش کران)

جوان : میہ چھُ تران فکرِ ژٕ چھکھ میہ نش کیاہ تام ژورِ تھاونٕچ کوشش کران۔ وں چھُے نہٕ ژیہ شاید میہ پیٹھ بھروسہٕ رٔوُ دُمت۔

لڑکی : کھوژان چھُس اتُر گوٚژھُم نہٕ گرٕشھُن۔

جوان : پنٕہ نہِ کردارٕ منز نیر نیبر تہٕ میہ کُن وچھ۔ اِدٕ ہیککھ میہ پیٹھ بھروسہٕ کٔرتھ۔

لڑکی : ژیہ پیٹھ چھُم بھروسہٕ۔ مگر کتھ رٔٹی زِ پانٕسے نش۔ وُنی زینٕہ کأنسہِ۔

جوان : دلیل کیاہ چھَ ؟

لڑکی : نُورٕ چھَ موٕ مُت۔

جوان : کر ؟

لڑکی : داہ دوٕ ہہ برونہہ۔

جوان : مگر تُمس ہے یمے داہ دوٕ ہہ گیہٕ یورینس۔ موٕ یہ کتھٕ کنٕز ؟

لڑکی : پنہٕ نین ہٕرین ہنز رگہٕ ژٕ ٹتھ۔

جوان : اوہ مائے گارڈ۔ مگر کیازِ ؟

لڑکی : سوٕ مُژ انہٕارش کوٗر چھ پریگنٹ اٰسمژ۔ اور یہ گناہ اسی تھیٹر میں ہوا ہے۔

جوان : ژ یہ کمی وٕونے ؟

لڑکی : میہ وچھی پانہٕ سو درو کہٕ کران۔ میہ پرُژھ تُمس مگر تمہِ ہیوٗت نہٕ کانٔسہِ ہُند ناوٕ۔ ڈیمہِ دوٕ ہہ گیٔس بہٕ تُمی سُند گھرِ۔ تتہٕ اٰسی تُمس سران دوان۔ میہ وچھی تُمس ہٕژ ژٕ ٹتھ۔

جوان : مگر ژ یہ کونہٕ وٗنتھ میہ یژھ کتھ ؟

لڑکی : ژ یہ کتھٕ کنٕز ونہٕ ہے بہٕ یژھ کتھ۔ یوٗس کتھ تُمی سندی غریب مأکی ماجہِ کھٕٹتھ تھاوٕ۔ تتھ کتھِ کتھٕ کنٕز کرٕ ہا بہٕ نیر۔ تموٕ تہٕ کھول تُمی سندس مژٕ رس۔ دوٗ پھُکھ تُمس اوس مژر۔ توے ژٕ ھنن ہٕژی ژٕ ٹتھ۔ مگر مُژ اٰستھ تہٕ اٰس سوزنانے۔ زوٗ دُتن مگر بدناٰمی ہیٕژ ن نہٕ۔

جوان : ژ یہ علاوٕ کُمس چھ امہِ کتھِ ہنز خبر ؟

لڑکی : لالہٕ صأبس۔

بٔیہ وٗنی زینہٕ کانٔسہِ۔ وٗن گو جان اچھ کتھٕ کھینی۔

لڑکی : مگر سہٕ کھاشُر ۔ تٔمی سُند سہٕ قأتل گژھِ رسوا گژھُن ۔

تٔمی سندی مأڑی ماجہِ ییلہِ کتھ کھٔیہٕ ۔ ژے کتھ چھُے نیرُن روٗنگہٕ منز کوٗنگہٕ پھوٗل ۔

لڑکی : مگر یوٗتتھ تام نہٕ میہ تٔمس قأتلہٕ سُند پے لگہِ ۔ توٗتتھ تام روزٕ نہٕ بہٕ پتھ ۔ ژ یہ کتھٕ کٔنژ لگی تمی سُند پے ؟

لڑکی : ژ یہ وٗنُے نہَ میہ ۔ میہ چھنہٕ کأنسہِ ہندِ سکرپٹ ضرورتھ ۔ بہٕ چھُس زندٕ کردار ۔ بہٕ ہیکن موٗمژ کہانی زندٕ کرتھ تہٕ اندواتنأوتھ ۔ مگر تیٚوٗت کال تھأوی زِ ژ پانٕسے نش کتھ ۔ وٗنی زینہٕ کأنسہِ ۔

(لڑکی چھَ نیران ۔ جوان چھُ پریشأنی ہندس حالتس منز تھٔس اتھٕ دوان ۔ تہٕ گاش چھُ سوتان ۔)

سین ۔ ۱۱

(گاش چھُ یوان ۔ کینہہ کالہٕ پتہٕ چھُ سپاہ یوان ۔ أمس چھَ لبن کُن نظر پیوان تہٕ یہ چھُ لبن نزدیکھ گژھتھ یمن سنان ۔ أمس پتے چھُ ٹریفک پلسہٕ وول ظأہر گژھان ۔)

ٹریفک پلسہٕ وول: کیاہ سہَ ۔ ژٕ کتھ چھُکھ یمن لبن سنیومُت ؟

سپاہ : دِ سہَ نظر ۔ بٔیہِ چھی از یمن لبن کردارن ہندی ناؤ تہٕ فنکارن ہندی فون نمبر لیکھتھ ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: چوٚن مطلب چھا نورٕ چھَ کامہِ پیٹھ آمژ ؟

سپاہ : اِدٕکمی سُند کار چھُ یہِ ۔ یہِ بیمأری چھَ تٔمی ہے ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: پٔزی پاٹھی چھُ یہِ تمۍ سُندے کار۔ تُمۍ ہے چھِ یاد ؤری وادِ بروٗنہہ گندنہٕ آمہٕ تین ڈرامہن ہندی کردار۔ مادھو بشتہٕ کرکریومیہ۔ تنہٕ گیہٕ تریہ ؤری۔ییلہِ ژ یہ لایکھ ژوٗر کریوتھ۔

سپاہ : بہٕ گوژھ سن وچھُن یمن لبن لیکھان۔ ماجہِ ہنز درٕے نمہٕ ہس اتھے ژٹھ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: ہتا کوٗرنے کیاہ بچارِ۔ اکھتُے چھے یمن لبن پیٹھ ہسٹری تھاوان درج گرتھ۔

سپاہ : تلہٕ سہَ کرژھوپہٕ۔ یہ ہسازانیم پٔنن پان تیٚمس ترین دوہن اتھِ ژھینژ یمہٕ لبہٕ صاف کران۔ یہ ذلت لدٕنی آیم تہٕ بیٚیہٕ ژھنٕنکھ سوئے یرٕونی ناوٗ گرتھ۔زن چھس لٹھ یمن لبن سعتۍ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: مگر یوان کرچھَ ؟

سپاہ : خبر چھا۔یا گومیہ وچھ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: ظأہر یا چھَ یوان اسہِ بروٗنٹھے۔۔ننہٕ ماچھَ أسی نیرتھ یوان۔

(تانی چھُ بزرگ پٔتۍ مہِ ونگہِ کنی یوان تہٕ بروٗنٹھی

مہِ ونگہِ کنی نیرُن ہیوان۔سپاہ چھُ أمس آلو کران)

سپاہ : لالہٕ صأب۔یہ وچھِو امہِ نورَن کوس یرٕونی ناوٗ چھَ ہیٚژمژ بیٚیہٕ کرٕنی۔

بزرگ : اہن سہَ وچھم۔

ٹریفک پلسہٕ وول: ژٕ تہِ نہ حض چھکھ أمس ونان کینہہ۔

بزرگ : ونیومس گرٕلٹہِ۔ مگر سو چھُ مُشہ۔ سو چھا بوزان کانسہِ ہُند۔ یِ تٔمس پانس چھُ خوش کران۔ تی چھُ کران۔

سپاہ : نہٕ حض بہٕ ہے تھاوس نکھٕ وٲلتھ۔ میہ گٔژھ سمکھنی۔ ماجہِ ہنز دٕرے ہیمس گوڈٕ یمہٕ لبہٕ صاف کٔرتھ۔

بزرگ : سو کتہِ چھُ وٕل تتھٕ کنی یوان۔ تہٕ ژٕ وچھہن۔

ٹریفک پلسہٕ وول: کیازِ ؟

بزرگ: تٔمس بچارِ ستی چھ سکھ ٹریجڈی گٔمژ۔ وٕل چھنہٕ سو کانسہِ ہیکان بُتھ ہاوِتھ۔ تو ے چھُ گراہ نکہِ نکہِ گاشہِ یوان۔ گراہ چھُ یوان دوہہ لوستھ۔ ییلہِ توہی سٲری چھونیران۔

سپاہ : گوٗمُت کیاہ چھُس ؟

بزرگ : پنہٕ نےبستی منز چھُس گٔمُت تام تیز آب چھوٗ کمُت۔ تہٕ بُتھہٕ چھُنس زولمُت۔

ٹریفک پلسہٕ وول: ہے ہے۔ ہے ہے۔ اسہِ نے چھنہٕ خبرٕ ے۔

سپاہ : تٔمس نفرس خلاف ہے گوٗ ژھ تھانس منز ایف ائے آر درج کرٕ ناوُ ن۔

بزرگ : ونیومس۔ اماسو چھنہٕ مٹے ہیوان تٔمس نفرٕ سُند۔

ٹریفک پلسہٕ وول: کیاز ؟

بزرگ: آسہِ کانہہ وجہہ ۔ کم قصہٕ چھا سپدان۔ یتھ دنیہس منز۔

(بزرگ چھُ برونٹھی مہٕ ونگہِ کنی نیران)

سپاہ : گویہ نورٕ آسہِ ہے اوے یمن دوہن غاٮ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: پرٛژھوشوٕنی اُس۔ تیژ آسہِ وٕن کھوژوٕنی گمٕژ۔

سپاہ : توے آسہ نہٕ بچأروٕن کأنسہِ بُتھ ہیکان ہأوِتھ۔

ٹریفک پلسہٕ وول: کورین سعتی کیاہ کیاہ چھُ پیش یوان۔ کوتاہ ظلم چھُ سپدان یمن سعتی۔ سون رائٹر ہرگاہ یژھے ہش کانہہ کہانی تُلہِ ہے۔ سماجس منز ہیکہِ ہے بیدأری ہش یتھ۔ لٔکن منز گژھِہے شعور ہیوپأدٕ۔

سپاہ : تتھ گژھی تمس سسپینس آسُن۔ سسپینس ژھانڈان نہٕ چھُ پتہٕ پانہٕ اتھِ یوان۔ نہٕ چھُ ہیکان کہانی اند واتنأوِتھ۔ انزس منزس چھُ کران اسہِ دربدر۔

(کھورِ ونگہِ کنہِ چھِ لفنگہٕ نیران)

لفنگہٕ ۱ : کہِ حض دپان رائٹر صاب چھُ وٕنۍ کہانی لیکھان ؟

ٹریفک پلسہٕ وول: اِد وٕن تہٕ کیاہ پریشأنی چھو ؟

لفنگہٕ ۲ : نہٕ حض اگر پرأنی کہانی ردچھَ گمٕژ۔ تیلہِ چھنأسی زندے۔

ٹریفک پلسہٕ وول: نتہٕ کس چھُ ونان توٚہی چھو موٚتی ؟

لفنگہٕ ۱ : سانہِ لاشہِ چھکھ نہ حض شناخت کرِمٕژ۔

سپاہ : ہاہاہا۔ ہتا یارٕ۔ توٚہی ما چھو دیوانہٕ۔ توٚہی چھوٕ ونہِ تُھی کہانی سعتی۔ سو کہانی ؤٹکھ اند ہیتھے۔ تم کردار تہٕ موکلے یہِ۔

لفنگہٕ ۲ : گونا تیلہِ چھِ نہٕ أسی موٚتی کینہہ ؟

ٹریفک پلسہٕ وول: اتھن پھوکھ دوان بچے یو۔ گھر گژھتھ کٔری زیوتہر۔

لفنگہٕ ۲ : (دۆیمس لفنگس کُن) پکھ سہٕ ۔ تیلہِ سمکھو رائٹر صائبس۔ نوِ کہانی منز ہیموس جان پہن رول لیکھتھ۔

(لفنگہٕ چھِ واپس پتہٕ مہِ ونگہِ کنہٕ نیران۔ سپاہ تہٕ ٹریفک پلسہٕ وول چھُ اسن کھنگالہٕ تراوان۔ گاش چھُ سوتان۔)

سین ۔۱۲

(اکھ سپارٹ لائٹ چھہٕ منز بھاگ دزان۔ امہِ کس گاشس منز چھُ تھاندار تہٕ جوان اکھ اکس برونہہ کنہِ بہتھ۔ جوان چھُ پانس ژھایہِ زنہٕ شوراب پھران گلاسن تہٕ اکھ گلاسہٕ تھاندارس برونہہ کنہِ تھاوان تہٕ بیا کھرٹان پانس۔)

تھاندار : میہ کیاہ سہٕ چھُ باسان ژیہ چھے کیاہ تام پریشانی۔

جوان : پریشانی کیاہ گژھ آسنہٕ۔ پریشانی ناکھیں۔ (پتُن گلاسہٕ چیوان)

تھاندار : ناتہٕ ژیہ ہے یم دوہہ گیے اۄرہٕ نہٕ یوٚرہٕ ہی۔ تھیٹرس پیٹھ تہِ چھکھ نہٕ یوانے۔ آخر دلیل کیاہ چھہٕ ؟

جوان : تتہِ کیاہ رۆدوں کرُن لایکھ۔

تھاندار : تہِ چھُ پوٚز۔ تتہِ رۆد نہٕ وں کرُن لایکھ کہیں۔ وں گو تو تہِ آسی اکھ اکس۔ بتھے آسی وچھان اکھ اکس۔

جوان : پوٚز ہے بوزکھ میہ چھُنہٕ وں تور گژھُن خوشی کران۔

تھاندار : پتھ کیاہ چھے اراد۔ بہتھ تہِ روزکھ نہٕ کینہہ۔ بدل کانہہ تھیٹر ماچھے جوٚین کرُن ؟

جوان : کیاہ چھُکھ ونان۔ لالہٕ صاٗبُن تھیٹر ترٲوِتھ گُس یژھہِ بدل کانہہ تھیٹر جوٕئن کرُن۔ تتھ تھیٹس منز یُس یژھ فنکارس واتان چھُ۔ سہٕ واتیا بیہ یس جایہِ۔ لالہٕ صاٗبس چھُ تھیٹرُک جنون۔ سہٕ چھُ فنکارن اولادِن ہنز نظر کران۔ اسہِ تہِ ہیوٗ چھ یہ فن ٲتھہ ندے سعتی۔ مگروٗں گوم کنن تمس تہِ چھَ تسلیح گمتی۔ سہٕ تہِ چھُ وٗں تھیٹر بند یژھان کرُن۔ تھیٹر بلڈنگ چھَس وٗں کرایہِ پیٹھ دنی۔

تھاندار : نا۔ تژھ کتھ چھنہٕ۔ تیلہِ کتھ رٹہِ ہے پیتی دوہہ گژھتھ نورس بیٹہِ کامہِ پیٹھ واپس۔

جوان : کیاہ ۔ نورٕ چھا واپس آمُت کامہِ پیٹھ ؟

تھاندار : میہ وچھ نہٕ کینہہ۔ مگر دپان دوہہ ڈٲلتھ چھَ یوان۔

جوان : اپُز۔۔۔ یہ چھُ اپُز۔ نورٕ ہیکہِ نہٕ واپس یتھ۔

تھاندار : کیازِ ہیکہِ نہٕ واپس یتھ ؟

جوان : سو چھَ موٗمُت۔

کیاہ ؟۔۔۔۔۔ نورٕ چھا موٗمُت ؟۔۔۔۔ یہ کٔمی وٗن نےژیہ ؟

جوان : شازیہ۔ سوٲس پانہٕ تٔمی سُند گھرٕ گٔمُت۔ تمس بروٗنہہ کنہِ چھکھ نورٕ دفناوٕمُت۔ تاجب چھُ۔ نورٕ ہرگاہ موٗمُت چھَ۔ تیلہِ گُس چھُ لبن لیکھان ؟

جوان : مطلب ؟

اسہِ کرِ نہٕ اوترے تمہٕ لبہٕ صاف۔ ازچھُے بیٚیہِ تمن لبن لیکھتھ۔ تیلہِ چھا تمن لبن نورُن روح یوان لیکھنہِ۔ کنہٕ تمیٚ سُند جن ؟

جوان : کیاہ ؟

(جوان چھُ بوتل ٹُلان تہٕ اتھ کُنے دام کڈان۔

یُہ تے کال چھَ سپارٹ لائیٹ ژھیتہٕ گژھان۔)

سین ۔ ۱۳

(شامُک گاش۔ کینہہ کال گژھتھ چھَ دٕچھنہِ ونگہِ کنہٕ اکھ لڑکی ڈوان ڈُوان نیران۔ امہِ چھُ بُتھس تھومُت ڈپٹہٕ۔ سٹیجس منز بھاگ وٲتتھ چھَ یہ لرٕژھل تھاوان پتھر تہٕ ژنہِ پھلہِ سعتی ہیوان لبن لیکھُن۔ یُہ ت کال چھُ پتٕ مہِ ونگہِ کنہٕ عام شہری یوان۔)

عام شہری: ویل کم۔ خوش آمدید۔ سیٹھاہ جان گوژ یہ کوٚرُتھ بیٚیہِ زندگی ہُند لوہہ لنگر شروع۔ ژٕ آیکھ بیٚیہِ کامہِ پیٹھ۔ زندگی منز چھِ لوٕکٹ موکٹ حادثہٕ سپدان۔ امازندگی ہُند ژٕکر چھُنہٕ ٹھہران۔ سہٕ چھُ روزان گتھ کران۔ پتھ گوتیمیٚ ژ یہ تیز آب چھکتھ چاٲنی شکل بگاڑنٕچ کوشش چھَ کرٕمژ۔ تُمس چھنہٕ خبر زنانن ہُند حُسن چھنہٕ تہندِ بتھِ پیٹھے نَنان۔ بلکہِ حُسن چھُ تہندس بدنہٕ کس انگس منز۔ تہندس انہارس تہٕ گفتارس منز۔ چون حُسن چھُ چانہِ جسمچ بوٕے۔ چون شیہلُن ۔۔۔ (عام شہری چھُ اُمس لڑکی نزدیکھ پہن گژھان تہٕ یکدم کینہہ قدم پتھ پکان)۔

ژٕ کوس چھکھ۔ میہ چھُ باسان ژٕ چھکھ نہٕ نورٕ۔ ژٕ چھکھ بدل کوس تام

لڑکی: (اسان) بدل کوس ؟

عام شہری: میہ چھنہٕ خبر ژٕ کوس چھکھ۔ مگر ژٕ ہیککھ نہٕ نورٕ اُستھ۔ تہِ کیازِ ژیہ چھےٚ نہٕ تٔمی سنز بوئے۔ سہٕ شیہلُن۔

لڑکی: (اسان اسان) تیلہِ ون ژٕ ےہٕ کوس چھَس۔؟

عام شہری: ژٕ چھکھ تٔمی پننہٕ نہِ بدل سوزمُژ۔ مگر ژٕ چھکھ نہٕ سو۔

(بُتھِ پیٹھٕ ڈپٹہٕ ژُلتھ عام شہریس کُن وچھان)

لڑکی: پوٗز ووٗنتھ۔ بہٕ چھَس نہٕ سو۔ بہٕ چھَس یٔیمہِ تھیٹرٕچ اکھ فنکار۔ یس سعتی ژیہ کاٗتی ؤری گییے وتھان بہان۔ مگر حاٗرٕچ کتھ چھَ زِ میانہِ جسمچ بوئے چھےٚ نہٕ ژیہ ویزٕ۔ اُکس ڈُون واجنہِ ہنز بوئے چھےٚ ویزٕ۔

عام شہری: اوہ۔ ۔۔ دراصل چھنا تٔمس بدلے مشک۔ یہاٗئے ژھوٹہٕ شیہلُن ہیوٚ۔ تورے چھُ میہ ویوٚد۔

لڑکی : پرٕ یتھ زنانہِ چھُ پنُن شیہلُن۔ تہٕ سہٕ شیہلُن چھُ ہیکان سُے مرد پرٕزناوتھ یُس تس نزدیکھ آسہِ گومُت۔ تیوت نزدیکھ یوت خاوند چھُ آسان۔ یٔیمی سو پانس نالہٕ متہِ چھَ آسان رٔٹمُژ۔

عام شہری: وٹ ڈوٚیومین ؟۔۔۔ ژٕ کیاہ چھکھ یژھان وُنِ ؟

لڑکی: بہٕ اُسس منٹوٗسُند تجربہٕ ازماوان۔

عام شہری: مگر میہ پیٹھ کیازِ ؟

لڑکی : تہِ کیازِ ژٕ تہِ چھکھ اکھ کامیاب کہانیکار۔ اُزی کہِ وقتک منٹو۔ منٹو ثانی۔

عام شہری : (اسن کھنگالہٕ تراوان) ہاہاہا۔منٹو ثانی ۔۔ یہ چھُ جان۔ سیٹھاہ جان ناواہ دُتھ میہ۔منٹوثانی ۔۔ (کھورِ ونگہِ کنی چھُ بزرگ نیران۔)۔۔
لالہٕ صأب۔ توٚہی چھِوٕ بوزان یہ کیاہ چھَ ونان۔ بہٕ چھُس أزی کہِ وقتُک منٹو۔منٹوثانی۔ ہاہاہا

بزرگ : بہٕ اوسُس بوزان یہِ کیاہ أس ونان۔ مگر أمس چھنہٕ خبر یتھ یہ منٹو سُند تجربہٕ زأنتھ ازماوان أس۔ سہٕ ہیکہِ ہے محض تُمی سُند خیال أستھ۔

عام شہری : exactly ۔ بالکل اوس یہ محض تُمی سُند خیال۔ تیُتھ پوٚختہٕ خیال یُس ونیُکھ تام لۄکن زندگی ہُند مۄ دُر تہٕ میوٚٹھ تجربہٕ چھُ باسان۔ میانین یمن کردارن ہندی پأٹھی یم ونیُکھ تام نورٚس چھِ دلس تہٕ دیماغس منز جائے کرتھ۔

لڑکی: توے بنے یہِ سو چانہِ زندگی ہُند سہٕ کردار یُس نہٕ وٕں اسہِ تہِ مشہِ زانہہ۔

عام شہری: سو چھَ سانہِ یِیمہِ تھیٹرُک اہم کردار۔ سو چھَ یِیمہِ تھیٹرُک اکھ اہم رول ادا کران۔ توٚہہِ چھنا باسان ہرگاہ نہٕ سو آسہِ ہے ۔اسہِ أندی پکی آسہٕ ہن ژھوٗلٕس ڈیرِ گمتی۔

لڑکی: نور، یِیہِ نہٕ وٕں کأنسہِ ہُند مگر یاروٹنہِ۔ تہِ کیازِ سو گیہٕ ژھوٹہٕ ڈیرٕ وٚٹھ ۔تمہِ کۄر پنُن رول ادا۔ وٕں یِیہِ نہٕ سو واپس۔

عام شہری: کیازِ۔توٚہہِ چھا باسان یتھ تھیٹرس چھنہٕ وٕں تُمی سنز ضرورتھ۔ ؟

بزرگ : وں چھُ پرِیتھ کأنسہِ پٔنن أندرم مکر یار پانے وٹُن ۔ تہِ کیازِ نورٕ چھنہٕ وں یتھ دنیہس منز۔ تمہِ کٔر خودکشی ۔

عام شہری : (أمس چھُ شاک گژھان ) کیاہ ؟ ۔ نورن چھا خودکشی کٔرمژ ؟

لڑکی : خودکشی کٔر تمہِ ۔ مگر قتل چھُے کھسان ژیہ ۔ ژٕے چھُکھ تمُکۍ سُند قأتل ۔ چأنۍ ہِے مکر یارس وُرُن کران دیُت تمہ جان پٔننۍ ۂژی زٕ ژٕٹتھ ۔ مگر زِیوٕ پیٹھ ہیوٚتُن نہٕ چون ناوٕ ۔ یُتھ نہٕ ژیہ ہیوٚ عظیم کہانیکار ذلیل تہٕ خار گژھِ ۔ سوے غریب مألس ماجہِ ہنزٕ مٔژ کوٚرِ کتھٕ کٔنۍ کٔرتھن ژیہ پنہٕ نہِ حیوأنیچ شکار ۔ تہٕ کُس جواب دکھ ژٕ پٔننس ضمیرس ۔

عام شہری : پٔزی پأٹھی چھُس بہٕ گونہگار ۔ میہ گژھِیُن سزا دنہٕ ۔

بزرگ : چون یہأئے احساسِ جرم چھُے ژیہ سزا ۔ ژیہ اوسُے یہ احساس گوڈے ۔ بہٕ اوسُس زأنتھ ۔ تہٕ چون أندرم کہانیکار اوس امہِ کہِ ہِے بارس تل دؤ براونہٕ آمُت ۔ توے اوس نہٕ چانہِ کہانی کانہہ اندیوٚر لگان ۔ وُنی وتلکھ نہٕ ژٕ زانہہ امہِ بارٕ تلہٕ ۔ تہٕ چأنین اڈلیچن کہانین ہند کردارے رٹہٕ نے ژیہ گریبان ۔ تہٕ چأنۍ زندگی روزِ موتھ کانچھان ۔ اما موتھ تہِ کری نہٕ کانہہ یاوری ۔

( عام شہری چھُ شدید احساسِ جرم ہیتھ بیہ قرار گژھان ۔ یوٚت کال چھِ کہانی ہندی سأری کردار پنہٕ نین پوشاکن منز مختلف ونگوکنۍ ظأہر گژھان ۔ یِم چھِ عام شہری لیس کُن پکان تہٕ وارٕ وارٕ أمس گیرٕ کران ۔ یوٚت یوٚت یِم نزدیکھ چھِ پکان تیوٚت تیوٚت چھُ

گاش ژھوکان ۔ تۂ منز بھاگ سٹیچس چھُ سپارٹ لائیٹہِ منز عام شہری زنتۂ یمن کردارن منز ہینۂ آمُت ۔ اچانک چھَ ہیرِ وسان پھانسہِ ہنز رزیوس اُمس ہیوٚ رے پہن ٹھہران چھَ ۔ یہ چھُ دوشوے اتھۂ اتھ رزِ داران اما اتھ تام چھُنۂ واتانۍ ۔ تۂ اُتھی سعتی چھَ سپارٹ لائیٹ ژھیتۂ گژھان ۔ پرٛدٕ چھُ پیوان ۔ )

خَتم شُد

# سرکاری پأتھر

## (دون ایکٹن ہُند کأشُر سٹیج ڈراما)

## گوڈنیک ایکٹ

### سین۔ا

(پرٕد چھُ وتھان تہٕ ڈراما چھُ بانڈن ہندس ریوایتی اندازس منز پأتھر شروع سپدان۔ سورنے وألی، تہٕ ڈول وألی چھِ سٹیجس پیٹھ نمودار گژھان تہٕ حسبِ ریوایتھ پننی پأٹھی سازوایان۔ یمن سعتی چھِ بچہٕ کُڑ زِیوان تہٕ سٹیجس پیٹھ نژان۔ کینہہ کالہٕ پتہٕ چھُ اکھ ڈول واین وول صفہٕ منزٕ برونٹھ کُن یوان نیرتھ۔ یہ چھُ پاریہِ ہُند ڈول وایان۔ سازتہٕ نژن چھُ بند یوان کرنہٕ۔ ڈول واین وول چھُ پارے دوان۔)

پارے : ہوشیار۔ خبر دار۔۔ باحشم تہٕ شوٗبِ دار۔ مہاراجہٕ سُند عہدٕ دار۔ جنابِ ذألدار چھُ ہمراہِ روبکار تہٕ سیاہ کار تشریف آور سپدان۔ لہٰذا چھ پرِیتھ خاص و عامس پیٹھ لأزم سپدان زِ مسکین بُتھی ہیتھ روزن کأر نوٗمرٲوتھ۔ تہٕ ذألدارس انن آر۔ ہوشیار خبر دار۔

(پارے چھُ موکلان تہٕ ماگُن چھُ ذألدار رخ گرتھ شاہی اندازس منز ظأہر گژھان۔ أمس پتہٕ پتہٕ چھُ روبکار تہٕ سیاہ کار ریکان۔ سیاہ کارس چھُ پنہٕ نہٕ کھوتہٕ بوٗڈ کھاتہٕ تہٕ

زیوٗٹھ قلم اتھس منز۔ یہ چھُ مسلسل دوان کھاتس نظر۔)

ذٲلدار : اوہو ۔ بانڈٕ جماتھاہ چھَ اسہِ پرٕ ژھنے دراہٕ ۔۔۔۔(بچہٕ کٹین کُن) جہنمہٕ چہٕ تیٖمبرِ جوراہ ہیتھ۔ ہوں۔ گو یپاُرِ چھُ شیطانن کلہٕ کوٗ ڈُمت ۔۔۔۔روبکار۔

روبکار : جناب......۔

ذٲلدار : تلہٕ سہَ اُنن یہُند ماگُن تہٕ کرُس تلہٕ پُتہٕ شلکھ میہ برونہہ کُنہَ۔

بچہٕ کٹُر : (ژھنِ کھوٕرِ رومانٹک اندازس منز استادٕ روزان) بھلایہِ حض لگوئے۔سون ماگُن حض چھُکھ ژٕ ے۔چانے لچھ درٕ ے۔

ذٲلدار : روبکار۔

روبکار : جناب......۔

ذٲلدار : ہتو۔یمہٕ جہنمہٕ چہٕ تیٖمبرِ کتھ گیہٕ میہ دٕرکہٕ ہشہِ لٲرتھ۔؟

روبکار : یم حض چھَ پوٗزٕ ے ونان۔یہند ماگُن حض چھُکھ ژٕ ے۔

ذٲلدار : ہتو ونان کیاہ چھکھ ژٕ۔ تیلہِ کیُتھ چاواہ چھُ میہ روٗ ٹُمت ہنگہٕ تہٕ منکس پیٹھ ؟

روبکار: ژٕ چھُکھ نہ حض ونکیس ذٲلدار رخس منز علاقس دورٕ کرنہِ درامُت ۔کاشکارن چھِے نہ چیٖڑ پُشراوٕنی ۔

ذٲلدار: ژٕھن تکھ تیلہِ یمہٕ تیٖمبرِ جوراہ ہورکُن ژھیوراٗوتھ۔

بچہٕ کٹُر : ہے کیاہ گوم۔

روبکار : جناب۔ رحمے کٔری وُکھ۔ وقتہٕ حاجتھ ین بکاڑے۔

ذألدار : تیلہِ کس چھَ ونکیس سانہِ دستہٕ آمژ ؟

روبکار : جناب۔ تُہند روبہٕ داب چھُ شوبان کأشرِ ہے۔

ذألدار : تلہٕ سہَ انُن نستہِ رزٕ کٔرتھ۔

(روبکار چھُ نیران)

ذألدار : ہتو بانڈو۔ تلو نی وُکھ یمہٕ جہنمہٕ چہٕ تیمبرِ۔ تہٕ دیٔئے وُکھ نار کنہِ گامس۔ یُتھ تمہِ گاٮ۪کہ تہِ سپدن جہنمکی حقدار۔

پاریہِ وول: ہوشیار۔ خبردار (سورنے وأل تہٕ بچہٕ کُٹ چھِ نیران)۔

ذألدار : ہتو سیاہ کارا۔ ونہِ نَے اسہِ کینہہ رؤٹے۔ نہ بأ گرووُے۔ ژٕ کتھ لوٗگکھ حساب کرنہِ؟

(روبکار چھُ انان کأشرس تہٕ ذألدارس بروٗنہہ کنہِ تراوان)

روبکار : جناب۔ کأشُر کاشکار چھُ حاضر۔

ذألدار : ہتو سیاہ کارا۔ لیکھ بہٕ تیٚمی سندی اعمال۔

سیاہ کار : ون سہَ کاشکارا۔ بأژ کٔرِژ چھُکھ۔؟

کاشکار : جناب۔ أسی چھِ زٕ بأژ۔ دوشوے یہٕ ڈیٚنہ تہٕ اِڈلیکو۔

ذألدار : ہتو ڈامب مہ لاگ۔ سیٚؤ دون شُری کٔرِژ چھی ؟

کاشکار : جناب۔ کٔنے اکھ لٔڑکہٕ اوسُم نکھہٕ پھیٚؤک۔ سُے نیوہم بیگارِ۔

روبکار : بیا کھ آسہِ تھٔن پنجاب سوزمُت ژھیف دنہِ ؟

کاشکار : جناب۔اَکۍ چھُم تہنز ے دٕرے۔سہ تہٕ ییلہِ سید بھُتھ واپس ییم۔

ذألدار : ہتو روبکارا۔تلہٕ بہٕ ژٕھن أمس لتہٕ جوراہ۔دِیو یہٕ پۆز پۆز ونہِ۔

روبکار : جناب۔لتہٕ جوراہ ژٕھننہٕ بدل ہرگاہ گبر جوراہ ژٕھنوس ناوس۔ یہ بچارٕ تہٕ موکلہِ ٹنگہِ تلۍ۔اسہٕ تہٕ نیرِ حاجتھ۔

ذألدار : گوٗرت۔سیٹھاہ زبر۔ون سہ کاشکارا۔گبر جوراہ تہٕ تہنز موج ہیتھ کوتاہ زمین ہیکِکھ لأگتھ ؟

کاشکار : بہٕ جناب چھُس اڈلیوٗک۔زٔنی تہٕ چھم نوتوانۍ۔

سیاہ کار : جناب۔حسابن واتہٕ نس کھأرتارٕ۔وں گو ہرگاہ اڈلیوٗ کۍ مانون۔زٔنی تہٕ زانون نوتوانۍ۔ڈھأئے کھار ہیموس لأگتھ۔

کاشکار : ہتہٕ حض۔بہٕ حض لگو بھلایہِ۔ڈھائے کھأرنہ حض ہیکہٕ لأگتھ کنے زٕوٗن۔

ذألدار : تلہٕ سہٕ ترائے وُن ترووِتہٕ وأکی وُس مسلہٕ۔

روبکار : ہیو کاشکارا۔مہٕ کرآئے وائے۔ذألدار صأبس ہےٚ تیش اوۓ تہٕ بیا کھ کھاراہ ژٕھنی نےٚ پشر اُوتھ۔پتہٕ کوس ترٛٹھ ژٕھنکھ پانس؟

کاشکار : ہے تیلہِ حض لاگہٕ۔

سیاہ کار : سونتہٕ لأگ زلیس دانہِ۔ہرٕ کنہِ تلہٕ گوٗگل۔

کاشکار : بہتر حض۔

سیاہ کار : پتھ گو بحکمہِ سرکار چھُی کھاَرمنزٕ داہ ترکھ دنی سرکارس کُن۔زٕ ترکھ ذاَلدار صاَبس۔ڈوڈ سیر حرکارس۔ڈوڈ سیر سرگولس۔سیر شگدرس۔ سیراہ تھاوکھ روبکارس تہٕ میہ کیُت۔باقٕے چھےٚ پانس۔

ذاَلدار : کرتہٕ عاَشاہ۔

روبکار : (نیران نیران) ذاَلدار صاَبس کیُت تھاَوِ زِ کوکرپوتاہ تہِ دۄ رپھن۔

(ذاَلدار تہٕ باقٕے چھِ برونہہ کُن نیران۔کاشکار چھُ بہان حساب کرنہِ۔)

کاشکار : (حساب کران) شرہن ترکن منز دتہٕ گوڈٕ داہ ترکھ سرکارس۔تتہِ رۄدی شیہ ترکھ۔زٕ ترکھ گیہٕ ذاَلدارس۔ ڈوڈ سیر حرکارس۔ ڈوڈ سرگولس۔سیر گو شگدرس تہٕ سیراہ گو روبکارس تہٕ سیاہ کارس۔تتہِ کیاہ رۄد۔ ہے کیاہ گوم۔میہ کیُت نے کہیں رۄد۔ ہے ذاَلدار صاَب ...ہے بھلایہ حض لگے...ہے میہ چھ حض تیلہِ فاقے مرُن۔

(کاشکار چھُ ذاَلدارس پتے لاران۔سٹیجس چھُ وارٕ وارٕ گاش سوتان)



## سین۔۲

کاشکار چھُ داند ہیتھ کھسِس منز الہٕ دوان۔۔داندتہٕ چھُ اداکارٕے گردنہِ پیٹھ لۄ رٕ ٹھ اتھ دو یو اتھو تھف کرتھ تہٕ بون کُن نمتھ۔گرٕ یسی چھَ اُمس کمرس پیٹھ لۄ رتھاَوِ مژ۔یتھٕ کنی چھُ الہٕ بانہِ ہُند تاثرٕ میلان۔)

کاشکار : (داندوایان بڑ ہٹہٕ گیوان) رنۂ پوشہِ مال گنۂ نے درایہِ لولو......شوبہِ شاباش چانہِ پۆت ژھایہِ لولو ۔(کاشکار چھُ نستہِ تھاوان پھیرن نۆر دولہٕ۔زنتہٕ چھُ داندن پھکھ ترومُت )......ژ یہ دوداتہ یڈٕ۔

داند : دودگری تنے زنانہِ۔

کاشکار : ہیو ذلت لدا۔تمہِ کہو کۆرُے۔؟

داند : سوئے چھنا میہ پھیو رمُت بھتہٕ کھیاوان۔

کاشکار : ہتاونان کیاہ چھُکھ ژٕ۔ژ یہ ہےَ کھے کھے ناٹہٕ چھے کھرٕ ژ مژٕ۔

داند : ہیو تلا تھاوتہٕ۔پھیو رمُت بھتہٕ، ہا کہٕ نل تہٕ گوگجہٕ پٹر کھیتھ نا کھرٕش کانسہِ ناٹہٕ۔یہ ہا چھُسے نہٕ بہٕ دلس پیٹھ ہیوان کینہہ۔توے چھم ہو ژٕ مژٕ پھوہرِ تہِ شروپان۔پھیوٗ رمُت بھتہٕ تہِ۔

کاشکار : ناتہٕ سوہےَ چھہَ انان کھونو کھونو نیوٗل ساران ۔تہٕ سہٕ کوٗت چھُ گرژھان ؟

داند : سہُ ہسا چھے گاوٗن دوان۔تمہٕ چھس نہ دود دوان۔ بہٕ چھُنس زونمُت ہریمانےَ۔ظاٗہریا چھس خبر سہُ دودآسہِ اورے یوان۔ہنگہٕ تہٕ منگےَ۔تمُس ماپےَ گاٗئی گامس ماچھُ میونُے خاٗر۔

کاشکار: جان ہبا گو۔کھیوان چیوان آسی زِمیانہِ گھرِ۔دروکان آسی زِبیہٕ ین جاین۔اوے چھے ونہٕ واٗج ہٕش خواین۔ پکتھ تہِ چھُکھ نہٕ ہیکان۔(لورِ ژٕ نڈاہ ہش تراوان)۔۔ہر..........۔

داند : (یکدم وِٹھ کڈان تہٕ الہٕ بأنٛ چھُکتھ کاشکارس کُن پھیران) ہیو کاشکارا۔ ژٕ یہ کرٛشِ لٹہِ وۄنےٚ میہ سوٗرے ہا گوپوٗز۔ امادانٛدس نہٕ ژٕنڈ۔ ژٕ یہ کیاز چھُےنہٕ اکہِ لٹہِ وٕنتھ یاد روزان۔ خبر کنہٕ دوہہ کھسی میہ شرارتھ۔ ٹھولہِ ستی یکھ پتھر لاینہٕ۔ پتہٕ ہےٚ نہقہٕ پھقس پیٹھ ہینگاہ وینگاہ ژائے یڈ۔ ربہِ منز ینے نہٕ أندرم تہٕ اتھِ۔

کاشکار : ہیوزن ہاوٕ ژھے دگ میانہِ ژنجہِ ستی۔

داند : ہیو کاشکارا۔ بہٕ ناگوسےٚ ژنجہِ ہُند۔ داندس ہا گویزتھ۔

کاشکار : ہیو تلاتھاوتہٕ وٕنی یزتھ تھیکہٕ ناوٗن۔ توتہِ ہا چھُکھ داندٕ ے۔

داند : شکرخو دالیس کُن داندٕ ے چھُس۔ ژٕ یہ ہیو کاشکار چھُس نہٕ لیس روبکار سُند کمچہٕ تہٕ حرکارٕ سنز لتھ چھٕ پیٹھے۔ پگاہ ییلہِ دانہِ چھومبکھ۔ گوڈٕ ییی حرکارٕ تہٕ تلیس پنُن حصہٕ۔ پتہٕ گوشگدر۔ سزوول۔ پتہٕ کیاہ چھُے روزان پانس کیُت ؟۔ دپ خاکہِ سیاہ۔ شُری بأژ ہیتھ چھُے نیصف وٕ ریس فاقہٕ لگان۔ توتہٕ چھُکھ نہٕ ٹانگ ہیکان دِتھ۔

کاشکار : ٹانگ کتھ دمہٕ۔ زمین ہے سرکأری چھُس لاگان۔ سرکارس دمہٕ نہ کھیں ؟

داند : گوناتاپہٕ کرایہِ والکھ ژٕ پانس رتھ۔ میہ ہیتھ ستی۔ تہٕ سرکأری کارندٕ کرٕنس گھرِ بہِ تھے عأشاہ۔؟

کاشکار : یہ ہبا آوٕ پتھ وتھ سپدان۔ از چھانوٚو دیُن۔

دانىد : ہیو کاشکارا۔ تلا کرژھوپہ۔ ژ یہ ہےَ وٕنی نیتھرس تہٕ ہیٚوت ہے باج تہٕ ژُتہٕ نس تہٕ۔ یہ ہا گوٚ ژھُس بہٕ آسُن چانہٕ جایہٕ۔ پتہٕ وچھکھ ژٕ کُس بُنی بُنی تُلہٕ ہکھ۔ اِدٕ دمہٕ ہکھ ختنس باج۔ مگر افسوس چانس کاشُر آسہٕ نس۔ (اند گُن بہان)۔ کینہہ نہٕ بہٕ۔ پھر ٹیوٚمُت چانس اتھ غارتس۔ میہ ترین گاوٕن ہُند بہار۔ ژٕ نہٕ بہران دوٚیم نیتھر کرٕنس۔ ژٕ دوان ختنس تہٕ باج۔ بہٕ تتھ تہٕ یپارے۔

کاشکار : ہیو تلا تھاوتہٕ وٕنی یہ وعظ خانٕی۔ ڈٕج ہے رٕوٚ زاڈٕ پیچی۔

دانىد : ژٕ ھنُس سہٕ بھلایہٕ۔ پتہٕ کیاہ چھُ اتہٕ حاصل یوان۔

کاشکار : ہیو تتھٕ کٕنی ہا چھُکھ ونان زن چھی ژے فاقہٕ لگان۔

دانىد : ہیو میہ کہوٚ زِ لگہِ فاقہٕ۔ میہ ہا چھُ دانٕد اُستھ تہٕ یزٕ تھے۔ پنج تیرتھی ہندس ژُوٚلتس پیٹھ ہے بیہمہٕ۔ تیتھ تہٕ واتیم یزتک گھاسہٕ لوٚ۔ تہٕ یوٚ ژھ ہےَ دین۔ خبر پوشہٕ مالاہ تہٕ ماترِاوٕنم نالی۔ اماژٕ وچھ پانس کُن۔ انسان اُستھ تہٕ کوتاہ لژھ گوکھ۔

کاشکار : ہیو تلا تھاوتہٕ۔ بوز ہاونی۔ دوہ ہا ووت یور۔ وتھ لگے بھلایہٕ تہٕ موکلاو کامہٕ ہن سلہٕ گرٕ۔

دانىد : ہیو میہ ناچھے وٕل دلےٕ کران ژ یہ سعتی کأم کرٕنس۔

کاشکار : ہیو تلاو تھ تہٕ۔ زٕ ہا وندے۔

دانىد : ہیو بہٕ ناو تھے۔

کاشکار : کاشکارش۔

داند : بہٕ ناوتھے

کاشکار : ژ یہ چھےٚ کریہنہِ گاوٚہنز درٕ ے۔

داند : ہیوبہٕ ناوتھے۔

کاشکار : (پتھر بہتھ افسوس کران) وہی گونا ہٕ پٔنز۔ خبر کہنزِ زنگہِ درایوس گھرِ۔ ۔۔۔۔ ہیوژیہ کوسولٹھ آیے ہنگہٕ تہٕ منگہٕ۔ ژٕ کونا وتھان تھوٚد۔ ژٕ چھُکھاہ پراران اورٕ ییہِ کانہہ سرکاٗری کارندٕ تہٕ کٔچہِ وسن کاشکارس۔ ہیو گو کہوسانہِ حقہٕ۔

داند : ژیہ کتہِ چھےٚ اکھ بھلایہٕ پتہٕ۔ کٔچہِ وأتس سرکاٗری کارندس ہےٚ کوٚژھ دتھ پان موکلاوکھ۔ گھرِ چ ٹکہٕ واوجہ ییلہِ درٕک ہش اگادِ گژھی۔ تمس نشہِ کُس موکلاوی......ہیس کرپکان چھےٚ۔

(امے ساتہٕ چھُ کاشکارس زنانہٕ یوان بھتہٕ پھوٚت ہیتھ۔)

زنانہٕ : اِدجان ہبا گو۔ شاباش چھواتھ لیاقتس۔ توہی شوٚٹھ چھوا گھرِ دراٖمتی زمینس الہِ دنہِ۔ تہٕ یتیتھ چھوٚ بیٹھی ٕمتی تھکس ؟۔

کاشکار : ہے تھکس نےٚ چھُ کانہہ بہتھ۔ اما تیٚمس داندس ہےٚ کوٚرُن یڈ دود۔ توے گو پتھر بہتھ۔

داند : یڈ دود گری تنے اأ ی سےٚ۔ یوسہٕ میہ ذٕ چھَ کڈان۔

زنانہٕ : ناتہٕ یہ ہےٚ چھُ زن کھمان ہیو۔

کاشکار : اِدِ کیاہ چھُسے ونان۔ ازنۓ بنیوٲمس پٔتی کنہٕ استادے روزُن۔ تہٕ چھُ ٲمی ظاہری پھیوٗ رُمت بھتہٕ کھیومُت تہٕ گیس کھوٗلُن میہ۔

زنانہٕ : ہیوٲمس ہاچھ خوداین ونہٕ وٲج ہژ۔ پنہٕ نین گاوٗن کُن چھُنہٕ اَچھ تلان۔ وِپر گاوٗن چھُ آسان بھلایہ لوٗ گمُت۔ یورِ گرٕھتھ چھایہ تاون ذدکمن گھرن مشک ہینہٕ اژان۔ خبر چھا کتہٕ کیاہ چھُ کھیوان۔

داند : کاشکارا۔ زنہٕ ون اَس تھاوٕٹتھ۔ مول مٲری نم کھسیس میہ شرارتھ۔ بہٕ تھاونے ٹھولہٕ سعتی کھوٗٹھ ذدگرتھ۔ (نیرُن ہیوان)

کاشکار : ناتہٕ دراکھ کوٗت ۔؟

داند : میہ ناچھُے یارِ یوت برداش۔ میانہِ دستہٕ گرٕھی تنے اتھ شر۔ دوٗیمس نیتھرس اژی زوٗنہقہٕ پھقس پیٹھ۔ ژورڈبل پینے برنہٕ حرجانہٕ۔

کاشکار: اِدِ کیاہ جان گو۔ میہ تہِ وٲژ بھتہٕ ہن برونٹھ کُن۔ ژ تہٕ کر پنہٕ نہِ یڈ ہنز سبیل۔ (زنانہِ کُن) ہے ٲمس داندس کیُت تہٕ ٲنی زِ ہے گھاسہٕ کھوناہ۔ ٲمس بچارس تہِ ہے دوہس کھور چھُ وسان میہ سعتی ۔

زنانہٕ : بڈٕ ہاچھے ژیہ ٲمس داندٕ سنز فکر۔

کاشکار: ہے ونان کہے چھکھ ژ۔ کاشکار ہے چھُ داندٕ سندے سعتی کاشکار۔ نتہٕ کیاہ لوٗ بہٕ ٲمس ورٲئے۔ دپ داند ہے چھُ آسان کاشکارٕ سنز پٲری زان۔ تمی سُند نکھٕ پھیوٗک۔

زنانہٕ : ہیوتلاتھاوتہٕ وٕنی۔ بوز ہا۔ میہ ناچھے ونکیس پژفرصتھ۔

کاشکار : اِدبی تہٕ یہ ونتم تھل موکلاوٕ کڈتھ ؟

زنانہٕ : ونہِ ہالگہِ ژیر تام۔ توے چھسے ونان ژٕ موکلاو تہٕ ژٔلی ژٔلی بھتہٕ ہن کھیتھ۔ یہٕ وسہٕ ہا تھٕج نارِ پیٹھ بھتہٕ ہیتھ۔

کاشکار : ییتیتھ کہے کھیمہٕ۔ کولِ پیٹھ ہے وسہٕ۔ تٔتی تھٕے چھلہٕ اتھ بُتھ۔ تریشاہ تہٕ چمہٕ تٔتی تھٕے۔

(کاشکارتہٕ اَمی سنز زنانہٕ چھَ ہیوان نیرُن

تہٕ روبکار چھُ پیوان وٲتتھ۔)

روبکار : ہیو کاشکارا۔ یہ داند چھُتھنہٕ ژے یلہٕ ترومُت ؟

کاشکار : ہے اہن حض۔ گوناہ گوٗ حض کینہہ؟

روبکار : یکھ سہَ حرکارس نش۔ ناد چھُے؟

زنانہٕ : ہے خاٲرے چھ حض۔

روبکار : داند ہبی اوسُے تلہٕ گُلس ستی پان گھراوان۔

کاشکار : ہے کشُن حض آسیس آمُت۔

روبکار : تمہِ خاطرٕ گوٗ ژھ نہٕ أمس کھر کھر لاگُن۔ تلہٕ گُلس واتناوِہانہٕ نوقصان۔

کاشکار : ہے تلہٕ گُلس کُس حض نوقصان ووت داندٕ سندِ کشنہٕ ستی ؟

روبکار : پن آسیا کم پیوٗمُت ۔

کاشکار: (زنانہِ کُن) ہے تلے نظر دِ۔

زنانہٕ : ژٔہی بھلایہٕ أمس داندس۔ (نیران)

روبکار : داندس رٹہٕ نہٕ کانہہ جاۓ گیر۔ دپ موخصر آیے ژیہ بھلایہٕ۔ ژیہ ماچھے خبر تلہٕ گُلس نوقصان واتناونس کو تاہ پیہ ئی حرجانہٕ دیُن۔

کاشکار: ہے وٕنی ہض گٔری زرٕچھے۔ پتہٕ وچھتہٕ ژ سانہٕ دستہٕ کیاہ ییہٕ۔

زنانہٕ : (واپس یوان) ہتہٕ یہٕ ژ کیاہ ونان۔ اتہٕ ہےَ پنہٕ ۓ تھٔرتہٕ پتھر چھُنہٕ۔

روبکار : تم ہبی آسہٕ نے داندن کھیمتہٕ۔

زنانہٕ : وچھ بہ کوتاہ عاقل چھُ سون داند۔ ثبوت تہٕ ماچھُن پتھ کپن ترومُت۔ وٕنی ہرگاہ ژ تہٕ کتھے کھیکہ۔ یہ بچورتہٕ کھیٔیہ ہابھتہٕ پھوٚل۔ پتھ گوچانہٕ خاطرٕ چھ میہ کو کرٕ ٹھول دتی ٕتہٕ۔ پچھ کھنڈ گرٕ ہتھ ییلہٕ پیٚتی نیرن۔ ژ تہٕ نتہٕ جوراہ۔ زنتہٕ نیہ گانٹہٕ۔

روبکار : ہتہٕ بی ونان کیاہ چھکھ ژ۔ پچھ گرٕ ہتھ بلکہٕ ییب کوٚرتھ ؟

کاشکار : تتھ چھُسے بہٕ ذمہٕ وار۔

روبکار : ہتو ژ کرژھوپہ۔ ژیہ شوٹھس ہے بھتہٕ میئڈس کانہہ چھُے۔ ژ کتھ اژ کھ ذمہٕ وار۔ پیٹھ چھا خبر بلکہٕ چانہٕ شکسہٕ درایہٕ ٹھول تہٕ گاندھے۔ تتہٕ کم پیٚتی نیٚرن۔ تہٕ ژ اژ ہس ذمہٕ وار۔؟

کاشکار : اِدٕ ہض یتھ گٔنی خوش کریو۔ تتھ گٔنی أنزرأ وویہ مالمہٕ۔

(امے ساتہٕ چھُ سیاہ کار یوان۔)

سیاہ کار: پکھ سہَ ہے روبکارا۔ نادہسہ چھُے۔

روبکار : نیروسہ توٚ ہی۔ توہہٕ ستی أنزراو ویہ مالمہٕ پتہٕ پہن۔

کاشکار : ژیہ خوداہ رت کرُن۔

(کاشکارتہٕ تمٕی سنز زنانہٕ چھُ نیران)

روبکار : کھویارٕ۔یِ پزیا کرُن۔بہٕ ہےَ وٚنکیس یمن اہرٕ تھٔراوُسس کران۔ امےساتہٕ آکھ ژٕ نادہیتھ۔

سیاہ کار : حرکارن وۄن نےَ فوراً گرٛشُن پیش۔

روبکار : دلیل کیاہ چھَ ؟

سیاہ کار : بادشاہ صأبُن نأود چھُ درامُت شُری بأژ ہیتھ چکرس۔خبر سأئی کنہٕ تہٕ ماین۔

روبکار : ہےَ ہےَ۔ہے ہےَ۔گوڈٕئی زِہا۔میہ ہےَ دانداوس تھومُت رٔٹتھ۔

سیاہ کار : داندبنن کأتیاہ۔مگرحرکار چھُ دپان تمٕی سندِ طرفہٕ گرٛشہ نأود بھایہِ ڈٲلیاہ تہِ آسنی۔

روبکار: ڈٲلی ؟ ۔۔۔۔ گوناسوچیٹ تہِ چھَ اسے پُشرِنی ؟

سیاہ کار : اہن سہ تہٕ چارٕ کیاہ چھُ۔

روبکار : کاشکار بھایہِ چھِ کوکرِ دتی ہتی ٹھول۔دپان أس پچھ گرٛشتھ ییلہِ پۆتی نیرن۔جوراہ دیہِ میہ تہِ۔چھُنا صلاح پرایہِ کوکرٕ ے انون پھۆت ہیتھ تُلتھ تہٕ نأود بھایہِ کرون حوالہٕ۔

سیاہ کار: ژٕ ماچھُکھ ساد گومُت۔پرایہِ کوٕکرشو بیاہ ڈٲلی دِنی۔نأوی دس ہرگاہ ہتکھ گو تہٕ شرارتس منز نین مہاراجس گونژھے وڈأوتھ۔ژیہ ماچھے خبر گونژھِ ہُند حرجانہٕ کیأژ کیأژ ییہِ سومبراونہٕ۔

روبکار :   تیلہِ کیاہ کرو ؟

سیاہ کار:   میون ہےَ بوز کھ۔ ژٕ اُنِ تو ہہ ٹھگ تہٕ مینگن ٹھگ رٕٹتھ۔ تمے ہیکن بندوبس کٔرتھ۔

روبکار :   یہ ؤنتھ ژیہ روپیہِ ہندی شراہ آنہٕ کتھ۔ میہ وچھے راتھے قآلین باف اکھ قالینس تہہ کران۔

سیاہ کار :   بوٗنہٕ گامہٕ تہٕ ووچھے میہ تلہٕ وول اکھ تلہٕ شالس تہہ کران۔ خبر پگاہ ماوسہِ وٕستس ہیتھ۔ لہذا اچھُ أزی تھاوُن سٕنزٕ ژوٗرن ؤنتھ۔ یُتھ تم کالی کالے قالین تہٕ انن ٹُلتھ تہٕ تلہٕ شال تہٕ۔ پگہٕ ہے کروحر کارس حوالہٕ۔

روبکار :   تلہٕ سہَ پکھ۔

(دوشوے پھِ نیران۔ سٹیجس پھُ گاش ژھوکان۔)



سین۔۳

(پوٗت منظرس منز چھُ سورنَے وزان۔ سٹیجس پیٹھ چھِ دو یوونگوکٕنز بچہِ کُڑ ظأہر گرشھان تہٕ ہورِ یورٕ نژان۔ کینہہ کالہٕ پتہٕ چھِ دوشوے ٹھہران)

بچہِ کوٗٹ ۱ :   ہیےَ لگُری۔

بچہِ کوٗٹ ۲:   کہے زِہأری ؟

بچہِ کوٗٹ ۱ :   چھکھے وچھان کوتاہ ظلم چھُ أمس کأشرس ؟

بچہِ کوٗٹ ۲:   وائے بچأرس۔ نہ چھُس دوہہ کنہِ۔ نہ چھُس راتھ۔

بچہِ کوٗٹ ۱ : پٔنٛزِ کنٛز چھُ بچورتاپہ کرایہِ تہٕ رُدٕ شرانہِ ژٹان زوٗ ۔ اما وچھ حأصلاہ ما چھُس یوان کینہہ ۔

بچہِ کوٗٹ ۲ : نائے ژٕ وچھ یہ سون ماگُن تہِ کوتاہ بیہ آر چھُ لاگان ۔ یہ کتھٕ کٔنٛز چھُ أمِی سندی ہیٚے حالس گنڈان پأتھر ۔ بیٚیہِ ما چھُس کانٛہہ ونان کینہہ ۔

بچہِ کوٗٹ ۱ : میہ ہِبی باسان یہ چھُ پٔتی مہِ ہیٚے کڈان زڈٕ ۔ نوٗ زن نہٕ چھُس کینہہ اتھے یوان ۔

بچہِ کوٗٹ ۲ : تلہٕ بی بوز کھنہ میون ۔ أسی دموٗ پھ تہٕ نژومرگن تہٕ مرگزارن ۔ بنان چھُ کانٛہہ خوشوٗن رنگاہ انولٔبتھ ۔ تہٕ أمس کأشرس رنزوٕ دل

بچہِ کوٗٹ ۱ : تلہٕ بی پکھ ۔

(دوشوے بچہٕ کٔڈ چھِ سٹیچس پیٹھ خوب نژان تہٕ أخر چھِ تھکان ۔ امے ساتہٕ چھُ یوان ماگُن تہٕ اسن کھنگالہٕ ہیوتر اوان ۔)

ماگُن : کیاہ بی آیو توٚہی پھیر تھ مرگن تہٕ مرگزارن ؟

بچہِ کوٗٹ ۱ : وستہٕ ۔ اتہِ وُ چھٕ دونےٚ دونہٕ ۔

بچہِ کوٗٹ ۲ : وستہٕ ۔ أسی چھِ چأنی ژاٹھ ۔ یہ ژٕ زانکھ ۔ تہِ زانہِ نہٕ کانٛہہ ۔

ماگُن : پٔری توا استغفار ۔ منگی توس افوٗ

دوشوے بچہٕ کٔڈ : خودایہ افو ۔

ماگُن : منگی توس یأری ۔

دوشوے بچہٕ کٔڈ : خودایہ یأری ۔

ماگُن : اۆ رزٕ تہٕ دۆر کۆٹھ۔

دوٗشوے بچہِ کُٹ: اۆ رزٕ تہٕ دۆر کۆٹھ۔

ماگُن : وٕنی گۆژھُس بہٕ حاتم ہیوٚ دلیل گۆ راہ آسُن تہٕ دلیلاہ ونہٕ ہو۔ اما چھُس بہٕ ماگُن۔ میہ ماتگہِ دلیل وٕنۍ۔ ون گوٚتھ میہ وُنن تگہِ۔ تتھے بوزی زیوتوٚ ہ تہِ۔

دوٗشوے بچہِ کُٹ: عاش کرتھ۔

ماگُن: یہ اوس کأشُر کاشکاراہ اکھ۔ یہأ ئے اوس صبح پیٹھٕ شام تام کھہس منز جکھان۔ اماحأصلاہ اوسُس نہٕ یوان کینہہ۔

دوٗشوے بچہِ کُٹ: ہے کیاہ گوم۔

ماگُن : دوہا دوہا چھُ گژھان۔ تہٕ دوہ اکہِ آوٚ بختس انصاف۔ دۆ پن از تُلن بہٕ کأشُر کاشکار تھوٚد۔

دوٗشوے بچہِ کُٹ: (دوٗشوے چھ ماگنس دٕچھنۍ کھوورِ نزدیکھ یوان)۔ پتہٕ ؟

ماگُن : کاشکار تھوٚک تہٕ بیوٚٹھ تھکس۔ تمیٚ کی چلماہ بٔرن چلمہِ تہٕ یانۍ ئلی چس ہیوٚتُن دام کڈُن۔ تانۍ آس بخت موٚت لأ گتھ تہٕ دۆپ نس چاوٚ سہٕ تموکاہ۔ کاشکارن پلنأونس جچیر۔ مُتی کڈُس دام زٕ۔ تہٕ چلمہِ ژٕ زژنی تام۔ موٚت ووٚتھ تہٕ دراوٚ۔ کاشکارن ییلہِ پانس کرٕ نوٚ چلم برنہٕ باپتھ چلم دٕھنۍ۔ اتہٕ چھُ وچھان چلمہِ تلہٕ کنہٕ ژنہٕ بدل لال۔ کیاہ چھُ وچھان ؟

دوٗشوے بچہِ کُٹ: ژنہِ بدل لال۔

ماگُن : اتینتھ کیاہ کرِ کاشکار ؟

دوشوے بچہِ کُٹ : سہٕ تُلہٕ لال تہٕ تھاوِ چندس۔

ماگُن : کاشکارن تھوو لال چندس تہٕ دراو گھرِ کُن ۔ کیاہ دراوٕ۔

دوشوے بچہِ کُٹ : گھرِ کُن۔

ماگُن : وتہٕ کوتاہ خوش آسہِ ۔ تہٕ بۆزی تومیہ نش۔۔۔ (گیوان) دیہِ میانہِ لگہٕ ہے پاری۔ کرِتھم گوشہٕ گُزاری۔ نارس گوم گلزار۔

دوشوے بچہِ کُٹ : ہوہو۔ ہوتے...... ہا۔

ماگُن : یمے ژنگرِ چھُ ماران۔ اَڈی پۆری تراوان تہٕ شکسس پئیہِ نظر۔ وتہٕ آس شکس ۔ پیراہ بَنتھ۔

دوشوے بچہِ کُٹ : ہے کیاہ گوم۔

ماگُن : شکس آو پیراہ بَنتھ دوٗپ نس ون سہٕ کاشکارا کپاری اوسُکھ ۔ کاشکارن دوٗپ پیرس کیاہ تھاوِ کھٔنٹھ تہٕ وۄن نس سورُے قصہٕ۔ کیاہ وۄن نس ؟

دوشوے بچہِ کُٹ : قصہٕ۔

ماگُن : پیرن دوٗن نس تلہٕ بہ یور کُن ہاو۔ بہٕ وچھہ ہا۔ کاشکارن کوٗڈ چندہٕ منزٕ لال تہٕ دیُت نس۔ پیرن کرس نظراہ تہٕ دوٗپ نس یہ پئیہِ جان پاٹھی وچھہٕ ناوُن ۔ پزے چھا لال کنہٕ بئیہِ چھُ کینہہ۔ لہذا پرٕ بہٕ اتھ رالس تہٕ پگاہ ونہِ یہِ اورے بہٕ چھسا لال کنہٕ بئیہِ چھُس کینہہ۔ یی ونان تروٗ پیرن لال چندس تہٕ دراو۔ پگاہ چھُ کاشکار پراران تہٕ سہٕ کُیتھ۔ پیر دراونہٕ بۆڈے۔

دوشوے بچہِ کُٹ : ہے کیاہ گوم......۔

ماگُن : ژکہِ ماأس کاشکارس خبر زِ پیر گُس اوس۔ سہٕ اوس تٕمس پنہٕ نُے شکس۔ تہٕ بخت کیاہ کرِ۔؟

بچہِ کوٗٹ ا: اتھ جایہِ نہٕ کہیں۔ اٲمی ہے دژ پانے پنہٕ نس بختس لتھ۔

ماگُن : تہٕ بخت کس آوٗ ازتام پھیرِ تھ۔ تہٕ کاشکارس ییہِ؟

بچہِ کوٗٹ ۲: مگر وستا۔ یہ ہے ظلماہ گوٲمس بچارس۔ کینہہ مودتھاہ زن کروس۔؟

ماگُن : ہتو یارا۔ خوداہ تہٕ چھُ تٔسی مودتھ کران یُس پانہٕ کرِ حرکتھ۔

بچہِ کوٗٹ ا: مگر اٲسی ماچھِ خوداہ۔

ماگُن : تیلہِ کیاہ چھُ تہند مطلب۔

دوشوے: کاشکارس چھُ مودتھ کرُن۔

ماگُن : منگو تیلہِ خودایس۔ بلکہِ آس بخت پھیرِ تھ۔

بچہِ کوٗٹ ا: تلہٕ سہٕ مِنگُس؟

ماگُن : (اتھٕ زِ تُلتھ) یا شیخ سنا۔

دوشوے : ظلم کرفناہ۔

ماگُن : خوداہ صاٲبا تاپھ کر۔

دوشوے : صاف کوٗر مارٕ یو۔

(یم چھِ سٹیجس گتھ کران یہائے دعا کران تہٕ سٹیجس نیبر نیران۔ دعا چھُ روزان سائیکلو رومس پٔتۍ کنۍ جاری تہٕ سائیکلو رومس پیٹھ چھُ اسمانس زن نار گنڈان۔)

## سین ۔ ۴

(سائیکلو روم کس اسمانس چھُن نارزن گوٗنڈ مُت ۔

پۆت منظرس منز چھَ لوکن ہنز نعرٕ گژھان ۔)

نعرٕ : یا شیخ سنا ۔ اۆ بر کرفنا...... خوداہ صأبا تاپھ کر ۔ صاف کۆرُ مارٕ یو ۔

(أتھی منز چھُ کاشکار ظأہر گژھان تہٕ حأرأنی سان اسمانس وچھان تہٕ یمہٕ کریکہٕ بوزان ۔ کینہہ کالہٕ پتہٕ چھُ دۆیمہِ طرفہٕ ماگُن ظأہر گژھان)

ماگُن : ہیو کاشکار بھایا ۔ ژٕ کیاہ وچھان ۔ ؟

کاشکار: امایہ کیُتھ سنا کریکہٕ ناداہ چھُ وۆتھمُت ژوپأرۍ ؟

ماگُن : ژ یہ پچھے نہ خبرٕ ے ۔؟

کاشکار : نہ سَہ تہٕ میہ کتہِ گیہٕ خبر ؟

ماگُن : ہتایارٕ ۔ ژٕ کتھ دنیہس منز چھکھ بسان ۔ ژ یہ وۆنۍ نہ کأنسہِ کینہہ ؟

کأشکار : نہ سَہ کوٚچھ درٕ ے ۔ میہ نَے کأنسے کینہہ وۆن ۔

ماگُن : ہاہاہا ۔ تیلہِ ہبا چھکھ بیہ خبرٕ ے ۔ تیلہِ چھُتھ نہٕ وچھمُت روبکارن تہٕ حرکارن کُس حال کۆرُکھ ۔ ژ یہ آسی نہٕ یہ تہِ خبر وقتک حأکم ماژول دِہی لد لگُر ہیوٚ ۔

کاشکار : کہو چھکھ ونان یارٕ ۔ یہ نا کانہہ بوزِ تہٕ پانس سعتی کرٕ ناوکھ میہ تہٕ رٕ ژگز ۔

ماگُن : ہاہاہا ۔ کاشکار بھایا ۔ تمہٕ گورِ ہا گیہٕ دوۅدہٕ کنتھ ۔ وۆنی ہا چھُ کأشُر آزاد ۔

کأشکار : نہ سہَ بٔے مرے ؟

ماگُن : ہوش کر بھایا۔ بیدار گژھ۔

کاشکار : نہ سہَ تہٕ اگر یہ کتھ چھہَ۔ تیلہِ ون تم وٕنی کُس حأکم چھُ بیوٗٹھمُت تختس ؟

ماگُن : وٕنی چھُ لگے کأشُر بیوٗٹھمُت تختس۔ کاشکار بنیو زمیندار۔

کاشکار : ہے کیاہ سہَ چھُکھ ونان۔ کاشکار کتھٕ کنی بنہِ زمیندار ؟

ماگُن : کاشکارس یوسہٕ زمین چھےٚ اُس پشر اونہٕ آمٕژ۔ سو زمین آیہِ تٔمس پٹس لیکھنہٕ۔ سہُ بنیو تمہِ پُرنہِ ہُند مأ لکھ۔ وٕنی ووِ تہِ پانے۔ چھومبہ تہِ پانے۔ تہٕ کھٔیہ تہِ پانے۔

کاشکار: مطلب حرکارس چھنا تیلہِ کہیں دیُن ؟

ماگُن : دُرتہٕ بازٕری بنگہٕ۔ حرکارٕ سُند نے رٔ دنیب نشانے۔

کاشکار : نہ سہَ تہٕ ژیہ ہےَ وٕنتھ یہ بدلے شچھاہ۔ دپ سہَ کاشکارس چھُ ہنگہٕ تہٕ منگے نخ گومُت بیدار کوٗچھ درٕ ے۔ زن چھُس آمُت دارِ کنی اُنز۔

ماگُن : ہتا یارٕ ونان کیاہ چھُکھ ژٕ ؟۔ ہنگہٕ تہٕ منگے چھا یوان دارِ کنی اُنز۔ امہِ خأطرٕ ہا چھُ پیوان انقلاب انُن۔

کاشکار : مگر جان انقلاباہ چھُ آمُت کوٗچھ درٕ ے۔ اتھ آسن دیار تہِ لگی ہتٕ سیٹھاہ۔

ماگُن : دپ امہِ خأطرٕ چھہَ پیوان قوربأنی دنی۔

کاشکار : نہ سہَ تہٕ أسی تہِ ہے دموکوٹھچ دٕرِ ے۔اسہِ یہ واتہِ ۔تہِ ہسہ دمودودس منز چھٲلتھ۔

ماگُن : ہیوز میندارا۔ہوش کر۔وکھ چھُے بدلان۔یتھنہٕ لتہٕ مونجہِ گرٕ ھکھ۔

کاشکار : نہ سہَ تہٕ یوٗت کیاہ مُتی آباہ چھُ ینہٕ وول زِشوٗٹھ گرٕ ھِلتہٕ مونجہِ۔اسہِ تہِ تھاوؤنتھ بھلایہ لگے۔

ماگُن : ژٕ وچھکھ پانے کیُتھ مُتی آب وتھِ ییلہِ اورٕ تہرِ ڈُل واتہِ ۔ ژٕ وچھکھ لوٗکھ کتھٕ کٔنی نیرن تہر رٹنہِ کھلیونریو،تہٕ زٔٹ ژٹن اکھٲکس۔

کاشکار : یہ ما آسہِ بڑٕ استانٕچ تہر ؟

ماگُن : بڑَ استانٕچ نہٕ۔دپ بڑِ ایوانٕچ۔

کاشکار: بڑِ ایوانٕچ ؟۔ہے یژھ تہر نَے وٕنیُس تام اسہِ وچھی زانہہ۔ژٕ کیاہ ونان ؟

ماگُن : پہاٸے چھَے نہٕ ژٕ یہ خبر۔ ینہٕ زانہہ وچھمُتے چھُ آسان۔کأشُر چھُ لاران تتھی پتہٕ۔

کاشکار: نہ سہَ تہٕ تیلہِ ہے بہٕ تھاوے گوڈے جاٸے رٔٹتھ۔

(کاشکار چھُ کڈان دو۔ماگُن چھُ أمس کُن نظراہ کران۔پھیکن الووند چھُس مفلرتہٕ یہ چھُ گنڈان ہٕلس۔چندِ منزِ چھُ کڈان گھر ٲسی ٹوٗپی تہٕ یہ چھُ دوان کلس۔یتھٕ کٔنی چھُ ریوایتی ماگُن کردار بٔنتھ لوکن کُن مخاطب سپدان۔)

ماگُن : صاحبان۔قدردان۔توٚہۍ چھوٚو چھان کتھۍ کُنۍ چھُ انسان نائشہِ ڈلان۔ تھرٲسن یا حلوٕ ژوٗٹ۔سسہٕ رس ٲسن یا بنڈار۔کاشُر چھُ ہمیشہٕ تیار۔ روٗ دٲسن ، رب ٲسِن۔ شیٖن تہٕ کٹھ کوٗش ٲسن۔مفتکٕ کینٛژ ھاہ گژھِ اسہِ تہِ لارُن۔ماروتی منزٕ آسو یا مرسڈیزٕ منزٕ۔تھر پیٚتۍ تھٕےوچھو۔تتۍ تھٕے لگہِ بریک۔بوٚن ؤستھ گژھہ ہواتھٕ زٕ دٲرتھ۔ تتھ چھِ کھوژان وچھِ ماکانہہ۔بروٚنہہ پٕھن نیرتھ چھُ یوان خیال۔ پھوٗل کھنڈ پزٕ ہے رٹُن۔توٗ برُ کھزٲ نتھ......خاٗر۔ازکرٕ ناو وگھرے تھر تہٕ یڈ بُرتھ کھیمو......گھرِ ییلہِ تھرکران۔تتھ نہٕ یوان مزے......کھسہٕ ہواستان تہٕ پیرس منگہٕ ہو۔نیٚبرے بُتھِ پیوان مونجہِ گوٗر۔أندرٕ تہِ زن آسان تمی رٹ ہژ پیرٕ سنز جائے۔موخصر ییلہِ گھرٕ واتان تہٕ دٕج ہژران۔دجہِ منزٕ نیران ندرۍ مونجہِ تہٕ پوراٹ۔شُرھ بٲژ پیتھ کھیوان پھوٗلاہ پھوٗلاہ۔زنتہٕ آسان پیرٕ سُند توٗ برُ کھ۔یہ دنیاہ تہِ باسان آباد۔ سہُ دنیاہ تہِ۔یانے ژوٗٹ گیہٕ آبس۔زن وٲژ بابس۔

(امے ساتہٕ چھَ کاشکارسنز زنانہٕ یوان بھتہٕ پھوٗت ہیتھ۔
اتہ ییلہِ نہٕ کاشکارس وچھانے چھَ، حاٗران گژھتھ چھَ
ڈٕچھنۍ کھووٕرۍ نظراہ دوان۔ماگُن زن نہٕ چھُس اتھے یوان۔)

زنانہٕ : اما یہ کوٗت سنا گومُت اڑِ لیوٗکُے الہٕ ترٲوتھ......داند تہِ نَے چھُ کنے......۔

ماگُن : یتیتھ چھُ وٕنی ظٔطرٕ۔ باٗژن دون ییلہِ لڑاٗئے گرتھ صلح چھُ آسان کرُن۔ لیکہٕ تہٕ وہو چھِ پیوان مُنزم یاٗرس۔

(ماگُن چھُ لوتے اکہِ انٛدٕ نیران۔ تہٕ بیٚیہِ انٛدٕ چھُ یوان کاشکار پھتہٕ متیو کوٹھیو)

زنانہٕ : ہیوٕژ کتھو تپالہِ تہٕ برکرِ اوسُکھ گومُت یہِ الہٕ ترأوتھ اڈٕ لیوٕ کُے۔؟ ۔ہیو ژیہ چھُے ناکانہہ خیال گرٕھان تھُج نارِمنزٕ ہَے تھل اٗنی کڈٕتھ تہٕ سوما دزِتاپس۔ ہیوژ یہ ما چھُے شکسن وڈٕلمُت نال۔ توے چھُکھ کامہِ کارس گُن دل لگان۔ ژیہ ہاشوبہِ ہی حرکاٰرِ سُند کچھ۔ اِدٕ ہَے کانہہ کوم کرٕ ہکھ۔ یِنہٕ تمہِ کچہٕ نشہِ تھف وٕژھے۔ تنہٕ نہ بہ روزٕ کھ کنہٕ لایکھ۔

کاشکار : ہے بہٕ ہے گیوس تہر رٹنہِ۔ اماتتہِ تہٕ کوٕ ڈٕہس ژھوٕرُے۔

زنانہٕ : ہیوژ یہ کتھو اوسُے تہر رٹنہِ گرٕھُن۔ ہیوژ یہ اٗسے نہ خبراسہِ چھَ تھُج نارِمنزٕ تھل اٗنی مٕژ کڈٕتھ۔ ہیوژ یہ اوسیا ونکیس زمین کرُن تیار کنہٕ تہرِ یڈٕ اٗسے پھاٹوٕنی پانس۔؟

کاشکار : ہے شہمتھ ہَے پھٔرم۔ میہ اٗسَے خبر تتہِ آسہِ پٕژ ترپہٕ ترپھ۔ تتہِ ہَے بہٕ لتہٕ مونجہِ ژھنیوٕ ہس گرتھ۔

زنانہٕ : ہیو کاشکارا۔ ژٕ نا للکھ کنہٕ۔ ہیوسہ کُسوٕ انسان گولیس نہٕ تہر تگہِ رٹٕنی۔؟

کاشکار : ژیہ نَے چھے خبرٕ ے سوکٔرتھ تہر اٗس۔

زنانہٕ : ہتو چارِ۔ بڈٕ استانٕچ تہٕ ہے آسہِ ہے۔ توتہِ اُسہِ ہے تہرٕے۔

کاشکار : ہے سونَے أس بڈِ استانٕچ۔ دپان ہَے سوتہر چھَ أس مٕژ بڈِ ایوانٕچ۔

زنانہٕ : توتہِ آسہِ ہے کانہہ بڈ دیدٕ ے بأ گران۔

کاشکار : سو ہے أس دید صأ بے سوزٕ مٕژ۔ امایتہِ زن تۆرنہٕ فکرے کۆت گیہٕ۔ یہندِ باپتھ سوزنہٕ أس آمٕژ۔ تمن ہأو کھےنہٕ۔

زنانہٕ : ژٕھس تس بھلایہِ۔ ژٕ انتن پنہٕ نُے داند ژھأرتھ۔ تہٕ یتھ کھہس موکلاو تہٕ وٕلۍ وٕلۍ الہٕ دتھ۔

کاشکار : (دٕچھنۍ کھووٕری نظراہ دوان) ہے داند کتی ؟

زنانہٕ : ہیو میہ چھا خبر۔ ژے سعتی ہے اوس۔ ژیہ وُچھتھن نہ کپأری گو ؟

کاشکار : ہے بہٕ کتی اوسُس ییتیتھ تہٕ بہٕ وچھہن کپأری گو۔

زنانہٕ : ہیو تلا ژھأنڈتھ ان تن۔

کاشکار : (دٕور دٕور تام وٕنۍ دوان)

زنانہٕ : ہیو تھٕج نارِ منز ہأدٕ زِم تھل تاپہٕ کرایہِ ۔ ہیو تھل ہَے دزیم تہٕ پتہٕ کھو کرٕ۔ وہرِ وٕ ریس ماروزوٹوک ہیتھ۔

کاشکار : ہے اورنَے چھُ کنے ۔

زنانہٕ : ناتہٕ گو کۆت ؟

کاشکار : خبر ہَے کپأری دٕژِن ژھیف۔ میہ نَے آوٕ کنہِ اتھِ۔

زنانہٕ : ہیو کانسہِ مانیو ورگہٕ لأ وتھ ؟

کاشکار : ورگہٕ لأوتھ نَے نیس کانہہ۔ دپ تُمس تاون ذدس گُرٛشھ نہٕ آسِنَ کنہِ کنٕز لأۓ پہن گاؤنظرٕ گمٕژ۔ تہٕ تُسی پتہٕ پتہٕ گوٚ ژھنہٕ آسُن درامُت۔

زنانہٕ : ہیوونان کہوچھُکھ۔ تُمس ہےَ گھرس منز تریہ چھَ۔

کاشکار : ہے نیبر دراو داندس کتی چھَ پتہٕ گھرچ گاؤٹارٕ کھسان۔

زنانہٕ : ہیوتلا کرژھوپہٕ۔ یہ ہا آسی ژیہ پانس دراہٕژ نیٚبرم کل۔ سہٕ بچورنا لگی تتھ۔ سہٕ نَے پننہٕ نین گاؤن کُن اُچھ تلان۔ وپر گاؤ کیازِنیرِ پتہٕ پتہٕ۔

کاشکار: تیلہِ ما آسہِ یپارے خوداہ بوزِن۔ بنان ہےَ چھُ تیلہِ ییہ واپس۔

زنانہٕ : ہیوتیوٚت کال کہوکرو۔ اسہِ ہے تھل روز کڈتھ۔ سوماد ذِ تاپس۔

کاشکار: تیوٚت کال ہِی کروپانَے ہیمتھ۔ بہٕ ہیمہٕ ہی پٹ پھکین پیٹھ۔ ژ رٹھ الہٕ۔

زنانہٕ : ہیوٚ ژکتیوٚ پوشکھ ؟

کاشکار: (لورٹان پھکین پیٹھ) ہے تیوٚت نَے چھُس اڑلیوٚک۔

(کاشکار چھُ بنان داندتہٕ زنانہٕ چھُس الہٕ رٹتھ پکہٕ ناوان۔ یِی کران چھُ کاشکار درد سان بأتھاہ گیوان۔)

کاشکار: (ودوٕنہِ آوازِ منز گیوان) کتھ جایہِ رود ہم ژھایے ۔ داندو لگیو بھلایے۔

دوشوے بأژ:۔ کتھ جایہِ رود ہم ژھایے۔ داندو لگہٕ یو بھلایے ۔۔۔

کاشکار :۔ او سہم ژنکھٕ پھیوٚک

زنانہٕ :۔ الہٕ روٚ داڈ لیوٚک

کاشکار :۔ تھل کڈ کاشکار بایے

( دۆیمس مصرس پتہٕ چھ نیند بأتکی پأٹھی بیک سٹیجس منزواریاہ زنانہٕ داندولگیو بھلایے گیوان ۔ تہٕ سورنے وأنی چھِ دوان ساز۔)

کاشکار : کٔمی سہ میأنۍ دشمنن

زنانہٕ : بھریم دتھ بٔری کن

کاشکار: اتہِ کروموکلن پایے

باقےِ زنہِ : داندولگہٕ یو بھلایے -------

(بأتھ چھُ موکلان تہٕ ماگُن چھُ پیوان وأتتھ ۔)

ماگُن: ہَے ہَے ۔ہے ہَے ۔ہتہٕ بی یہ کیاہ چھکھ کران ژٕ ۔یؤت چھُتھنہٕ ژیہ خانہٕ دار ہُر یمانہٕ زونمت زِ داندس بدل چھُتھن لوگمت ؟۔

زنانہٕ : نہ بہَ تہٕ کروکیاہ ۔أسی ہے چھِ لگۍ متی تنبہٕ چِن۔ تھٔج نارِ منزٕ روز تھل کڈتھ۔ یپأری دژ داندن ژھیف ۔ ژٕ ے ون کروکیاہ ؟

ماگُن : نہ بی تہٕ داندِ ے ژھأنڈی زِ ہون۔

کاشکار : ژھانڈ یو ہسہ َ ژو پأری ۔زانہِ خوداہ کیأری دژن ژھیف ۔

ماگُن : ہیو یارا۔ ژٕ ے گوکھاہ کاشکاریَس نہٕ پٔزن داندتگہِ رچھن ۔داند ہا چھُ آسان کاشکارسنز پرتیتھ۔

کاشکار : میے ہسہ َ پھٔر شہمتھ ۔داندترأوتھ گیوس تہر رٹنہِ ۔نہ گوس اورُک ۔تہٕ نہ گوس یورُک ۔

زنانہٕ : تلہٕ بہٕ خو داہ کری یأری۔ اپأری ہےَ وچھہن۔ یپأری گٔرتھس لار۔

کاشکار : میأنی کٔنی ہسہ َ آسہِ پیٚتی تھےٚ اورِ یور

ماگُن : اِدِسہ َ کینہہ چھُنہٕ پرواے۔ وُنی انہٕ ناون بہٕ تہند داند لٔبتھ۔

(ماگُن چھُ وسل کران۔ تہٕ یکدم چھِ کینہہ جوان أندی أندی ظأہر گژھان۔)

جوان : جناب......۔

ماگُن : ہتو یارا۔ داند چھُ روٗمت۔ یہ چھُ اُنِ فل فور لٔبتھ۔ توٚہی نیرو یمے

دِمہٕ تہٕ ژوپأری ٹُلو ٹاسہٕ رارے۔ سون داند نہٕ وألس گٔرِوتژھ کھریکھ

زِٕتمس گژھِہ نہٕ زچن یُن نال اتھِ۔ نیرِ ولگو بھلایہٕ۔

(جوان چھِ ژوپأری نیران چھُکرتھ۔)

ماگُن : کاشکار بھایا۔ وٕنی گژھ ژٕ وچھان چون داند کتھٕ کٔنی یۄسہِ گُری سندی

پأٹھی تربچہٕ کران۔

(ماگُن چھُ نیران۔ کاشکار چھُ روزان وچھُون۔)

زنانہٕ : ہتو ژٕ کتھ سینوکھ أمی سزن کتھن۔ یم ہبا گیہٕ شأنی تارکھ۔ یم چھِ نأنی

شےڈالان۔ تلہٕ بہ َ کرہٕ پٔنی کامہِ ہن۔

(کاشکار چھُ بیٚہِ داندأ گتھ زمینس الہٕ دوان۔ تہٕ بیٚہِ ہیوان گیوٗن۔)

| | |
|---|---|
| کاشکار کوٗرتھس ظایے | داند ولگہٕ یو بھلایے |
| اوسہم ژٕ نکھ پھیوٚک | الہٕ رٕو داڑٕ لیوٚک |
| تھل کٔڈ کاشکار بایے | داند ولگہٕ یو بھلایے |

(اچانک چھہٕ پۆت منظرس منز ٹاسہٕ رارے گژھان ۔ کاشکار چھُ ہیوان ٹھہرن تہٕ کاشکار بھائے چھُس دوان گیوٗن تھاوان جأری ۔ کینہہ کال گژھی تھےٚ چھُ اکھ جواناہ یوان بانبرِ ہۆتےٚ ۔)

جوان : تلہٕ بی پھیرن تہٕ نالہٕ کڈتھ ۔۔۔ وٕلی وٕلی ؟

(زنانہٕ چھہٕ پھیرن کڈان نالہٕ تہٕ جوان چھُ پانس ژھنان نألی ۔ أتھی سعتی چھُس کلہٕ پیٹھٕ والان پۆژ تہٕ سو چھُ تھاوان پنہٕ نس کلس گٔنڈتھ ۔)

جوان : نیر بی ہور کُن ؟

(جوان چھُ زنانہٕ بٔنتھ کاشکارس پتہٕ پتہٕ الہِ دوان ۔ زنانہٕ چھہٕ دور پہن تماشہٕ وچھان ۔ أتھی دوران چھِ کینہہ نفر ملٹری ہنز علامتی وردی نألی ژھٔنتھ اکہِ ونگہِ کنہِ ظاہر گژھان تہٕ مارچ کران بیٚیہِ ونگہِ کنہِ نیران ۔ یم چھہٕ نیران تہٕ جوان چھُ بیٚیہِ طرفہٕ دوکڈان ۔)

کاشکار : چھکھےٚ وچھان کتھہٕ کٔنہِ ژھٔنکھ أچھن سیکھ ۔ تہٕ پھندن بچوٗن پان ۔ یہ گوتیہ لنگہٕ آسُن ۔

زنانہٕ : ناتہٕ أمی ہےٚ میہ کلہٕ پیٹھٕ نیہِ پۆژ ےٚ تُلتھ ۔

کاشکار : شُکر کر کلہٕ پیٹھٕ نی نےٚ پۆژ تُلتھ ۔ کلےٚ نیونےٚ نہٕ تُلتھ ۔ امہِ ساتہٕ چھا لبنہٕ یوان کینہہ ۔

زنانہٕ : ناتہٕ بہٕ ہےٚ وڈٕنی روٗزس ۔ ؟

کاشکار : ہےٚ سوٗنےٚ داندہےٚ چھُ لبنہِ درامُت ۔ وں دکھ نےٚ ژٕپژ قوربأنی تہِ ؟ ۔

زنانہٕ : ہیوونان کھو چھُکھ ژٕ ۔ أمی ہےٚ میہ پھیرن تہِ نیونالہٕ کڈتھ ۔

ژٕ چھُکھاہ ونہٕ تہِ ونان یہ دیہِ داندلبتھ۔؟

کاشکار : نائے تہٕ کوشش ہےَ کران چھُ۔ یا گو ہتھ چھُ ؟

زنانہٕ : ہیو اَسی ہا گیہِ وں پننہٕ نہٕ ہنہِ نش تہِ۔ ژیہ کوناچھُے فکرِ تران۔؟

کاشکار: ہے میہ ہےَ چھُ سورُے فکرِ تران۔ تلے کھیہ کتھ تہٕ شیر بھتہٕ۔

زنانہٕ : میأنی کنی وسوکولہِ پیٹھ۔

کاشکار: اِدٕ کیاہ۔ یوت کال یم داندانن ژھأنڈتھ۔ تیٚوٗت کال یموبھتہٕ کھیتھ۔

(زنانہٕ چھےَ بھتہٕ پھوٗت تلان کلس پیٹھ تہٕ کاشکارس سعتی نیران۔ وارٕ وارٕ چھُ سأری ہے انہِ گوٗٹ گرٛ ھان۔ اتھ دوران چھےَ منزی منزی ٹاسہٕ رارے تہِ گرٛ ھان تہٕ وزٕمل تہِ۔ أتھی پس منظرس منز چھُ پردٕ پیوان تہٕ گوڈنیک ایکٹ چھُ اندواتان۔)

# دۄیم ایکٹ

## سین۔۱

(سٹیج چھُ خألی۔ علامتی وردی نألی ژٕھنتھ چھُ اکھ فوجی حالہٕ منزی یوان کاشکارس دکہٕ دوان تہٕ لتہٕ ژٕھنان تہٕ بیہہ ناوان چھُس سٹیچس پیٹھ۔ یوٗت کال چھُ یژھے وردی نألی ژٕھنتھ بیا کھ نفر گأمی جوانس أکس ونگہِ کنی انان۔ تہٕ سٹیچس پیٹھ بیہنأوتھ پانہٕ نیران۔)

جوان ۲ : ہیو کریک ڈاوُن چھا لوگمُت ؟

جوان ۱ : ہیو خبر چھا۔ یا گویم ونان چھِ کینہہ۔ ہنگہٕ منگہٕ یسی تھف چھکھ یوان تُسی چھِ انان ٹُلتھ۔

جوان ۲: گوڈ ناچھُ فکرے تران یم یوان کپاری چھِ۔ شکھے چھنہٕ کران یوتتھ تام برونہہ کُن چھِ واتان۔ پتہٕ کنہٕ اوسُس لوتہِ پاٹھی وارٕ منز مرژ وانگنن ڈکھ کران۔ اد توت تھٕ یم وأتتھ۔

جوان ا: بہٕ ہا اوسُس کھہس منز دانیس گو نہٕ کران۔ اِد یتھٕ کنہٕ کوترس برأر چھَ دوان تھف۔ تتھے کنہٕ آیم ٹینڈ یوپٹھ کر تہٕ پھریتھ ژھنیو ہم گرتھ۔

(یوت کال چھُ یوان بزرگاہ اکھ کأکی آیہٕ۔)

بزرگ ا: ہیو دلیل کہو۔ کریک ڈاوُن چھا ؟

جوان ا: دِیوسہٕ یمس جواب۔

(تہٕ أتھی سعتی چھَ ٹرے پیٹھٕ گلاساہ گلاس ٹلان تہٕ پریتھ أکس برونہہ کنہٕ تھاوان۔ یم چھِ گرشھان ہے بنگہٕ۔ تہٕ لوتے پانہٕ وأنی تبصرٕ کران۔)

بزرگ ا: تو رؤسہٕ فکرِ۔ بہٕ کیاہ اوس سوونان۔ میہ گیو گوڈے شکھ۔ یمہٕ کتھِ چھَ یہ کتھ۔

بزرگ ۲: ژیے آسی نہ خبر۔ ژشوٹھ ہے گامُک نمبردار چھُکھ۔ خودایہٕ خودایہٕ کران ما آسکھ ژتہِ یمن سعتی رٔلتھ۔

بزرگ ا: توبہٕ تقصیر۔ گوکیاہ سہٕ تیمس!

بزرگ ۲: وچھ یم تاون ذدتہِ کتھٕ کنہٕ چھِ گلا

جوان ۲: تلہٕ سہِ پرٕ ژھ تکھ ماجہِ ہنز درٕ ے چھے۔ اکھتُ ونہٕ ہکھ اسہِ تہِ۔

بزرگ ۱ :  ہیوبہٕ ہا درایوس از کأتی کألی وان۔ اِد ترٛشہ تھار ژھنٛی ہم۔ شوٗٹھس رود پھالوتہٕ یلےٚ۔

جوان ۱ :  یہ گوموٗ غدم اُستھ چون حال۔ سون حال کیاہ ؟

بزرگ ۱ :  مگریم دوٗ ہہ تہٕ روزن نہٕ۔ یہ وٕنی مےٚ کتھاہ۔

(یوٗت کال چھِانان بیہ یس اُکس بزرگس۔ اُمس چھُ ریش۔ تہٕ کلس دستار۔ تہٕ بیہ طرفہٕ چھِ انان کاشکارس۔)

بزرگ ۲ :  میہ چھُ باسان کریک ڈاوٗن چھُ لوٗ گمُت۔

کاشکار :  (کاشکار چھُ سٹیجس ہیرِ یون تہٕ اندوند نظراہ تراوان۔) باسان چھُ کریک ڈاوٗن چھُنہٕ کینہہ۔

جوان ۲:  نہ نہ۔ ژٕ چھکھ اوٗ نمُت سہِ سالس ؟

کاشکار :  ہیوکریک ڈاوٗن نا چھُ یُتھ آسان۔ تیلہِ ہا بیہہ ناوٕ ہن گورین ہندس باغس منز۔ ژھٕری ہیے پتھرس پیٹھ۔ تاپہ کرایہِ۔

بزرگ ۱ :  تی اوٚسُس بہٕ تہٕ سونچان۔ کریک ڈاوٗن ہےٚ تہٕ خمہٕ کیٛتھ۔

(اکھ وردی پوش نفر چھُ ٹرے ہیتھ یوان۔ اتھ پیٹھ چھِ وارِیاہ جوس گلاسہٕ۔ اُمس سعتی چھےٚ خوبصورت زٕنیاہ اکھ یوان۔)

زٕنی :  (گلٕی گنڈتھ) سن زٕٹھی اتھِ داران۔ یہ چھنہٕ وچھان یہ چھا ترٛیش کنہٕ شوراب۔

جوان ۱ :  تلہٕ سہَ چیہ لوتہٕ پأٹھی۔ ژیہ نہ سہَ کھسی کینہہ۔ ژٕ ہےٚ پیر چھُکھ۔

جوان ۲: شوراب تہِ ہے آسہِ ۔ پتہٕ کیاہ گو۔ مفتُک شوراب چھُ قائضس تہِ حلال موج مٲری نم۔ (یکدم گلاسہٕ خٲلی کران)۔

بزرگ۲: استغفراللہ۔

جوان ۲: (جوانس کُن) پیٹھٕ ونے بیا کھ کتھ۔ یہ زٲنی تہِ کیاہ بہ چھے جلنچ حورہش موج مٲری نم۔

جوان ۱: ناتہٕ وچھُتھ نہ میہ کمہِ آیہ ترٲوِنِ نظر۔ میہ دپیونالہٕ متہ رٹہٕ ہن۔

کاشکار : (اسان) ہیولوٗت پہن کرتا کتھ تاون ذدا۔ یتھ ناٲمس کاٲشر آسی فکرِ تران۔

(ترلیش پلناٲوتھ چھَ زٲنی نیران۔ ٲمس پتے چھُ نیران وردی پوش تہِ ٹرے ہیتھ۔)

جوان ۱ : میہ کیاہ سہَ ہیوٗت نے ٲمی سُند لوگرٕھُن۔ بہٕ چھُسے سونچان۔ ہرگاہ بہٕ ٲمس منزم یورسوزن۔ کریایقرار کنہٕ زٕٲٹے گرٕھ۔

جوان۲: ژیہ کیازِ گرٕھی زٕٹ۔ زٕٹ ہا گرٕھِ مٔنزم یاٗرس موج مٲری نم۔ (اسان)

بزرگ ۱ : چھکھ حض بوزان۔ کیاہ چھِیم ونان ؟

بزرگ ۲:۔ یہائے بیہ شرمی پھٔر یتھ قومس۔ اوے گٔیہٕ ٲسی ذلیل تہِ خار۔

جوان ۲: چیچا۔ شرارتھ نے کھسی۔ اکھ کتھ ونَے پنہٕ نہِ جایہِ۔ توہہِ زٕھیو یہ پتھ کُن کوٗرُ۔ تہِ کوٗرو۔ وٕنی کھیمو گوٗلی تہِ ٲسی۔ عاشؔ تہِ کرواٲسی موج مٲری نم۔

(امے ساتہٕ چھُ ماگُن دکہٕ ستیٚ یوان سٹیچس پیٹھ لاینہٕ۔ یہ چھُ ونہٕ

پان سندار نٕے تہٕ رعب دار وردی پوشاہ اکھ چھُ یوان أمس پتے۔)

وردی پوش افسر: چل اُٹھ حرام خور۔ ہمارے مہمانوں کو ناٹک دکھا۔

ماگُن : ہم سفید پوش ہے جناب۔ ہم کیا ناٹک دکھائے گا۔

وردی پوش افسر: چُپ۔ ہم کو معلوم ہے تم بانڈ ہے۔ چل ہمارے مہمانوں کو کھیل دکھا ؟

ماگُن : دکھائے گا۔ مگر سورنے والا نہیں ہے جناب

وردی پوش: (آلو دوان) کدھر ہے سرنے والا۔ لاؤ سالے کو ادھر

(سورنے وأ لی چھِ یوان تہٕ سورنے وایان۔ یۄت کال چھُ بدل کُس تام وردی پوش کرسی ہیتھ یوان تہٕ رعب دار وردی پوشس نکھہٕ تھاوان۔ یہ چھُ بہان کرسی پیٹھ۔ أتھی دواران چھِ زٕ نفر یوان علامتی کیمرہ ہے ہے۔ أکس چھَ یہائے وردی نأ لے۔ بیٚیس چھَ سول وردی۔ یم دوشوے چھِ اتھ سأری سٕے منظرس فوٹو گرافی کران تہٕ یۄت کال چھِ سورنے وأ لی نیران۔)

وردی پوش: چل اب ناٹک دکھا۔؟

ماگُن : دکھائے گا جناب۔ ابھی دکھائے گا

وردی پوش: پہلے بتا۔ کیا دکھائے گا ؟

ماگُن : جناب۔ ہم مخبر پأتھر دکھائے گا۔

وردی پوش: مخبر پاتھر۔ ہاہاہا۔۔۔ چل دکھا ؟

(ماگُن چھُ پھیرن ژٕھنان کلہٕ پیٹھی تہٕ لوکن بروٹھہ کُن گرٛشان۔
پرٛیتھ جوانس بروٹھہ کنہِ کلس اِنکار کران۔)

وردی پوش: ہاہاہا۔۔۔ایک دم نوٹنکی باز ہے سالا۔

(ماگُن چھُ آخرٕ دوشوٕنی بزرگن بروٹھہ کُن انہٕ ناوان۔)

بزرگ ۱: ہے افسوس۔لوگنس ہےَ تاوٕنس۔

وردی پوش: چل بوڑھے۔ادھر کھڑا ہوجا ؟

بزرگ ۲: ہائے ہے۔لوٗگ ہےَ میانہِ بھلایہ۔ ناتہٕ تیلہِ چھاوٕں اسے مرُن ؟

ماگُن : ہیوتوہِ ہا چھوٕ پٕنٛزٕ دوہہ کڈی ٕمتۍ۔وٕں دی تویمن جوانن کینہہ دوہہ کڈٕنہٕ۔

وردی پوش: یہ کیا کھُسر پُسر کرتا ہے ؟

ماگُن : جناب۔اس کو بولتا ہے۔ماردیا جائے۔یا چھوڑ دیا جائے۔

وردی پوش: ہاہاہا۔ماردیا جائے۔

(ماگُن چھُ نرین دونوردی پوش:۔ چل۔تم بھی ادھر کھڑا ہوجا؟)

بزرگ ۲: ہیویٖتہِ ہے آتی اَسی۔ژیہ اوئے سیاہٕ اتھِ ؟

ماگُن : (پھیرن تلان کلہٕ پیٹھٕ) ہیو جوان نٕے چھا چیٖڑ۔یمہٕ نٕے چھا مرُن۔

بزرگ ۱ : ہُند بندوق بنأوتھ أسہِ سعتی ٹاسہٕ رارے کران۔ تہٕ دوشوے بزرگ
چھِ پیوان پتھر۔(وردی پوش چھُ تھوٗ دوٗ تھتھ ژرِ پوٗپ کران۔)

وردی پوش: سب کیلئے انعام لاؤ ؟

(سُے تریشہِ وول وردی پوش چھُ یوان کھوٗنہِ منز گفٹ ہیتھ تہٕ أمس بروٗنہہ بروٗنہہ چھَ سوٗئے فائشن دارزنانہٕ یوان۔ سوٗ چھَ اکھ اکھ گفٹ وردی پوش افسرس کُن پلہٕ ناوان۔ سہٕ چھُ بروٗنہہ کُن کأشرین پلناوان۔ وردی پوش کیمرہ مین چھ اتیتھ فوٹوگرافی کران۔ ییلہٕ گوٗڈنیک کأشُر دٕچھنہِ ونگہِ نزدیکھ گفٹ رٔٹتھ کھووِروٗنگہِ کنٕ نیرُن چھُ ہیوان۔ اتیتھ چھُس اکھ وردی پوش پٔتی کنٕ ژٕھنان تھف۔ گفٹ نوان واپس تہٕ پٔتی کنٕ لتھ کڈان۔ بیٚہ یس تہِ چھُ یی کران۔ امہِ پتہٕ چھِ سأری یوان گفٹ ہیتھ پانٕے تہٕ وردی پوشس حوالہٕ کران۔ یمے گفٹ چھِ واپس وردی پوش افسرس کُن گژھان۔ تہٕ سائکل چھُ روزان جأری۔ یوت کال چھُ بیاکھ کیمرہ مین آسمانس کُن، حالہٕ منزٕ کین لکن کُن، یاں زِلینڈ سکیپ بیترِ فوٹوگرافی کران۔ یی کران چھُ انہِ گوٗٹ گژھان تہٕ سین چھُ بدلان۔)



(کاشکار، جوان تہٕ بزرگ چھِ زنتہٕ سدھ بھاونا کیمپہٕ پیٹھٕ واپس یوان۔)

بزرگ ۲: پنہٕ نہٕ جایہِ چھَ کتھ۔ کمبلہِ ہنا أس جان۔ وندس گژھِہا کُس وشنیراہ۔

جوان ۱ : بہٕ تہِ گیوس خوشی۔ میہ دپیو بس تراووٗرٕنی۔ راتس لگہِ ہس نہٕ تر۔ مگر یمو تاون زدوٕہے اتھٕ موٗرتھ نیہٕ واپس۔

بزرگ ۲: اوے چھُ حکم از طرفِ حضرتِ اللہ زِ گمان مہَ کرو۔ تہِ کیا زِ بازے گمان چھوگو ناہِ کبیر۔

جوان ۲ : پیرا۔ اتھ ونان پلم نِے تہٕ ژۏ کی گاٗم۔ گوڑٕ ہے ژٕ ے لجیو کھوندس وشنیر کرنہِ۔

بزرگ ا: پیٹھٕ وچھُتھ نہ اٗمی مخبرن کیتھ پھریٹھ ژٕھنیو اٗرتھ پانس شوٗٹھس۔ میہ گیے رائے پزٕ ے رٹہٕ ناوٗن از۔ وٗلی وٗلی ہرگاہ مرٕ نٛک ڈامب لاگہٕ ہونہٕ۔ خبر موٗمتی ما آسہٕ ہو۔

بزرگ ۲ : پۏ زہے بوز کھمیہ تہِ اٗس ترٕ اوہٕ براتھے۔ مرٕتھ تہِ اوس سے بہٕ پانس کلمہٕ پران۔

جوان : ہیو پیرا۔ کیاہ افراسیاٗبی چھُکھ ونان۔ مرٕتھ کُمی پۏ رپانس کلمہٕ ؟

بزرگ ۲: نہ سہَ۔ بہٕ چھُسے نقلی مرٕ نٛک ونان۔

جوان : تیلہِ آسہٕ ہکھ کلمہٕ تہِ پران تتھُے۔

کاشکار : ہتایارٕ۔ گوڑٕ وٕنی توماگُن کوٗت گو۔ سہٕ تاون ذدمالو گوٕیمن سعتی کانہہ ساز باز کرنہِ ؟

بزرگ ا: بڈٕ کتھ چھونہٕ۔ یم فنکار چھو بازے پھندتہِ کران۔

بزرگ ۲ : ہسہ یمن گیہٕ ہتھ بتھُی۔ اٗتی آسان یتھٕ گٕنی۔ اٗتی یتھٕ گٕنی۔ قول وفعلاہ تہِ ماچھُکھ آسان کہیں۔ توے چھَ پرٕ یتھ کانہہ سازٕش یمہٕ نِے کھسان۔ یمہٕ نِے پیٹھ چھُ گرٕ ھان شکھ۔

جوان ۱: پیرا کیاہ روٗوٕے ژٕ یہ۔ کُس جواب دکھ خودالیس۔ یم ہے بچاٗرٕ سیدی سادٕ۔ فتنو تہٕ فسادو نشہِ دوٗر۔ نستہِ سیئٕ دُے پکان۔ ژٕ ے کیا زِ چھِے گرژھان یمہٕ نِے پیٹھ شکھ؟

بزرگ ۲: تیلہِ نہ بہٕ چھُس ژٕ یہ خبرٕ ے یمن کہنز تقلید چھَ۔ یم گیہٕ شیطان سندی پیروکار۔ یم چھِ کتھو ستی انسانس ایمان ڈالان۔

جوان ۲: گوی۔ت چھُے ژٕ یہ ایمان ڈیوٗل زِ کتھو ستی چھُے ڈلان؟

(دوشوے جوان اسان)

بزرگ ۲: استغفراللہ۔

جوان ۲: ہیو پیرا۔ یم ناچھا برم برم چوک زِ وتھ ڈالن کأنسہِ۔ یم ہسہ گیہٕ فناہ فلاہ موج مٔری نم۔ یمو نہ چھَ اورٕ چ چیٹ ہیٔژ ہژ۔ نہ یورٕ چ۔ یم گیہٕ سأنی پأٹھی شوٕ۔

بزرگ ۱: ناتہٕ تیلہِ چھا یمن ہنگہٕ تہٕ منگےٚ تُلتھ نوان۔ تہٕ ٹاس دوان۔؟

جوان ۲: یمن ماچھُ اپز شروپان۔ اپز ستی چھُ یمن دٔستی کران یڈ دود۔ توے چھِ لگان اُتنہِ بھلایہ ژُت۔

بزرگ ۲: میأنی کنی ہے اُمس تہٕ ٹاسے دِہن۔ نیماز جنازاہ پرٕ ہوس۔ تہٕ چائیاہ چمہٕ ہوس۔

(امے ساتہٕ چھُ یہنزے وتہٕ ماگُن یوان۔)

ماگُن: ہیو توہی چھوا ونہِ بیٹھ تھے۔ توہی کونا گھرٕ گژھان۔ توہہِ ہے گھرٕ کی آسہٕ نو فوٹو ہیتھ ژھانڈنہِ دراہتی؟

کاشکار : باندا۔ وُہر چھے زٕٹھ۔ چأنی اٗسی کتھ کران۔ اسہِ دۆپ رۆٹھکھ اپأری۔ تہٕ یپأری نیونے پیر صأبن غأیبانہٕ جنازاہ پرٛتھ۔

ماگُن : ہیو بیقلا۔ ماگُن چھا مران۔ ماگُن ہا چھُ مرتھ تہِ زندے آسان۔ پیر ہے جنازٕ پرٕ تہٕ پرِ گس۔

بزرگ۲: ناتہٕ ژٕنے دراکھنۆ نے۔ اوسُکھ کتہِ ؟

ماگُن : قوم اوسُم بچاوُن۔ تورے پیوم یمن انزس منزس اژُن۔ توہہِ ما چھو خبر یمو کتھٕ کٔنی تاریواسہٕ کأشرین لورِ پیٹھی سرُف۔

کاشکار: ناتہٕ اسہِ نے فکرے تۆر۔

ماگُن : یہأے سرکأری پأتھر آیہِ یم پتھ وتھ کران۔ یُس نہٕ توہہِ زانہہ فکرِ چھو تران۔ تورے چھو گژھان کٔتی کٔتی اکوٗت۔ تہٕ آمرٕ کوٕکر چھوٗ پٔتی گژھان۔

بزرگ ا: مگر میہ گٔیو گوڈے شکھ یمہِ کتھِ چھہٕ یہ کتھ ......۔

ماگُن : توہہِ ما چھو خبر یہ سرکأری پأتھر کہندِ باپتھ اوس لاگنہٕ آمُت۔ تہٕ اتہِ کم اٗسی نژان۔ (فوٹوگرافرن نقل کران)۔ ٹپ تہٕ ٹپ۔ کران۔ ٹپ تہٕ ٹپ۔

کاشکار : نہ سہٕ تہٕ اٗسی ہے وارِ کارِ۔ ٹپ تہٕ ٹپ کران۔ اما یم اٗسی کم ؟

ماگُن : میڈیا۔

جوان۲: ہیو بھایا۔ کأشرٕ پأٹھی کر کتھٕ زٕ علاوے۔ انگریزی متہٕ ونتہٕ لگے بھلایہِ۔ اسہِ ونتہٕ سیوٗ دُرے اٗسی کم۔

ماگُن : یم اَسی تیلہِ کالُک لٲڑی شاہ۔ یُس اورچہِ یورچہِ خبرٕ اوس ونان تہٕ تۄملہٕ موٗٹھاہ اوس نوان۔ ازوٗ ونٛگھ تُمی ہےٚ میڈیا۔ تہٕ سبزی منڈی منزٕ تِتھٕ کٔنہِ مجہِ تہٕ گوگجہِ چھہِ کنہٕ یوان۔ تتھے کٔنہِ چھُ ازخبرن ہُند بازرلۄگمُت۔ تتھ ونان نیوز مارکیٹ۔

کاشکار : مگر یمن ہےَ اَکس اَس وردی۔ تہٕ بیہ یس نہٕ کہیں ؟

ماگُن : وردی پوش اوس سرکٲری میڈیا۔ سہٕ وننہِ تمے خبرٕ یمہٕ سرکارس وین۔ بیاکھ گو پبلک میڈیا۔ یہ چھُ تتھٕ خبرٕ ونان یمہِ سعتی پبلک چھُ گژھان تھوٗد تھوٗد وٚتھتھ۔ یانے ہرگاہ کنہِ جایہ لۄکھ کانہہ مطالبہٕ کرن تہٕ سرکار کرناوِ لاٹھی چارج۔ سرکٲری میڈیا ونہِ 'شہرس منزٕ چھُنہٕ کنہِ قسمُک ناسہٕ تراسہٕ واقعہ سپُدمُت۔ حالات چھہِ نارمل۔' مگر پبلک میڈیا چھکہِ تیُتھ نار زِ پگاہ نیرن ژۄپٲری جلوس۔ گاڈین دن نار تہٕ موخصر چلن گولہِ۔ تہٕ لۄکھ۔

بزرگ ا: گونہ یم تہٕ اَسی تی کرنہِ آمتی۔ میہ ہےَ گیو گوڈے شکھ یمہِ کتھِ چھَ یہ کتھ۔

ماگُن : مگر بہٕ چھُس ماگُن۔ میہ نشہِ ماکڈن وٚتھ۔ میہ کُرمکھ تتھٕ کٔنہِ ڈُلی براَرزِ نانہِ تھومکھ پھرُن۔ دوشوے تھاَوم ژُپی کانیورٔوس کُرتھ۔

(فلم رول ہاوان) کیمرہ منزٕ اَنی مکھ فلم رولے کڈتھ۔

جوان : مگر امہِ سعتی کیاہ گژھ ؟

ماگُن : دنیہس لگہِ نہٕ دھونکھ۔ لوکن لگہِ نہٕ اشتعال۔ کاٗشُر یتھُ اوس۔ کاٗشُر روزِ تھُے۔ تہٕ پأتھر روزِ جاٗری۔

کاشکار: مگر داندٕ سنزنے وٗژھ کیٚھے۔؟

ماگُن : ہائے ہے۔ ہائے۔ رۆٹنکھ ژٕ داندن۔ ژ یہ چھُے نہ تران فکرِ حالات کوٗت

وأتی۔ وں کتہ رۆ دداندٕ سُند سوال۔ وٕنی ہے بدٕلے بازرگر موٗ کھ۔ ژٕ چھُکھ

نہ وچھان وٕنی کپأری کپأری ہیٔژن تہرواتی۔ کم حلوٕ ژ و چھِ چھَ پکان بٔیہ تٔلی۔

کاشکار: گوناتیلہِ روزِ الہٕ اڈٕلیوٗ کے۔؟

ماگُن : پتہٕ کُس جأ گیر یہِ رٹنہٕ۔ وٕنی ہے اسہِ چھ سُورُے واتان اورے۔

جوان ۲: پوٗزہا چھُے ونان یارٕ۔ اسہِ نَے کأشُر بھتہٕ وچھُے زانہہ موج مُرٕ نم۔ گرٕ ژھ

کرمیأنی پأٹھی عاشاہ وأشاہ۔ کتھ چھُکھ پانس رتھ ژٹان ؟

جوان : داندٕ سنز ژٹھ وں کتھے۔ نیر بڈٕ خو دالیس حوالہٕ۔ پکوسہ ہے۔

(سأری چھِ نیران۔ کاشکار چھُ اُتی تھےٕ بہان تہٕ پانس سعتی سونچاہ کران۔

وارٕ وارٕ چھُ گاش سوتان۔)



(سٹیجس پیٹھ چھُ گاش بیوان۔ کینہہ کالاہ گُرٕ ھتھ چھِ بہأری جوراہ یوان سامانہٕ ٹھیلہٕ ہیتھ

تہٕ بہان اکس طرفس کُن۔ اکھ چھُ گُٹھکہٕ موران۔ رژھ کھنڈ پنہٕ نس بوجس دوان تہٕ رژھ

کھنڈ اُسس منز تراون۔ یوت کال چھِ دۆیم جوٗری یوان تہٕ بٔیہ طرفہٕ بہان۔ تہٕ وارٕ چھِ

یوان بٔیہِ تہِ کینہہ۔ موخصر چھُ کینہہ کال گُرٕ ھتھ کاشکار تہٕ تمُی سنز زنانہٕ یوان۔ یم چھِ یمن

بہارین انزس منزس زنتہِ کمس تام ژھانڈان۔)

کاشکار : ہے یم نے چھِ کنہِ کامہِ ہندی۔ یا گو وچھان چھکھ نہٕ یہندی اُڈٕ جہ

کھنگر۔ یم لگہٕ نے الہٕ دنس ؟

زنانہٕ : ہیوتلا کرِتھ ہو پہٕ۔ یِم ہاچھِ کأم کرِنس کتی ہا لۆتی آسان۔ یمن یہ ونان چھِ تہٕ چھِ کران۔

کاشکار : ہے مگر نیندٕ کتی کرن۔؟

زنانہٕ : ہے بہاری بھائی۔ کام کریگا ؟

بہأری : (تھۆ دوتھان) کیا کام ؟

زنانہٕ : پہلے بولو مزدوری کتنا ؟

بہأری : ہم پینٹر ہے۔ ہمارا دن کا تین سو روپیہ۔ ایک ٹائم بھتا دو ٹائم چائے۔

زنانہٕ : پینٹر نہیں چاہیے۔

بہأری : چُنائی کرنا ہے۔ وہ بھی کریگا۔

کاشکار : یہ ہے چھُے ڈسل تہٕ۔

زنانہٕ : ہیو میہ ہا چھَ خبر۔ وکھتس پیٹھ ہاچھِ یِم چھانہٕ کأم تہٕ کران۔ فریِتھ ہا دیُت أکی سرانہٕ کھٹ بناوتھ۔ تمی گٲری تا کھ تہٕ۔ تمی لاجہ سیر تہٕ۔ تمی لوگنس نلکہٕ تہٕ۔

بہأری : تم کو کیا کرنا ہے بولو۔ ہم کریگا۔

زنانہٕ : نیندٕ کریگا ؟

بہأری : نندٕ ؟ (باقین نفرن کُن وچھان)۔

زنانہٕ : (سمجھاونٕچ کوشش کران) کھیت میں جانا ہے۔ اور کچھا نکالنا ہے۔؟

بہأری : نہیں بی بی جی۔ وہ کام نہیں کرتا ہے۔ ہم تو کچھا پہنتا ہی نہیں۔

زنانہ : ارے وہ کچھا نہیں۔......۔

کاشکار : داں ڈوٗرمیں پرگھاسا جوہوتا ہے۔وہ کچھا۔

بہارؠ : کھیت میں گھاس پھوس نکالنا ہے۔وہ نکالے گا۔

زنانہٕ : کتنا لیگا ؟

بہأرؠ : (بہأرؠ چھُ باقین ساتھین سعتؠ مشورٕ کران)

کاشکار : یتھنے دوہہ پاٹھی کرہکھ۔ ٹھیکس منز دموکھ دوہس روپیہ ساس۔

زنانہٕ : تیلہِ ہا گژھیکھ بھتہٕ پھوٗلاہ تہِ آسُن۔

کاشکار: ہے یم کوتہٕ ہے چھِ کھیوان۔ أسؠ ہے ہونین چھِ تراوان تمہِ زیادٕ۔

بہأرؠ : ٹھیکے میں آٹھ سو روپیہ لیگا۔ایک ٹائیم کھانا۔دوٹائیم چائے۔

زنانہٕ : ہم چھ سو دیگا۔بھتا بھی دیگا۔چائے بھی دیگا۔مگر پہلے ہم دیکھے گا۔تم کو نینڈٕ کرنا آئے گا۔نہیں آئے گا۔

بہأرؠ : ہم دکھائے گا۔

زنانہٕ : دکھاؤ۔

(بہأرؠ چھِ سأری وتھان تہٕ زٕ ئ ری بنأوتھ نینڈٕ کرُن ہاوان۔
أتھی سعتؠ چھِ بأتھاہ تہِ گیوان)

بہأرؠ : (گیوان) جان جانی جناردن۔ ترم ترم ترم۔

باقی : (گیوان) جان جانی جناردن۔ ترم ترم ترم۔

بہأرؠ : بی بی نے بتلایا۔صاحب نے سمجھایا۔نینڈٕ کرنا کام ہے۔کرلیگا ماقسم۔

باقی : (گیوان) جان جانی جناردن۔ تر رم تر رم ترم۔

زنانہٕ : بس بس۔ ٹھیک تکتا ہے۔ ہمارا ذڑ نکلے گا۔

کاشکار : ہے مگر یموہَ ٹُل بدلِ نیندٕ بأتھاہ۔ تِتھنے نیندٕ تہٕ بدلِ پأٹھی کرن۔

زنانہٕ : ہیو یلہِ نیندٕ تگہٕ نکھ کرنہِ۔ نیندٕ بأتھ تہٕ ہاہچھن پانے۔

کاشکار : اِدِ بی پُٹھراوتیلہِ خوداییس۔

زنانہٕ : چلو۔

(کاشکار تہٕ تُمۍ سنز زنانہٕ چھِ برونہہ برونہہ نیران تہٕ بہأری چھِ نیران پتہٕ پتہٕ۔

گاش چھُ ژھوکان...... کینہہ کالہٕ پتہٕ چھُ بیٚیہٕ گاش پھولان

تہٕ کاشکار چھُ پھریکھ ہیو ترأوتھ یوان۔)

کاشکار : شکر خوداییس گُن۔ بڑ پریشانی گیہٕ دوٗر۔ نتہٕ اوس شوٗٹھس رتھ وسان الہٕ دوان، تھل روان تہٕ نیندٕ کران۔ وں ژٕھنہِ میہ یہ چیٚنڈ اورٕ کینہِ موٗزورن تہٕ شوٗٹھ بچیوٹنگہِ ٹلی۔ وُنی ہیکہٕ بہٕ عاشاہ وأشاہ کٔرتھ جان پأٹھی۔ یوٗ ژھ ہےَ خوداین زٕنیاہ تہِ کرن شوبہٕ وِنی ماشٹر بھایا ہش۔

(امہ ساتہٕ چھُ اورٕ أمۍ سنز زنانہٕ اژان فراکھ یزار لأگتھ تہٕ کلس پیٹھ ڈپٹہٕ وٕلتھ۔)

زنانہٕ : مگر پانہ ییلہِ روزکھ یتھے شکس لد ہیوٗ۔ نہ کرکھ سران زانہہ۔ نہ بدلاوکھ یہ پلوزٹ۔ ماشٹر بھائے دییہ پنہٕ نہٕ بھلایہ۔

کاشکار : اوہو۔ ژٕ ہے چھکھ پزے از ماشٹر بھائے ہش گمژ۔

زنانہٕ : ہتوٗ ذلت لدٕ ذمینداراہ۔ یہٕ ہا چھوٗ لے میہٕ ونہِ بُتھے یوت۔ ژٕ ہاو چھکھ ییلہِ بہٕ سران گٔرتھ نیرے ہیرأنی ہش۔ میہٕ پیٹھ نادر نظرٕ ے۔

کاشکار: ہے تیُتھ اثرٕ نَے گٔری زینہٕ۔ خبر کُس پھیل کیاہ بی کرکھ۔

زنانہٕ : توٗے چھسے ونان۔ پٔننی پرمانہٕ تھاو بروبر۔ یتھ نہٕ ڈُلی برأر گژھی۔

کاشکار: ہے تژھ کتھ نَے چھنہٕ۔ ژٕ ہرگاہ بہأری موٗ زورن ہنز بی بی جی چھکھ۔ میہٕ تہِ ہے چھِ ونان صاحب۔

زنانہٕ : ہیو مگر ژٕ نا چھکھ باسان صاحبہٕ سُند پوٗت پلوتہِ۔ یہٕ ژھیٚون مُت کرتھ یزاراہ نالی ژھنتھ کسوٗ ونی ژیہ صاحب۔ پیٹھٕ چھے گاندھ یوان سأری سے پانس۔ بہٕ ہا چھَس مندٕ چھان وں ژیہ سعتی پکہٕ نس۔

کاشکار : ہے ژٔی کتھ۔ ژٕ وچھی ییلہِ بہٕ سران گٔرتھ قمیض پتلون نالی ژھنہٕ۔ تہٕ کلس دمہٕ فرٕنگی ٹوٗپی۔ ژیہ نَے یسے بہٕ پرٕ زناونے۔ پیٹھٕ ییلہِ بہٕ فرٕنگو بوٗلی کرے۔ دِ دٕ نے پھوہری کوٗ ٹھچ درٕ ے۔

زنانہٕ : ہیو ولا اہنو۔ یا گو بہٕ زانتھ نہٕ۔

کاشکار: اِدٕ بی ٹھہر کر۔ ابھی دکھاتا ہے۔

(کاشکار چھُ نیران چمہٕ کھمہٕ۔)

زنانہٕ : ہیو تلا ٹھہر کر۔ یتھناوں ذیادے پہن پھٔٹ پھٔٹ نیرکھ۔

(زنانہٕ چھَس نیران پتے)



(سٹیجس چھُ پیوان گاش۔ سورنے والی چھِ یون تہٕ سورنے وایان۔
یمن سعتی چھِ یوان بچہٕ کُڈٕ تہٕ یم چھِ نژان۔ چھیکرس چھُ یوان پاریہِ وول
ترٕ کراتھس منز ہیتھ تہٕ دوان چھُ پارے۔)

پاریہِ وول: ہوشیار تہٕ خبردار۔ انصافکی طلبگار۔ مظلوم تہٕ لاچار۔ ساری
روزِن تیار۔۔ تہٕ کیاز عدلُک علمدار۔ قائضی صائبِ نامدار چھِ لکہٕ
ہندی قضی تہٕ تنازعہٕ أنزراونہٕ باپتھ راہدار پکان۔ لہٰذا گژھن عدالتکی
درواز ؤتھی ین تراونہٕ۔ ہوشیار خبردار۔

(اکھ بانڈ چھُ یوان کرسی ہیتھ تہٕ تھاوان منز بھاگ سٹیجس۔ أمس پتے چھُ
ماگُن یوان قائضی بٔنتھ تہٕ بہان چھُ کرسی پیٹھ۔ قائضس چھِ پنٕز مشیر سعتی)

قائضی : قائضس برونہہ کنہِ گرو قضیہٕ پیش۔

پاریہِ وول: قضیے کاشکار ازطرفِ زمیندار۔

(ؤچھنہِ ونگہِ کنی چھُ کاشکار حاضر سپدان۔ أمس چھُ جدید پوشاکھ لأگتھ
یُس نہٕ کأشرس لباسس ہیو ہرگز چھُ۔ بولان تہٕ چھُ واتہٕ پأرم۔)

کاشکار : عالیجناب۔ ہم کا انصاف دیدو۔

قائضی : ہتا یارٕ قضیہٕ ہے زمیندارٕ سُند۔ تہٕ ژٕ کتھ آکھ منز انصاف ژھانڈنہِ؟
تلہٕ سہ یارٕ روز پتھ۔ اسہِ دِگوژٕ پنُن مامِلہٕ أنزراونہٕ۔

کاشکار : جناب۔ ہم ہی کاشکار ہوں۔ ہم ہی زمیندار ہوں۔

قائضی : یہ کیاہ سہ ونان۔ یہ ماڈؤلمُت۔ تلہٕ سہ نی ؤن تہٕ تھأوؤن پاگل خانس منز۔

(بچہٕ کُٹ زٕچھِ أمس دوٕ یوطرفو یوان تہٕ لمان۔)

مشیر : یہِ جناب چھُ پۆزونان۔ یہ چھُ کاشکار تہِ۔یہأے چھُ زمیندار تہِ۔

قاضی : ہتومشیرا۔ژ یہ کیاہ پریژاہ ہیرٕ تھ وٕنی۔ کتھِ کڈ واش۔

مشیر : جناب یہ چھُ اوسُمت مہاراج سندِس وقتس منز کاشکار۔ أمس پشرٕ کھ چیٹھ تہٕ زمین دیت ہس لاگُن۔ عوأمی حکومتس منز گوس نخ بیدار۔ سُے زمین دِتہس پٹس لیکھتھ تہٕ بنوٗ کھ زمیندار۔ أتھی منز ژاس الخناس تہٕ ژاس آلُژ۔ زمین دِتُن بہأرِس لاگن تہٕ پانہٕ ترأون شونگ۔ یوٗ تام بہأری تتھ زمینس نلم کوٗرُس۔ وٕنی چھُ آمُت جنابس فریأدی۔

قاضی : اِدگوس کیاہ۔ أمس ہےَ مہاراجن چیٹھ پشراوے۔ أمی کتھ پشرأ و بہأرس۔

کاشکار: شہمتھ پھوٗرُم جناب۔نستہِ کنی شیطان اژ گیا۔

قاضی : تلہٕ سہَ أنی وٗن بہأری کنس تھف کٔرتھ ؟

پاریہ وول: بہأری حاضر ہو۔

(بہأری چھُ دوٗیمہِ ونگہِ کنی اژان خاص کأشرِس لباسس منز۔)

بہأری : جناب۔

قاضی کیاہ سہَ۔یمس بچأرس کتھ چھتھ زمینس نلم کوٗرمُت ؟

بہأری : جناب یہٕ چھُس کاشکار۔زمینس پیٹھ چھُ بحکم سرکار میے تختیار۔

قاضی : خبر کتھ کٔنی۔اسہِ تہِ تار فکرِ ؟

بہأری : جناب۔ذرعی اصلا حاتو متأبق چھُ زمین تُمی سُندیُس تتھ لاگان چھُ۔

قاضی : مگر سۆ گژھِنَہ کاشُر آسُن ۔؟

بہأری : جناب ۔تیلہِ کُس خطاہ چھُ میہ ۔یہٕ کمہِ رنگہٕ چھُس نہٕ کاشُر باسان ۔کاشُر پلوپوشاک چھُم نہ نالی ۔کاشُر بول چال چھُم نہ ۔یہ وُنی توم یہ کمہِ رنگہٕ چھُ کاشُر باسان ۔

کاشکار: ہم کشمیر کا سٹیٹ سبجیکٹ ہوں ۔

بہأری : جناب اگر سٹیٹ سبجیکٹ سعتی چھَ کاشری پرٕز ناونہٕ یوان ۔تیلہِ چھَ سو تہِ میہ نش ۔وچھِو جناب ۔

(بہأری چھُ کاغذ ورکھاہ قاضس ہاوان ۔سہ چھُ اتھ نظراہ کران ۔)

قاضی : سٹیٹ سبجیکٹ ہے چھے برابر ۔اتھ نَے آب ترِنہٕ ۔

بہأری : وُنی وُنی تو میہ یہ کیُتھ کاشراہ چھُ یس نہٕ پلوپوشاک تہِ کاشُر چھُ ۔نہ چھُس بول چال ۔نہ چھُ کنہِ رنگہِ کاشُر باسان ۔یہ کتھٕ کُنی ہیکہِ کشیرِ ہنزِ زمینِ پیٹھ دعوا کٔرتھ ۔؟

قاضی : ونو ہیا ژھٹہ رس فرنگیاہ ۔ژٕ کتھ پیٹھ چھُکھ کشیرِ لوٗ گمُت بھلایہِ ۔

کاشکار: جناب ۔اس کا سٹیٹ سبجیکٹ جھوٹھاہ ہے ۔

بہأری : جناب یہ سٹیٹ سبجیکٹ تہِ چھَ اَکی کاشری بناوٕمژ ۔

کاشکار: جناب ۔ہم ماں قسم جدی بودی کاشُر ہے ۔

قاضی : تلہٕ سہَ یمس جدی بودی کاشرس گرو تلہٕ پٔتی شلکھ ۔وُ چھو بادمانیرنس کاشری ۔

کاشکار: جناب ۔ہم کا انصاف دیدو ۔

قاضی : ہے یارٕ۔ دتُے ہے انصاف۔ وں کتھٕ گٔژ دموئے۔ تلہٕ سہ نی وُن یہ کھکھرٕ۔ تہٕ وچھو بادکتھی تراوِ۔ تیٚوٚت کال أنی توکھ یمہٕ جہنمہٕ چہٕ تیٚمبرٕ۔ تہٕ زیور آوی توکھ میہ بروٚنہہ کنہٕ۔ دیونزین زنگن یہاَے وشنیر اہیو پھیرٕ۔

(سورنے وأنی چھِ سورنے وایان تہٕ بچہٕ گٔڈ چھِ نژان۔
أتھی ستی چھُ دویم ایکٹ اندواتان تہٕ پرٕد پیوان۔)

(ختم شد)



۲۰۰۲ عیسوی ریڈیو کشمیرٕ کس آڈیٹوریمس منز آل انڈیا ریڈیوٕ چ انعأمی تقریب



# ریڈیوڈراماتہٕ ڈراماگرٛی

ریڈیو کشمیرن ہیٚژ جولائی سنہٕ کنوٗہ شیتھ ارتائہ جہس منز کاٗم کرٕنۍ۔ گوڑٕ گوڑٕ اوس یہِ آزاد کشمیر ریڈیو پیٹھٕ سپدن وأنس پروپگنڈہس جواب دِنچ کاٗم کران۔ یم پروپگنڈاہ پروگرام روٗدۍ واریہن وٕرین چلان۔ پتہٕ ییلہِ حالات ہیٚتن بہتر گژھنۍ تہٕ ادبی پروگرام تہِ ہیٚتن نشریاتن منز شاٗمل سپدٕنۍ، ڈرامہن ہُند سلسلہٕ تہِ گو شروع۔ گوڑٕ گوڑٕ آوٕ اردو ڈرامہٕنے پیٹھ زور دنہٕ۔ تہِ کیازِ ریڈیو والین نشہِ آسۍ آل انڈیا ریڈیو پیٹھٕ ڈراماٗسۍ یاب سپدان۔ کاٗشُر ڈراما اوس خال خالے نشر سپدان۔ پیٹھٕ نہَ آس لیکھن والین ریڈیو تکنیک سمجھ آمٕژ۔ نہَ آس ریڈیو کشمیر کس براڈ کاسٹنگ سٹافس اچھ زان کاٗری۔ وٕنۍ یم آل انڈیا ریڈیو کہِ طرفہٕ یور آسۍ سوزنہٕ آمٕتۍ۔ تمن یوٗ دوے براڈ کاسٹنگ ہنز زان کاٗری سیٹھاہ آس، کاٗشرِ زباٗنۍ ہنز زانکاٗری نہَ آسنہٕ کنۍ ہیوٗک نہٕ تموکانہہ مود تھ گرتھ۔ موخصر ییلہِ کاٗشرین ڈرامہن ٲسلابہٕ سپٕد، تم آسۍ ذیاستر لگہٕ کتھو تہٕ داستانو منزٕ اخذ کرنہٕ آمٕتۍ۔ وٕنۍ گو کاٗشر یو بوزن والیو گرٛی تم تہِ پسند۔ لوٗکن ہندِ امہِ ردِعملُک دراوٗ یہِ نتیجہٕ زِ بیہ یو قلمکارو تہِ ہیٚتۍ ریڈیو خاطرٕ ڈراما لیکھٕنۍ۔ یمن منز علی محمد لون۔ امین کاٗمل، نور محمد روشن، سوم ناتھ زُتشی، پشکر بھان، صوفی غلام محمد بیترِ آسۍ یمو کینہہ ڈرامایٚتہِ کس مزازس وِیوٗنۍ لیکھۍ تہٕ کینہہ أنکھ بیہ یو زبانو پیٹھٕ ترجمہٕ گرٕتھ۔ کینہہ کال گژھی تھے سپُد آل انڈیا ریڈیو کہِ طرفہٕ ڈرامہن منز گُل ہند مقابلُک ایلان۔ امہِ سعتی ہُرے یہِ ڈراما

لیکھن والین ہیمتھ تہٕ نۆی لیکھن وألی تہِ ؤتھی مارکس۔ سوم ناتھ زتشی سندس ’وجہِ واوٗ‘ ڈرامہس آیٔ گوڈنیُک ینامہٕ دنہٕ۔ نور محمد روشن سندس ’کأری گر‘ ڈرامہس دۆیم تہٕ امین کأمل نس ’مومہٕ سرٕ‘ ڈرامہس ترٛیٚیم۔ یمن ڈرامہن منز آیٔ گوڈنچہِ لٹہِ سنجیدگی سان ڈرامہٕ کین فنی گوشن سعتی ریڈیوچہِ تکنیکہِ ہُند پورٕ پورٕ خیال تھاونہٕ۔ یمیُک یہ نتیجہٕ دراو زِ زتشی صأبُن ڈراما آیٔ آل انڈیا ریڈیوکس قومی پروگرامس منز سارِنٕے زبانن اندر نشر کرنہٕ۔ یہ اوس گوڈنیُک کأشُر ڈراما یتھ یہِ بۆڈ اعزاز حأصل سپُد۔ یتھٕ گٔنی گو کشیرِ منز ریڈیو ڈرامہن ہُند اَژھیوٗن سلسلہٕ شروع۔

۱۹۵۳ عیسوی بدلے یہِ سیأسی حالات۔ امیُک اثر پیو ریڈیو کشمیرس تہِ تہٕ ییٚتہِ کس دانشور طبقس تہِ۔ ریڈیو کشمیرس منز کأم کرن والین پیٹھ تہِ اوس شک یوان کرنہٕ۔ گونماتن تہِ رۆدنہٕ وطن دار، سونتہٕ بلبل، کھسہٕ وُن سری، ظلم، قأد بیترِ لفظ پننہٕ نین نظمن منز ورتاوٕنُک اجازتھ۔ ڈرامہن ہندس مالس منز تہِ ہیوٚت ریڈیو والیو کینژس کالس دودِس تہٕ گنڈی ژارٕنی۔ مگر ڈراما لیکھن والیو ترووٗنہٕ قلم پتھر۔ یم موضوٗع مخالف ردِعمل وتلاوٕ ہن، تم آیہِ ابہام تہٕ بلواسطٕ طریقو ابساونہٕ۔ مگر ڈراما رۆدی براڈ کاسٹ سپدان۔ وُں گو موضوٗعن ہنز آزأدی رۆزنہٕ کینژس کالس۔ یمہِ کٔنی ہزل تہٕ مذاق آیٔ لیکھنہٕ زیادٕ۔ ترجمن تہٕ داستانن ہُند دور گو ییٚہِ شروع۔ کینژ وقلمکار وترووٗ لیکھنٕے۔ وُں گو پشکر بھان، سوم ناتھ سادھو تہٕ علی محمد لون اُسی ریڈیوس سعتی وابستہٕ۔ یم رۆدی مسلسل لیکھان۔ شاید اوٕ کٔنی زِ یمن اُس نوکری ہنز مجبوری۔ مگر یانٕی حالات نرمے یہِ تہٕ پابندی موکلے یہِ، ڈراما لیکھن والین ہنز اکھ نۆو جماتھ درایہِ مارکس۔ یم نۆی ڈراما گرٔی

اُسی تازٕ دم۔ یِمو لیکھی رنگارنگ ڈراما تہٕ یتھٕ کٔنہ ژاو ریڈیو ڈرامہن تازٕ زُو۔ یِمن ڈراما گرین منز اُسی بنسی نردوش، موتی لال کیمو، سجود سیلانی، ہری کشن کول، اوتار کرشن رہبر، فاروق مصودی بیترِ ناو ہینہٕ لایکھ۔

یتھ کتھِ منز چھنہٕ کُنہِ قسمُک ہراسہٕ کرنٕچ ضرورتھ زِ ریڈیو کشمیر س منز ینہٕ پران کشورس ڈراما سیکشن سُپرداوٕ کرنہٕ، تتہٕ بدلے یہٕ ریڈیو ڈرامہن ہنز ہیتھے تہٕ اُتی تھےٕ لٔج ریڈیو ڈرامہہ کہِ ارتقاہچ گوڈنٕچ میلہٕ پٔٹ۔ پوٗز دۄیم تہٕ لٔج نہٕ زانہہ۔ اُمی براڈ کاسٹرن تھوو پنہٕ نِسے وقتس منز تیوٗت کماوتھ یُس نہٕ ونیُکھ تام سوران چھُ۔ یہِ عظیم ڈراما شخصیت اُس براڈ کاسٹنگ منز بیہ مثال، ڈراماتہٕ فیچر لیکھنس منز ماہر تہٕ اداکٲری منز وستاد۔

پیٹھ اُسس خوداہ صابن آوازاہ تہٕ دژِہرٕ ترٕژھ یتھ نہٕ ونیُکھ تام جورے چھُ نیران۔ ریڈیو ڈرامہک یُس تصوٗر اُمی بدِ کوٗ ڈتہٕ کامیابی سان ورتوو، تُمی دیُت ریڈیو ڈرامہس سہٕ تھوٗ دمقام زِ ریڈیو کشمیر ہیوٗتن ڈرامہو ستی پرزٕ ناو نہٕ یُن۔ شامس نِو بجہِ اُسی گھرِ کی سٲری باژ آسان ریڈیو سیٹس نال وٗلتھ امہِ غرضہٕ آل انڈیا ریڈیو پیٹھٕ تبصرٕ بوزان زِ امہِ لگہِ ساڑِ نو بجہِ ڈراما۔ شہر وگام اُس گھر گرہست زنانن پھِکرِ نی لگان۔ یُتھ تم شامس وٗلی وٗلی گھر کامہِ موکلاوہن تہٕ نِو بجہِ برونہہ رٹہٕ ہن ریڈیو سیٹس برونہہ کنہِ جائے۔ دۄیمہِ دوہہ اوس وانہٕ پینچین پیٹھ کالہ کس ڈرامہس پیٹھ تبصرٕ سپدان۔ اُتھی وقتس منز کُرسانیو ڈراما نویسو شہروگام شہورتھ حاصل۔ تہٕ تم ڈراما سپدی نشر یم نہٕ وُنہِ تہِ لوکن مشان چھِ۔ خاص خاص چھُ بنسی نردوش 'داٗن تھٔر'، ستار احمد شاہدن 'انہٲری

ارمانٕ ، شنکر رینہ سُندٕ ون کھنز وآری چھَ ، اوتار کرشن رہبر سُندٕ بہٕ چھُس ژوٗرٕ ، سجود سیلانی سُندٕ شہُل نارٕ ، موتی لال کیموسُندٕ حرم خانک عاًنہٕ ، ہری کرشن کول سُندٕ ییلہِ وتن کھر چھُ یوانٕ۔ یموعلاوٕ آیہِ اتھ وقتس منز سلسلہٕ وار ڈراماتہٕ لیکھنہٕ یمن منز پشکر بھانُن ہیرو مچامہٕ تہٕ علی محمد لون سُندٕ لالہٕ جواینڈ سنزٕ ناوٕ ہیون لایکھ چھُ۔

پران جی اَسی پریتھ اَکی سُند سکرپٹ رژھہِ رژھہِ پران۔ تہٕ پریتھ ڈرامہس سنان۔ سہٕ اوس نہٕ کانہہ لیس نہٕ سہٕ کانہہ نتہٕ کانہہ نوقص وچھتھ یا سکرپٹ چہِ بہتری ہنُد کانہہ نتہٕ کانہہ مشورٕ ہیتھ سکرپٹ واپس کرِ ہے۔ امہِ رنگہٕ چھُس بہٕ پانس بدنصیبی مانان یا وُنی توخوش نصیب زِ میہ چھُن نہٕ زانہہ دیُت مُت کانہہ سکرپٹ واپس۔ شایداوٕ کنی زِ بہٕ اوُسس پنہٕ نس مائلس سجود صابنی سکرپٹ پرٕی پرٕی ریڈیو تکنیک گھرے ہیچھتھ بازر درامُت۔ میہ چھُ یاد ۱۹۷۹ عیسوی سنس منز ییلہِ بہٕ گوڈچہِ لٹہِ روح ریہہ تہٕ وآہراتھٕ ناوُک سکرپٹ ہیتھ پران جی لیس برونٹھ گُن گوس تہٕ پانس سجود صابٕن نیچوٗ نتھ تروس برونہہ کنہِ۔ تموتُل تہٕ کینہہ وننہٕ ورأے ژھنگھ ٹیبلہٕ کس ڈرارس منز۔ رژھاہ پرأرتھ دراس بہٕ واپس۔ منزٕ گیہٕ دوہ وُہ مرِ تہٕ اکہِ دوہہ ووٗن میہ مائلی زِ پران جی اوسے یاد کران۔ میہ زون شاید آسیس سکرپٹس متلق کینہہ وُنن۔ مگر تمہِ ساتہٕ آیہِ نہٕ میہ پڑہِ ییلہِ تموٹیبلہٕ کہِ تلی مہٕ ڈرارٕ منز رائیٹی کانٹریکٹ کڈتھ میہ برونہہ کنہِ تھوٗ تہٕ دوٗپہم یتھ گرٕو دسخط۔ نکاح نامس دسخط کرنہٕ وزِ آسہِ نہٕ کانہہ تیوٗت نروس گومُت یوٗت بہٕ تمہِ ساتہٕ رائیلٹی کانٹریکٹس دسخط کرنہٕ وزِ گیوس۔ امہِ پتہٕ لیوٗ کھ میہ دزن دگ تہٕ سلسلہٕ روٗد پکانٕ۔ امہِ پتے سپدی پران جی نوکری نشہٕ رٹائر۔ امہِ ساتہٕ یوس نٔوپُے ریڈیو ڈراماٗس

لیکھان تمن منز چھِ بشیر دادا، نثار نسیم، امین بٹ، شمس الدین شمیم، ذاہد مختار، سیٹھ رفیع تہٕ یعقوب دلکش ناوٕ ہیٚنٕز لایکھ۔

پران کشور نہِ رٹائر گژھنہٕ پتہٕ یُس خلا ریڈیوڈرامہس منز پٲدٕ گو، سہٕ خلا رۆد وُنیُس تام بدستور۔ مگر یُس مقام تمو ریڈیوڈرامہس دیُت تمہِ کہِ برکتہٕ چھِ از تہٕ لۆکھ خاص کٔرتھ گامن منز شوقہٕ سان ریڈیوڈراما بوزان۔ مگر وارِ وارٕ ڈۆل ریڈیوڈرامہن سہٕ مزے۔ تہِ کیا زِیم سوتی تاثرات پران کشور نہِ وقتہٕ ڈرامہن زندگی اَسی بخشان، تم تاثراتٕ زن ہیتن وارِ وارٕ ریڈیو کشمیر چہِ لایبریری منزٕ غاب گژھنۍ۔ نتہٕ ماہیژ نہٕ تم ژھانڈٕنچ ہرِ ژھٕٹھے کانسہِ۔ دۆیم اوس آل انڈیا ریڈیو پریتھ دۆیہِ وہری رجنل زبانن منز ڈراما سکرپٹن ہُند مقابلہٕ کران۔ تہٕ ایوارڈ فنکشن اَس قومی سطحس پیٹھ منعقد یوان کرنہٕ۔ یمہِ سعتی ڈراما گٲری منز اکھ جوش اوس۔ تم مقابلے کٔرکھ بند۔ پیٹھٕ ژھنگھ ریڈیو ڈرامہس بۆڈ واوٕ زِ ہُش مُش پٲٹھۍ نیٚوکھ گھنٹُک ڈراما اَڈس گھنٹس منز ژۆ مرأوتھ۔ اتھ اَڈھِ گھنٹہٕ کس ڈرامہس منز نہَ چھ کُردارن ہُند تعارف ہیکان سپدتھ۔ نہَ چھَ کہانی یوان قرارٕ سان برونہہ پکہٕناونہٕ۔ تاثراتن کژ تہِ چھنہٕ کانہہ گنجاَیش روزان۔ یمن حالاتن منز ہے لیکھن وول لیکھِ تہٕ لیکھِ کیاہ۔

## ریڈیوڈراما گٲری ہنز تکنیک

ریڈیو چھُ ونہٕ ٹُک تہٕ بوزنُک میڈیم یتھ منز ڈراما گرن وٲلس زمان ومکانٕچ آزٲدی چھُ مویسر۔ سہٕ ہیکہِ بوزن وٲلس برنزس منز سأرٕی ہے دنیہس پھرنٲوتھ۔ کاسٹیوم، سیٹ تہٕ باقٕے لوٲزماتو رۆستے خابن تہٕ خیالن ہنز منظر کشی کٔرتھ۔ تہٕ بیہ شمار

ممکناتن ہندی لامحدۄد تجربہٕ کرتھ۔ مگر امہٕ خاطرٕ چھُ تٔمس صرف آوازِ ہُند وسیلہٕ۔ بوزن وول چھُ یمہٕ وٕے آواز و ستی پریتھ سوکتھ visualise کران یوس تٔمس ونہٕ ییہٕ۔ ڈراما شروع گژھنہٕ پیٹھٕ ڈراما اختتام سپدنس تام چھَ سہٕ مُسلسل مکالمن، تاثراتن، موسیقی تہٕ ژھوپہٕ ہنز تژھ مخصوص ترتیبہٕ ستی پریتھ واتھک ہو بہو عکس پنہٕ نس دیماغس منز اخذ کران۔ أمی سنزِ سہولیت خاطرٕ چھُ پریتھ ڈرامہک کردار کتھ کرناوُن یتھ بوزن وول تٔمس پرزِناوتھ ہیکہٕ۔ مگر کہانی ہُند پریتھ کانہہ کردار کتھ کرناونہٕ ستی ہیکہٕ واریہن کردارن منز کنفیوجن پاد گژھتھ۔ لہذا چھِ کینہہ کردار فقط تذکرن منز انہٕ یوان۔ مثلن جاناوارن ہُند بول بوش تہٕ شہن ہنز کھسہٕ وس چھَ تاثُر دوان زِ نفر چھُ اولِ صُبح جاگنگ کرنہٕ درامُت۔ یہٕ چھا مردکنہٕ زنانہٕ۔ امیُک باس دنہٕ خاطرٕ گوژھ أمس ستی کانہہ آسُن لیس ستی یہ کتھ کرِ ہے۔ وٕں ہرگاہ تٔمس دۄیمس کردارٕ سنز ڈرامہس منز ضرورتھے آسہِ۔ تیلہِ ہیکون یہ بیہ لیس کأنسہِ نامولوم نفرس دورے سلام کرناوتھ۔ أمی سنز آواز بوزتھی نہ صرف ننہِ أمی سند جنس۔ بلکہِ بوزن وول ہیکہِ أمی سنزِ وأنسہِ ہُند تہٕ اندازٕ لگٲوتھ۔ وٕں ہرگاہ سلام کرنہٕ بجایہِ ہیلو ہائے کرِ۔ أمی سند کلچرل بیک گرأونڈ تہٕ ننہِ۔ یم چھِ تمہٕ قسمکی پھندیم پریتھ ڈراما گرن وألس پنہٕ نہِ عقلہِ چھِ بدِ کڈنی تہٕ سیٹھاہ چالاکی سان ورتاوٕنی۔ کردار ہرگاہ کمے آسن، بوزن وألس چھُ ڈراما سمجھُن سہل گژھان۔ غأر ضروری کردارن ہنز آواز یاد تھٲوتھ چھُنہٕ کنہِ ساتہٕ بوزن وول مرکزی کردارٕ سنز آوازتہِ پرزِناوتھ ہیکان تہٕ یتھ کٔنی چھُ تٔمس کنفیوجن پادٕ گژھان۔

ریڈیو ڈرامہن ہندی منظر چھِ یکدم اکہٕ سازٕ چہ لیہٕ ستی بدلان۔ امہِ خاطرٕ

چھُنہٕ بازے بوزن وول تیارٕ ے آسان۔ لہذا اچھُ بہتر زِ کانہہ تہِ سین یلہِ اندیٚشہِ واتُن، قوٗدرتی اندازس منز گژھِ تِنہٕ دوٚیمہِ سیٖنچ نشان دٕہی کرنہٕ یُتھ بوزن وول دوٚیم سین شروع گژھنہٕ برونٛہہ تمہِ خاطرٕ تیار گژھِ۔ یہ چھُ تتھٕ کُنہٕ کرُن یتھٕ کُنہٕ ڈرامہُک سسپینس متأثر گژھِ۔ سین تہِ گژھن نہٕ سأری اکے راد آسنۍ۔ اکھ آسہِ زیوٗٹھ تہٕ بیا کھ گژھِ ژھوٗٹ آسُن۔ أکس آسہِ اکھ بیک گراؤنڈ۔ بیٚیس گژھِ بیا کھ آسنۍ۔ بیان بأزی گژھِ کاأم ہینۍ کہٕے۔ مثلن ہرگاہ اسلمس چھَ دفترس منز پننہٕ نس دوستس ونان زِ شوٗٹھس چھَ مألس سعتۍ مُژ کری۔ اتیتھ ہرگاہ فلش بیکس منز مألی پُتھرن ہُند موخصر بحث تہِ شأمل ییہِ کرنہٕ، بوریت گژھِ نہٕ۔ کہانی گژھِ تِنہٕ صاف وشفاف پأٹھی برونہہ پکہٕ ناونہٕ۔ اتھ گژھِ نہٕ کُنہِ جایہِ کھُریُن۔ بوزن وألس راوِ مزے۔ کردارن ہنزِ کتھِ باتھِ منز گژھِ نہٕ تژھ کانہہ کتھ دوہراونہٕ تِنہٕ یوٚس بوزن وألی گوڈے آسہِ بوزٕمژ۔ غرض بوزن وألس چھَ تھف تھاوٕنۍ مہکم۔ یلہٕ چھُنہٕ تراوُن۔ ڈراما لیکھن وألس چھُ یوٗت پلہِ تہٕ تیوٗت بوزن وألس بیٛون بیٛون کردار پرزٕ ناونس تہٕ بیٛون بیٛون سین سمجھنس منز مودتھ کرُن۔ تہٕ کلھم ڈرامہس سعتۍ آوٕرأ وتھ تھاوُن۔ تتھۍ ونو بہتر ڈرام گری۔

نفسیاتُک یوٗت دباؤ آسنہٕ باوجود چھُ ریڈیو ڈراما سہلے گژھان لیکھُن سٹیج ڈراما کھوتہٕ۔ تہِ کیازِ اتھ منز نہَ چھُ پیوان سیٹ مینیج کرُن۔ نہَ چھُ اداکاراورٕ یور پھرناوٕنُک کانہہ ٹینشن۔ یہ سورُے چھُ یوان مکالموتہٕ تاثراتو سعتۍ أنزراونہٕ۔ پوٗز ریڈیو ڈراماتہِ چھُ اکھ مشترکہٕ عمل۔ کُنہِ وقتہٕ چھُ مومولی سکرپٹ پروڈکشن یا اداکارن ہندِ دستہٕ رتھِ کھسان تہٕ مقبولِ عام گژھان۔ تمِچ ٹاکارٕ مثال چھ علی محمد لون سُند لیوٗکھمُت 'میانہِ جگرٕ

کہِ دادِ وتھ' یُس پران کشورنہِ سربراۂ ہی منز تمہِ وقتہٕ کیوٚ اداکارو یانے سوم ناتھ سادھوتہٕ برج کشوری اکھ یادگار بنوٚو۔ حالانکہِ سکرپٹ اوسنہٕ تیٚوٗت زبردست کینہہ۔ اتھ برعکس آو میون لیوکھمُت ڈراما ' بُجہِ بونہِ ہُند سادھو' ۲۰۰۲ سنہٕ کِس آل انڈیا ریڈیو سکرپٹ مقابلس منز گوڈنہِ کہِ ینامُک مستحک قرار دنہٕ مگر ناپہٕ کار پرڈیوسرن گرس تژھ یرِوٚنی ناوٗ زِ یہ باسیوٚ ے نہٕ ڈراما۔ اداکارن ہنزِ ناسمجھی تہٕ تاثراتن ہنزِ کمی کنیٚ اوس باسان زن اُسی کینہہ نفر کُنہِ کتھِ پیٹھ پانہٕ وأنی بحث کران۔ بیر حال دوہہ پتہٕ دوہہ چھِ حالات بدلان۔ کینژو ؤریو پیٹھٕ ہیتن ریڈیو ڈراماتہِ کمشن گژھنی تہٕ فری لانس پروڈیوسرن تہِ گوڈراما پروڈیوس کرِنک موقہٕ مویسر۔ یہندِ ذٔسی ہرگاہ ریڈیو ڈرامہن ہندِ خاطرٕ تاثرات جمع سپدن تہٕ جان پاٹھی ین ورتاونہٕ۔ ممکن چھُ ریڈیو ڈرامہن ہُند پرون ہیو ویقار ہیکہِ دبارٕ بحال سپدتھ۔ نتہٕ ہرگاہ آل انڈیا ریڈیووٚچ یہ سکیم تہِ صرف پونسہٕ کماوٕنک وسیلہٕ آو بناونہٕ۔ تیلہِ چھِ ینہٕ واجنہِ جنریشنہِ ہندی گوناہ تہِ سانہِ نےٚ پھکین۔



# میرٕ لب تہٕ نٔری کوٚٹ
## (کأشُر ریڈیو ڈراما)

کردار :

۱۔صمد میر ---------- اکھ بڑٕ گریوٚس

۲۔رٔحت ----------أمی سنز زنانہٕ

۳۔رامہٕ ژٔندرٕ---------- بڑٕ بٹہٕ

۴۔عزیزٕ -----------گامُک اڑٕ ور درال

سین ۔۱

(شامُک وکھ چھُ ۔ دوٚ رِ چھُ ہوٚن وُنگان ۔نکھٕ تلہٕ تہٕ چھُ ہوٚ ناہ اکھ ٹٔکی وپھُرارے ہش کران ۔صمُد چھُ أمس درٕہ کران )

صمدٕ میر: درٕہ ۔درٕہ ---- درٕہ ژٕ یہ بھلایہٕ ۔ وتہِ پکہٕ نس تھوٗوتھ کاپنھ ۔ ٹھہر بہٕ تارے ژٕ یہ فکرِ ---ؤں ییہِ نہٕ میہ کٔنی اتھِ ......۔

(ہوٚن چھُ چوں چوں کران دوٚ رتام دوکڑان )

صمدٕ میر: (پانہٕ سعتھ حاژتس ہیو پیوان)......ہنہہ!......اما یہ کیاہ۔ رامہٕ ژٕندرٕنس گُژھس ہے چھےٚ بھتھ دزان۔ ظاہر یا چھنہٕ درامُت کینہہ۔ پۆتہٕ چھُ آمُت ژٕلتھ۔۔۔ میہ آس خبر یہ درِنہٕ کنہِ جایہ کشیر ترأوتھ۔ وُمرِ ہے مول چھن دتی متی پیٹھی میژِ منز۔ بُجرس منز کوت گژھِ ہے بچور۔۔۔ خبر بھتہٕ کُر آسیس دیُت مُت رٕنتھ۔ نتہٕ ماچھُ فاقے۔ گوڈٕ پٹیہِ سرٕ کرُن۔ (صمد چھُ تیز تیز قدمو پکان)......اما یتھ ہے مکانس کُلف چھُ۔ یہ کتہٕ گٔژ ژامُت۔ کوٚنز دژے صأبہٕ لالن میے اتھِ......آ۔ میہ ہے چنہٕ ہے چھےٚ۔ تیلہِ ماچھکھ دارِ کنہٕ ژٕورٕ ژامُت...... ہے افسوس۔ (کلف مژراونک تہٕ پرون درواژٕ مژراونک تاثر......پتہٕ چھُ صمد میر آلو کران) رامہٕ ژٕندرا۔ ہیو رامہٕ ژٕندرا؟......ہیو یٹہٕ کُسو چھو یارٕ؟

رامہٕ ژٕندرٕ: بۓ ہا چھُس۔ یٹہِ کُس گوٚژھ آسُن۔

صمدٕ میر: ہیو پھرٕتھ ہا کریوتھ تاون ژدا۔ میہ ہا دوپ سٔنی ژوٕر ما چھی گھرس پھٔری متی۔

رامہٕ ژٕندرٕ: ۔ یہ اوس تہِ نیوٚکھ۔ وں کیاہ اوسکھ یٹہِ تہٕ تی رٕہن۔

صمدٕ میر: ہیو تلا تھاوتہٕ۔ توہہِ نے وگوہی ژٕٹ تہِ یٹہِ ترأو۔ سٔنی ژوٕرن کتھ لأجتھ ہانژھ۔ تمو کیاہ نیوٚ ہے؟

رامہٕ ژٕندرٕ: پرٕتھ۔ لسُن بسُن۔ گھرن ہا آس شوب بأژن ہندِ سعتھ۔ سو شوٚبے نیکھ تہٕ وں کیاہ روٗ دیٹہٕ۔

صمدٕ میر: اہن بہٕ۔ تیژ ہن چھُ پۆز۔ یمن ژھرین مکانن کُن وچھتھ چھُ وہہ گژھان وٕستھ۔ وأنجہِ چھُ وسان میکراز۔ زن چھِ جن تہٕ دیو بسان یمن مکانن منز۔

رامہٕ ژٕندرٕ: جن تہٕ دیوے بسن بھایہِ۔ اِ بسیا رامہٕ ژٕندر !

صمدٕ میر: ہیو گوڑٕ ونتا ژٕ آکھ کر۔ تو تہِ گرٕ زِہا شیچھی۔ کٔنزِ رۆستے ژا کھ کتھٕ کٔنز مکانس منز ؟

رامہٕ ژٕندرٕ: کٔنزن تہٕ کلفن نہٕ بہٕ رٕ دوں کانہہ مانے۔ سانین کلفن لٔج پر کٔنز۔ سأنی پرتیتھ پئیہِ وتہِ پیٹھ۔

صمدٕ میر: پۆز چھُے بھایہِ۔ سانین گھرن رٕ دی نہٕ سأنی دروازے۔ یِیٔسی خوش چھُ کران سُے چھُ لتھ دتھ اژان تہٕ سأنس یرتس لتہٕ مۆنڈ گرتھ نیران۔ سانین زنانن رٕ زنہٕ وں کلس پیٹھ پۆژتہِ۔

رامہٕ ژٕندرٕ: گوڑٕ ون تم ژٕ کیاہ کرنہِ درامُت وُنکیس اجہِ رأژ۔؟

صمدٕ میر: پیٹھی مکانس آیوس نظراہ دنہِ۔ کٔنز حوالہِ گرتھ ہے بأریاہ مٹہِ ژھنی ووم۔ بلکہِ ناراہ دژیوس کأنسہِ۔ پانہٕ وچھان چھُکھ کمن گھرن کۆرُکھ سۆر۔

رامہٕ ژٕندرٕ: تمن گھرن نہٕ با اوس رأچھ کانہہ۔ یتھ گھرس چھُس بہٕ وٕنی پانے رأچھ۔

صمدٕ میر: تمو گھرو منزٕ تہِ گُس درایو خوش دلہٕ۔ پریتھ اکھاہ درایو زٕولارِ۔ تھس مرگہٕ واوس منز کرہنہٕ زُون رأچھ کنہٕ گھرن ؟

رامہٕ ژٔندرٕ: گھرن۔ یم پھلہٕ پھلہٕ أسکھ سومبرأیٔ ٔمتۍ۔ یم پٔنٕز أسکھ۔ اماتم درایہٕ میژٕ مٔرس رأچھ کٔرتھ یُس دیہٕ سُند چھُکھ۔ لکہٕ ہُند مال رۄ چھُکھ۔ پٔنُن ترووُکھ وتہٕ پیٹھ۔

صمدٕ میر: ہیو رامہٕ ژٔندرا۔ از ہا چھُکھ بدلے لوغت ونان۔ بیقلا ییلے کرٕنز منز شاہ چھُ۔ تیلے ہا چھُ گھرٕ۔

رامہٕ ژٔندرٕ: تیلے چھِ لگے دیٖنکۍ تہٕ دنیہکۍ تفریکھ تہٕ۔ تیلے چھَ موہ مایا۔ دٕ ے نفرت۔ ژکھ تہٕ اہنکار۔ یم سأری چھِ لگے کرٕنز ہندی تفریکھ۔ امابہٕ چھُسے وُ ن یم سأری تفریکھ کأستھ آمُت۔

صمدٕ میر: ہیو تھناوُ ن بیٖتہٕ مارٕنے۔ میہ کیاہ بہٕ لٔج سکھ فکرٕ ژٕ ے مرتم۔

رامہٕ ژٔندرٕ: ہتو مۆ ٔمتس کیاہ مارن۔

صمدٕ میر: ہتاونان کیاہ چھُکھ ژٕ ۔ ژٕ ماباولہٕ گومُت۔؟

رامہٕ ژٔندرٕ: تتہٕ بوزتہٕ کینژ ہاہ۔ (اسن کھنگالہٕ تراوان) ہاہاہا۔

change over

سین۔۲

(سُے رأژ ہُند ماحول۔ ہۆن چھُ ونگان۔

کینہہ کالہٕ پتہٕ چھُ درواز ٕمژ راوٕنک تاٹر یوان۔)

رٔحت : (مس ننڈرِ ہُشارٕ گرٕ ڈھان) آکھ بہٕ ژٕ رامہٕ ژٕندرٕ نس مکانس گتھ کٔرتھ۔ کوٗرتھٕ پانس تسلیخ۔ بہٕ چھس دپان کٔژاہ پوٚت فکر روٗزٕ ژیہ امہِ مکانچ۔ نہٕ چھُے دوہہ کُنہِ۔ نہٕ چھے راتھ۔ ژیہ ہرگاہ یوٚت چھے امہِ مکانک۔ ژکونہٕ تٔتی بہان ڈیرٕ دتھ۔

صمدٕ میر: وٕں چھُنہٕ پروائے۔ رامہٕ ژٕندرٕ چھُ آمُت۔

رٔحت : کیاہ ؟۔ رامہٕ ژٕندرٕ چھا آمُت ؟

صمدٕ میر: اِو۔ آمُت چھُ۔

رٔحت : بیٚیہ چھُسہٕ کانہہ سعتیٚ ؟

صمدٕ میر: نہٕ۔ کُنے زوٗن چھُ آمُت۔

رٔحت : اما پیشی نس بأگی ہے بہٕ تیأری آلیس گُپنن کیٚت گھاسہٕ ہیتھ۔ تمہِ ساتہٕ نے متہٕ کہیں اوس۔ وٕں کیأرٕ پیواجہِ رأژوأنتھ۔

صمدٕ میر: ہائے ہے۔ بنان چھُ زأنتھ مأنتھ آسہِ انہِ گٹہِ گھرٕ ژامُت۔

رٔحت : نتہٕ کم مارٕ ہنس۔ زارٕ پارٕ ہے کریوکھ متہٕ ہیٚری تو۔ اِدٕ أمس صأبہٕ لالس اوس الخناس ژامُت۔ سعتیٚ کوٗڈن بڈٕ مول تہِ پانس سعتیٚ۔ اما میہ چھے حسرتھ لگان أمس ارن دتی ہُند۔ کتھٕ کٔنی درایہِ سوأش هاران۔ زن أسکھ مارنہِ کڈٕ مٔش۔ مگر یوٗرٕ چ مابوزٕن کانہہ کتھ۔

صمدٕ میر: تمہِ ساتہٕ اوس مُتی آب۔ کانہہ اوس نہٕ کأنسہِ ہُند بوزان۔

رٔحت : وٕں کتھٕ کٔنی آؤیہِ رامہٕ ژٕندرٕ واپس۔ سہٕ تہِ ارن دتی ورأئے۔؟

صمدٕ میر: بنان چھُ تتہِ آسیس نہٕ لۆ گمُت۔

رٕحت : وں کیازِ چھُس نہٕ باسان ییٚتہِ ماماریم کانہہ۔

صمدٕ میر: میہ پرٕ ژھیومس۔ تورٕ وۆ تھُم مۆمتس کُس مارِ۔

رٕحت : تیلہِ چھُ میہ باسان دکے چھُس لۆ گمُت۔ ظأریا چھُ تتہِ صأبہٕ لالس گوٚ بیوٚمُت۔ ارن دتی تہِ أس نہٕ نچوٕ سے پتہٕ تہٕ برونہہ وچھان۔ تمہِ تہِ آسہِ یہ بچور گأل کھاتس ترومُت۔ توے چھُ آمُت ژٕلتھ۔

صمدٕ میر: میہ تہِ باسیوتی۔ دل پھٕٹتھ زن اوس پانٕسے وأ کھلہٕ کران۔

رٕحت : پتہٕ چھُ پریتھ کأنسہِ ہندِ حقہٕ یِی۔ توے چھُسے ونان۔ یم شُری کرٕ نے نہٕ کانہہ سوچھ۔ بھروسہٕ تھأوی زِ أکس خوداییس پیٹھ۔

صمدٕ میر: بہٕ چھُس تہِ زأنتھ۔ وں گواولاد چھُ آسان تماہِ دنیاہ۔ اِد چھاتھے پرانیو وۆ نمُت کھکھرٕ ے دی تئ اماأسی تن۔ اسہِ متہٕ دی تن۔ پانٕسے کھےتن۔

رٕحت : وں پرٕ ژھی زِہاأمس رامہٕ ژٕندرس۔ کھیۆمُت چھُنہٕ کینہہ کنہٕ فاقے چھُ۔؟

صمدٕ میر: پرٕ ژھیومس۔ تورٕ وۆن نم شوٚٹھس لگہِ نہٕ وں بوچھِ۔ بہٕ چھُس وں سیر۔

رٕحت : تیلہِ آسین کھیۆمُت کینہہ۔ تراوٕ ژٕ تہِ کلہٕ۔ پگاہ وچھو یٔ رٕ انونہٕ ناد دِتھ۔ کنہٕ تۆ رٕ ترو دوشوے بأژ۔

## سین ۔۳

(صبحُک وکھ۔ جاناوارن ہُند چُری گیش ۔)

رٔحت : توبہ۔توبہٕ۔ژیہ نے چھے نہٕ کھے کھے یڈٕ ے یوان۔ وٕں چھکھ دودھ تہٕ چھوٗنے دوان۔ پیٹھٕ چھکھ ژھُری ہے پیٹھ کریکھ۔ منزٕ چھان تہٕ چھکھ نہٕ۔

صمدٕ میر: ہے رامہٕ ژٔندرس نِیو تھے چاۓِ پیالاہ۔؟

رٔحت : بھلایہِ تٔمس رامہٕ ژٔندرس۔تلہٕ بہٕ چیہ رسہٕ پأٹھی چاۓ۔

صمدٕ میر: نأۓ تہٕ یا گونیتھس؟

رٔحت : ہیو ژیہ کھوزِ چھُے نہٕ تٔمس ورأۓ میوٗنڈ تہٕ وسان۔ ینہٕ سہٕ دراوٗ تنہٕ ووتے تٔمی سُندے سونچان۔ وٕں ہیتی نے تٔمی سندی برأنتی تہٕ گرٕ ژھنی۔

صمدٕ میر: ہے ونان کہے چھکھ ژٕ۔ یا گوژیہ سمکھُے نہٕ ؟

رٔحت : سہٕ ہیاچھُے ژے سمکھان۔ صبحس تہٕ تہٕ شامس تہٕ۔ ژے چھی گرٕ ژھان تٔمی سندی برأنتی۔ نتہٕ ہے داہ ترکھ کلف تٔمی سندس دروازس۔ خبر ژے کیاہ اوۓ لبنہٕ۔

صمدٕ میر: ہے بلکہِ ہے اورٕ یورآسہِ درامُت۔

رٔحت : دوٗ پے کروں ژھوپہٕ۔ اورٕ چھُے عزیزٕ پکان۔ ینہٕ پانس ناوٕ تہٕ ریژھ کڈٕ ناوکھ۔

عزیزٕ : صمد میرا۔ سلام علیکم۔

صمدٕ میر : وعلیکم سلام۔

رٔحت: ہیوعزیزا۔ ژٕ کیاٚ ریو پیوکھ از صبحاٚئے وأتتھ۔خاٚرے چھا ؟

عزیز : تو ہے نش ہبی پیہ یم کاٚم تہٕ آس۔

صمدٕ میر: ہیواسہِ نش کہو کاٚم چھے پیمُت ؟

عزیز : رامہٕ ژٕندرٕ نہِ مکانچ کوٚنز گژھم رژھِ کھنجہِ۔

رٔحت: ہیوژ یہ کہو چھے تتھ کرُن ؟

عزیز : خریدار اہ اکھ کیاہ بی انیوم کتھ تام پاٚٹھی وٹہِ۔ تُمی ہے ہاوٕ ہا۔

صمدٕ میر: ہیوژ یہ کمیو وۄنُے تتھ مکانس خریدار ژھانڈُن ؟

عزیز : رامہٕ ژٕنزٕ نی نیچوٕ صاٚبہٕ لالن۔

صمدٕ میر: ہیوسہ کُسو چھُ صاٚبہٕ لالہٕ۔ سہ کمہِ تختیارٕ کنہِ ماٚلی سُند مکانہٕ۔؟

عزیز : نہ سہ تہٕ وأرث ہے چھُ۔

صمدٕ میر: وأرث ہبا چھُ تیلے تھاوان تختیار ییلہِ نہٕ ماٚ لکھ زندٕ آسہِ۔

عزیز : نہ سہ تہٕ یہِ ہے قونونٕے چھُ تہٕ اتھ کُس کھسہِ پیٹھ۔

رحت : تیلہِ گوگوڈٕ رامہٕ ژٕندرس پرٕژھُن۔ بلکہِ نہٕ تُمس مکانہٕ آسہِ کُنُن۔

عزیز : نہ بی تہٕ تُمس کیاپ پرٕژھ۔ تُمس ہے وٕری گومۄ متس۔

رٔحت : ہے کیاہ گوم۔

صمدٕ میر: ہیوونان کہو چھُکھ ژٕ عزیزا۔

عزیز : پۄز ہا چھُسے ونان کوٹھُچ درٕے۔

صمدٕ میر: ناتہٕ وۄنے کمۍ ؟

عزیز : صأبہٕ لالن ہاتہٕ پٮ۪یہٕ کُس ونہٕ ہم۔

رٕحت : ہیوسہٕ کتیو سمکھے ژٕیہ ؟

عزیز : بہٕ ہبی اوسُس پتٕمہٕ بریسوارِ جوٗم تو رمُت۔ بٔہ مکانس أکس اوسُم سودا کرُن۔ تتی سمکھیوم صأبہٕ لالہٕ تہٕ یہ دٕپن لمہٕ لمہٕ گرتھ نیونس گھرٕ۔ تتہِ ییلہِ بیٹھکہٕ منزاژٕ وُنے رامہٕ ژٕندرنس فوٹوس پیٹھ نظر پیٚیم تہٕ تتھ وچھم پوشہٕ مالاہ ترأوتھ۔ میہ زون تتی تھے زِ رامہٕ ژٕندرس چھنہٕ نیٚبرم ہوا براہ آمُت۔ پتہٕ ییلہِ صأبہٕ لالن کتھ تُج۔ اِدنتیو میہ سہٕ بچارٕ چھُ مرن وزِ تام اوسمُت ونان گھرٕ گژھ ہا۔ تہٕ گھرٕ گھرٕ کرانے چھن وچہٕ مژٕ أچھ۔

رٕحت : وٕہی وٕہی وٕہی۔ پزے ہسہَ اوس تمس زۄ تہٕ جان اتھ میژٕ پٔہرٕ منز۔ مُچھ اوس نہٕ زٕ روان یمن میژٕ لبن پیٹھ۔

عزیز : نہَ بی تہٕ میہ ہے خبر چھَ۔

رٕحت : پرٕیتھ ریتہٕ اوسُس دیاوان زنہِ اتھِ رنگہٕ ہُر۔ تہٕ نوشہِ اتھِ اوس براندس صحبس تہِ تژھ کرٕناوان تہٕ شامس تہِ۔

عزیز : پانہٕ تہِ ہت مازن أکس اتھٕ ہے منز آسان۔ پتہٕ کوٗٹاہ اوساٚ روان آنگہٕ نس منز۔

صمدٕ میر: پیٹھٕ دیاویون میے اتھِ پرٕس ٹین ــــــ

## فلش بیک

(گامہٕ سڑکہِ ہُند تاثُر۔ٹانگہٕ تہٕ گاڈِ پکہٕنچ آوازٕ چھَ گرٕھان۔)

رامہٕ ژٕندرٕ: (آلوکران) صمد میرا۔۔۔۔ہیو وستہٕ صمدیا۔ہیو تلا ٹھہر کر۔

صمدی میر: ون بہٕ کیاہ گوٗئے۔کامہِ کارس ہے دراس تہٕ پوٗت آلو کیازِ کوٗرتھم ؟

رامہٕ ژٕندرٕ: ہیو کاٗم کتیو چھے ؟

صمدی میر: اِدوٗں ژیہ کیاہ ؟

رامہٕ ژٕندرٕ: میہ ہادپیو ہرگاہ اسہِ ہی فرتھ تہٕ میأنس مکانس دیکھ سُلہِ گرِٹین۔پتہٕ کیاہ بہٕ لاگہِ شین۔

صمدی میر: ہیو ژیہ ما چھے وتھ ٹوٹیمژ۔ژیہ ہے پرٕسے اتھ مکانس ژھیٚپی پتھر والہٕ ناٗوتھ تہٕ سنگلہِ پٔش دیوتھس۔وٗں کتھ پیوٗئے ٹینس ماٗل۔؟

رامہٕ ژٕندرٕ: سوٗئے ہبا گیم غلطی۔صاٗبہٕ لالن تہِ گرٕنم اتھ پیٹھ سکھ بیہ واٗری۔ارن دتی تہِ گیم اگادِ۔

صمدی میر: کٔہ چھُھے کوٗرمُت۔میأنی کنی ہے پھیرن ژٕٹ تہِ نالہٕ کڈٕ ہنے تہٕ نیتھ نوٗنے تراوِ ہنے۔سہٕ تہِ اوسے کٔہ۔

رامہٕ ژٕندرٕ: رامہٕ ژٕندرٕ:۔ہتایارٕ بہٕ کران چانہِ باپتھ۔بہٕ دپان ژٕے زینہٕ ہکھ آنہٕ ژور۔یُتھ پانس کیٔت انہکھ کرتی یزاراہ تہٕ ژادرپٹاہ۔ دیویزتھ دار ہیو گرٕھہکھ۔نتہٕ چھُکھ باسان یہاٗئے ساٗدٕ مکاراہ ہیوٗ۔ہاہاہا۔

صمدٕ میر: ہیو رامہٕ ژٕندرا۔ ژٕ یہ ما چھے خبر وستہٕ صمُد چھُ چانہٕ نے دیارن پیٹھ پلان۔ تہٕ پنُن پان چھے باسان راز رنبیرُن ہٕہر ہیوٗ ؟

رامہٕ ژٕندرٕ: اہن سہٕ یتھ ہے گویی۔ وں ژار کھ نہٕ لیکہٕ۔

صمدٕ میر: ژارے نہٕ ؟۔ یہٕ ژٕ کران چھُکھ تہٕ نے رازٕ رنبیر سنگھ تہٕ کرِ ہے۔ ژٕ یہ پژٕ روپیہٕ اتھ میژِ مکانس لاجتھ ، تیژن روپین ہے آسہِ ہی پوٕختہٕ سیرین ہُند بُنگلہٕ بنیومُت۔ وُنہٕ تہٕ ہرگاہ روپین ہُند یوٗت دگہٕ دگہٕ چھُے۔ ژٕ ہن تکھ یمہٕ میژِ لبہٕ وأ لتھ تہٕ پوٕختہٕ سیرین ہُند مکاناہ بناوتہٕ۔ پتہٕ ہے تتھ سون تہٕ جر کھ۔ تو تہٕ گیہ کتھاہ۔

رامہٕ ژٕندرٕ: صأبہٕ لالہٕ تہٕ اوسُم یی ونان۔

صمدٕ میر: پتھ کوس لٹھ چھے یوان۔ مانان کیا زِ چھُکھ نہٕ کأنسہِ ہُند ؟

رامہٕ ژٕندرٕ: ہیو میہ نا چھُے وندٕ یوان یمہٕ لبہٕ لوہراونس۔

صمدٕ میر: ناتہٕ تی کم لال تہٕ جواہر چھی ژٕ یہ بُرتھ یمن لبن منز۔؟

رامہٕ ژٕندرٕ: ہیوزین ہا چھُم نکھی سأرُے ییلہِ یمہٕ لبہٕ ژور کھالہٕ ناویم۔ پتہٕ أنم ارن دتی تہٕ یمہٕ نے میژِ لبن منز۔ تہٕ صأبہٕ لالہٕ تہٕ زاوٗ أتی۔ ہیو یمن لبن ژٕ ون منز ہا چھُے میہ سارِ زندگی ہُند ژوٕ ک موٗ دُر ژولمُت۔ کم کم خاب وچھی متی۔ بہٕ چھُس دپان میہ ہے مرُن تہٕ آسہِ۔ مرُن گوٗ ژھُس یمہٕ نے میژِ لبن منز۔

(فلش بیک چھُ ختم گژھان تہٕ سین۔ چھُ بیٔہٕ ریسٹور گژھان )

عزیز :	کیاہ سہ َصمد میرا۔ کیاپ لۆ گگھ سونچنہٕ۔ تاپس منز ماکھٕڑ ے کأف۔؟

صمدٕ میر:	کہ۔۔ کینہہ نہٕ۔ سونچُن کیاہ گوٚ ژھُس۔

عزیز :	تیلہِ کیاہ چھُکھ امہِ کنزِ ہُند ونان ؟

صمدٕ میر:	بہٕ ہباونہٕ ہے کتھِ ہنا اکھ پننہٕ نہٕ جایہِ۔

عزیز :	ون سہِ۔ وٕنی تھے گرٛژھ۔

صمدٕ میر:	ہرگاہ میون بوزکھ۔ ژٕھن بھلایہِ اتھ سودہس۔ یہِ کیاہ بہٕ گوٚژھے نہٕ زنگن یُن ولنہٕ۔

رٕحت:	دۆ ہے کیاہ چھُہس ونان ؟

صمدٕ میر:	عزیزا۔ میہ کیاہ بہٕ چھُے باسان رامہٕ ژٕندرٕ چھُے اتھ مکانس پہرٕ دتھ۔ سہٕ نبادیی اورکأنسہِ لنگنہٕ۔

صمدٕ میر:	ہے رٕحتی۔ ونان کیہے یہِ صمدٕ میر ؟

رٕحت :	دۆ ہے۔ دوان کیازِ چھُہس نہٕ کوٚنز ؟

صمدٕ میر:	ہتہٕ بہٕ رٛٹھ۔

change over

سین ۔۴

رٕحت:	(نکھٕ تلے آلو کران)۔ ہیو صمدیا۔ گۆپن کتیوٚ ؟

صمدٕ میر:	ہے میہ چھَے خبر۔

رٔحت : ہیو رامہٕ ژٔندرٕنی کرہنی گاوٗ تہٕ ٹیچل داندناچھُ کُنے ۔ پیٹھٕ زن گیہٕ ہنگہٕ منگہٕ تِمی سندی کوکرتہٕ مرمنزٕ غآب ۔

صمدی میر: ہے آسن ہے کُنہ کُن لگیٕمتی ۔ ین ہے پانے

رٔحت : ہیو ژٕ ونان کہو چھُکھ صمدیا ۔ یُتھنا گُپن ژٔو روٕمتی آسن ۔ ہیو بہٕ کُسو جواب دمہٕ ارن دتی ؟ ۔ تمہِ ہا چھنم حوالہٕ کٔری مِتی ۔ پیٹھٕ وۄن نم باند کٔرتھ یمن کٔری زِمیانہِ زُوٕچ رٔاچھ ۔ ہیووں کُسو تاون ژھنہٕ ۔

صمدی میر: ہے تلے متہٕ ہیتہٕ پریشانی ۔ ین ہے پانے ۔

رٔحت : ہیو ونی ہاہیٚژن انہِ گٕژھتہِ گرژھنی ۔ تلا تھوٗ دوتھ تہٕ ژھانٛڈتھ انتکھ ۔

صمدی میر: ہے انہِ گٕژھِ کتی ژھانڈکھ ۔

رٔحت : اِدبہٕ تہٕ بیہہ ژٕ اَتی تھے مأشہِ مأرتھ ۔ بہٕ ژھانڈکھ پانے ۔

صمدی میر: ہے رٔحتی ۔ ژٕ کوٗ تے گرژھکھ ونکیس دوہہ لوٗستھ ۔

رٔحت : رامہٕ ژٔندرٕ نہِ وارِ کُن ہادمہٕ نظر ۔ بلکہِ توٗ ری کُن آسن لٔگیٕمتی ۔

صمدی میر: ہے یُتھنے تپأری گرژھکھ ۔ ہے رٔحتی ۔ تلے بیہہ ژٕ ۔ بہٕ ہے گژھہ پانے ۔ ژٕ متے نیرتہٕ اپأری ۔

رٔحت : ناتہٕ یا گونیرکھ تیلہِ وٗلی وٗلی ؟

صمدی میر: ہے دراس ہے ۔

Change over

## سین ۔۵

(شامہٕ کِس پُراسرار ماحولس منز زن چھِ گُپنن شال تہٕ کوکرن لأش گٲمژ نظرِ۔ گپنن ہنزٕ ٹانگہٕ تہٕ کوکرن ہُند کرُت کرُت چھُ کمہِ تام ناگہٲنی بھلایہِ ہنزِ موجودگی ہُند باس دوان۔)

صمدٕ میر : (بانبر یومُت ہیوٗ ۔ پانسے سعتی) امایم گُپن کیاز تھارٕ یمتی ۔ کوکرن تہِ زن چھَ لأش گٲمژ نظرِ ۔ رامہٕ ژٔندرٕنس مکانس اوس نہٕ یتھ کھوژن زانہہ ۔ خوداہ گوٗ ژھ کرُن خأر۔

رامہٕ ژندرٕ: صمد میرا ۔ کیاہ چھُکھ ژھانڈان ؟

صمدٕ میر : کِہ ۔۔۔ کہیں نہٕ ۔ بہٕ نہٕ سہٕ چھُس کہیں ژھانڈان۔

رامہٕ ژندرٕ: ژٕ ما چھُکھ گُپن ژھانڈنہِ درامُت ؟

صمدٕ میر : نہٕ نہٕ ۔ چأنی گُپن ہے وچھان چھُسکھ چأنس گانس منز ۔ کوکر تہِ چھِ مُرس ژاہمتی ۔

رامہٕ ژندرٕ: تیلہِ کیاز بانبر یوکھ تہٕ دوٗرٕ ے پہن کیا ٹھہریوکھ۔

صمدٕ میر : نہٕ سہٕ یم وچھم نہٕ تھارٕ یمتی ہی ۔ توے ٹھہریوس۔

رامہٕ ژندرٕ: اہن سہٕ تہٕ گرٕ شھی نہٕ تھارٕ نی ۔ یمن ہے ہٲل أس میژ مُرس سعتی ۔ کرٕ نز روٗ ژھ آتمادیشتھ کھین نہٕ کھریکھ ۔ ہاہاہا

صمدی میر: ہے رامہٕ ژٔندرا۔ تلہٕ سہَ متہٕ ویسراوتہٕ میہ۔ (جذباتی اندازس منز)۔
میہ ناچھَے ونہٕ تہِ پڑھ یوان ژ چھُکھ مؤمُت۔ میہ ہا چھےٚ وٲنج پھٹہٕ نس
یوان ییلہِ یاد چھُمپیوان کموٚ پھٕٹ متیو کوٹھیو درایو کھ یمہِ درواز۔ ہیو میہ ہا
چھےٚ شراکہٕ وسان ییلہِ سنان چھُس کوٚسہٕ ژھریٹہٕ ژھریٹھ آسیتھ
گٔرٕمژ مرن وزِتام۔

رامہٕ ژٔندرٕ: دھرمُک سوال ییلہِ دیُت ہم۔ پتہٕ کیاہ چارٕ اوسُم۔ دنیاہ یاوٗ زٕ دراسکھ
ستی۔ تہٕ اٲخرکوٗ رکھ میرٕ موٗرے حوالہٕ۔ تھنہٕ ملالے روز یکھ۔

صمدی میر: ۔ مگر بیہ وفاہ دراکھ۔ پانہٕ آکھ کرٕنز ہُند تفریکھے موکلاوتھ۔ میہ کیُت
کوٗرُتھ زندٕ روزُن کریوٗٹھ۔ کرٕنز منزٕ اوسُکھ تہٕ اکھ اٲکس اٲسی پُش
پناہ۔ اکھ اٲکی سنز اٲس ستھ۔

رامہٕ ژٔندرٕ: ہیو اٲسی ہا چھِ توتہِ اکھ اٲکس پُش پناہ۔ اسہِ ہا چھُ پیرن تہٕ ریشن ہُند
دیت مُت یہ سمواش۔ اٲسی ناژھینو زانہہ۔ یم ووٕمتی شریہ ییلہِ ہمن۔
آتماسمن ہیٚہٕ پیٹھی ریش وارِ منز۔ اماتیوٗت کال چھُ اسہِ پنہٕ نین موٗلن
رٲچھ کرٕنی۔ یمن چھنہٕ تھف تراوٕنی۔

صمدی میر: اوٕ اوٕ۔ موٗلن چھنہٕ تھف تراوٕنی۔ یمن چھُ تھف تھاوٕنی مہکم۔

change over

## سین ـ ٦

(پس منظرس منز چھُ بۄندقہٕ ٹاس گرٛھان تہٕ جاناوار چھِ وُپھ دِتھ ژلان ـ)

رٕحت : ہے کیاہ گوم ـ کپأری تام کنز گو بوندقہٕ ٹاس ـ خوداہ گۄژھ خأر کرُن سارِنے ـ (آلو کران) ہیو کمالا ـ ـ ہیو جمالا ـ ہیو تلا نیبر دی تو نظرٕ تہٕ مول وچھی تون کتہِ چھوٚ ـ

صمدی میر : گرٛٹہِ وۄن مے متہٕ آستہٕ بانبران یمو ٹاسو سعتی ـ یمن مرھن چھُ آسان ـ تم چھِ ٹاسہٕ رۄستے تہِ مران ـ

رٕحت : ژٕ ہے گُپنن درایوکھ نظر دنہِ ـ وچھی تھکھِ کنہِ جایہِ ؟

صمدی میر : وچھم

رٕحت : کتہٕ أسی ؟

صمدی میر : ـ یپٔتہٕ آٮ۪سی گرٛھی ـ رامہٕ ژٕ ندرٕنس گانس منز ـ

رٕحت : ہے کیاہ گوم ـ تۄت کپأری وأتی ؟

صمدی میر : أٹھِ نہٕ شیٹھِ اوسُکھ توٗری واتُن ـ اسہِ تہِ ؤژھ بأری نکھِ ـ

رٕحت : دۄ ہے ژٕ ونان کیاہ چھُکھ ـ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ کتھٕ گٔنز وأتی تور ـ یا گونیہٕ کأنسہِ ؟

صمدی میر : ژیہ کیاہ چھےٚ تو رسنُن ـ حقدارس ووت پنُن حق ـ

رٔحت : نتہٕ کیاہ اسہِ اوسا پانس واوٕ زِ کاْنسہِ ہُند حق کھیمہٕ ہو۔ ارن دتی ہنز کرہنز گاوٕ چاوٕی تن وتہِ پکہٕ وٕنی۔ اسہِ پوٗشی تن پنہٕ نے وزجہِ گاوٕ ہُند دودھ وُمرن تہٕ واْنسن۔ امابہٕ چھسے ونان تتہِ مامرن تم فاقے۔ توتہِ نیاوتکھ جمالس اتھِ گھاسہٕ کھون کھنڈ۔ کوکرن کڑتہِ سوزتکھ پھل موٗٹھاہ۔ اٰخر ہے چھُ خودالیس جواب دیُن۔

صمدٕ میر : رامہٕ ژٕ ندرتراو یکھ پانے۔

رٔحت : ہیوٗ تتھٕ ژیہ بٔیہِ تی وُنن۔ پتہٕ چھُکھ نہٕ تھفے تلان۔

صمدٕ میر : اِدٕ بی تہٕ بیہہ تیلہِ ژٕ ے۔ بہٕ دراس۔

رٔحت : گرٕ ھُن کوٗت چھُے ؟

صمدٕ میر : رامہِ ژٕ ندرِ نین گُپنن دمہِ نظر۔ وچھِ تموکھیوا کینہ کنہٕ کہیں۔

(گاوِ ہنز ٹانگ)

رٔحت: ون بی کُس یڈ دود کوٗ رنے۔ وارٕ کارٕ ہے گھاسہٕ کھوناہ تراٰوے۔ ونہِ آیے نہ یڈ ؟

عزیز : ہے ماسے وارے چھکھے ؟

رٔحت: اہن بہ وارے۔ وارٕ تھاوٕی تتے میون دسگیر

عزیز: میہ ون بی میہ کیاہ چھُ کھیوٗمُت چاْنس خاندارس ؟

رٔحت : نہ بہ تہٕ کیاہ گوٗ ژھہس کھیوٗن۔

عزیز: زانہہ چھمسہٕ لیکھاہ ژاْ رہٕڑ۔ وہوکوٗ ڈُمت ؟

رٔحت : نَہ بَہ تہٕ تتھ لایکھ کیاہ گیوٚئے دشمن تہٕ بد کھہن

عزیز : تیلہِ وٚنتم گوس کیاہ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ۔ میٲنس بھتہٕ بانس کیاہ زِ دٕژن لتھ ؟

رٔحت : ۔ ہتہٕ بہٕ ونان کیاہ افرٲ سیابی چھُکھ ۔ ژٕ ماچھُکھ مزٲری پیٹھی آمُت ۔؟

عزیز : مزٲری پیٹھی نہ بی آیوس ۔مگر چاٲنی خاندارن گٔری نم مغز خراب۔ آمہٕ کوٚہ کرٕ گٔرنم پٔتی ۔

رٔحت : نَہ بہ تہٕ تٕمی کیاہ کوٚر نے ؟

عزیز : ہتہٕ بی کتھہٕ تام پاٗٹھی انیوم خریداراہ اکھ وٕٹہِ یہِ رامہٕ ژٕندرُن مکانہٕ ہاٗوتھ۔ روپیز ترہہ ساس اٗسی مس چکاٗوی ہٕتی درالِز ہندی ۔خبر صاٗبہٕ لالہٕ تہِ مادیہِ ہے لچھکنڈ۔ اِدہنگہٕ منگہٕ زن آیہِ یمس صمد میرس لٹھ۔ یہ گوٚئے رامہٕ ژٕندرٕنی گپن ہیتھ تہٕ تھاٗون تٕمی سندس گانس بٔرتھ۔ گاٗمی گامس گٔیہٕ ترُے زِ رامہٕ ژٕندرٕنس مکانس منز چھُ تٕمی سُند جن بسان۔

رٔحت : ہتہٕ بہَ لٹھ کوٚنہٕ آیے ژٕیہ پنہٕ نین ٹاٹھین ۔میٲنس خاندارس کتھ لوٗ گُکھ بھلایہِ۔ اٗی ہے گوڈے تھاویونے وٗنتھ امہِ سودا نشہِ روز پتھ ۔ یہ سودا ییی زنگن ولنہٕ۔ موٗنتھس کیاہ زِنہٕ ۔؟

عزیز : نَہ بی تہٕ مانہٕ ہا کیاہ۔ تتہِ ہے دروازس ٹٹھ ہیوٚ کلف چھُ تہٕ رامہٕ ژٕندرُن جن کتہِ گیوٚ پاٗد ۔؟

رٔحت : ژٕیہ ہے کوٚنز نیبے یتھ تہٕ اٗژی زِ ہے اندر۔ پانے ترِ ہی فکرِ۔

عزیز : نہ بٔی تہٕ یا گوبہٕ ژاس نہٕ۔ بہٕ ہے کُٹھِ پتہٕ کُٹھِ پھیوٗرُس۔ میہ گو نہٕ کُنہِ کٔنؠ کانہہ نظرِ۔

رٔحت : اِدٕ خریدارتہٕ پھرنٲوِ زِہن کُٹھِ پتہٕ کُٹھِ۔

عزیز : سہٕ ہبی گوٚژھ تمن میون ہیو جگرٕ آسُن۔

رٔحت : بدل وچھتن کانہہ۔ کٔشیرِ چھا کہے گھرٕ۔

عزیز : ہتہٕ بٔی لیس ونان چھُس، تمس چھم گرژھان رامہٕ ژٔ ندرُن ناوٕ بوزی تھ زنگے بہتھ۔ سہٕ کُس ژٕھنُن تیوٚت عقلہِ تاون زِ جنہٕ مکانس دیہِ دیار۔ صمدٕ میرن ہے اتھ مکانس موہٕ ژٕھن وٲلتھ کوٗچھ درٕ ے۔

رٔحت : خبر ہبا کیاہ گوس أتھی مکانس سعتی۔ نندرِ منزتہِ چھُ آسان خبر کس سعتی امے مکان چہِ کتھٕ کران۔

عزیز : یہ ہبی گوٚژھ نیُن کانسہِ پیرس۔ بنان چھُ پنہٕ نُے کانہہ جن آسیس ژامُت تہٕ یلاج سپدلیس۔ نتہٕ ہے کانہہ بٹہٕ جن آسیس ژامُت۔ تیلہِ چھنہٕ خبر کوٚت پیہٕ لی واتُن بٹہٕ پیرٕ ژھانڈُ ان۔

رٔحت : ہے کیاہ گوم۔ پیٹھہ ہباتھاوِ نم ارن دتی ہندی گپن یہٕ ڈٕپزِ تہِ وتہِ پیٹھ۔ اِدٕ بہٕ تہٕ تتہِ نے پھل موٚٹھ تہِ دیکھ کانہہ۔

عزیز : تلہٕ بٔی وتھ تہٕ انٹھ۔ جگرٕ نے دری تہٕ بہٕ یے سعتی۔ پتھ گو یہِ رامہٕ ژٔ ندرُن مکانہٕ۔ تتھ یلہِ نہٕ بہٕ پٔنز درالزٔلہٕ۔ تیلہِ چھُس نہٕ۔ أسی ہبی چھِ زینان پھندن دیار۔

رٕحت : تلہٕ بہٕ کرتہٕ کینژھاہ۔ دیوٲمس تہٕ ژلہِ ہا پۆت فکر۔ میہ تہِ موکلہِ ہا
ؤمرِ پیٹھ یہ دندگ۔

عزیز: اِدٕ بی کینہہ چھُنہٕ پروائے۔ ژٕ گژھ وچھان۔

change over

سین ۔۷

(لینڈفون نمبر ڈائیل کرٕنک تاثر۔)

عزیز: ہیلو ...... ہے صأبہٕ لالہٕ چھُکھ سہَ ......بہٕ مارا چھُس عزیز۔ عزیزٕ
درال مارا...... ہتہٕ مارا ایژتہِ ہے بدلہٕ تفریکھاہ تُل اٲمی صمدی میرن۔
ہے وستہٕ صمدی مارا یُس چھانہٕ کأم چھُے کران ......تٔمی تاون ذدن چھَ
گاٮ۪می گامس ژرے گرٕمژ زِرامہٕ ژٲندرٕنس مکانس منز چھُ رامہٕ ژٲندرُن
جن بسان۔ تو ے چھُنہٕ کانہہ خریدار دران یہ مکانہٕ ہینس ......میہ مارا
چھُ باسان اتھ پیٹھِہ بدل کانہہ ژھومب کرٕنی ......ژٕ ونتہٕ میہ اتھ
مکانس چھا انشور کرتھ ......اِدٕ تیلہِ چھُنہٕ پروائے۔ ژٕ ہرگاہ پنہٕ نس
لفظس پیٹھ چھُکھ۔ ژے واتہٕ نے پنٕنی پونسہٕ گھرٕ ......اِدٕ مارا نمسکار۔

change over

سین ۔ ۸

(رأ ژہُند وکھ۔دورِ چھُ ہوٚن وُ نگان ۔)

رٔحت : صمدیا ۔۔۔ہیو صمدیا

صمدی میر: کہے زِ ؟

رٔحت : تلانیبر گُن دِتہٕ نظر۔نار ہیو کیاہ بہٕ چھُ۔ظأہر یا چھُ رامہٕ ژٔ ندرُن مکانہٕ دزان۔

صمدی میر: کہے چھکھ ونان ؟

رٔحت : اہنو۔سُے مکانہٕ ہا چھُ دزان۔

صمدی میر: ہے افسوس ۔

change over

سین ۔ ۹

(لکہٕ ہجومُک تہٕ مکانہٕ دزنک تاثر)

صمدی میر : (دورِ پیٹھٕ آلو کران ) رامہٕ ژٔ ندرا۔۔ ہیو رامہٕ ژٔ ندرا......(نزدیکھ وأتتھ پھر یکھ ہیو سنبھالان ) ۔۔۔ ہیو ۔رامہٕ ژٔ ندرا۔ ہیو ژٕ کوٚتہٕ دراکھ گھرِ ترأوتھ۔؟

رامہٕ ژٔ ندر: ناتہٕ وں کیاہ کرِ ییٚتہٕ روزتھ۔ییٚتہٕ نارٕ دوں کہیں صمد میرا۔سأری سے گیہ ژٔ ی ۔

صمدٕ میر: ہیونار ہاہیوٗتَن ژھیتہٕ گرٛھُن۔

رامہٕ ژٕندر: اماسأری ہے سوٚرگرتھ۔

صمدٕ میر: ہیونا۔ ہیونظر کرو۔ ہیو چانہِ لبہٕ ژور ہاچھَ وُنہِ استادے۔ ہیووُنہِ تہٕ ہا ہیکو أسی یمن لبن ژون پیٹھ ژٕی کوٚٹ ترأوتھ تہٕ پیٹھہٕ دموس پش۔ ہیو یمے لبہٕ ژور ہابن پگاہ لٲرتہٕ بسہٕ نچ گرٛھہِ صورتھ۔

رامہٕ ژٕندر: (ودان ودان) ہیوصمدٕ میرا۔ میہ ناچھے وں کانہہ ہیکتھ۔

صمدٕ میر : ہیومیہ ہاچھَ وُنہِ ہیمتھ۔ ہیو بہٕ ہاکرٕ یمن لبن ژون پیٹھ ژٕی کوٚٹ استادٕ۔اماژٕ روزتم ڈکھس۔ژٕ روزتم پُشں پناہ۔

(أتھی ستی چھُ ڈراما اندواتان)



# پکُن چھُ اۤخر پاٴتھلو

## (کاٗشُر ریڈیوڈرامہ)

کردار

۱۔ شفقہٕ --------- اکھ نوجوان۔ پۆر مُت لیۆکھمُت شوٚد

۲۔ دھر صاأب -------- اکھ اڈٕ وربٔٹہٕ

۳۔ شیلہٕ -------- دھر صاأبنٕ گھر واجنی

۴۔ پنڈتا صاأب ----- اکھ بیروکریٹ

۵۔ خضرٕ ------ أمی سُند نوکر

۶۔ ایس ایچ او ------ جوان پولیس افسر

۷۔ نیلوفر ------ اکھ جوان بیروکریٹ زنانہٕ

# پکُن چھُ اٲخر پٔتھری

## سین۔۱

(شامُک چھُ وکھ۔نیم پاگل نفراہ اکھ یاں زِشفہٕ چھُ دورِیوان گیوان گیوان۔)

شفہٕ: (گیوان) زمانے پٔوک نہٕ ہمدم۔توتہِ کیاہ گو......تٔمس گٔیہٕ زلف برہم روزیانہ روزیا ......غنیمتھ شامِ غم......زمانَے پٔوک نہٕ ہمدم۔توتہِ کیاہ گو۔

(امے ساتہٕ چھُ ہٕون اکھ وپھرارے کران)

رؤٹُن کیاہ سہَ یہ بڈِ گھرُک وپھل ہٕون۔ ظاٲہر یا دیہ نہٕ اسہِ وتہِ تہِ پکنہٕ......شٹ اپ یو بیروکریٹس بارکنگ ڈاگ...... ہیوژ یہ چھی ناونان ژھوپہ کر......ژ یہ ماچھے کأنسہِ ہُند پٕٹھ؟

(ہٕون چھُ مسلسل وپھرارے کران)

بیروکریٹ کا پٹھ ہے تو اندر سے کیوں بھونکتا ہے۔باہر نکل؟ ٹھہر کر۔ وٕنی ہاوے کنہِ سعتی کتھ گٔنز پھاٹوے کلہٕ۔یٕہ نان سینس بیروکریٹ ڈاگ۔

(گٔنز چھُ شیسٹروس گیٹس لگان تہٕ اتھ چھُ نیران ٹاس)

## سین۔۲

(شامُک چھوکھ تہٕ شفہٕ چھُ یوان مسلسل گیوان)

شفہٕ: (گیوان) زمانٕ پٔوک نہٕ ہمدم۔ توتہٕ کیاہ گو...... تٔمس گیہٕ زلف برہم روزیا نہ روزیا...... (آلوکران) ماسے۔ ہے شیلہٕ ماسے۔ شوٗنج کھے۔ کنہٕ ہشارے چھکھ ؟

شیلہٕ: ہشارے ہبا چھس۔

شفہ: ہے تلے کانگرٕ دِتیوٗ نگل کرٕ ژھاہ۔ ہٕ تر ہے لٔج۔

شیلہٕ: تلہٕ یورکُن دِہ یہِ کانگرٕ ......ہتہ یہِ ہٕ چھٕ ترنیمرٕ۔ ژٕ کپٲرٕ چھکھ اوسمُت پھیران یہِ ہٕ ترٕنی کانگرٕ ہتھ؟۔

شفہٕ: بہٕ اوسےٕ پنڈتا صاٮ۪بنس تو بودس نکھ دِنہِ گومُت۔ ہی از ڈیڈ۔

شیلہٕ: :۔ہتہ کیاہ روٗوے ژیہ۔ کیا زِلوٗ گکھ اُمِس پنڈتا صاٮ۪بس پتہٕ۔

شفہٕ: کھیہ کتھ ماسے۔ ایٹ دی ٹاک۔ ژیہ وٗنےٕ تیوٗ نگل کرٕ ژھ دِ۔ تہٕ دِوٗلی وٗلی۔ پنڈتا صاٮ۪ب چھُ دفناوٗن۔ ژیر گو و۔

ارن دتی: اِد بہ تہٕ دفناوٗن۔

شفہ: دوٗ پمے ہے۔ ژیہ ماخبر کرٕ ژھس کیاہ ونان انگریزی پاٹھی؟۔

شیلہٕ: نہ بہ تہٕ میہٕ کتہٕ گیہِ خبر۔

شفہ: اپاٲری پرژھی زِدھرصاٮ۪بس۔ نیرگژھ۔

شفہٕ: (شفہٕ چھُ گیوان گیوان نیران) زمانٕے پۆک نہٕ ہمدم۔ توتہٕ کیاہ گو...... تٔمس گٔیہٕ زلف برہم روزیا نہ روزیا...........۔

(فیڈ اوُٹ)

سین۔۳

شیلہٕ : دۆپہٕ ژیٚہ ماچھےٚ خبر کرٕ ژھس کیاہ چھِ انگریزی پٲٹھی ونان......دوپہ بوزان چھُکھ نا۔

اشوک دھر: (سونچان) ون ژٕ بوزان چھُس۔

شیلہٕ : کتہٕ چھُکھ بوزان۔ ژٕ ییٚلہٕ یم تاسہٕ پٲڑ چھُکھ پانس برونہہ کنہٕ وہراوان۔ بھانڈلاٗ گۍ تن آنگہٕ نس منز دمبالہٕ پٲتھر۔ژیٚہ شوٚٹھس گرٕ ژھی نہ بوٗمبرُن ءگس۔اِد بوزکھ میٲنۍ کتھ۔

اشوک دھر: توےاوس سےَ ونان رمی ہیچھ تہٕ۔ کوسہٕ غم دفاٗیۍ گرٕ ژھی۔

شیلہٕ : او۔ بہٕ ژٕ ھنس شنٲئے۔

اشوک دھر: تیلہٕ کتھ چھکھ ئلہ یوان میہ کھُتکھ کرنہٕ ؟۔تلہٕ بی شونگ پانس۔

شیلہٕ : شفن وۆن نم دھر صابس پرٕ ژھ تہٕ کرٕ ژھس کیاہ چھِ ونان انگریزی پٲٹھی۔

اشوک دھر: بہٕ چھُس دپان کاٗژاہ ساد چھکھ۔مٔتۍ مٔشراٗونکھ ژٕ۔کرۆ ژھ ہےَ کاٗشُر چھُ۔اتھ کتہٕ آسہٕ انگریزی ناٗو۔

شیلہٕ : اِد وں کتہٕ اٗسم خبر۔

اشوک دھر: چون بیہ خبر آسُن چھنہٕ میانہِ خاطرٕ بڈ کتھ۔ مگر افسوس چھُم لگان تمہِ ساتہٕ ییلہِ ژٕ اَکس پاگلہٕ سنزٕ کتھہٕ چھکھ کن دتھ بوزان۔

شیلہٕ: کرٕ ژلٹہِ وۄن مے۔ اَمس متہٕ آستہٕ پاگل ونان۔

اشوک دھر: پاگل نہ سہ َ ونوس۔ شودٕ ہکوس وٕنتھ؟۔

شیلہٕ: کیاہ رووٕ ژیہ۔ کتھٕ کٔنہ چھُے ونہٕ یوان۔ یہٕ بچوراوسادہ ہے یُتھ۔ اَمس سعتی ہے اَسی ساَری اَس چھٔلتھ کتھ کران۔

اشوک دھر: پتھ کیاہ گوس ذلِت لدس۔ چیٖژ اَس سہٕ چرس چیٖون؟

شیلہٕ: اَمس بچاَرس گوتھی لایکھ۔ نتہٕ چھس سائنس کشن جی یس ستی کینژن رتن ہنز زیٹھ کنس۔ یکہٕ وَٹہٕ چھِ پرٕ تھے متی دوشوے۔ یہٕ چھس تھنزے گرٕنزو چھان۔

اشوک دھر: تیژ ہن چھُم تران فکرِ۔ مگر اَمی تان ذدن کرٕ پاٗنی پانے پنٕنی زندگی خراب۔ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ ژاس سگریٹھ۔ پتہٕ لوگُن چرس چیٖون۔ یۄ تام کاڈی گیس خراب۔

شیلہٕ: ہنگہٕ تہٕ منگہٕ مہ وَن۔ اَمس کوٗرکھ اتھ لایکھ۔ دپان پنڈتا صاَبن چھس حق تلفی کرٕمژٕ۔

اشوک دھر: حق تلفی گیس۔ تتھ چھُنہٕ کانہہ شکھ۔ وں گومیہ چھُنہٕ باسان پنڈتا صاَب کرہے کانٔسہِ ہنز حق تلفی۔ سہ ُ اوس پرٕنی پاٗٹھی تمہٕ وٕریہِ سروس کمشنس چیرمین یمہِ وٕریہِ شفن کے اے ایس امتحان دژیو۔ مگر لسٹس چھُ آمُت سیکٹریٹ منزٕ قلم تارنہٕ۔ تہٕ شفہٕ نہِ جایہِ چھُکھ منسٹر صاَبُن زامتُر سلیکٹ کوٗرمُت۔

شیلہٕ : مگر یہ ہے چھُ آسان پنڈتا صأب سہ گراہ تو بوت کڈان۔تہٕ گراہ ارتھی۔گراہ چھُس زالان تہٕ گراہ دفناوان۔

شمبھودھر: أمِس آسہِ ونکیس پرٛیتھ کانٛہہ بیروکریٹ پنڈتا صأب سیٕ ہیو باسان۔ توے چھُس گراہ مُسلمان نظر کران۔ گراہ چھُس بٹہٕ سمجھان۔پوٗز بیروکریٹ چھُنہٕ آسان کانٛسہِ ہُند۔وقتس پیٹھ نہٕ پٔنن تہٕ روزان۔ژ کہِ چھُ یہ سورُے سسٹم میندی لد۔سون کشن جی تہِ ژٕلروٗ أمی سسٹمن۔

## فلش بیک

### سین۔۳

شفہٕ : (نارمل دفأغی حالتس منز) ژلُن مارا گیہٕ نہٕ مردی۔ مردی گیہٕ لڈُن۔ یتھٕ کٔنی بہٕ چھُس لڈان۔ کے اے ایس امتحان دِتھ اوُسم پنہِ جایہِ خیال زِ کمشنر یا ڈایٔریکٹر بٔنتھ اژٕ اتھ سسٹمس وگہٕ کٔنی تہٕ ہیرے والن تھلان۔ مگر اتہِ نیٛو کھ تاون ذدولستہٕ منزے ناوٕ بدلأوتھ۔ ونی دتُے میہ جوئیر اسسٹنٹ پوستہٕ خأطرِ درخاس۔ونی وچھکھ ژٕ کیتھٕ کٔنی اژس گگرواجہِ کنٛہ تہٕ اندری أندری انن سورُے سسٹم پرأٹتھ۔

اشوک دھر: میون ہےَ بوز کھ۔ژھانڈٕ ژتہِ سلہِ گرِ پٔنژ وتھ۔یتیُک سسٹم دیٕی نہٕ زانٛہہ وتلنہٕ۔

شفہ: توہہِ ماراکۆرۄدۄ ہے یِی۔ ٹُل پلوتہٕ وتھ ژلو۔ حالاتن ہُند مقابلہٕ کۆرو نہٕ زانہہ۔

اشوک دھر: پرانیو چھُ وۆنمُت۔ پوشُکھ نَے تہٕ ژۆ لگھ کونہٕ۔

شفہٕ : مگر ژ یہ ہے لڈنہٕ برونٹھے نیچوٗ ژلروتھن۔ ؟

اشوک دھر: ژہے یاراوس ہس۔ ژٕ ے رکاوٹ زِہن ؟

شفہٕ : پٕننِ کنِ سمجھاویوم سیٹھاہ۔ مگر تمس اوس نہ کالجہِ کین دوہینے منز انگلش کلچر نستہِ کنِ ژامُت۔ سہ کھیٛہِ ژھٔری ہے ہاکس ستیٚ بھتہٕ۔ مگر گۆژھس آسُن ڈائینگ ٹیبلس پیٹھ۔

اشوک دھر: گوٚوں چھُتھ ژ یہ جونیٔر اسسٹنٹ پوسٹہٕ خاطرٕ درخاس دیُت مُت ؟

شفہٕ : یس......۔

اشوک دھر: میہ ہے بوز نیلوفرتہِ چھَ کے اے ایس خاطرٕ تیاری کران ؟

شفہٕ : اہن سہ۔ گرٕ ھ نہ کرٕنی۔ اِد گرٕ ھا چانس کشن جی ینیٚ پاٹھی امیر کہ ژٕ لنیٚ؟

اشوک دھر: توہہِ ما گرٕ ھیو دوریر پانہٕ واٗنیٚ ؟

شفہٕ : یہاٗئے چھے نہ ژ یہ ماٗدی سوچ۔ ژٕ چھُکھ پرتھ کانہہ چیز باپاٗری نظرِ وچھان۔ سوشل یا فائینانشل سٹیٹس چھُنہٕ دِلن درمیان دوریر پاٗد کران۔ یہ چھَ انسانہٕ سنز سوچ یوسہٕ تفرُق پاٗدچھٕ کران۔ نیلوفر چھَ میاٗنیٚ اکھ ہم خیال دوس۔ اسہِ چھِ شُری پانہٕ پیٹھٕ خوشحال زندگی ہندی خان وچھمتیٚ۔ سون رشتہٕ چھُ سانین فکرن ہنز ہم آہنگی۔

اشوک دھر: شفا۔ ژٕ کیاہ بہ چھُکھ بدلیٚے دنیہس منز بسان۔ ظأہر یا چھُے نہٕ یہ دنیاہ خأبٕ آمُت۔ خوداہٕ ژھن۔ یمہِ دوہہ أزیُک یہ دنیاہ بُتھی کنہٕ ییِی سہ ُ شاک لگی زِال ہیو یکھ پتھر لاینہٕ۔ زندگی ہنزٕ سارے تھیوری گژھن نَے مُشد۔

شفہٕ : تلہٕ سہ کرژھو پہٕ دھر صأب۔ دِژٕ تاسس چھانٹھاہ۔ گنداں گژھ ژٕ رمی۔ ژیہ کیا یمن دولابن سنُن۔

فلش بیک ختم

سین۔۴

شیلہٕ : دۄ یمے ژھن وں یہ تاس وُٹتھ۔ بہٕ تہِ تراوِ ہانند رِزول۔

اشوک دھر: اِدسہ وۄتُم۔

سین۔۵

شفہٕ: سلام علیکم تھانداار صأب۔

ایس ایچ او: وعلیکم سلام۔ ون سہ شفا، کیاہ خبراہ چھ؟۔

شفہٕ: خبر نہ حض کہیں۔ وں گو پُلسہٕ وولاہ اکھ آو صبحأے صبحأے تہٕ سکلی وولُن شوٹھس ڈنڈ ٹاساہ۔ مےٚ وُنی تو یہأے چھا انصاف؟۔

ایس ایچ او: یہ چھا انصاف زِ ژٕ روز کھ صبح پیٹھ شام تام أ ِکس یزتھ دار انسانس پھاش پران۔ تمی ہٕندس ہوٗنس لایکھ کنہ؟۔

شفہٕ: بہٕ حض ونے اکھ کتھ تھانداار صأب۔ سہ ہوٗن کہِ حض چھے شامہٕ پتٕ سکھ وپھراے کران ماجہِ ہنزٕ درٕ ہے۔ أسی ہرگاہ بیرو کریٹن پوشونہٕ۔ تہند بن ہونین کیا زِ ہیکو نہٕ کُنہٕ لأیتھ؟۔

ایس ایچ او: اہنۆ تہٕ کۆر ہے کیاہ؟

شفہٕ : بہٕ حض ونۍ پۆز۔ ژٕ مانتہٕ یا متہٕ مانتہٕ۔ میہ کہ حض چھے یمن بیروکریٹن ہنز سکھ پھوشان۔

ایس ایچ او: ناتہٕ أکی ہرگاہ خطاہ چھُ کۆر مُت۔ باقیو کیاہ کۆر ؟

شفہٕ : یہ کتھ چھُکھ ژٕ صحیح ونان۔ أسی ہیکو نہٕ سارِۍ بیروکریٹن خلاف تحریک چلأوتھ۔ نہ ہیکو سارِۍ ہونین گٔنز لأیتھ۔ مگر میہ ون أکس کتھ جواب۔ شفس خلاف چھا بیروکریٹن ایف ائ آر دیُت مُت کنہٕ تٔمی سندی ہوٚنی ؟

ایس ایچ او: ایف ائ آر دیُت نہٕ کانسہِ۔ پنڈتا صأب نہٕ گھرِ پیٹھٕ وأژ شکائیت زِ ژٕ چھُکھ اوسمُت راتھ تٔمی سٕنٛد ناوٕ پھاش پران تہٕ تٔمی سٕنٛدس ہوٚنس چھتھ لأیمژ گٔنز۔

شفہٕ : اپُز۔ سراسراپُز ماجہِ ہنز درٕۓ۔

ایس ایچ او: چون مطلب چھاژٕ اوسکھ نہٕ پنڈتا صأبس پھاش پران؟۔

شفہٕ : پران ہے اوُسس۔ مگر تمہِ ساتہٕ اوُسس بہٕ بٔنٛدِ مس کوچس منز۔ پنڈتا صأب کپأری بوزِہے میأنی لیکھ۔

ایس ایچ او: بلکہ کانٛہہ آسہس شیچھ ہیتھ گومُت؟۔

شفہٕ : اگر سہٕ مخبرن کن تھاوِ۔ تیلہِ چھُ سہٕ نامرد۔

ایس ایچ او: اچھا۔ پنڈتا صأب نِس ہوٚنس لأیتھٕ گٔنز۔

شفہٕ: اکھ نہٕ۔ ستھ کنہِ لاٴیمس۔ مگر یہاٴے کوٗٹھ پھٔٹمٕژ نم ہرگاہ تٔمس اکھ تہٕ آیہ۔ نتہٕ آسہِ ہس کلہٕ پھوٗٹمُت۔ موج مٔرۍ نم۔

ایس ایچ او: ژٕ کرو عدٕ۔ اٴزٕ کہِ پیٹھہٕ نہ پرکھ ژٕ پنڈتاصاٴبنہِ ناوٕ کانٛہہ لیکھ۔ نہ لایکھ تٔمۍ سندس ہوٗنس کنۍ۔

شفہٕ : وعدٕ کیاز کرٕ ؟

ایس ایچ او: تہِ کیازِ اٴزۍ کہِ پیٹھہٕ موکلےیہِ تٔمۍ سنز بیروکریسی۔

شفہٕ : وۍ کیاہ بنوٗکھ ؟

ایس ایچ او: وۍ بنیوسہُ اکھ عام انسان۔

شفہٕ : کرتہٕ یلہِ عاٴش۔ عام انسانن ہندۍ گیہٕ اٴسۍ نوکر۔

## سین ۔٦

(لکہٕ ہجوٗمُک ژرِپوٗپ چھُ گژھان تہٕ اٴتھۍ سعتی چھُ یونین لیڈر رچھُ الوداعی تقریر کران۔)

یونین لیڈر: دوستو۔ تہٕ رفیقو۔ یہ چھَ اکھ حقیقت زِ جناب پنڈتا صاٴب رودۍ ہمیشہٕ ملازمت کین قاٴیدن تہٕ قونونن احترام کٔرتھ ایماندٲری سان پنٕنۍ فراٴیض انجام دوان ۔ مگر یہ تہِ چھَ اکھ حقیقت زِ یہندِ دستہٕ چھُنہٕ از تام کاٴنسہِ کانٛہہ فاٴیداہ تہِ ووتمُت۔ تہِ کیازِ بیروکریٹ سوساٴیٹی منز رٔوزتھ تھاٴویمو ہمیشہٕ اسمانس کُن نظر۔ تہٕ زمینس پیٹھ رٔودۍ غریب ملازم لتہٕ مونجہِ گژھان۔ مگر از یہٕ پنڈتا صاٴبس خوداییہِ سُند شکر ادا کرُن تہِ کیازِ الہٕ پلہٕ پانژٕ ترٕہن وٕرین مختلف محکمن منز افسری کٔرتھ سپُد از یمن انسان بنہٕ نک توفیق حاٴصل۔ تہٕ انسان بٔنِتھ ہیکن وۍ یم انسانن ہندۍ مشکلات سمجھتھ۔ میہ چھَ پوٗرٕ ومید زِ پنڈتا صاٴب تھاون وۍ زمینہٕ پیٹھ قدم تہٕ انسانن منز کرن بسہٕ نچ کوشش۔ تہِ کیازِ انسانن منز بٔسۍ تھٕہے ہیکہِ انسان انساٴنیتُک فرض ادا کٔرتھ۔

بیک گراؤنڈس منز چھُ پئیہٕ ژرِ پوٗپ گژھان۔)

سین۔ ۷

خضرٕ: چائے چھوشاندس پیٹھ۔

پنڈتا صأب: (نندرِ وتھان) ژیری پھن أنی زِ ہے۔ ازنَے اوس دفتر گژھ نُے۔

خضرٕ: (ودنہٕ ہٹہٕ) وُمرِ ہُند عادتھ ہےَ چھُم وۄ ندمیہِ زۄ۔

پنڈتا صأب: وٕنی گوسہٕ عادتھ مُشر اوُن۔ وٕنی گوس بہٕ رٹائر۔

خضرٕ: (پھٹہٕ نس یوان) ہے کیاہ گوم۔

پنڈتا صأب: ہتا ژیہ کیاہ روۄ ے۔ رٹائر ہےَ بہٕ گوس۔ تہٕ ژیہ کمیک غم ہیوٗ تُھ ؟

خضرٕ: نہ ماراتہٕ میہ ہےَ ژیہ اسمانہٕ وأ لتھ پتھرس پیٹھ ٹاس کوٗ ڈُتھ۔ بہٕ کتہِ رۄدس وں سہ خُضرٕ لیس وتہِ پکان پریتھ اکھاہ دورے اوس سلام کران۔ کتہِ تم ناز تہٕ نخرٕ۔ کتہِ سو خأطر دأری۔ صاحبہٕ سُند موٗ ہنیو کیاہ۔ زنتہٕ اوُسس بٔے صاحب۔ تہِ چھم یموا تھو کم کم پھٹوأری تہٕ کم کم ماشٹر ٹرانسفر کرنأوی متی۔ کمن کمن انجینرن اوُسس باج ہیوان۔ اما لگیہٕ بھلایہِ۔ وٕنی چھم سیٹھ دپکہٕ نس گیلان۔ وٕنی ہیرٕ ہم پتہٕ پتہٕ سیٹی وابنہٕ۔

پنڈتا صأب: ژیہ أسے نہ خبر میہ آسہِ اکہِ نتہٕ اکہِ دوہہ رٹائر گژھُن۔

خضرٕ: نہ حض تہٕ ونہِ گُس ژیرٕ گیو۔ پئیہِ نی زِہادون ؤرین ایکسٹینشن۔

پنڈتا صاًب: کمہِ خاطرِ۔ بہٕ نۍ چھُس پانژٕ ترٕ ہن ؤ رین کانٛسہِ بکار آمُت۔ دۄن ؤ رین ہُند ایکسٹینشن نتہٕ کُس سوچھ کرٕ کانٛسہِ۔ (سنجیدگی سان) ژٕ ہےَ توتہِ کانٛسہِ کانٛسہِ بکار چھُکھ آمُت۔ بہٕ روٗدُس انسان اُستھ تہِ انسانن دۄر۔ تھدین عہدن پیٹھ کاًم کران تھوٗوم ڈیکورم کس ناوس پیٹھ پانس تہٕ عام لۄکن درمیان اکھ دیوار استادٕ کُرتھ۔ عام لۄکھ کیاہ، سرکاًری ملاٗزم تہِ اُسی نہٕ میہ برۄنٛھہ کنہِ پکہٕ نس بہران۔ میہ سمکھنہٕ باپتھ اُس دفترس منز پریتھ کانٛسہِ اپوئنٹمینٹ ہینٛز پیوان۔ گھرس منز اُسکھ نہٕ بچارین سو اپوئنٹمینٹ تہِ میلان۔ تہِ کیازِ گیٹس پیٹھ چھُ ونہِ تہِ جرمن شیفرڈ ہۄن حقن ہمساین تہٕ میہ درمیان دیوار بٔنتھ کھڑا۔ مگر رٹائر گژھنہٕ پتہٕ روٗدُس بہٕ پنہٕ نہِ سے استادٕ کُری مَتس دیوارس یپارِ تنہا۔ (وش ترأوتھ) وٕنی چھُس نہٕ پتھرس پیٹھ کھورٕ ے ہیکان ٹھہرأوتھ۔ (درواز چ گھنٹی چھہ وزان)۔

خضرٕ : ژیہ کہ حض پروائے چھُے وۄندمیہٕ حض زۄ۔ ژٕ نہٕ حض چھُکھ کانٛسہِ آویزٕ۔

پنڈتا صاًب: دروازس چھہ بیل گژھان۔ تلہٕ بہٕ گژھہ وچھُن کُس چھُ۔

سین۔ ۸

اسلام علیکم تھاندار صاًب۔

ایس ایچ او:	صاحب چھا گھرے ؟

خضرِ	:	اِد کوٗت حض گژھِ۔ وٕنی ہے رٹائر گو

ایس ایچ او:	ایکسٹینشن دیُت ہس نہٕ کینہہ ؟

خضرِ	:	تو ونیو مس۔ مگر موٗنن نہٕ کینہہ۔

ایس ایچ او:	اٚمس کتھ چھُ بکار۔ ومرِ ہے یوٚت کموٗ ن۔ وٕنی کتھ کیُت چھُس۔

خضرِ	:	مگر پنہٕ نہٕ جایہِ وَنے کتھ تھاندار صأب وۄ ندمیہٕ زٕ۔ زیوٚنن سیٹھاہ۔ اما بھلایہِ تتھس زینہٕ نس۔ روپےَ مہ حض چھَ سورٕ ے کینٛہہ وۄ ندمیہٕ زٕ۔ انسانس گژھِ دلک سوکھ آسُن۔ کنہٕ نہٕ؟۔

ایس ایچ او:	صاحبن ہےَ ومرِ عائش کٔری۔ دلک سوکھ کیا زِ آسیس نہٕ۔

خضرِ	:	ہتہٕ حض کیاہ چھُکھ ونانِ۔ یتس بڑس بنگلس منز چھُ کُنہٕ زوٗن روزان۔ نہ چھس زنانہِ ہنز کانٛہہ خبر۔ نہ شُریٚن ہنز پے۔ تم پانس امریکہ ہس منز بہتھ۔ یہ چھُکھ تر وۄ مُت کُنہٕ زوٗن۔ وں یمن انگن اٚشناون خاأرکٔرِن۔ تم چھِس نہٕ از بُتھ تہِ ہاوان۔ زانہِ حض اٚمی سُندٕ ے پان۔

ایس ایچ او:	تلہٕ سہٕ میون وٕنس۔

خضرِ	:	بیہہ حض ژٕ یور کُن۔

Change Over

## سین۔۹

الیس ایچ او: گڈ مارننگ سر

پنڈتا صأب: ونو تھاندار صأب۔ کیاہ خبراہ چھَ ؟

الیس ایچ او: جناب تو ہہِ فرماو یُس تام چھُ راتھ کیُتھ تھندس گیٹس کنہِ لایان۔ سہٕ جناب انیومیہ کالے نادتھ۔

پنڈتا صأب: پتہٕ کیاہ ایکشن نیو تُمس خلاف ؟

الیس ایچ او: سہٕ جناب چھُ مؤ تاہ اکھ۔ تُمس خلاف کیاہ ایکشن نمو۔

پنڈتا صئب: پنڈتا صأب :۔ پاگل خان گوٚژھ سوزُن۔ یتہٕ کُنہ ہے سہٕ لوکن پریشان کرِ۔

الیس ایچ او: نہ جناب۔ وں کرِنہٕ تژھ غلطی۔ سہٕ جناب سمجھومیہ۔

پنڈتا صأب: مؤت کتھ کُنہٕ سمجھو وون ؟

الیس ایچ او: سہٕ جناب چھُ پوٚر رمُت لیوٚ کھمُت۔

پنڈتا صأب: تیلہِ کتھ کُنہٕ چھُس مژر آمُت ؟

الیس ایچ او: تُمس سعتیٚ جناب چھَ واریاہ زیادتی سپز مٕژ۔

پنڈتا صأب: کمہِ قسمچ زیادتی ؟

الیس ایچ او: بوزنہٕ کُنہٕ جناب چھُ تُمی کے اے الیس امتحان تہٕ پاس کوٚر رمُت۔ مگر لسٹہٕ منز چھُ تُمی سُند ناوٕ ژٹھ تُمی سنز جایہِ بدل کُس تام درج کرنہٕ آمُت۔

پنڈتا صأب: یہ کتھ ؤ ریس منز ؟

ایس ایچ او: تمہِ ورِیہِ جناب چھوتوٗ ہی سروس کمشنکی چیر مین اُسی مِتی۔

پنڈتا صاًب: ائی سی۔ یہ ماچھُ سہٕ ......۔

(تارِہنزِ اکہِ زیرِ سعتی چھُ یکدم فلش بیک شروع گژھان)

سین۔۱۰

شفہٕ : بالکل جناب۔ بےُ چھُس محمد شفیع راتھر۔

پنڈتا صاًب: ژیہ خلاف چھُ وارِیاہ شکایت آمژٕ۔

شفہٕ : جناب۔ آمژٕ آسن۔ جونیئر اسسٹنٹس خلاف ین نہٕ شکایژہٕ۔ اِدِ ینا کانسہِ بیروکریٹس خلاف۔

پنڈتا صاًب: چون مطلب کیاہ چھُ ؟۔

شفہٕ : ڈائریکٹر صاًبن چھ میہ متلق پنہٕ نس رپوٹس منز لیوٗکھمُت doughtful conduct۔ یُس نہٕ میہ زانی۔ سہٕ کتھٕ گُژ ہیکہِ میہ متلق پنٕنز رائے قائیم کرِتھ۔

پنڈتا صاًب: کمشنر صاًبن تہِ چھُ ژیہ متلق پنہٕ نس رپوٹس منز لیوکھمُت ......۔

شفہٕ : Mohd Shaffi is arrogant۔

پنڈتا صاًب: یس ......۔

شفعہٕ : یم دوشوے الزام چھِ محض نفسیأتی ردِعمل۔ ڈائریکٹر صأبُن رمارک چھُ زِ یہٕ چھُس بجہِ بجہِ کتھ کران۔ تمیُک مطلب گوٚأ کس لوکٹس ملأزمس گژھِ سوچ تہٕ آٮ۪سنٕ لوکٕٹے۔ موجودٕ سسٹمس منز چھَ بڈس افسرس بروٚنہہ کنہِ صرف خوشامد کرٕنس اجازتھ۔ بڈ کتھ کرنس چھنہٕ اجازتھ۔ کمشنر صأبُن رمارک چھُ زِ یہٕ چھُس فلاسفری ونان۔ تہندی کنہٕ چھنہٕ سرکأری ملازمتس منز فلسفس خأطر کانہہ جائے۔ تہِ کیازِ تم چھِ پانہٕ اکہِ پس ماندٕ علاقہٕ پیٹھٕ سیٹھاہ لوکٹہِ سطحچ سوچ ہیتھ وٚتھی ٚتی۔ تہٕ رزرویشن کیٹگری منز کمشنر بنیٚمتی۔ یوسہٕ سیز کتھ تمن سمجھ چھنہٕ یوان۔ تتھ چھِ تم فلاسفری ونان۔

پنڈتا صأب: مسٹر محمد شفیع۔ سرکأری ملازمتس منز چھُ أکس آزمودٕ سسٹمس منز روزُن پیوان۔ أکس مقرر لاہِ عملس تحت پیوان کأم کرٕنی۔

شفعہٕ : تہند یہٕ آزمودٕ سسٹم چھُ میٚنڈی لد۔ تُہند مقرر لاہِ عمل چھُ غلط۔

پنڈتا صأب: تیلہِ پزِ نہٕ توہہِ سرکأری ملازمت کرٕنی۔

شفعہٕ : تُہنزِ أتھی یوت کتھِ سعتی چھُ میہ اتفاق۔

پنڈتا صأب: لہٰذا چھوتوہی ملازمتہٕ نِش برخاست یوان کرنہٕ۔ ائ ایم سوری۔

شفعہٕ : بٹ ائ ڈونٹ کیر۔ شفقن امہِ میٚنڈی لد سسٹمک زہر چیٚوٗمُت۔ مگر اکھ کتھ پرٕژھِ ہو پنڈتا صأب۔ اکھ جونیئر اسسٹنٹ نوکری نشہِ برخاست کرنہٕ خأطرٕ آیہٕ اعلیٰ افسرن ہنز اکھ کمیٹی تشکیل دنہٕ۔ تہندی رپوٹ آیہٕ طلب کرنہٕ۔ مگر یمہٕ ساتہٕ سروس کمشن کس لسٹس قلم چھوتاران۔ تمہِ ساتہٕ کونہٕ چھور پوٹ طلب کران۔

پنڈتا صأب: وٹ ڈوٗ یومین ؟

شفٕہ : پٔیہِ ونو بیا کھ کتھ۔ اگر وٗنی منشٹر صأبس اتھِ فون کرناوو۔ نہ روزِ کمیٹی کنہِ۔ نہ روزن یم رپوٹ۔ خبر doughtful conduct آسنہٕ باوجود ما دیومیہ پرموشن تہِ۔

پنڈتا صأب: لیس۔ کنہِ کنہِ ساتہٕ چھُ تتہِ سپدان۔

شفٕہ : اینڈ دیٹ از یوٗر سسٹم۔ اور میں کبھی اس سسٹم کا حصہ نہیں بنوں گا۔

(ساز کہِ اکہِ زیرِ چھُ فلش بیک ختم گژھان۔)

سین۔۱۱

پنڈتا صأب: تُمس اوس پٔتُن اکھ perception۔ پٔتُن اکھ لاجک۔ سہٕ اوس پوٗز یے ونان۔ مگر تھٔی پھیوٗ راوس۔

ایس ایچ او: بالکل جناب۔ تیزٕ ے پٔہن اوسُس مزاز۔

پنڈتا صأب: اگر یہ سُے چھُ۔ تیلہِ چھَ پزٕی پأٹھی تُمس سعتی زیادتی سپز مژ۔ تہ کیاز تمہِ ژ ریہٕ سپُد۔ یتھ اکھ واقعہ ییلہِ کامیاب ومیدوارن ہندس لسٹس قلم آٔو تارنہٕ۔ تہٕ اسہِ پٔیہٕ کتھے کھینز۔ سوٗ اُس اکھ مجبوری۔

ایس ایچ او: اُمس جناب چھَ پوٗتُس پتھ واریاہ زیادتیہٕ سپز مژ یمہِ کنی دیماغٕے گوس خراب۔

پنڈتا صأب: روزان کتہِ چھُ ؟

ایس ایچ او: تمن دوہن جناب اوس پرانہِ بستی منز روزان۔ میڈم نیلوفر جہاں ہمسایہ۔

پنڈتا صأب: میڈم نیلوفرَ ؟

ایس ایچ او: سوے جناب یوسہٕ ازٹان پلائیر چھَ۔

پنڈتا صأب: اچھا۔

ایس ایچ او: تمہِ تہِ جناب دژیو أمی ہے شفس سعتی کے اے ایس امتحان۔ بوزنہٕ کنی چھُ یمن پانہٕ وأنی افیر تہِ اوسمُت۔

پنڈتا صأب: ائی سی۔ توے ماچھَ نیلوفر جہاں ونہِ تہِ کھاندرٕ رۆ ستے ؟

ایس ایچ او: شاید۔

پنڈتا صأب: مائی گارڈ۔ ازچھُ میہ تران فکرِ تھدین عہدن پیٹھ کأم کرن وألی کأتیاہ بیہ خبر چھِ آسان۔ ازچھُ میہ تران فکرِ یمن پانژتر ہنٕ رین کوتاہ دور چھُس بہٕ رودمُت زندگی نشہِ۔ بڈین عمارتن منز بہتھ چھنہٕ گراونڈ ریلٹی ہنز پی لگان۔

ایس ایچ او: یس سر۔

پنڈتا صأب: میون اکھ کامہِ پیونتاہ ہیکیٕ وٕ گرتھ ؟

ایس ایچ او: حکم گرو جناب؟

پنڈتا صأب: میأنس گیٹس کنہِ چلاون وول یہ شفہٕ سمکھاوتن میہ کنہِ دوہہ۔

ایس ایچ او: ضرور جناب۔ بہٕ انن پانس سعتیٖ۔

پنڈتا صأب: تھینک یو آفیسر۔

سین۔۱۲

(کینہہ بچہٕ چھہِ پانہٕ وأنی لڑٲئے ہش کران)

آمر : میہ دیو وبال أنتھ ؟

عادل : سہٕ کُس اژی صاحبہٕ سُند گھرٕ۔اتہِ ہے گیٹ سے پیٹھ ہوٗن چھُ۔

آمر : بہٕ کیاہ مانو۔میہ دیو بال أنتھ۔

عادل : چیٖڑ اوسیہٕ یوٗت زورٕ شاٹ کڈُن ؟

آمر : ژے ہے ترأوتھ شاٹ پچ بال۔

عادل : ہیوژٕ لی وو۔ اورٕ ہادراو صاحب۔

پنڈتا صأب: بہِ چھاسہَ گوٗ برو تُھنز بال ؟

آمر : اہن حض۔

پنڈتا صأب: سأری ہرگاہ بہٕ وچھتھ ژٕلی۔ژٕ کیا زِژوٗ لُکھ نہٕ ؟

آمر : بال چھنہٕ حض میأنی۔

قلمدان : اِد۔توٗہی کیا زِژا یو نہٕ اندرتہٕ بال نیو ؟

عادل : اتہِ چھُنہٕ حض ہوٗن۔

قلمدان : پگاہ پیٹھہٕ گژھہِ پانے اژُن۔ہوٗن روزِ نہٕ اتیتھ کینہہ۔

بالی : تھینک یوانکل۔

سین۔۱۳

(شامُک چھُ وکھ۔شفہٕ چھُ دورے یوان گیوان گیوان)

شفہٕ: (گیوان) زمانٔے پۄک نہٕ ہمدم۔توتہِ کیاہ گو......تُمس گیٖہٕ زلف برہم روزیا نہ روزیا ......غنیمتھ شامِ غم ......زمانٔے پۄک نہٕ ہمدم۔ توتہِ کیاہ گو ......(نزدیکھ وأتتھ پانٕسے سعتی) اما یہ بڑٕ گھرُک ہوٗن چھُ ازلوتے۔ بیمار ماچھُ ......(لوتے وزناوِنچ کوشش کران) ہش ......ہیوہونیا۔شوٗنگتھ چھُکھاہ ؟......کوچی کوچی...... اِدِسہ ٹھہر۔وُنی وِزٕ ناوتھ کنہِ سعتی ......(شفہٕ چھُ گیٹس کُنٕی لایان تہٕ ہوٗن چھُ یکدم وھپھرارے کران) ...... یہ گیہٕ کتھ۔ توتہِ دُتھ کتھِ جواب۔ نتہٕ ژھینوِتھ شوٗٹھس پھریٹھ گرتھ تان ذدِ۔میہ دۄپ موٗمُت ماچھُکھ......

(ہوٗن چھُ وھپھرارے کران تہٕ شفہٕ چھُ گیوان گیوان نیران)

(گیوان) زمانٔے پۄک نہٕ ہمدم۔توتہِ کیاہ گو......تُمس گیٖہٕ زلف برہم روزیا نہ روزیا ـــ۔غنیمتھ شامِ غم ...... زمانٔے پۄک نہٕ ہمدم۔ توتہِ کیاہ گو......۔

## سین۔۱۴

(شامُک چھُ وکھ۔شفہٕ چھُ دورے یوان گیوان گیوان)

شفہٕ :۔ (گیوان) زمانٕے پۆک نہٕ ہمدم۔توتہٕ کیاہ گو......تُمس گیہٕ زلف برہم روزیانہ روزیا ...... ہے ماسے ...... ہے شیلہٕ ماسے......۔

شیلہٕ : آکھ بہٕ دیہس ژٕنڈ کٕڈتھ تہٕ تھکس بیوٚڈھکھ میأنس براندس پیٹھ۔

شفہٕ : بہٕ ہےاوس سے پنڈتا صأبن ہوٗن وزناونہٕ گومُت۔

شیلہٕ : وٕں کتھ لوگُکھ پنڈتا صأب نس ہوٗنس پتہٕ۔

شفہٕ : نائے تہٕ ڈیوٹی دیہِ ہے نہ۔ونی أسا تُمی سنز ڈیوٹی تہِ میے دنی۔

شیلہٕ : دپان ہے پنڈتا صأب چھُ رٹائر گومُت۔بلکہِ تمی سندس ہوٗنس تہٕ آسہِ تیہہ ؤ ژھ ہٕمژ۔

شفہٕ : ہاہاہاہا۔ہے شیلہٕ ماسے پھیٔٹ چھکھ ماجہِ ہنز درٕ ے۔ژٕ ے وأ ژٕ کھ اصل کتھِ۔بہٕ نے اورکُن سنیومتُ اوسُس۔یِ ؤنی زِ دھرصأبس۔ ڈٕلِی زِیس بدلیوسُ زمانہٕ۔موکلیوسہٕ سسٹم۔نتہٕ کُس پنڈتا صأب۔۔ دپ یُس نہٕ فلک أسی فکرِ کھسان۔اسمانس سعتی اوس کھیوان گاڑٕ بُزتھ۔از چھُ تمی سُند ہوٗن تہِ لوتے۔۔پیٹھ فرٕنگی ہوٗن۔کأنٕسرس ہوٗنس کرٕ ہودرٕ ہ۔فرنگی ہوٗنس کیاہ کرہو ؟

شیلہٕ: میہٕ ونتا ژٕ یہٕ کھیٔوتھ دوٚہس کینہہ۔کنہٕ فاقے چھُکھ ؟

شفقہٕ : میہ نَے چھُے مأٹِے از۔ ژٕ دتے أندرٕ ژادرِ زٕ ٹاہ۔ میہ کیاہ بی کھُرٕ ژٕ تر
ہش۔ بہٕ تراوِ ہانندٕ ر۔

شیلہٕ : بیمار ما چھُکھ ؟

شفقہٕ : بیمأری پے تن میانین دشمنن۔

شیلہٕ : نا۔ تیلہِ ہاتراوکھ أندرٕ کنہِ آرام۔

شفقہٕ : نائے۔ میہ ہے چھُے پیٚتی تھےٚ یوان آرام۔ چأنس براندس پیٹھ۔

شیلہٕ : اِد بہ تہٕ ٹھہر۔ بہٕ کڈے أندرٕ ژادر۔

شفقہٕ : (آلو کرنہٕ کس اندازس منز) مگر أمس دھر صأبس ہے وُنی زِ۔ ڈٕلِ
زلیس کُس پنڈتا صأب۔ یَس نہٕ فلک أسی فکرِ کھسان۔ یُس اسمانس
سعتی اوس کھیوان گاڈٕ بُزتھ۔ یَس نہٕ سلام کرِنس اوس کانہہ بٔہران
......أخر کوٗت ووت۔ دپ أخر ووت اسے نش۔

شیلہٕ : اِد بہَ تہٕ رٹھ یہ ژادر تہٕ تراونٕد ر۔

شفقہٕ : امایہ کیاہ وۄن مے۔ دھر صأبس وُنی زِ۔

شیلہٕ : یکیاہ ونس۔

Change Over.

سین۔ ۱۵

پنڈتا صأب: مے ائ کم ان ؟

نیلوفر : یس......۔

پنڈتا صأب: میڈم نیلوفر جہاں۔

نیلوفر : اومائے گارڈ۔ سر آپ یہاں...... معاف کیجیے گا۔ میں نے دیکھا نہیں۔

پنڈتا صأب: توٚہی تھأیو تشریف۔ وٕنی چھُس نہٕ بہٕ ملازمتس منز۔

نیلوفر : مگر سائنس دلس منز چھُ تُہند یزتھ بدستور قائم۔

پنڈتا صأب: تمہٕ خاطرٕ چھُس بہٕ تہند شکر گزار۔

نیلوفر : ازکل کیاہ چھو کران ؟

پنڈتا صأب: پنہٕ نین گونہن ہُند ازالہ کرنٕچ کوشش چھُس کران۔

نیلوفر : نہ جناب۔ یہ کیاہ چھو ونان توٚہی۔ تُہندِ دستہٕ نَے تیتھ کانہہ گوناہ چھُ سپُد مُت۔

پنڈتا صأب: غفلتس منز چھ گوناہِ سپدان۔

نیلوفر : ونکیس کتھٕ کٔنی اوٚنوٚ توہہِ تشریف ؟

پنڈتا صأب: مسعلاہ اکھ چھُ۔ اکہِ غریب تہٕ پس ماندٕ طبقُک۔ یم بیہ گھر چھِ۔ یمن بیہ گھر لوٚکن ہندِ باپتھ گھرٕ بناونُک یُس منصوبہٕ واریاہٕ ؤری برونہہ منظور آیو کرنہٕ۔ تہٕ یمہِ باپتھ زمین تہِ آیہٕ مٔلی ہینہٕ۔ تتھ منصوبس کیاہ گیو ؟

ناصر : از کتھ پیٹھ پیو توہہِ سہٕ منصوبہٕ یاد ؟

پنڈتا صأب: پرانہ بستی نیبر چھُ اکھ پس ماندٕ بستی آباد۔ کٔدلس بوٚنہٕ کنہِ۔ میہ نش آو توٚرُک نفراہ اکھ۔ تمس چھُنہٕ گیٹ بناونس اجازتھ یوان دنہٕ۔ اتھ سلسلس منز سمکھیوس بہٕ متعلقہٕ وارڈ افسرس۔ سہٕ چھُ ونان اتھ جایہِ چھُنہٕ مکانہٕ تأمیر کرٕنس اجازتھے۔ یم سأری چھِ اتھ زمینس ناجائز قبضہٕ کرتھ۔

ناصر : اینڈ دیٹ از ٹرُو ۔ یمو چھُ سرکأری زمین رٔٹمٕژ پانسے بأ گرتھ ۔ اڈیو چھِ عارضی تہٕ اڈیو چھِ پوٚختہٕ ڈوکہٕ بنأوِ مٕتی ۔ یم سأری ڈوکہٕ ین سیٹھا جلدی تھوٚ دتلنہٕ۔

پنڈتا صأب: تہٕ یمن ڈوکن تہٕ پہرین منز بسن وألی گرٕژھن کوٚت ؟

نیلوفر : تہندِ باپتھ چھِ کینہہ مکانہٕ بناونہٕ آمٕتی ۔ کینہہ چھِ بنان۔

پنڈتا صأب: تہٕ یم مکانہٕ بناونہٕ چھِ آمٕتی تم چھِ رٔٹی مٕتی بارسوخ اہلکارو، سیأسی ورکرو تہٕ عہدٕ دارو۔

نیلوفر : کتھ چھنہٕ ۔ مےَ آسِو عام لوٗکن ہنزن بیہ بنیاد کتھن کن تھاوان ۔ میہ نش چھُ کیٹیسٹ ڈاٹا ......۔

پنڈتا صأب: ڈونٹ شوٗ می یوٗر ڈاٹا ۔۔ عألی شان دفترس منز آرام دیہہ کرسی پیٹھ بہتھ چھُ سرکأری اعداد و شمار ابساوان میہ تہٕ پننی نیصف وأنس چھمہٕ گرٕمژ۔ مگر یہ أسی کاغذن منز وچھان چھِ اگر تی آن گراونڈ آسہِ ہاسأنی یہ سٹیٹ آسہِ ہے ملکس لیڈ کران ۔ بٹ دگراونڈ ریلٹی از ڈفرنٹ۔

نیلوفر : یہ مسلہٕ چھُ پتھ وتھ پیٹھٕ تھےَ کٔنی پکان آمُت ۔

پنڈتا صأب: مگر کأنسہِ نتہٕ کأنسہِ چھُ اتھ کُن توجہ دیُن ۔ غلط اعداد و شمار چھِ سأنی منصوبہٕ کمزور کران ۔ عوام چھُ روزان دھوکھس منز۔

نیلوفر : عوام کتھٕ کٔنی چھُ دھوکھس منز روزان ؟

پنڈتا صأب: لۆکھ چھِ وۆ زُم وۆ رُد گرتھ، موللی تہٕ ٹاٹھی چیز کنتھ، بنکن لون ہیتھ کنہِ جایہِ زمین پُرن مٔلی ہیوان۔ییلہِ مکانہٕ بناونہٕ باپتھ سرکارس اجازتھ ہینہِ چھِ گژھان، تمن چھُ یوان ونہٕ یہ زمین چھُ گرین بیلٹ۔ یہ چھُ انڈسٹریل ایریا۔ یہ چھُ ایگریکلچرل۔لہذا ییہِ نہٕ اتھ جایہِ رہایشی مکانہٕ بناونس اجازتھ دنہٕ۔یتھٕ کٔنی چھُ لگان عوامس دھونکھٕ۔

نیلوفر : لوٗکن پزِ نہٕ گوڈٕ سرٕ کرُن کُس زمین کیاہ چھُ۔

پنڈتا صأب: کٔمس نش کرن سرٕ ؟۔شہرُک منظور شدٕ نقشہٕ چھُ ٹاون پلینر سندس دفترس منز لبہِ چسپان گرتھ۔عام انسان کتہِ واتہِ تور۔ یہ نقشہٕ گوژھ نہٕ آسُن منز لال چوکس تہٕ سارِنے پبلک پارکن منز۔یتھ پریتھ کأنسہِ ہنزن نظرن منز روزِ ہا۔اتھ نقشس گژھ نہٕ ینٕز اخبارن ہندِ ذریعہٕ پبلسٹی کرنہٕ۔

نیلوفر : دیٹ ازٹرو......۔

پنڈتا صأب: میہ چھُ باسان ہرگاہ یہ نقشہٕ لوٗکن آشکار ییہِ کرنہٕ۔ ناجأیز تأمیراتن ہُند سلسلہٕ گژھِ بند۔تہِ کیازِ ناجأیز تأمیرات چھِ اکثر لاعلمیُک نتیجہٕ۔ سیٹھاہ کم لوٗکھ چھِ زأنتھ مأنتھ ناجأیز تأمیرات کران۔

نیلوفر : تہند یہ مشورٕ واتناوٕ بہٕ متعلقہٕ حأکمن تام۔ائی پرومس۔

پنڈتا صأب: تھینک یو۔

نیلوفر : پیٚیہٕ گرو حکم۔

پنڈتاصاب: موِل اَستھ اکھ نصیحت۔ یہ میہ تہٕ میے ہویو وار یہو افسرو کوٗرمُت چھُ۔ تہِ کَری زینہٕ۔ ریشم کیمی سندی پاٗٹھی وٗلی زینہٕ پانس اَندی اَندی بیرو کریسی ہُند زال۔ تہٕ ڈیکورم کس ناوس پیٹھ کَری زینہٕ پنُن پان عام لوکن نشہِ الگ۔ انسان اگر اقتدارکس زورس منز اسمانٕ پیٹھی تہِ وڈو کرِ۔ پکُن چھُ اَخر پتھرِ ہے پیٹھ۔

نیلوفر : یہ نصیحت تھاوٕ بہٕ ہمیشہٕ یاد۔

پنڈتاصاب: پٔیہِ دمے اکھ ژینوٕنی۔ زاٗنتھ ماٗنتھ۔ یا بیہ خبری منز چھُ اسہِ دوشوٕنی ہندِ دستہٕ اکھ گوناہ سپُد مُت۔ سانہِ دستہٕ چھَ کاٗنسہِ ہنز زندگی برباد گمژ۔ اگر ممکن سپدی تمہِ غلطی ہُند ازالہٕ کَری زِ۔ دیو گوٚنہس گرژھی افوہ۔

Change Over.

سین۔۱۶

شیلہٕ : دۄہے۔ شفہٕ وۄتھے نہٕ از براندٕ پیٹھ تھوٚد۔ ظاہر یا چھُ بیمار۔

دھرصاب: آسہِ نہ۔ اَمی تاون ذدن کیاہ تھوپر پنہٕ نس پانس۔ چرس چے چے زولن پنُن کریہنہٕ ماز۔؟

شیلہٕ : بنان چھُ ترژھے ہش کتھ آسہِ۔ تیلہِ ماپٔیہِ ہسپتال نیُن۔

دھرصاب: ٹھہر۔ بہٕ دِمس نظر۔

## سین۔۱۷

دھر صأب: ہیوٚ شفا۔ ژ یہ چھُیا خأرِ ے۔ ژ کونا چھُکھ تھوٚ دوتھان ؟

شفہٕ : (بیمار آوازِ منز) وں کیاہ چھُم کرُن تھوٚ دۄتھتھ۔ وٕنی کوس ڈیوٹی روز باقے۔ وٕنی ہے پنڈتا صأب تہِ بیوٚ ٹھ۔ تُمی سندی ہوٚنی تہِ ترأ وزول۔

دھر صأب: بیقلہٕ۔ یِی اوس سَے گرِ گرِ ونان۔ یہ ہا چھُ سلسلے یِتھے۔ اکھ پنڈتا صأب بیہہِ۔ بیا کھوتھِ۔ مگر یہ سسٹم بدلہِ نہٕ زانہہ۔

شفہٕ : مگر یہ چھُکھٕ ژ مانان۔ پنڈتا صأب بنیو انسان۔

دھر صأب: راٹائر گژھتھ چھِ ساری بیروکریٹ اۄخر انسانہٕ بنان۔ چارٕ تہِ کیاہ چھُکھ۔ اۄخر چھُکھاہ پکُن پُتھرِ ہے پیٹھ کنہٕ کہیں۔

شفہٕ : مگر سسٹم تہِ چھُ پُتھرس پیٹھ والن۔

دھر صأب: وُمرِ ہے اۄتھی پتہٕ روٚ دُکھ۔ حأصل کیاہ اوٕے ؟۔ پنہٕ نی زندگی گرتھ ظایعہٕ......

(شفہٕ چھُ ژاس کران تہٕ اۄتھی سعتی چھس خونہٕ گریکھ یوان۔ اے ساتہٕ چھَ گاڈیَ یوان تہٕ ٹھہران۔ دوشوٕ ے طرفو چھِ دارِ کنی سوارِ ژ وسان)

دھر صأب: ہیوٚ شفا۔ ہیوٚ ژھ چھُکھاہ ٹھیکھے ؟

شفہٕ : سسٹم ہسہ بیوٚ ٹھ دھر صأب۔ کھیل گیہٕ ختم ماجہِ ہنز درٕ ے۔

شیلہٕ : دوٚ پے۔ یم کم آیہِ سرکأری گاڈِ منز۔

دھرصأب: ظأہریاچھُ پنڈتا صأب۔۔۔۔ ہیوٗ شفا۔ ہیو پنڈتا صأب ہا آئے خبرِ۔
یہ ماچھےنیلوفرتہِ أمس سعتی ؟

شفہٕ : ژٔڈی تو کتھے۔ سورُے سسٹم ہےَ یوٗ تےُ ووت۔

پنڈتا صأب: شفہٕ صأبس کوتاہ کال گو بیمار ؟

شفہٕ : ینہٕ پیٹھٕ تہند سسٹمس بیمار گو۔ تتنے پیٹھٕ چھِ خبر کأتیاہ شفہٕ بیمار۔۔
(ژاس کران)

(شفہٕ چھُ ژاس ران تہٕ أمس چھَ خونہٕ گریکھ یوان)

نیلوفر : ۔ شفا ..........۔

ختم شُد

# لُکہٕ موٚت۔انہِ گوٚٹ
## (کأشُر ٹیلی ریڈیوڈرامہ)

کردار:۔

۱۔ جانہٕ آپہ ------- گاپچ زِٹھ زنانہٕ۔ دلہٕ کٕنۍ زرم

۲۔ عزیز میر-------- گامُک سرپنچ

۳۔ ایم ایل اے ---- جوان سیأسی لیڈر

۴۔ بٹہٕ ------ اکھ گأمی موٲلی

۵۔ گأمی ------- گامُک اکھ بسکین

۶۔ماشٹر ------- اکھ پوٚر مُت لیوٚ کھمُت گأمی

## لُکہٕ مۆت۔انہِ گۆٹ

### سین ۔ا

(ریڈیوڈرامہ چھُ پنہٕ نہِ ریوایتی موسیقی سعتی شروع سپدان۔)

بٹہٕ : (آلو کران) عزیز کاکا۔ ہیو عزیز کاکا۔ تلانبر نیر تہٕ۔ایم ایل اے صأب ہا پیوأ تتھ۔

عزیز : (کریکھ دوان) ہے تلے میہ دی تو پوشہٕ مال۔ بہٕ تراوٕ ہا ایم ایل اے صأبس۔۔۔۔ ہیو بٹا۔ ہیو ژٕ ان تھکو شُری داہ ترٕہ نا دتھ تہٕ تمن اتھِ دیاوتہٕ نعرٕ۔ نتہٕ کیاہ بہٕ گرٕژھِ گٔھُجل خأری۔

بٹہٕ : تہِ ترأ ماہ کڈنأوی ژٕ ہے دروازس پیٹھ۔ شُری یہن پانے۔

عزیز : ژٕ یہ کیاہ زیوأ سیہ کھیمٕژ گگرن۔ صبح پیٹھٕ وٕنی ژٕ ہے۔

بٹہٕ : ناتہٕ ژٕ ہے سرپنچ چھُکھ۔ ژٕ یہ چھے نہٕ شُرین سعتی تہِ سیاست تگان کرٕنی۔

عزیز : ہیو بٹہٕ شودا۔ روزو پتھ۔ تراوٕ ایم ایل اے صأبس جائے۔۔۔۔ اسلام علیکم جناب۔

ایم ایل اے: ہیو یئتہِ کھوژِ چھُنہٕ ہر گرٕے کانہہ۔ توہہِ ما چھو گامس منز موردِ مۆدمُت۔ نہ چھُ پبلک۔ نہٕ پنڈال۔ یہأئے چھا چون جلسہٕ۔ یتھ میہ خطاب چھُ کرُن۔؟

سرپنچ : جناب۔ کاأنۆ مرأیٔ تورژھ کھنڈ۔ بہٕ تراوِ ہو پوشہٕ مال۔

ایم ایل اے: پوشہٕ مال ہسہ َ تراوِ ہکھ ژٕ۔ اما ژرِ پۆپ کرُن کیُت گۆژھ پبلک تہٕ آسُن۔ یتیتھ نے شُریو ورأئے چھیٖی کانہہ۔ ژیہ کتھ پیٹھ چھتھ میہ دعوت دژٕمژ۔

سرپنچ : جناب۔ واز وان چھُ تیار۔ توٗہیٚ أنو اندر تشریف۔

ایم ایل اے: ناتہٕ بہٕ کیاہ بھتہٕ کھینہِ چھُسہٕ آمُت چون گھرٕ۔ کنہٕ چانین شُرین بأژن چھُس بُتھ وچھنہِ آمُت۔ ونکیس چھُ پانہٕ ایم ایل اے ژامُت گامس منز۔ ونکیس گۆژھ نہ َ یتیتھ پبلک آسُن۔ یمن بہٕ تقریر کرٕ ہا۔ کانہہ وعدٕ دمہٕ ہا۔

سرپنچ : جناب۔ راتھ گیہ اچانک موغدم بائے بیمار۔ سأئلم گام سید یؤتُمی سُند گھرٕ۔ اکھُتے وأتیٚ نکھٕ تلہٕ کیوگا موپیٹھٕ تہِ لۆکھ۔ ونکیس چھُ جناب تُمی سندس آنگہٕ نس منز لکہٕ ارساتھ۔

ایم ایل اے: تأجب چھُ۔ موغدم بائے چھا ایم ایل اے سندِ کھوتہٕ۔ پژ کیاہ چھَ سو دلہِ ہنز تھف۔؟

ژکہِ جناب چھَ سو وارِنی۔ وں گوزا شُرین چھَ مأتراوان تہِ۔

ایم ایل اے: (اسن کھنگالہٕ تراوان) ہاہاہاہا

سرپنچ : جناب أمی سنز شوہرتھ چھَ سیٹھاہ دؤرتام۔ ونیُکھ تام چھُنہٕ أمی سندِ اتھٕ کانہہ شُرمُرتھ زامُت۔ پیٹھٕ چھِ ونان اتھٕ تہِ چھُس شِہُل جناب۔ أمی سندِ اتھٕ یم بچہِ چھِ زاٗتیٚ تمن نہ َ چھُ زانہہ مُسل گومُت۔ نہ چھکھ وسان کھنی۔

ایم ایل اے: ہے یارٕ۔ توٚہی کتھۍ زمانس منز چھولسان بسان۔ ازتہٕ چھوا توٚہی وارِنین پتہٕ پتہٕ پکان۔ شفاخان کیا زِ چھونہٕ گرٕ ھان لوسہٕ زنانہٕ ہیتھ ؟

سرپنچ : جناب۔ شفاخانن منز چھنا دایہِ نوان بچے بدلأوتھ۔ توے چھُنہٕ تور بہران کانہہ لوسہٕ گرٕ ھنس۔

ایم ایل اے: تہِ کیاہ گو۔ بچہ کیا زِ بدلاون۔

سرپنچ : روپین دٕہن ہنز لالچ چھ جناب پریتھ کانٔسہِ۔ لوتہِ پأٹھی ہرگاہ دایہِ کانہہ روپیہ ہتھ پلناوان چھُ۔ سو چھ دوان کورِ ہندِ بدلہ کانٔسہِ ہُند لڑکہ بدلأوتھٕ۔ تہٕ کوٗر چھ تھاوان بیہ یس کانٔسہِ لرِ سأوتھ۔

ایم ایل اے: ہتوونان کیاہ چھُکھ ژٕ۔ کانٔسہِ ہُند بچہ بدلاوُن چھا سہل کتھ۔ اتھ پیٹھ ہے تمن داین ہتکرِ پین۔؟

سرپنچ : شفاخانن منز جناب چھِ یتھی حادثہٕ سپدٕمتی۔

ایم ایل اے: ناتہٕ گوکھ کیاہ تتھ لایکھ ؟

سرپنچ : لڑکن جناب چھ تھپہ تھف۔ کوٗرما چھُ یژھان کانہہ۔

ایم ایل اے: مگر یہ ڈاکٹر زانہٕ۔ تہِ زانیا گاٹٕج ان پرٕھ وارِنی۔؟

سرپنچ : نہٕ حض أمس زموٗغدم بایہِ تہِ نہٕ حض واتی اتھ کارس منز کانہہ۔ یہ حض چھےٚ نیصف ڈاکٹر کوٹھچ درٕے۔ لوکٹٕ موکٕ یلاج تہِ چھ کران۔ امہِ رنگہٕ حض چھےٚ أمس واریاہ تجربہ۔

ایم ایل اے: گوڈٕ چھُنہٕ میہ فکرِ تران یہ چھا موٗغدم بائے کنہٕ وارِنی۔

سرپنچ : نہ ہَض وارنہِ کارٲس گوڈے کران ۔ امایِنہٕ موغدم بیمار پیوٕ تہٕ تٔمس فاہٕج گو۔ تتہٕ ہیژ خاندارِ سنزِ سأرے ذمہٕ وأری امے۔ یہأئے چھَ وں لوکن ہندی تنازعہ تہِ ٲنزران ۔تہٕ سرکأری کامین تہِ چھَ تھاوان نظر گٔذر۔ زاشُرین چھَ مأتراوان تہِ یہأئے۔ یتھ علاقس منز جناب چھُ ٲمی سُندے چلان۔

ایم ایل اے: اچھا؟ ۔اِدِ یہٕ ہے چھَ تیلہِ کامہِ ہنز۔ ژ یہ کونہٕ ووٚنتھ وٕنیس تام؟

سرپنچ : مگر ٲمس نہ ہَض چھُے اسہِ ستی پوٚٹ لگان۔

ایم ایل اے: کیازِ ؟۔اسہِ ستی کیازِ چھُس نہٕ پوٚٹ لگان۔؟

سرپنچ : یہ چھنہٕ ہَض ہَض زووِہندِ باپتھ زٕٹ ژٹان ۔نہَ چھَ کھیوان پانس۔نہَ چھَ دوان بٔییس کھینہٕ۔ اکھُتے کریونم پٔتی مہِ لٹہِ اندیٖتھے اکھیوٚن یِیلہِ الیکشنس وژھیوس۔ تژھ تھوس ٲنن زِمیہ تراوے سرپنچ بنہٕ نچ برانٕھے۔



## فلش بیک

## سین ۔۲

(لوٚکھ چھِ نعرِ دوان)

بٹہٕ : گٔب چھا پوشان ببر شیرس۔

باقی لوٚکھ: ووٹ ترأوِ وعزیزس میرس۔

بٹہٕ : بھتہٕ یڈ کھیہ یوتوٗ ملہٕ سیرس۔

باقی : ووٹ ترأوِ وعزیزس میرس۔

بٹہٕ : کاوٗ چھوٗ کران ٹاوٗ ٹاوٗ۔

باقی : عزیز میرس ووٹ تراو۔

زوٗن دید: ہیوتو ہہِ چھُو او کہ بھتہٕ لوٗ گمُت۔ اژان کونا چھو پنہٕ نین گھرن۔؟

سرپنچ: جانہٕ آپے۔ سلام علیکم۔

جانہٕ آپہٕ: وعلیکم سلام۔

سرپنچ : موغدمس کیاہ خبراہ چھَ ؟

جانہٕ آپہٕ: تتھُے ہبا۔ یتھ اوس۔

سرپنچ : اِدبی خوداہ گری نس خأر۔ شفادی نس پروردگار۔

جانہٕ آپہٕ: تلہٕ بہَ تھاوتہٕ یم بانڈ دایہِ خأر کرِنی۔ میہ چھَ خبر ژ یہ کیاہ مطلب چھُے۔

سرپنچ : نہَ بی تہٕ ژ یہ خبرِ ے چھَے۔ وں تھأوی زِ أزی کہِ لٹہِ یزتھِے۔ پانہٕ تہِ ترأوی زِ ووٹ۔ بیہ ین تہِ ؤنی زِ۔ اکھُتے کڈون یہ موغدم تہٕ ڈانجہِ کینتھِ۔ تہٕ ٹی وی والین اتھِ تلناوس فوٹو۔

جانہٕ آپہٕ: نہ بہَ تہٕ أمس کتھ چھُ ٹی وی والین اتھِ فوٹو تلناوٗن۔ تیژ کوس مجبوری چھَ۔

سرپنچ : نہ بی فالج لد بیمار ییلہِ ووٹ تراوِ۔ فوٹو کھسیس نہَ اخبارس۔ توتہِ گژھیس مشہوری۔

جانہٕ آپہٕ : اسہِ نہٕ بہٕ اَس مشہوری بکار۔ اسہِ ہے گامہٕ ہے کانہہ سوچھ کرہکھ۔
تیوٚتے اوس سیٹھاہ۔ اماژ دراکھ پھند بازٕ ے۔

سرپنچ : نہٕ بی کُس پھند کوٚرُم۔ میہ کیاہ کامہِ کریم نہٕ۔ یا گوٚ بہتھ روٗدُس۔؟

جانہٕ آپہٕ : یُتھ کوٚرُتھ۔ تیُتھ واتی تنہِ گھرس۔

بٹہٕ : ہے جانہٕ آپے ۔ پتہٕ نے اَسی زینہ ذیادٕ تژرکران۔ کنہِ ساتہٕ ہے
اَسی زِ بے سُندتہِ مانان۔

جانہٕ آپہٕ : کروٗ ہیا ژھوپہٕ عآبہٕ لدا۔ میانہِ وِ ے اتھو ہا چھُکھ زامُت بیچھِ کٹاہ۔
نیروتیتھ دفاہ۔

سرپنچ : ہتہٕ بی کہُند چھکھ ژٕ بوزان۔ تلہٕ بی میہ کُن کرنظر۔

جانہٕ آپہٕ : ژیہ کُن کیاہ نظر کرٕ۔ ژیہ نے تھوٚتھے تتھ لایکھ۔ ژیہ نے اَزی کہِ لٹہِ
بروٗنہہ کُن پکی کانہہ۔ اِدٕ تراونیہٕ ووٹ۔؟

سرپنچ : نہٕ بی تہٕ کوٚر کیاہ میہ تتھ لایکھ۔ پانژن وٕرین روٗدُس سرپنچ تہٕ گامس
واتنآم نہٕ مٹاڈور ؟

جانہٕ آپہٕ : تم مٹاڈوروآلی تہِ چھی وہوان۔ یلہِ نہٕ وتھے شیرنأوتھکھ۔

سرپنچ : اَزی کہِ لٹہِ شیرنوٗوُم مشیدِ ہُند کوچہٕ۔ بروٗنٹھس شیرووتھ۔ ژیہ کیازِ ہیوٚتھ غم۔

جانہٕ آپہٕ : مشیدِ ہُند کوچہٕ ہبا شورتھ تہِ کیازِ تیأری اوسے گھرِ۔

سرپنچ : نہٕ بی تہٕ کولہِ دیوٗمُم نہٕ بنڈ۔ ٹیوب ویل جوراہ لاگہٕ نأوم نہٕ۔؟

جانہٕ آپہٕ : اکھ لاگہٕ نوٗوتھ پنہٕ نس باغس منز۔ بیا کھ لاگہٕ نوٗوتھ گھرِ آنگہٕ نس منز۔ کولہِ نے بنڈ دیاو بکھ پٔنُن زمین گرٚشھہِ ہی رُدٕڑ۔ وٕن وتم گامس کُس سو چھ کٲرُتھ ؟

بٹہٕ : جانہٕ آپے۔ سکھ چھکھ مکٲئے بُزان ماجہِ ہنز دٕرے۔

جانہٕ آپہٕ : ہیو بٹہٕ شودا۔ ژٕ نیر کھاینتھ دفاہ۔ کنہٕ لرٕشھُل ہیتھ کرے لار۔

بٹہٕ : جانہٕ آپے۔ اکھ کتھ تھاوٕی زِیاد۔ کانہہ ووٹ ترٲ ون یامہٕ ترٲ ون۔ اسہِ چھُے ازی کہِ لٹہِ تہٕ عزیز کاکے سرپنچ بناوُن۔ یہ تھومے وٕنتھ۔ (نعرٕ دوان تہٕ ژرِ پوٚپ کرٕتھ لٔٹ ہش تلان)۔۔۔ کاوٕ چھوٚ کران ٹاوٕ ٹاوٕ۔

باقی : عزیز میرس ووٹ تراو۔

بٹہٕ : رٲچھ کرٕ وبھتہٕ لیچہِ۔

باقی لوٗکھ: ووٹ ترٲوِ وندری گیچہِ۔

(لوٗکھ چھِ ژرِ پوٚپ کران نیران تہٕ یہند تاثرُ چھُ وارٕ وارٕ فیڈ اوٹ گژھان۔)

سرپنچ : جانہٕ آپے۔ وٕن چھُے میأنی سے رشیدٕنی دٕرے۔ یُتھ نہٕ کانہہ ملالہٕ تھاوکھ۔

جانہٕ آپہٕ : عزیز میرا۔ بہٕ ونے صاف۔ أزی کہِ لٹہِ چھُے میہ زارٕ پارٕ کرٕتھ کھنڈٕ ماشٹرٕ تُلمت۔ ووٹ پینٕے تٔمی سے۔ چاٗنی یم جلسہٕ تہٕ جلوس نیرِ نے أخر ژھوٚ ژی۔ مہٕ کرٕ پٔنُن وکھ ظایعہٕ۔

سرپنچ : نائے تہٕ میہ ون میہ چھاژ یہ سعتی کینہہ راو رومُت ؟

جانہٕ آپہ : میہ سعتی کیاہ گوٚ ژھُکھ راو راوُن۔ ژ یہ ہبا راو روٗ تھ پانس۔ پٔنٔز قبر زاجتھ۔

سرپنچ : ہے بنان ہبی چھُ پتھ کُن آسہٕ کانہہ غلطی گمژ۔ یمہ یور گژھہٕ نہٕ کینہہ۔ یہ گوژ یہ سعتی وعدٕ۔

جانہٕ آپہ : تلہٕ بہٕ گژھ کرخو دایہِ خودایہِ۔ دیوسُے دیی تار

فلش بیک ختم

سرپنچ : تُمی سُند سُے دعایہِ خأر گوسیوٗ د۔ میہ زٹ مشید تہٕ لوٗگُس خودایہِ خودایہِ کرنہ۔ اِد ہنگہٕ منگہٕ دیُت خودائن تار۔ الیکشنس اُسی پندہے دوہہ روٗ دی ہتی تہٕ فالج لد موغدم گوٗمُت۔ موغدم بائے اُج تُمی ہیے ودنہِ۔ میہ دیُت گامس ناٹہٕ بھتہٕ۔ تہٕ ندری گیجہِ پٹیہِ ووٹ۔

ایم ایل اے: گونا خودائن چھُکھ اتھن پھوکھ دوان بچوٗمُت۔

سرپنچ : ہے ونان کہِ حض چھُکھ۔ میہ ہے ٹینشن گیو۔ امہِ جانہٕ آپن نے بہٕ کنہِ لایکھ تھاویوس۔ پتہٕ ماچھے خبر یہِ کھنڈٕ ماشٹرن کم وٲ کھلہٕ اوس کران۔ وتہِ اوس اسمبلی ممبر ہیوٗ پکان۔ تمہِ سعتی اُس میہ ترٛ ژھ ترٛ وتھان۔ بہٕ کیاہ ونے۔

ایم ایل اے: گوڈٕ ناچھُنہٕ میہ فکرِ تران اُمس ماشٹرس کُس الخناس ژاوٗ۔ یہ ہے وارٕ کارٕ ماشٹری اوس کران۔ سیاسٹک کیوٗم کیاُری ژاس ؟

سرپنچ : یہ کوٚرنہٕ حض امے جانہٕ آپن میہ خلاف استاد۔ نتہٕ کیاہ زانہِ یہ سیاست۔

ایم ایل اے: مگر اکھ کتھ ونے عزیز میرا۔ ژ یہ نبا چھُے توگمُت أمس موغدم بایہِ اوپ ژوپ کرُن۔ یژھ ہش زنانہٕ پزٕ ہی ژ یہ یاتہٕ اتھس منزٕ تھاوِنی۔ نتہٕ أمی سنز گاندھے دفاہ کرِنی۔ بیہ لیس گوٚژھہ نہٕ دیُن أمی سُند فائیدٕ تُلنہٕ۔

سرپنچ : ہے ژ یہ نہٕ حض چھے تیلہِ خبرٕ ے أمس کمہِ تالہِ وژھیوس بہٕ۔ امایہٕ حض آیہِ کنہِ کنٕ وٹہٕ۔

ایم ایل اے: تلہٕ بہٕ وتھ خبرِ گرٕھوس۔

سرپنچ : ہے گوڈٕ حض کھیکھ بھتہٕ پھوٚل۔

ایم ایل اے: یہائے چھے نہٕ ژ یہ پالٹکس تگان گندنی۔ چون بھتہٕ کوٚت ژلہِ۔ دپ ہرگاہ موغدم بایہِ ہندِ آنگنہٕ منزٕ لوٚکھ درایہِ۔ اسہِ نیرِ نہٕ کانہہ مطلبے۔

سرپنچ : ہے وتھ حض تیلہِ۔

change over

جانہٕ آپہٕ: (بیمار ہِکس منز) ہتہٕ حض ماشٹر صاٰب۔ ژ یہ شوٚٹھس ہے الکشن چھُے کلس پیٹھ۔ ژ یہ کتہِ أنتھ یژٕ فرصتھ زِ ژٕ بوٚزُھکھ میہ شاندس پیٹھ۔ تلہٕ حض نیرخودایس حوالہٕ تہٕ علاقس دِنظراہ۔

ماشٹر : علاقہٕ نہٕ بی راوِکُن۔ دپ میہ گرٕھکھ نہٕ ژٕ راوِنی۔

جانہٕ آپہٕ: تلہٕ حض مہ کروکھ ظایعہٕ۔ بہٕ ھض چھس ٹھیکھ۔ اکھُتے کڈ تکھ یم لوٚکھ تہٕ میانہِ آنگنہٕ منزٕ دیوکامہِ دوہہ کرن۔ یم بچارین ہے پتہٕ عیال چھُ۔

ماشٹر : نہ بَی یا گو میہ اَنی ناد دتھ۔

جانۂ آپہ : گوڈ چھُنہٕ میہ فکرے تران یمن کُمی وۄن میانہِ داد ٹیک۔

ماشٹر : یہ ہبی چھُ یمن چون محبت انان گھر ومنز کڈتھ۔

جانۂ آپہ : یمن حضُ چھَ ستھ۔ نتہٕ کُس چھُ یمن پرٕ ژھان۔ وُنی ہر گاہ چانے دستہٕ کانہہ خاَر رواتیکھ۔ وُمرِ کرٕ نے دعایہِ خاَر۔

ماشٹر : تہِ ہبی چھُ پوٗز۔ مگر یمن پیٹھ تہِ ما چھُ بھروسہٕ۔ اَتی چھِ یتھٕ کُنہٕ آسان۔ تہٕ اَتیٕ ہُتھٕ کُنہٕ۔ وُنی ہر گاہ یپاَری ایم ایل اے نظرِ گژھیکھ یکدم نیرن ساَری تُمی ہیے پتہٕ پتہٕ۔

جانۂ آپہ : یم حضُ چھی سیدی بچاَری۔ یمن یوٗکُن وتھ ہاوَن۔ تورکُن گژھن۔ اما ونیُکھ تام ہیُژ ہکھ سارٕوے نیتھ۔ وتھ ماہاٗو کھ کاَنسہِ۔ یمن بچارین ییلہِ کانہہ مشکل چھُ پیش یوان۔ تیلہِ چھِ کُنے ٹکہِ فریاَدی یوان میہ۔ اما گوٗ ژھ میہ تختیا راہ آسن تہٕ گُیے کتھ۔

ماشٹر : نہ بَی تہٕ ونان ہے اوس سَے وتھ الیکشنس۔ موٗنتھ کیا زِ نہٕ۔ تتھ تراوِ نوتھس بٔے سرکاَری نوکری۔ نتہٕ ہے وارٕ کارٕ اوُسس ماشٹری کران تہٕ یزٕ تکی آنہٕ ژوراوُسس زینان۔ ینہٕ یتھ سیاست کس دولابس منز ووتھس۔ تنہٕ نہ چھُم دوہہ کنہِ۔ نہ راتھ۔ نندٕ رتہِ گیم وں کاٗمی۔

جانۂ آپہ : نہ حضُ تہِ یہ چھے نہ ثواچ کاَم۔

ماشٹر : یتھ ثواب زانی زِہاژٕ ے۔

جانہٕ آپہٕ : ییلہِ ژیہ ہیٚوٗ پۆرمُت لیٛوکھمُت ، لۆکن ہُند ہمدرد نفراہ آسہِ گامس منز۔ میہ ان پڑھ زنانہِ کیاہ ضرورتھ چھَ الیکشنس وتھٕنچ۔ چانہِ سعتی ہے شۆب ییہِ گامس۔ دپ گرٕژھس بہٕ تیٚوٗت کال زندٕ روزٕنی۔ ییلہِ بہٕ گام وچھہن خوشحال۔

ماشٹر : وارٕ کارٕ آسکھ۔ انشااللہ۔ ژٕ وچھ سرپنچ بٔنتھے کُس انقلاب انہٕ بہٕ گامس منز۔

جانہٕ آپہٕ : تہِ ہبا چھَس زأنتھ۔

بٹہٕ : (نعرٕ دوان) ایم ایل صأب ۔

لۆکھ : زندہ باد۔

بٹہٕ : سرپنچ صأب۔

لۆکھ : زندہ باد ۔

(لۆکن ہنٛد شور ہیو چھُ وتھان آنگن مٔنزی ۔)

ایم ایل اے : بہوسہَ پتھر۔ تھۆدوٕ تھُنچ چھنہٕ ضرورتھ۔ توٚہی بہوپتھر۔ توہہِ سعتی چھَ واریاہ کتھ کرنہِ۔ اما گوڈٕ ہیمو موغدم بابہِ خبراہ۔۔۔ ون سہَ عزیز میرا اسہِ کپأری چھُ اژُن۔

ماشٹر : جانہٕ آپے۔ ایم ایل اے صأب پیوظأہر یا یژتےٚ وأتتھ۔

جانہٕ آپہٕ : ژیہ نہ حض راوی أمی سندِ سعتی کہیں۔ یہ چھُ ووٹ ژھانڈنہِ درامُت۔ ووٹر ما ژھونڈن زانہہ۔ أخر چھَ کھسان ٲمی سنزے محنت رتھِ یُس لۆکن سعتی نیکی ورتاوِ۔

ایم ایل اے: اسلام علیکم۔

ماشٹر : وعلیکم سلام۔

ایم ایل اے: اوہو...... ماشٹر صأب ہے چھُ اسہِ برونٹھے ووتمُت۔

ماشٹر : انشا اللہ آسوأسی پر۔یتھ جایہِ برونٹھے۔

عزیز : ژھض اوسُکھ پتٕی مہِ لٹہِ تہِ یمے دم دوان۔

ایم ایل اے: موغدم بایہِ کیاہ زون پنہٕ نہٕ صحتُک ؟

جانہٕ آپہٕ : راتہٕ کہِ نش چھُس ٹھیک۔

ماشٹر: گوشُکرے تس ذاتِ پاکس کُن۔ میأنی قدم چھِ رحمتے۔یتھ گامس۔ وں گوتہِ گُرتھ تہِ چھُ جان ڈاکٹرس ہاوُن پان۔عزیز میرا۔ ژٕ وچھ تہٕ شفاخانس منز کُس چھُ ڈاکٹر آن ڈیوٹی۔ تمس کٔرو شیچھ ایمبولنس ہیتھ واتُن یکدم۔

جانہٕ آپہٕ : نہٕ بہٕ عزیز میرا۔ بہٕ نہٕ بہٕ چھسے نہٕ ڈاکٹری یلاج کران۔ ژ یہ ہے خبر چھے۔

عزیز میر : نہٕ بی تہٕ تیلہِ کتھٕ کٔنی گژھکھ ٹھیکھ ؟

جانہٕ آپہٕ : میہ ہبا چھُ گامہٕ کین ہُند دعایہِ خأرے سیٹھاہ۔ توہی متہٕ گژھی تو میانہِ باپتھ شُس۔

ایم ایل اے: عزیز میرا۔ بیمارس چھنہٕ آسان دأدس منز مغز برو بر۔ ژ یہ یہِ ایم ایل اے صأب چھے ونان۔ ژٕ کرتی۔

عزیز : بہٕ جناب دراس یکیاہ۔

ایم ایل اے: ژٕ ون حض ماسٹر صأب۔ کیاہ خبراہ چھَ علاقٕچ۔

ماشٹر : سوٚ حض آسی ژٕ یہٕ خبر۔ ژٕ ہے علاقُک لیڈر چھُکھ۔

ایم ایل اے: بہٕ گوس سیاست دان۔ بہٕ کتہِ گوس لیڈر۔ علاقٕچ لیڈر چھَ موغدم بائے۔ أمِ سندے سعتی چھِ أسی تہِ۔ پتھ گو افسوس چھُ میہ گڑھان چانہِ باپتھ۔ وارٕ کارٕ اوسکھ سرکأری سکولس منز ماشٹری کران۔ تمہِ نشہِ تہِ گوکھ۔

ماشٹر: توٚہی وُنو پننی خبراہ۔ توٚہی ہے أسِو جلسہٕ کرنہِ آمتی۔ جلسہٕ کیُتھ روٗد۔؟

ایم ایل اے: علاقٕچ موغدم بائے آسہِ بیمار۔ تہٕ أسی کرو اجلسہٕ۔ تیٚوٗت پیوا کرہُن شین۔ أخر چھُ ایم ایل اے آسان لُکن ہُند نمائندٕ۔ لوٗکھ یتیتھ آسن۔ تِتی چھِ أسی تہِ۔ فلحال ہیمہٕ بہٕ لوٗکن خبراہ۔ تیٚوٗت کال واتہِ عزیز میر ڈاکٹر ہیتھ۔

بٹہٕ : ایم......ایل......صأب۔

باقی لوٗکھ: زندہ باد۔

بٹہٕ : گب چھا پوشان ببر شیرس۔

باقی لوٗکھ: ووٹ ترأوِو عزیزس میرس۔

بٹہٕ : بھتہٕ یڈ کھیہ یوتوٗ ملہٕ سیرس۔

باقی لوٗکھ: ووٹ ترأوِو عزیزس میرس۔

ایم ایل اے: میانیو عزیز دوستو۔ ماجو تہٕ بێنیو ۔ بہٕ چھُس تُہندِ علاقُک نمائندٕ ۔ تہند دوس۔ تُہنزِ ترقی ہُند کارندٕ ۔

گامی : ہتا یارٕ أسی نے زانو تھے ۔

ایم ایل اے: بہٕ زن چھُس نہٕ یپأری زانہہ آمُت ۔ مگر تو ہہِ منزٕ چھُ پرٕ یتھ اکھ میہ ویو د۔ تہِ کیازِ تۄہی چھِو سأری میأنس دِلس منز۔ میانین رگن رگن منز۔

گامی: ہتہٕ حض ۔ اسہ حضِ چھُکھ پران أندرمن منز۔ (لۄکھ چھِ اسان)

ایم ایل اے: مرحبا۔ مرحبا چھُ چأنس اتھ جوابس ۔ شاباش چھُ چانہِ اتھ عقلہِ ۔ ژے ہوین دانا نفرن ہنز چھَ اسہِ ضرورتھ ۔ ژے ہوین نفرن کیُت چھُ عزیز میر نس آنگہٕ نس منز واژ وان تیار گرٕ ھان ۔۔۔۔ (سرٕ پأٹھی) بٹہٕ صأب ۔ یہ نفر نیاوُن اندکُن تہٕ أمس دیاوٹاس پونشہِ ڈری پہن ۔ پتہٕ واتناوُن عزیز میرنس آنگہٕ نس منز ۔ تتہِ کھیاوُن واژ وان ...... (لیکچر تھاوان جأری) ۔ میانیو دوستو ۔ ماجو بێنیو ۔ یہ آسیو تو ہہِ وچھمُت سائنس یتھ ملکِ جمہورس منز کأژاہ آزأدی چھَ ۔ یَس یہِ خوش چھُ کران ۔ سہٕ چھُ تہِ ونان ۔ أسی چھِ بوزان پرٕ یتھ أکی سُند ۔ مگر واد چھنہٕ کران کأنسہ ۔ اسہِ یُس ووٹ دیہِ ۔ سہٕ دیہِ پنہٕ نہٕ رضا ۔ یُس نہٕ دیہِ ۔ تُمی سندِ خاطرٕ تہِ چھ عزیز میرنس آنگہٕ نس منز واژ وان تیار......

ماشٹر: جانہٕ آپے ۔ یہ چھکھٕ ژ و چھان واژ وانک ناؤ بوزتھ کتھٕ کُنی ؤتھی لۄکھ کوٹھین پیٹھ ۔ أڈی ہبی ہیتن نیرٕ نی ۔۔ ہے افسوس ۔ جانہٕ آپس ہے اسے ساتہٕ پیٹھ نندٕ ر ......

ایم ایل اے: میانیو دوستو۔ ماجو بیٔنیو۔ واژِ مُشکھ وأژون یور تام۔ بہٕ نیرو برونہہ برونہہ۔ توٚہۍ نیرِ ومیہ پتہٕ پتہٕ۔ شُری بأژ ہیتھ۔

ماشٹر: ہیو توٚہۍ کوتو درایو۔ جانہٕ آپن ہاؤٹ أچھ۔

گأمی: ہے کیاہ گوم۔ ہے آپے وۄنُدمیے زۄ......۔

change over

ایم ایل اے: ہیو توٚہہِ کہوٗ زِ اوٗن ووس بہٕ اتہِ کڈتھ۔؟

بٹہٕ: ہے ژھض گیو کھلتہٕ مونجہِ۔

ایم ایل اے: مگر موغدم بائے مو یا کنہٕ چھَ ؟

بٹہٕ: ہے تہِ کُس حض آؤ وچھتھ۔ تتہِ ہے سہٕ مُتی آب وۄتھ۔ یا گوو چھُتھ نہٕ لوکو کتھِ کٔنی دیُت جانہٕ آپس پیٹھ پان دأرتھ۔

ایم ایل اے: نہٕ بہٕ پزی پأٹھی چھُنہٕ پیٚتہِ کین لۄکن کانہہ تھر بُتھ۔ نتہٕ کمہِ ژھلہِ انے یم تتہِ کڈتھ۔ آپے مٔشر اویمکھ واژِ وانک ناوٗ ہیتھ۔

عزیز میر: ہے ایم ایل اے صأب۔ ژِ چھُکھ حض ٹھیک ؟

ایم ایل اے: شکریتس ذاتِ پاکس کُن۔

بٹہٕ: یہ ہسہَ اوٗنے میہ اتھن پھوکھ دوان تتہِ کڈتھ۔ نتہٕ کرہن أمس لتہٕ مونجہِ۔

عزیز میر: ڈاکٹر صأبس تہِ تھوو کھ نہٕ کینہہ باقے۔ ذچن پچن دیُت ہس ترٕتھ بچأرس۔

ایم ایل اے: ژٕمۍ سُند چھُ صھلے۔ ژٕمس ہیکو ترِتہٕ الاؤنس دِیٔ وتھ۔ اماژٕ ون جانہٕ آپٕنۍ خبرا۔ مو یا کنہٕ چھَ ؟

عزیز میر: سو حضٕ چھَ زندے۔

بٹہٕ : نہٕ حضٕ تہٕ ماشٹرن ہے کریکھ دژ جانہٕ آپن وٕٹ اُچھ۔

عزیز میر: ناتہٕ نندرِ ہے اُسس پیٹھٕ تہٕ وٹہٕ ہانہٕ اُچھ ؟

ایم ایل اے: ہے شاباش۔ اِدٕ جان ہے گو۔ یہ ماشٹرِ ہے چھُ پھٹیٹ۔ اُمۍ ہے اسہٕ لورِ پیٹھۍ تور صرُف۔

عزیز میر : ہے کہٕ حضٕ چھُکھ ونان۔ ژٕ ہے لکہٕ لچھس ژھنکھ اُچھن سیکھ۔ ژٕ یہ کُس حضٕ تاری لورِ پیٹھۍ صرف۔

ایم ایل اے: ہیو عزیز میرا۔ ہیس کر۔ یہ ماشٹر چھُے نہٕ سید یو پدیو۔ میہ چھُے باسان اُمۍ چھُے سون جلسہٕ ناکام بناونہٕ باپتھ اُمس جانہٕ آپس خبر کیاہ ٹھُکمُت۔ یٔمہٕ سعتی سو بیمار چھَ گٔمژ۔ تہٕ لوٗکھ چھِن ژٕمۍ سندس آنگنٕس منز جمع کٔری مٕتۍ۔

عزیز میر : ہے سہ نہٕ حضٕ چھُے تمہِ قسمُک۔ سہ حضٕ چھُے کھنڈ ہیوٗ انسان۔ تتھے نہٕ حضٕ چھِی ژٕمس کھنڈٕ ماشٹر ونان۔

ایم ایل اے: تیلہِ نبا چھُے ژٕ یہ خبرِ ے سیاست کتھ بھلایہٕ چھِ ونان۔ ژٕ نبا شو بکھ سرپنچ۔

بٹہٕ : ہے کہِ حض چھُکھ ونان ایم ایل اے صاٗب۔ عزیز کا کھ مہ حض زاٗنن ژٕیثوٕ ے۔ پھٕندلہٕ منزنہ حض واتی أمس کانہہ۔

ایم ایل اے: میہ ہبا وچھ أمی سنز پھٕندل۔ أمس توگ نہٕ ڈاکٹراٗنن وٕلی وٕلی تہٕ موغدم باۓ ہسپتال واتہٕ ناوٕنی۔

عزیز میر : ہے تیوٗت نہٕ حض اوسے تمس دودیُتھ ہسپتال پٮ۪ہ ہاواتہٕ ناوٕنی۔

ایم ایل اے: نتہٕ أس نامیہ خبر تمس چھُنہٕ تیُتھ دود۔ مگر بہ اوسُس دپان سو گرٕ ھ کنہِ پاأٹھی ہسپتال واتنی۔ تتی ٹھکہٕ ناوٕ ہابہٕ تمس انجکشن تہٕ گاندہے گرٕ ھہے دفاہ۔ قبرِ پیٚوٗ راہ لاگہٕ ناوٕہس تہٕ گنڈٕہس دوہہ۔ پرٕ تتھ وٕ ریہِ لگہِ ہے تمی سنزِ قبرِ پیٹھ وٕ رُس۔ بسأتی کنہٕ ہن شیشوِ بنگرِ۔ مونجہِ گری کنہٕ ہن پوراٹہٕ۔ لۆکھ تہِ گرٕ ھہ ہن خوش۔ أسی تہِ تراوٕ ہوسو کھ شیہلتھ نندراہ۔

عزیز میر: انشااللہ......۔

change over

جانہٕ آپہٕ : ہے زوٗنے ، راجے ، سارے۔ ہے نیران کونے چھو وٕلی وٕلی۔ تو ہہِ چھوٗنے ووٹ تراوٗن؟...... تلاسیٹھ۔ غلہٕ ڈارنس دروازس کرٹھک۔

گاٗمی : ہے آپے۔ نتہِ کُمی ہے کرکھٹھکھ۔ تم ہے چھِ کرتام بوٗتھس پیٹھ وأتی متہٕ۔

جانہٕ آپہٕ: تیلہِ کُس چھُ ونی پرٕ ؟

گاٗمی : سانہِ گامہٕ نہٕ کانہہ۔ خبر نکھٕ تلہِ کِس گامس منز ما آسہِ کانہہ کانہہ وُنہِ گھرے۔

جانۂ آپہٕ : تلہٕ بہٕ پکہٕ نظر دمو ؟
گامی : پکھ بی۔

change over

عزیز میر: بٹا --- بٹہٕ صأب --- ہیو بٹہٕ شودا۔
بٹہٕ : عزیز کا کا۔ مہٕ کڈنا ورژھ۔ وُنہِ چھُے میہ ووٹ تراونے ماجہِ ہنز درِ ے۔
عزیز میر: ہیو نتہٕ کھورٕ دوں پرٕ۔ یثِتہِ سأری ووٹ نیہِ ماشٹرن۔ تتہِ چون اکھ تہِ۔ أزی کہٕ لٹہٕ کھیٚکھ سرپنچی اندہیتھ۔
بٹہٕ : تیلہِ کیاہ چھُکھ کران یتیتھ۔ گرٕھی زِ ہا گھرِ تہٕ ہے زِ ہالیف۔
عزیز میر: ہیولا خأرا۔ یہِ چھکھاہ میہ وأ کھلہٕ کران۔
بٹہٕ : نہَ سہَ ماجہِ ہنز درِ ے۔ سیٖۄ دے ہسہَ وۄن مے۔ یتیتھ بلکہِ پتہٕ ٹینا ہ ووٕئے ہے۔ پتہٕ تگی نہٕ ژلُن تہِ۔
عزیز : اِد بہَ ٹھیکھ چھُ۔ مگر ژٕ رۄزی زِ یثِتی تھے۔ بنان چھُ پۄتُس آسہِ مے زیٚوٗنمُت۔ تیلہِ یکھ میہ نادس۔

change over

گأمی : ( یڈٕ دادِ سعتی ژھر یٹھ دوان ) أئے۔ أئے مۄ دُس۔
جانۂ آپہٕ : ہیو ژٕ کھو زِ چھُکھ دو ہے آسان یڈللوان۔ ژیہ ماچھے ناپھ ڈٕ ج مٕژ ؟

بٹہٕ : ہے کہِ حض چھُکھ ونان ایم ایل اے صأب۔ عزیز کاکھ مہَ حض زانٔن ژٕ یٔثوٕ ے۔ پھٔندلہٕ منزنہَ حض واتی أمس کانہہ۔

ایم ایل اے: میہ ہبا وچھ أمی سنز پھٔندل۔ أمس توگ نہٕ ڈاکٹرانٔن وٕلی وٕلی تہٕ موغدم بائے ہسپتال واتہٕ ناوٕنی۔

عزیز میر : ہے تیوٚت نہَ حض اوسے تٔمس دود یُتھ ہسپتال پٔیہِ ہاواتہٕ ناوٕنی۔

ایم ایل اے: نتہٕ أس نا میہ خبر تٔمس چھُنہٕ تیُتھ دود۔ مگر یہ اوسُس دپان سو گرٕ ژھ کنہِ پأٹھی ہسپتال واتنہٕ۔ تتیٚ ڈھکہٕ ناوٕ ہا یہٕ تٔمس أنجکشن تہٕ گاندٕھے گرٕ ژھِے دفاہ۔ قبرِ پیٚو راہ لاگہٕ ناوٕ ہس تہٕ گنڈٕ ہس دوٚہہ۔ پرٚ یتھ وٕ ریہٕ لگہِ ہے تٔمی سنز قبرِ پیٹھ وٕو رُس۔ بسأتی کنہٕ ہن شیشوِ بنگرِ۔ مونجہِ گٔری کنہٕ ہن پوراٹہٕ۔ لوٚکھ تہِ گرٕ ژھن خوش۔ أسی تہِ تراوٕ ہو سو کھ شیہلتھ نندراہ۔

عزیز میر: انشااللہ......۔

change over

جانہٕ آپہٕ : ہے زوٚنے، راجے، سارے۔ ہے نیران کونے چھُو وٕلی وٕلی۔ توہہِ چھوٚنے ووٹ تراوُن؟......تلاسیٹھ۔ غلہٕ ڈارنس دروازس کرٹھک۔

گأمی : ہے آپے۔ تتہٕ کٔمی ہے کر کھٹھکھ۔ تم ہے چھِ کرتام بوٚتھس پیٹھ وأتی ہتی۔

جانہٕ آپہٕ: تیلہِ کُس چھُ ونی پرٕ ؟

گأمی : سانہِ گامہٕ نہٕ کانہہ۔ خبر نکھہِ تلہٕ کِس گامس منز ما آسہِ کانہہ کانہہ وُنہِ گھرے۔

جانہٕ آپہٕ : تلہٕ بہ پکھ نظر دمو ؟

گامی : پکھ بی۔

change over

عزیز میر: بٹا --- بٹہٕ صاأب --- ہیو بٹہٕ شودا۔

بٹہٕ : عزیز کا کا۔مہ کٔڈ ناور یژھ۔وُنہِ چھے میہ ووٹ تراونے ماجہِ ہنز درٕ ے۔

عزیز میر: ہیو نتہٕ کھورٕ دوں پرٕ ۔ییٚتہِ ساأری ووٹ نیہ ماشٹرن۔ تتہِ چون اکھ تہِ ۔أزی کہ لِٹہٕ کھیٚکھ سرپنچ اندہیتھ۔

بٹہٕ : تیلہِ کیاہ چھُکھ کران ییتھ ۔گٔرھی زِہا گھرٕ تہٕ ہے زِہالیف۔

عزیز میر: ہیولا خاأرا۔یہ چھکھاہ میہ واُ کھلہٕ کران۔

بٹہٕ : نہَ سہَ ماجہِ ہنز درٕ ے۔سیوٚ دے ہسہَ وٗن مے۔ییتھ بلکہِ پتہٕ ٹینناہ ووٕ ئے ہے۔پتہٕ تگی نہٕ ژٔلن تہِ ۔

عزیز : اِدٕ بہَ ٹھیکھ چھُ۔مگر ژٕ رٕ وٗزی زِ ییٚتی تھےٕ ۔بنان چھُ پوٚتُس آسہِ مے زیوٗنمُت ۔تیلہِ یکھ میہ نادس۔

change over

گاأمی : ( یٔڈ دادِ سعتی ژھر یٹھ دوان ) أئے۔أئے موٗدُس۔

جانہٕ آپہٕ : ہیو ژٕ کھوزِ چھُکھ دوہے آسان یٔڈ للوان۔ژٕ یہ ماچھے ناپھڈٕ ج مژ ؟

گأمی : ہے خبر چھے۔ میہ نے چھَنہٕ لرِ پھرُن بنان دیُن۔

جانہٕ آپہٕ : تلہٕ بہٕ یتیتھ ترا ولر۔۔۔ زنگہٕ تھاوٕ ہرتھ۔ کھور تھاوِ چأرتھ پہن۔

گأمی : أئے۔

جانہٕ آپہٕ : اہن بہٕ ژٕ یہ ہے نافٕ چھےڈٕج مژ۔

گأمی : وں کیاہ کرٕ ؟

جانہٕ آپہٕ : یالاگ دیری پٹ۔ نتہٕ ہر گاہ برداش کرکھ۔ بہٕ لاگے جچیر۔

گأمی : دیری پٹ نے لاگہٕ ہانہٕ۔ تمہِ ستی چھنا پتہٕ یڈ ہندی وال تام پرأٹتھ یوان۔ ژٕ لاگتہٕ جچیرِ ے زٕ وندے۔

جانہٕ آپہٕ : تیلہٕ کری زِ قرارٕ ے ۔۔۔ یہ ون تم ماشٹر صأب ماگوٕ ئے نظرِ ؟

گأمی : ہتے کمی سنز کتھ چھکھ کران۔ سہٕ رٕ داوں سے یَس ژٕ آین تہٕ گراین أسکھ وچھان۔ سرپنچ بنتھ ہیرٕ تمی آسمانس ستی گاڈٕ برتھ کھینہٕ۔ وں چھُنہٕ سہٕ کتھ بوزان۔

جانہٕ آپہٕ : ہتا سہٕ نا چھُنہٕ تمہِ قسمک۔ سہٕ ہا آسی آوٕ رلوٕ گمت۔ نتہٕ ہے میہ تہِ سوزس گرٕ شیچھ۔

گأمی : ونتہٕ وں پانے۔ تیمس نہٕ چون خأر رٕ دیاد۔ سہٕ کُس سوچھ کرِ گامس۔

جانہٕ آپہٕ : ہیو ژٕ یہ نا تری فکرِ یہ کرٕ ھ ذمہٕ وأری چھ آسان۔ اتہِ نا چھُنہٕ موکلن پایہٕ۔ نتہٕ آسہِ ہاسہٕ میأنی شیچھ بوزتھ ژکان آمُت۔

گأمی: ہے بہٕ نے چھُسے ژٕ یہ وٕنی تھے ہیکان بہٕ کیاہ چھُس بوزان۔

(نئیری کنۍ چھُ بٹہٕ کران آلوآلو)

بٹہٕ: جانہٕ آپے۔ ہے تلے نیبر نیر تہٕ ۔۔۔۔ ہے جانہٕ آپے۔

جانہٕ آپہٕ: ہیوڑ یہ کتھۍ لاٗ جتھ کریکھ۔؟

بٹہٕ ہے تلے نیبر نیر تہٕ۔ یہ وچھتہٕ اٗمی ماشٹرن کتھٕ کنۍ نیہٕ بجلی کوٗٹین بھتے کڈٕ ناٗوتھ۔

جانہٕ آپہٕ: بلکہِ ہابدلاونہِ آسہٕ نس۔

بٹہٕ : ہتے ونان کیاہ چھکھ ژٕ۔ یہ گوابھتہٕ بدلاون وول۔ اٗمی ہے گھاٹھ منشس سعتی رٕلتھ گھاٹھُک مٔدریر تام کھیوٕکنتھ۔

جانہٕ آپہٕ: ہیوتلاژٕ اژتہٕ اندر۔ اتیتھ متہٕ لاگتہٕ کریکھ۔

بٹہٕ : ہے تیمس حُسن ڈارس کھے دلیل ۔ اٗمس نے کہیں چھُنہٕ باقی روٗ دمُت ماجہِ ہنز درٕ ے۔

جانہٕ آپہٕ: دوٗ پہے ہا۔ ژٕ ہے سرکاٗری دفترن پھیران چھُکھ آسان۔ تیاٗری ما بوزُتھ یہ سون سرپنچ چھا کران کینہہ کنہٕ کہیں۔ ؟

بٹہٕ : بہ ہرگاہ پوٗ زتہِ ونے۔ ژیہ کتہِ بہی۔

جانہٕ آپہٕ: پوٗ زیلہِ ونکھ تہٕ میہ کیا زِیہہِ نہٕ ؟

بٹہٕ : ناے تہٕ بہ چھُس نہٕ عزیز میرُن نفر۔

گاٗمی: ژٕ زن چھُکھ عزیز میرُ نے نفر۔ مگر یمے گاٗمُک چھکھا کنہٕ کہیں۔ ژٕ کر تہٕ کوتاہ عزیز میرنے طرف۔ اٗخر گرٕ ھی دردگام پچ۔

بٹہٕ : تیلہِ بوز کتھ۔ توہہِ تریوونی فکرِ عزیز کاکھ کیاہ اوس ییلہِ کھنڈٕ ماشٹر سندی کارنامہٕ بوزِو۔ اوٚ تانی ہے گامس کینہہ واتان اوسُے۔ وںؠ گیوٚ تمہِ نَش تہِ۔ تہِ کیازِ سرپنچ ہُنٛز تھٕے ہیوٚت نو ماشٹرن سوروے کینہہ گھرٕ سارُن۔ مقبرکس زمینس تہِ چھُ آیہِ گرائے کران۔

جانہٕ آپہٕ : ہیوتو ہہِ ناچھوٚتمی سُند خوش یوان۔

بٹہٕ : ہائے ہے۔ گرٛہ تہٕ پرٛ ژھ تہٕ ویلج ورکرس۔ سُے ونی ژیہ کتھ کتھ ناوس پیٹھ چھکھ ٹیوب ویل منظور کرناوی ہتی۔ کرپری چھِ ونہِ کھنہٕ نے۔ سرکاری خزانہٕ منزٕ چھکھ روپیہ کچہ مژٕ۔ پرُس یم بنڈ عزیز میرن دیاوی۔ یہُس چھکھ تمن ہٕنیہِ روپیہ کچہ مژٕ۔

گامی : پوٚزہے بوزو۔ عزیز میرن ہرگاہ پانس تہِ کھیو۔ گامس تہِ واتہٕ نووٗن کم زیادٕ کینہہ۔ مگر اَمی ماشٹرن کوٚر رسارٕی ہے اندہیتھ نلم۔

بٹہٕ : ہیوتو ہہِ ناچھوٗ ونہِ یہِ کھنڈٕ ماشٹر خائی آمُت ماجہِ ہنزدرٕے۔

گامی: پٔزی پاٹھی اوس اسہِ کیٚت عزیز میرے جان۔ توتہِ اوس کینہہ گامس تہِ ہاوان۔ مگر اَمی ماشٹرن کوٚر رسارٕی ہے اند ہیتھ گرپسھ۔ یم گوناہ چھِ جانہٕ آپہٕ ہے ییمہِ یژھ بھلایہِ اسہِ اگادِگر۔ بہٕ چھُس دپان ونی ہے عزیز میر ہے خوداہ تژھ یاری کرہے زِنوسرٕ کرٕہن الیکشن۔ تہٕ اَمس ماشٹرس گژھِ ہے ضمانتھ ظبط۔

جانہٕ آپہٕ : ہرگاہ تژھ کتھ اُس۔ تیلہِ ہبا چھَس بہٕ زندے۔ ماشٹر یتھٕ کُنٛز میہ اسمانس کھول۔ تتھے کُنٛز ییلہِ نہٕ خاکس پیٹھ بیہنوٗ وُم۔ تیلہِ چھَس نہٕ موٗغدم بائے۔

change over

(شامُک تاثُر)

ماشٹر : جانہٕ آپے۔ سلام علیکم

جانہٕ آپہٕ : وٕں کیاہ بہٕ کرنہِ آکھ شام وکھتس ؟

ماشٹر : میہ ہِی بوزٕ ژیہ چھُے کیاہ تام ملالہٕ۔ تورے آس۔

جانہٕ آپہٕ : ملالہٕ نہٕ بہٕ چھُم نہٕ۔ پشتاوان چھَس۔ اتھ چھُم گومُت۔ تُتھی چھَس وٕں کران تدوٗرُک۔

ماشٹر : گوتوے چھکھ کاغذ ورکھ ہیتھ گھرٕ پتہٕ گھرٕ پھیران ؟

جانہٕ آپہٕ : میہ ہبا تریو فکرِ ژیہ چھِی تورے پھیرِنی لگٕ متی۔ نتہٕ نے ژٕ شیچھ بوزتھ تہٕ آیو کھژانہہ۔

ماشٹر : ژیہ ہِی چھِی کمی تام میہ خلاف کن بُری متی۔

جانہٕ آپہٕ : بہٕ نہٕ بہٕ چھَس کانسہِ ہنزن کتھن کن تھاوان۔ بہٕ یہ وچھان چھَس تُتھی چھَس پڑھ کران۔ بہٕ درایس پانہٕ چاٗئی کرتوت سرٕ کرٕ نہِ۔ میہ ییلہِ کھاٹھ مُنشس پرُژھ۔ وچھ ٔ رکرس نشہِ سرٕ کوٗر۔ اِدوٕ ژس کمشنر صاۓبس نش۔

ماشٹر : جانہٕ آپے۔ یہ نے کوٗرتھ جان۔ ژیہ نے چھے خبر سیاستس منز زندٕ روزُن کوتاہ مشکل چھُ۔ چندس منز ییلہِ روپیہٕ داہ آسن۔ تیلے چھُ ہیکان انسان کانہہ سوداگر تھ۔

جانہٕ آپہٕ : ژٕ ہبا درایو کھلٕو کن وتھ ہاونہِ۔ گاٹج خوشحألی ژھانڈنہِ۔ ژٕ کتہِ درایو کھ سیاستُک کانہہ سوداکرنہِ۔

ماشٹر : چاٗنِی کٔنزِ تراوے یامیہ تیلہِ ژھٔری ہیے پیٹھ سرکأری نوکری۔ میہ تہِ ہے پتہٕ عیال چھُ۔ ہرگاہ بہٕ گاٹج خوشحالی ژھانڈنہِ درایوس۔ تیلہِ اُسم عیالس کٔنزِ گٔنڈتھ ویتھِ منز دکہٕ دیُن۔ تژھ قوربأنی کمی دژ ازتام۔ جانہٕ آپے تیوٗت کلہٕ خراب نے چھُ کانہہ۔

جانہٕ آپہٕ : وں کوسہٕ کٔنزِ گنڈ کھ عیالس ییلہِ پنچایٔت منزٕ برخاس کرٕنے۔

ماشٹر : توٗت پیٹھ نبی واتہِ نوبتھ۔ تیژ سیاست چھُس بہٕ زانان۔ بہٕ ہے زٲنتھ مأنتھ چھُس شام وکھتس آمُت۔ ژیہ توٗ رے نافکرِ ؟

جانہٕ آپہٕ : نہ بہٕ --۔ ژیہ کیاہ ہیوٗتتھ یہ کرُن ......۔

ماشٹر : سیاست۔

## change over

ماشٹر : کالوٗ اِنَ للہ وانااِلیہ راجعون ۔ازچھُ سأنس گامس ماتم۔سوٗرے علاقہٕ چھُ سوگوار۔ تہِ کیازِ ازگٔیہٕ سأنی موغدم بائے رحمتِ حق۔ تہٕ اُسی گٔیہٕ یتیم۔ موغدم بائے اُس اکھ عظیم لیڈر۔لؤکن ہنز ہمدرد۔ تہٕ گأمی ترقی ہنز اکھ تحریک۔ یہ تحریک زندٕ تھاونہٕ باپتھ چھُس بہٕ یژھان زِ اُسی آسوپرتھ ؤریہٕ اُزی کہِ دوہ موغدم بایہٕ ہنزِ قبرِ پیٹھ اکھ عظیم وشان وؤرُس مناوان۔

(لۆکھ چھِ ژرِپۆپ کران)

ایم ایل اے: (سرِ پأٹھی) عزیز میرا۔ چھُکھ سہٕ بوزان۔

عزیز میر : بوزان حض چھُس۔

ماشٹر : موغدم بائے أس ہمیشہٕ یژھان زِ گام گۆژھ خوشحال سپدُن۔ تمی سُند یہ خواب پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ مناووأسی أزی کے دو ہہ خوشحالی ہُند جشن۔ بانڈین تہٕ تم کرن لورِ جنگ۔ مونجہِ گرٕی ین ندرٕ مونجہِ تہٕ پوراٹہٕ ہیتھ۔ بسأتی کنن بنگرِ تہٕ وانکہٕ لُٹ۔ تہٕ یہ مالٕہٕ آسہِ سانہِ خوشحالی ہنز علامتھ۔ یتھ پریتھ ۇ ریہِ سون ایم ایل صأب آسہٕ افتتاح کران۔

لۆکھ : ضرٗور......ضرٗور۔

(تہٕ أتھی ستی چھُ ڈرامہ اندواتان)



# ٹیلی وجن ڈراماتہٕ ڈراما گری

۲۶ جنوری ۱۹۷۳ عیسوی سپُد دوردرشن سرینگر قائیم۔ مرکزُک ادارٕ آسنہٕ کنہٕ آۆ ریڈیو کشمیرٕ کی پأٹھی دوردرشنک ایڈمنسٹریٹیو سٹاف تہٕ مرکز پیٹھے۔ یمن کأشرس کلچرس سعتی نہٕ کانہہ دلچسپی اُس۔ نہٕ کانہہ زانکأری۔ پروڈکشن عملہٕ سومبراونہٕ خأطرٕ دِژٕ یمو ہُش مُش پأٹھی لۆکن نوکریہٕ۔ چاہے تمن آرٹ تہٕ ادبس سعتی کانہہ لوٗئے کھوٗئے اُس یا نہٕ اُس۔ بلڈنگ انفراسٹرکچر تأمیر کرنٕس دوران آیہٕ چھانن تہٕ رنگہٕ سازن ہنزٕ سفأرشہٕ پیٹھ تہِ لُکن نوکری دنہٕ۔ اتھ ژھٹہِ منز ییٚتہِ دوردرش دارِ کنہٕ گردٕ ےیٚ ژ ژایہِ تتہِ ژایہِ اتھ گردِ سعتی کینہہ موختہٕ دانہٕ تہٕ۔ یم دوردرشن چلاوٕنس منز پننہٕ پننہِ صلاحیت مطأبق کأم رۆدی کران۔ یمن منز چھِ فاروق نازکی، اشوک جیلخأنی، بشارت احمد، راجیش کول، بشیر بڈگأمی تہٕ شبیر مجأہد ناۆ ہینٛز لایکھ۔ فاروق نازکی لیس اوس دأ نشورانہٕ طبیعت مألس نِش تۆ رمُت۔ مُنزٕ مُنزٕ اوس شاعری تہِ کران زبردس۔ وٕں گو ٹیلی وجن اوس مانان صرف ذریعہِ تفریح۔ لہٰذا ہیۄتہٕ نہٕ تِمٕ زانہہ کأشرِ کلچرٕچ ہرِ ژھٹھ۔ نہٕ کوٚرُن کأشرس کلچرس کانہہ اتھ روٗٹ۔ اشوک جیخأنیس روز چھرا برونٹھ کُنے یٚ ژنظر تہٕ ہیوٗر رہیوٗر کھسہٕ پچ کل۔ سہٕ تہِ ہیکہِ ہا کأشرِ کلچر خأطرٕ واریاہ کینہہ کرِتھ مگر کوٚرُن نہٕ کہیں۔ وٕں گو یمن نیٛبرِ مین پیٚش کارن تخلیقی تہٕ تکنیکی قۆوتھ اُس تم تہِ رۆدی پنٛنی کامہِ ہن کران تہٕ کیندر برونٹھ برونٹھ پکہٕ ناوان۔ ظفر احمد اوس اکھ غأر کأشُر تیٚمی ابلوٗنے اینٹی چیکاف




فلم ایوارڈٕ چ تقریبہِ منز میزبان سیکریٹری کلچرل اکیڈیمی،
صاحبِ صدر اسپیکر قانون ساز اسمبلی تہٕ کتابہِ ہنٛدی مصنف مہمانِ خصوٗصی

سُند ڈراما ماسک ترجمہٕ کرٕنوٚ تہٕ یہ آو 'نقاب' ناوٕ ٹیلی کاسٹ کرنہٕ۔ یہ اوس سرینگر دوردرشن پیٹھٕ سپدن وول گوڈنیک ڈراما یتھ زبان اَس اردو۔ اَمی کیٚو ر پتہٕ 'نیا آسمان' یُس پورٕ ہندوستانس منز گوڈنیک ڈراما سپُد لایِو ٹیلی کاسٹ۔ اَتھی سعتی وۄتھ میر ظفر اللہ تہٕ تٔمی نیوٚ سجود سیلانی سُند کامیڈی سیریل 'مطلبِ سوخن' بناوتھ۔ فاروق نازکی ین کیٚو ر 'سوٚدٕ تہٕ بوٚدٕ' ناوُک سیریل یُس گوڈٕ سہ پانے اوس لیکھان۔ پتہٕ لیکھنوٚ ن سجود سیلانی لیس اتھ۔ پوٚز فاروق صأبس اوس امہِ میڈیمک سیٹھاہ تجربہ تہٕ اتھ منز نٔوی نٔوی تجربہ کرنٕک گوردٕ۔ تٔمی کیٚو ر 'دھوپ چھاؤں' ناوس پیٹھ اکھ تیٚتھ سیریل یتھ منز اردوٗ تہٕ کأشرٕ ڈائیلاگ رلہٕ اَسی۔ وٕں گواَمی سُند یہ تجربہ روٗدنہٕ تیوٚت کامیاب۔ سہ کرِ ہے اتھ میڈیمس منز بیٚیہ تہِ کم کم تجربہ اگر نفسٕنی کمزوری ییہس نہٕ وتلتھ۔ تہٕ کیندر آسہکھ نہٕ زونمت ذأتی ملکیت۔ اوٚ تانی اوس اکھ بدلے ماحولاہ دوردرشن کیندرس منز پأدٕ گومُت۔ تجربہ تہٕ قأبلیتھ تھأوکھ لبہٕ تاپس۔ لہٰذ دأری منزٕ آیہِ پروگرام خاص کٔرتھ ڈراما بناونہٕ۔ علی محمد لون، ہری کشن کول، اوتار کرشن رہبر، سجود سیلانی، موتی لال کیموٗ تہٕ یتھی کأتیاہ دانشور آیہِ گأل کھاتس تراونہٕ۔ اَتھی کالس منز لیچھو میہ تہِ اکھ ٹیلی وِجن ڈراما۔ یہِ روٗدالہِ پلہٕ شین ریتن اشوک جیلخأنی سندس ٹیبلہٕ کس ڈرارس منز روٗد۔ چونکہِ فاروق نازکی اوس ژ کہِ دأنشور زادے۔ پٔزس کوٚت تام روزِ ہے وُرن کٔرتھ۔ ییلہِ میہ سکرپٹ واپس موٚنگ، تٔمی کٔر یکدم مداخلت تہٕ اشوک جیلخأنیس نشہِ رٔٹتھ دِتُن میون سکرپٹ بشیر بڈگأمی یس۔ سہ آسہِ ہے شاید امہِ ساتہٕ پروڈکشن اسسٹنٹ۔ تٔمی پوٚر کھڑا کھڑ ہے تہٕ بہٕ کرنوٚس کانٹریکٹس دسخط۔ امہِ ساتہٕ اَسی ڈراما بلیک

اینڈ وایٹ سپدان۔ یہ ڈراما یتھ 'قدرتہٕ قِمتھ' اوس ناو۔ یتہِ سپُد بلیک اینڈ وایٹ ٹیلی

کاسٹ۔ مگر اتھ ڈرامہس پتہٕ یوسہٕ دربدری اُس ہیٚژ مژ۔ تمہِ کہِ کانٛہہ تروٗ میہ د

وردرشن گرشہہ نُے۔ تہٕ یہ تہِ اُس تتھی گروپس سعتی گنزراونہٕ یُس گوڈے اوس گاٗل

کھاتس تراونہٕ آمُت۔ تہٕ اتھ برعکس اٗسی یوان لہاذ داٗری منز تمن نا تجربہٕ کارن اتھِ

ڈراما لیکھناونہٕ یموہٕ اوٗ تام کانہہ ڈراما سٹیج یا ریڈیو خاطرِ لیوٗکھمُت اوس۔ نہٕ لیوٗ کھُکھ

پتے زانہہ۔ وں گوشبیر مجاٗہدُن وُن چھُ زِ یمن اُس سکرین پلے لیکھنُچ تکنیک خوداٗیٔ

وٗژھ مژ۔ اتھ وقتس منز بنوٗ اشوک جیلخانی ین مرحوم امین شاٗ کرصاٗبُن ڈراما سیریلُ

ھرڈ' تہٕ جاوید اقبالس اتھِ بناونوٗ کھ 'انصاف'۔ دپان امہِ وقتہٕ اوس اکھ سینیر پرڈیوسر

مکانہٕ بناوان تہٕ سیرِ آسہٕ مفتے واتان۔ بہر حال امہِ وٚقتکی اٗسی واریاہ قصہٕ لیکھنٕی لایکھ۔

مگر ڈرامہن ہُند موضوع روزِ لبہِ تاپس۔ لہذا کرو ڈرامہچی کتھ۔ یمن دوہن بناویو شبیر

مجاٗہدن اکھ سیریل۔ یتھ 'ایماندار' اوس ناوٗ۔ یہ اوس بشیر دادن لیوٗکھمُت تہٕ تٔمی اُس پانہٕ

تہِ پران کشورس سعتی اتھ منز بحیثیت اداکار کاٗم کرمژ۔ یہ اوس پنہٕ نہِ وٚقتک بہترین

کامیڈی سیریل۔ یُس رنگین سکرینگ گوڈنیک سیریل چھُ وننہٕ یوان۔ بشیر

بڈ گاٗمین بناوے مشہور رومانٛی شاعر رسول میرس پیٹھ اکھ ٹیلی فلم۔ یہ اُس کاسٹیوم رٔنگی

سیٹھاہ تھیکنٕی لایکھ۔ اتھ نیرِ ہانہٕ جورے ہرگاہ سکرپٹس پیٹھ وارٕ پاٗٹھی کاٗم آسہِ کرنہٕ

آمژ۔ یوس پتہٕ کمشن پروگرامس تحت 'یاون موٗت' سیریلس پیٹھ کرنہٕ آیے۔ بشیر

بڈ گاٗمی ین بناوے بیاکھ فلم حبہٕ خوتونہِ پیٹھ۔ مگر ستہٕ پاٗٹھی باٗتھ فلماونہٕ سعتی اوسنہٕ اتھ

سہٕ معیار روٗ دمُت یمیک توقع اوس۔ امہِ پتہٕ بنوٗ نثار بڈ گاٗمین 'ھزار داستان' یُس تمہِ

وقتۂ کس سیاسی نظامس پیٹھ اکھ طنز اوس۔ یہ سیریل آو تیوٚت پسند کرنہٕ زِ امیک اکھا اکھ کردار چھُ وُنہِ تہِ لۄکن ویوٚد۔ ٹیلی وِجنس منز چھُ اتھ سیریلس الہٕ پلہٕ سُے مقام یُس ریڈیووس منز 'ہیر ومچا مس چھُ'۔

سنہٕ ۱۹۸۹ عیسوی گٔر مرکزن ڈرامہن ہندِ حوالہِ اکھ کمشن سکیم شروع ییمہِ کہِ وسیلہٕ ریاستس منز پونسہٕ وُ پھور آو۔ فاروق نازکی اوس کیندرُک سربراہ بنیومُت۔ چونکہِ یہ پونسہٕ اوس اکہٕ خاص مطلبہٕ واگذار سپُد مُت۔ فاروق صأبن تہِ بأ گروٚ تہرِ ہندی پأٹھی۔ پریتھ اکھاہ یُس اُمس بھتہٕ بس برونہہ کُن آو، سہٕ بنیو فری لانس ہرڈیوسر۔ نتیجہٕ دراو یہِ زِ ڈراما سیریل بنے یہِ تعدادس منز تہِ معیارُ وچھی نہٕ کأنسہِ۔ کأشرس کلچرس کٔرکھ سویرِ وٚنی ناوٚزِ کانہہ اوس نہٕ نٔیرِ مٹہِ ہیوان زِ تمس چھُ دوردرشنس ستی کانہہ تولق۔ مرحوم اسلم شیر خان آسہ ہا کوٚت تام سالس گومُت۔ تتہِ ییلہِ کُمی تام بزرگن پرُژھس 'ہتایارِ توٚہی ہاوان کیاہ چھواتھ ٹیلی وِجنس پیٹھ'۔ اُمی پھرے بیہِ یتھ کُن کأر۔ تُمی بزرگن پرُژھنس بییہِ۔ بیٚیہٕ پھر مرحومن بیہِ یتھ کُن کار۔ تریمہِ لٹہِ ییلہِ تُمی بزرگن کریکھ دتھ پرُژھنس۔

'ہے یارا۔ بوزان چھُکھ نہَ۔ توٚہی ہاوان کیاہ چھوامہِ ٹی وی پیٹھہِ ؟'

مرحومس لۄگ نہٕ چارے تمس کریکھ دتھے جواب دِنس۔

'توٚہی وچھان کیاہ چھوامہِ ٹی وی پیٹھہِ۔؟'

اتھ مُتی آبس منز تہِ آیہِ گوڈ گوڈ کینہہ ڈراما سیریل بناونہٕ یمن منز معیار قائم اوس۔ بشیر دادن بنوٚو 'ہاپُت' ناوُک سیریل یُس تمہِ ساتہٕ کس پھریٹہٕ پھریٹس منز لوکن

پٹن ترجمان باسیو۔ میہ لیچھے قورأنی آیاتن پیٹھ 'فرمان' ناوِ چ اکھ سیریز یوس سیٹھاہ پسند آیہِ کرنہٕ۔ رفیق اشبری ینٛ 'ڈراما سیرل' حاصل آؤز یرو ' تہٕ یعقوب دلکشنٕ فلم 'پنجرٕ' تہِ گرلؤکو سیٹھاہ پسند۔ بیٚیہِ تہِ چھِ کینہہ ناو ہینٛز لایکھ سیریل، ٹیلی ڈراماتہٕ فلمہٕ یمن منز معیار رؤ د برقرار اماتمہِ ساتہٕ أس سب تہٕ رب رلہٕ گأمژ۔ تہٕ گُلہم پأٹھی ہیوٚک نہٕ دور درشن ڈرامہہ کہِ حوالہٕ سہٕ مقام حاصل کٔرتھ یُس ریڈیو کشمیرن اوس کۆرمُت۔

## ڈراما گٔری

ٹیلی وِجن ڈراما لیکھن وألی بناوٕ وقتن پیشہٕ ور قلمکأری۔ خاص کٔرتھ ینہٕ دور درشن کیندرس منز کمشن سکیم آیہِ شروع کرنہٕ۔ امہِ سکیمہِ ہنز گائیڈ لاینٛ أس سینٹر پیٹھے واتان۔ تہٕ اتھ منز أسی ڈرامہن ہندی موضوع اورے آسان وضح کٔرتھ۔ تمن موضوعن نیبر اوس نہٕ لیکھانٕے کانہہ۔ نہٕ أسی پرڈیوسر امہِ گائیڈ لاینہِ نیبر کانہہ موضوع مٹہ ہیوان۔ تمہِ علاوٕ اوس پرڈیوسر سُند پونسہٕ بچاونہٕ باپتھ وارِیاہن جاین سمجھوتہٕ پیوان کرُن۔ کانہہ سین گژھِ ہے پرڈیوسرس مشکل پہن، سہٕ سین اوس موقہٕ ہے پیٹھ بدلاوُن پیوان۔ پیشہٕ ورقلمکأری منز أس یژ ہن جائز۔ مگر کمشن سکیمہِ سعتی ژایہِ اتھ کارس تہِ ژوٗر۔ یمس نم سید یوسہٕ بنیو پرڈیوسر تہٕ پریتھ پرڈیوسرن ہیژ ڈایریکشن تہِ پانے دنٕی۔ أکی ہے گُٹھس منز آیہِ ژون کوٗنجن ژور سیٹ بناونہٕ۔ اداکارن تھووٗ کھ نہٕ اورِ یور پھیرنس وار۔ پیٹھ ییلہِ تمن تہٕ اوس کامہِ چارٕ چار آسان۔ تم تہِ أس ژھنان پشہِ پیٹھی شین وألتھ۔ بوزو ہے تہٕ نوین لکھارین کیُت اوس یہِ سونہری موقعہٕ۔ تہِ کیازِ پرڈیوسر أسی نہٕ معیأری سکرپٹ ژھانڈان۔ تمن گوژھ آسُن سستہٕ یا مفت سکرپٹ۔

پتہٕ سہٕ کوتاہ تہٕ وُستھ اُسِتن۔ پرڈیوسر ہیکہِ ہے روپیہِ داہ خرچاوِتھ سہٕ سکرپٹ منظور کرناوِتھ۔ رائٹرس کھسہِ ہے ناوٕ تہٕ تمس نیرِ ہے بروٗنہہ پکہٕ نس وتھ۔ تہٕ ہرگاہ ہیچھ پٕچ اٹھکل آسہٕ ہس، تیلہِ بنے یوس کیریر۔ کینژ و قلمکارو تجربو امہِ موکُٕ فائیدٕ۔ اما ہیچھ پٕچ اٹھکل اُسکھ نہٕ۔ لہٰذا اہیوٗ چھکھ نہٕ کہیں۔ ہیچھنُک مطلب گیو سیٹس پیٹھ گرٕھتھ وچھن سکرپٹ کتھ کٕنز چھُ یوان شوٹ کرنہٕ۔ ڈائریکٹرس نشہِ بوزُن زِ تمس کیُتھ سکرپٹ گوٚژھ آسُن۔ تہٕ آئندٕ لیکھُن تتھے۔

پوٗز ٹیلی وجن ڈراما لیکھُن چھُ سٹیج یا ریڈیو ڈراما لیکھنہٕ کھوتہٕ سہل۔ تہِ کیازِ ڈراما لیکھن وألس چھَ پرٕتھ رنگہٕ آزأدی۔ سہٕ یہِ ویژھہِ تہٕ ہیکہٕ ممکن سپدتھ۔ نہٕ چھُس سٹیج ڈرا، ہن ہندی پأٹھی جایہِ ژھوچر ویتراوُن۔ نہٕ چھُس ریڈیو ڈرامہن ہندی پأٹھی پرٕتھ کانہہ عمل لفظو ستی ویژھناوُنی۔ مگر ڈرامہُک خیال چھُ تتھے کٕنز ابساوُن۔ یتہٕ کٕنز سٹیج یا ریڈیو ڈرامہٕ کِس بارس منز آووضح کرنہٕ۔ یلہِ کہانی تیار گیہٕ، امیُک گوڈٕ تہٕ امیُک اند چھُ طے کرُن۔ ڈراما چھُ کرُن تتھٕ کٕنز شروع یتھٕ کٕنز بأزی گر پننہٕ نس پٹارس چھُ ہیوان ٹھانڈ ٹلُن تہٕ یکدم چھُس زنتہٕ کُس تام ٹوپھ ہش دوان۔ یاں زِ وچھن وألس گرٕژھِ گوڈے تیُتھ تذبذُب پأدٕ گرٕژھُن یُتھ نہٕ سہٕ پننہٕ نہِ جایہِ تھوٗ دُے ہیکہِ وُتھ۔ تہٕ امہِ پتہٕ چھُ کہانی ہُندس پٹارس وارِ وارِ ٹھانڈ ٹلُن۔ وُنہِ آسہِ اکھ سسپینس کلیر گرٕھنے تہٕ بیا کھ بیہ قرأری گرٕژھِ تِنی پأدٕ کرنہٕ۔ یتھٕ کٕنز چھُ ڈراما بروٗنہہ پکہٕ ناوُن۔ اندس پیٹھ چھُ خاص توجہہ دیُن تہِ کیازِ یہِ چھُ ڈرامہُک اُخری سین تہٕ یہِ سین یُوت زبردس آسہِ تیوت رٹہٕ وچھن والین دیماغس منز جائے۔ کہانی اگر بالکل سوشل آسہِ تہٕ موضوع آسہِ

کامن۔اتھ منز چھِ غاًر مومولی حالات پاۤدٕ کرٕنؠ یُتھ نہٕ وچھن واًلس یہ ہو بہو پننؠ کہانی ہش باسہِ تہٕ سہ کرِ گوڈے اندازٕ زِ اٰخرس کیاہ سپدِ۔ تمہِ علاوٕ گژھِ یہ کہانی پننہٕ خیالہٕ کنؠ پیش کرٕنؠ یُتھ وچھن واًلس اتھ منز نویر ہیوٚ باسہِ۔

## ٹکنیک

ٹیلی وجن ڈراما لیکھنہٕ وِزِ گژھِ زانُن زِ قلمکار چھُ ڈرامہُک آرکٹیکٹ، ڈائریکٹر چھُ انجینر تہٕ کیمرہ مین چھُ دٔسل۔ قلمکار چھُ ونان ڈراما کتہٕ پیٹھٕ گژھِ شروع، کتہٕ کنؠ پکہِ بروٚنہہ، تہٕ کتیتھ واتہِ اند۔ مگر کتہٕ کنؠ چھُ شروع کرُن، کتہٕ کنؠ چھِ سین شوٹ کرٕنؠ تہٕ کتہٕ کنؠ چھُ ڈراما اند واتناوُن۔ یہِ چھَ ڈائریکٹرسنز کاًم۔ لہذا ییٚلہِ تام نہٕ نقشہٕ واضح کٔرتھ آسہِ، توٚتام ہیکہِ نہٕ انجینیر سونچِتھ کینہہ۔ سکرپٹس منز آسہِ کُنہِ جایہٕ نوقص، ڈائریکٹرس ییہٕ تھوس۔ لہذا اگر گژھِ دراما لیکھن واًلس پوٚرٕ ڈراما نظرن تل آسُن۔ تمس چھُ گوڈے تھاوُن کردارن ہُند تعارف کٔرتھ۔ پرٕ یتھ کردارٕ سنز واًنس، دۆیمین کردارن سعتی تمی سند رشتہٕ، سماًجی رُتبہٕ، معاًشی حیثیت تہٕ مزاژ۔ پتہٕ چھِ الگ الگ منظر وضح کرٕنؠ۔ سین لیکھنہٕ بروٚنہہ چھُ تمہِ سینُک تعارف یتہٕ کنؠ دیُن:

سین نمبر۔ ۱

وقت ۔ یاں زِ زماں (دوہس منز کمہِ وقتُک سین آسہِ۔ دوہہ، شام، یا دوپہر)

جائے ۔ یاں زِ مکان (سین کتھ جایہِ چھُ سپدان۔ بیٹھکہِ منز، باغس منز یا وتہِ پکان)

کردار ۔ یاں زِ اتھ سینس منز کُس کُس کردار آسہِ۔ تہندی ناوٕ۔ امہِ پتہٕ چھَ یوان

سچویشن لیکھنہٕ۔ یاں زِ گھرُ ک خاندار چھُ بیہ قرأری ہندس عالمس منز براندس اورٕ یور کران۔ بازے چھُ مکانہٕ کس گیٹس کُن وچھان تہٕ بازے پنہٕ نہٕ مژھ گرِ۔ أتھی منز چھُ گیٹ یلہٕ گژھان تہٕ......کوشش گژھِ یِنۍ کرنہٕ زِ دوٚیہ کھوتہٕ زیادٕ سین گژھی نہٕ أکِس بیک گراؤنڈس منز آسنۍ۔ زٕ سین ہرگاہ مکانس اندر گری۔ اکھاہ کوٗر مکانس نیبر۔ اکھ سین ہرگاہ اکہِ منٹُک کوٗر، بیا کھ گوٗژھ آسُن ترین ژون منٹن ہُند۔ ہمیشہٕ گژھِ تی لیکھُن یِچ پانس خبر آسہِ۔ کانہہ ڈائیلاگ گژھِ نہٕ قلمکارسندِ ناتجربکأری ہُند باس دیُن۔ تمہِ ستۍ راوِ یکدم وچھن والس دلچسپی تہٕ ڈرامہُک مقصدٕ ے گژھِ فوت۔



# گشت رُ دجاَری

## (ٹیلی فلم)

کردار :

۱۔ نوردین ------۔ سداہُ ہرگاَمی جوان لڑکہِ۔شریف تہٕ ساد

۲۔ نُندٕ ------۔ أمی سُند ستہٕ وُہرشُری پان

۳۔ قاَدر ملہٕ ------۔ زمین درال

۴۔ ماشٹر ------۔ رٹائیرٚ گومُت ہیڈ ماسٹر

۵۔ موج ------۔ نُندٕنی موج

۶۔ عارفہٕ ------۔ پنداہٕ ؤرش گاَمی کوٗر

۷۔ عزیز ملہٕ ------۔ نندُن مول

۸۔ واژ ------بی ایس ایف کیمپک کاَشُر سکھ باورچی

۹۔ حولدار ------۔ بی ایس ایف افسر

۱۰۔ کیپٹن ------بی ایس ایف افسر

☆☆☆

(ابتداَئی مونٹاج چھُ کلہم تحریکہِ ہنز عکس بندی: بنکرتہٕ گنٛڈی تار، جلسہٕ تہٕ جلوس۔ معیت تہٕ مقبر۔تحریکہِ ہندی لیڈر۔ AFSPA ہٹاونٕچ اخبارن ہنز سورخی۔





چیف منسٹر سُند تقریر تہٕ ٹوٗرزم ۔)



سین ۔ ۱

وقت ۔ اولِ صبح

جائے ۔ گامُک خوشوٗن منظرٕ تہٕ بی ایس ایف کیمپ

کردار ۔ بی ایس ایچ گشتی پارٹی تہٕ گامہٕ زنہٕ جوراہ

(بی ایس ایف کیمپہٕ منزٕ چھِ پانژن شین نفرن ہنز گشتی پارٹی نیران۔
یمن سعتی چھِ ییارِ سٕرکہِ گامہٕ زنہِ جوراہ پھوٗت ہیتھ پکان ۔)



سین ۔ ۲

وقت ۔ شامُک

جائے : گاٗمی مکانس اندر رنگ روغن گرتھ کمرٕ ۔
اتھ منز چھُ میز کرسی تہِ تہٕ کتابہٕ الماری تہٕ ۔

کردار ۔ قاٗدر ملہٕ تہٕ ماشٹر

(مکانس اندر چھُ ماشٹر ٹیبل کرسی سجاٗوتھ بچن ہنزٕ کاپی چیک کران ۔اُمس بتھِ سیوٗ دچھُ
لوٗکٹ صوفہ ۔ تتھ پیٹھ گُس تام چھُ اخبار پران ۔ کینہہ کال گژھتھ چھُ یہ نفر اخبار وٹان تہٕ
اسِہ چھُ یہِ پرزنا ونہٕ یوان قاٗدر ملہٕ ۔)

قأدر : ماشٹر جی۔ژیہ کیاہ باسان۔ حالات گژھِ نہٕ ٹھیک ؟

ماشٹر : (کاپی چیک کران) گژھن کیاہ۔دپ سہٕ گیہٕ۔

قأدر : مطلب ؟

ماشٹر : ژٕ چھُکھ نہٕ وچھان لکن ہُند آمد ورفت۔؟۔سأری لگیٕ متی پنہٕ نس پنہٕ نس کارس۔ازچھٕ دوہہ لوسہٕ نس تام زنہٕ آسان کھہنے منزادِ پروائے کیاہ چھُکھ۔پیٹھ ہے پانہٕ چھُکھ شہر وسان کھسان۔تورِ چ آسی پانس خبر۔ دپان ٹورسٹ چھِ ٔگتلیٕ آمتی ؟

قأدر ملہٕ: ٹاس زٕ گژھن۔سارِنے لگہِ چھگ۔

ماشٹر : ہتا کیاہ رووٗ ے۔کیاہ چھُکھ کانچھان۔وٕنی ہے کتھٕ تام پأٹھی خوداین رحم کوٗرتہٕ حالات لگی ڈنجہ ینی۔ژیہ چھُے نہٕ خوش یوان۔

قأدر ملہٕ: خوش ہسہٕ ییہِ ہا۔امابیلہِ پزٕی پأٹھی حالات ڈنجہِ یہن۔نتہٕ چھُے یہِ لکن دھونکھِ موج مٔری نم۔

ماشٹر : نہٕ سہٕ تہٕ ژیہ چھُے نہٕ فکرِ تران۔وٕنی ہے جایہِ جایہِ بنکر تہِ ٹُلکھ۔دپان ناگہٕ بلُک کمپ تہِ ماٹُلن جلدی۔

قأدر ملہ : ژیہ کمی وۄنُے ؟

ماشٹر : تی گوم کنن۔

(قأدر ملہ چھُ گوتن ہیو گژھان تہٕ بٔیہِ اخبار پران۔ماشٹر چھُ کاپیہٕ چیک کران)



سین ۔ ۳

وقت ۔ رأژہُند

جائے ۔ گام

کردار ۔ نوردین

(نوردین چھُ پلوپھُٹِچ ہیتھ انہِ گٹہِ ژلان ۔ یہِ چھُنہٕ کانٛسہِ یژھان پان ہاوُن ۔)

سکہٕ واز : ناتہٕ وں کس چھُکھ ژٕ کھوژان ۔ ژٕ کیاہ مخبر چھُکھٕ ......۔

فلش بیک



سین ۔ ۴

وقت ۔ شامُک

جائے ۔ وازٕ (باورچی) سُند شونگن کُٹھ ۔

کردار ۔ سکہٕ وازٕ تہٕ نوردین

(کیمرہ چھُ نوردینس پیٹھ اوپن سپدان ۔ یُس پتھرس پیٹھ وہٕرتھ بسترس پیٹھ کوٹھین منز کلہٕ ژٕھنتھ چھُ ۔ تہٕ یکدم چھُ دروازس کُن مخاطب سپدان ۔ دروازس پیٹھ چھُ اڈٕ ور سکھ استادٕ یُس کمپس منز باورچی سنز کأم چھُ کران ۔)

نوردین: مخبر ناو ُسس چیچا ۔ دپ بنوہس ۔ ییلہِ میڈل ژھُن ہم نالہِ تہٕ ہٕسی تس کھالتھ کرنوہس پریڈ ۔

(وازس چھُ بیوان کیا تام یاد تہٕ یہ چھُ اندرأ ژتھ بیڈس پیٹھ بہان ......

کیمرہ چھُ پین کران تہٕ لبہٕ چھُ پلون علاوٕ اکھ میڈلِ الوونذ نظرِ گژھان۔)

واز : سہٕ ہبا اوس افسر۔ تیُتھ افسراہ تہِ کتہٕ بنہٕ۔ تُمی بچاٚرِی دپیو بہودر بچن سعتی کرہکھ ریپلک ڈے پریڈ تہٕ سُے بنہٕ ہی بٹالینِ منز بھرتی گژھہٕ ٹنک بہانہٕ۔

نوردین: وں کیاہ فائیدٕ دراومیہ امہِ میڈلُک ؟

واز : ناتہٕ ارداہوُ ہر گوژھکھاہ ژٕ گژھُن تہِ کنہٕ کہیں۔

نوردین: وں کیاہ یمے تریہ ریتھ اٚسی باقے۔

واز : یمے تریہ ریتھ چھی کڈٕنی کُنہِ پاٚٹھی۔

نوردین: کاٚلی کیتھ ییلہِ کمپ وتھِ۔ پتہٕ کُس کتہٕ ژھانڈن بہٕ ؟

واز: توے اوس سے گرِ گرِ ونان نوردینا یہِ کمپ ناپوشی ذیادس کالس۔ سُلہِ گرِ سنبھالتا گھرِ پنُن۔ بوزان کیا زِ اوسُکھ نہٕ میون کتھ ؟



سین ۔ ۵

وقت ۔ روٚتل

جائے۔ گامہٕ بستی

<u>کردار ۔ نوردین</u>

نوردین چھُ انہِ گٹس منز کھوٚژی کھوٚژی ژلان تہٕ ظاہر یا پنُن گھرِ ژھاران۔

یہ چھُ ژھایہِ ہٲلس تھک ہیوکڈان تہٕ شام بانگ چھِ پران۔

اٲمس چھُ یوان پتم فلش بیک۔



## سین ۔ ٦

## وقت ۔ روٗتُل

## جائے ۔ گامہٕ مشید

کردار ۔ عزیز ملہٕ، تٔمی سنز کوٗر عاٗرفہٕ تہٕ تٔمی سُند اَٹھوٗ ہرِ نیچو نند

(شام بانگ چھِ پران ۔ عزیز ملہٕ چھُ پھٔتس منز دیگ ہیتھ مشیدِ کُن گژھان ۔
عاٗرفہٕ تہٕ نندٕ چھُس سعتی ۔ عاٗرفس چھُ سنی پٔتلہٕ اتھس منز تہٕ نندس گلاسہٕ تارٕ......
مشیدِ دروازس نزدیکھ وأتتھ چھُ عزیز ملہٕ بچن ہیدایتھ دوان ۔)

عزیز ملہٕ: توٚہۍ ہارٕوٗزی زِیو پیٚتی تھے ۔ (عزیز ملہ چھُ دیگ ہیتھ مشیدِ اژان ۔)

نندٕ : یہِ بھتہٕ کمی ہے کیٚت ؟

عاٗرفہٕ : امام صائبس چھِ کم تام پٔڑھی آمتی ۔

(عزیز ملہ چھُ بانبرِ ہوٗ تے نیران تہٕ کورِنش سنی پٔتلہٕ رٹان)

عزیز ملہٕ: تھاوی یم گلاسہٕ ییتھ پیٹھ ۔

عارفہٕ : یم ہا پینےٗ وٗسی

عزیز ملہ : کینہہ نے پین نہٕ ۔

(عارفہٕ چھَ احتیاط سان گلاسہٕ تھاوان پٔتلس پیٹھ تہٕ عزیز ملہ چھُ اژان مشیدِ منز ۔
دوشوے بچہ چھِ نیٚبر کنہٕ پراران ۔ کہے کال گژھتھ چھُ غاٗر
کاشُر جوانا اکھ ریش تھاٗوتھ مشیدِ کُن یوان ۔)

جوان : کون ہوتم ؟

نُندٕ : میں ہوں نوردین۔اور یہ میری بہن عارفہ ہے۔

(جوان چھُ عارفس کُن وچھتھ متأثر ہیوگژھان۔)

جوان : یہاں کیا کرر ہے ہو ؟

نُندٕ : ہم اپنے باپ کا انتظار کرر ہے ہیں۔

جوان : ہوں......؟

(جوان چھُ مشیدِ اژان اژان عأرفس کُن پۆت نظر دوان۔)



سین - ۷

وقت - دۄہ

جائے - عزیز ملُن مکانہٕ۔

<u>کردار -عزیز ملہٕ تہٕ تٔمی سنز زنانہٕ</u>

(موج چھَ گھرِ کس دروازس پیٹھ پنہٕ نس خاندارس پراران۔نُندٕ چھُس سعتی۔

عزیز ملہٕ چھُ پھٹۍ متیو کوٹھیو گھرِ یوان۔)

موج : دۄ پہے یہِ امام صأب کیاہ کرنہِ اوس آمُت۔؟

عزیز ملہٕ : میے پھٔر شیٛمتھ راتھ نیے یم عأرفہٕ مشیدِ تام بانہٕ پھۆت ہیتھ۔تتہِ آس نیٛبرم پژھی۔تمہٕ وے منزٕ چھَ تٔمس تام عأرفس پیٹھ نظر پیمٕژ۔سہٕ چھُ پگاہ عأرفس سعتی نکاح کرُن یژھان۔

موج : ہے کیاہ گوم۔

عزیز ملہٕ: دۄ پمے کتھ بوز۔کور چھےٚ ازنہٕ پگاہ نکھ وائلنہٕ۔یہ چھُ سنعت۔اتھ چھنہٕ کانہہ گوناہ۔

موج : یہ سنعت کیاز چھُنہٕ امام صأب پانے پالان۔تٔمس ہے وأژ مژ کوراہ چھےٚ گھرس منز۔میانہِ یمس موصوم کورِ کتھ لوٗگ بھلایہِ۔یہ ہے ونہِ شیٔہِ مے جمأژ چھےٚ پران۔یہ کتھ گٔژھ کرن بہٕ وہ پرس ژۄ پرس حوالہٕ۔یُس نہَ زانون۔نہَ کرون۔یسنز نہٕ اسہِ خبرٕ ے چھےٚ آو کتہِ۔گرٕ ژھُن کۄت چھُس۔پٔنن مطلب نیرتھ بلکہِ مأرن کنہِ جایہِ۔؟

(موج چھےٚ شرارتہٕ سان اندراژان۔خاندار چھُس اژان پتے۔)



سین ۔ ۸

وقت ۔ روٗتل

جائے۔ گامہٕ کُٹھ

کردار: موج،عأرفہٕ،نند تہٕ عزیز ملہٕ

(کمرس چھُ انہِ گۄٹ۔موج چھےٚ اژان بانبرٕ ہٕژ شمع ہیتھ تہٕ عأرفس وزٕ ناوان۔ عأرفس لرِ چھُ نندٕ شۄنگتھ۔)

موج : عارفے۔تلے بھلایہِ لگےتھۄ دوتھ۔اسہِ ہے پیوتاون۔

عارفہٕ : کہے دلیل ؟ (عاؔرفہٕ چھےٚ نندرِ ہٕژ وتھان۔)

موج : وتھ لگے بھلایہِ۔ سکھر جلدی۔

عارفہٕ : اسہِ کوٗت چھُ گژھُن ؟

(تانی چھُ نندٕ تہِ ہیوان أچھ موٗ رنہِ۔عزیزملہٕ چھُ کمرس منزاژان)

عزیزملہٕ: دۄ پہے کران کیاہ چھکھ ژٕ۔ گژھکھ کوٗت اجہِ راۓ ژ ؟

موج : مالیُن گژھ۔ بیٚیہِ کیاہ کرٕ۔ کوٗر ہے چھم زاہٕژ......تلہٕ بی وتھ ٹُل پلو پھُٹجہِ گنڈتھ۔ (عاؔرفہٕ چھےٚ وتھانٕ تہٕ پلوسومبران)

عزیزملہٕ: وٕنی ہے پگاہ یم نکاح پرنہِ ین۔ یمن کیاہ جواب دمو ؟

موج : ڈٕلی زکیھ اچانک گیہٕ بیمار۔ ماجہِ نیہِ شفاخان۔ دون ژون دوہن منز ییلہِ بہٕ اوٗری روزٕ۔ تیوٗت کال کتہٕ ٹھہرِ یہٕ پیٚتھی گامس منز۔

نندٕ : موجی۔ بہٕ تہِ ہے یمے ژے سعتی۔

موج : نالگہٕ یا بھلایہِ۔ ژٕ ہاہو ذٕ مائلس نش۔

(موج تہٕ عاؔرفہٕ چھےٚ نیران۔)

فلش بیک ختم



سین ۔ ۹

وقت ۔ روٗتُل

جائے ۔ سو جائے یتیتھ نوردین تھکس بیوٗٹھ

کردار ۔ نوردین

(انہِ گٹہِ چھُ ہوٚن وُ پھان ۔ نوردین چھُ أمس کَنٛز لایان تہٕ نیران ۔)

☆

سین ۔ ۱۰

وقت ۔ روٗتُل

جائے ۔ ماشٹرٕ سُند گُٹھ

کردار ۔ ماشٹر تہٕ نوردین

(ماشٹر چھُ مسلسل کاپیہٕ چیک کران ۔ نیٚبرٕ کَنہِ چھُ دروازس کرچ گرٛزھان ۔
ماشٹر چھُ آلو کران ۔)

ماشٹر : کُس سہٕ چھو۔۔۔۔۔۔ ہیو کُسٕ چھو ؟

(کینہہ کالاہ چھُنہٕ اورٕ کانہہ جواب یوان ۔ پتہٕ چھُ وارٕ وارٕ درواز مٕژراونہٕ یوان ۔ نور دین چھُ گوڈٕ کلہٕ ژانان اندر ۔ پتہٕ چھُ یکدم اندر اژتھ دروازس أندرٕ چُھٹکی کران ۔)

ماشٹر : کُس سہٕ چھُکھ ژٕ ؟

نوردین: نوردین۔۔۔۔۔۔

ماشٹر : کُس نوردین ؟

نوردین: تیٚمی سُند یہِ گھرٕ چھُ ۔

(نوردین چھُ درواز٘ سے نش کوٗھین پیٹھ بہان۔
ماشٹر چھُ کاپی تہٕ قلم پتھر تھاوان۔ سونچاہ کران۔
تہٕ غلطی ہُند احساس گڑھتھ کلہٕ بون کُن ژھنان۔)

نوردین : میہ دِتہٕ ہض تریشہِ دام۔

(ماشٹر چھُ چگہٕ منز٘ تریش پھران تہٕ نوردینس پلہٕ ناوان۔
نوردین چھُ تریش چیوان۔)

نوردین : ژٕ یہ چھُتھ ہض ـ یتھ گھرس قبضہٕ کوٗرمُت۔

ماشٹر : ناگوٗ برا۔ یہ ہا چھُ میہ مُلی ہیوٗت مُت۔

نوردین: کُمس......؟

ماشٹر : چائنس پیٹرس۔ قاٗدر ملس۔

نوردین: مگر قاٗدر چیچن کتھٕ کُنی کُن سون مکانہٕ ۔

(ماشٹر چھُ شرمندٕ گڑھان تہٕ نوردینس چھُ فلش بیک یوان)



فلش بیک

سین ۔ اا

وقت ۔ دوپہر

جائے ۔ قاٗدرملن بیڈروم

کردار ۔ قاٗدرملہٕ، موج تہٕ ننِد

( کیمرہ چھُ اوپن سپدان قأدرملس پیٹھ یُس بیڈس پیٹھ بہتھ شرارتہٕ
سان ماجہِ مخأطب چھُ۔ موج چھَ پتھر بہتھ۔ نندٕ چھُ أمس نکھے بہتھ۔ )

قأدرملہٕ : ہتہٕ بی بہٕ ژیہ چھے وتھ ٹوٹھمژ۔ ژیہ چھے نہٕ دنیاہ کوٗت دوت۔ تیلہِ روز بکھ نہٕ کوٗر ہیتھ مالِنہِ ژھیف دتھ۔ یوت کال یپأرکۍ خاندارس دیوٗتھ ٹاس۔ سہٕ بچارٕ دیت تھن کورِ ہنزِ چھپہٕ۔

موج : ادٕ ژٕ ے بچأوی زِہن بھوئے پنُن۔ ژیہ شوٗھس ہے لہاذٕ اوسے یمن سعتی۔

قأدرملہٕ: اتیتھ چھا بی لہاذٕ چلان۔ اتیتھ گو پانیو پانیو۔

موج : ہیوأسی ہاپھِ غأرتھ مند مألی سندی شُری۔ بھأیَ میأنی ہا محلہٕ چن کورین ہندِ باپتھ پان دوان بُتھِ۔ تانی چھے عأرفہٕ ژیہ بھأیَ سنز کور۔

قأدرملہٕ: ژٕ ہبی چھکھ لٕج مٕژ زوہِ ہندِ باپتھ زٕٹ ژٹنہِ۔ ژٕ انکھ پانس سعتی سعتی میہ تہِ زوال۔ مگر بہٕ چھُسے عیال بار۔ میأنی چھے سلام۔

موج : تھوٗ ہبا چأنس غأرتس۔ وتھ بہَ نُندا۔ یُتھ پیٹھٕ آسنہٕ کھوتہٕ اوسوٗ نہَ آسُن بہتر۔

(موج چھَ وتھان تہٕ نیران۔ نندٕ چھُ نیران أمس پتہٕ پتہٕ )



## سین ۔ ۱۲

وقت ۔ شامُک

جائے ۔ گامس منز عزیز ملُن مکانہٕ

کردار ۔ موج ،تہٕ ننٛد

(موج چھےٚ گامہٕ منزٕ گھرٕ کُن پکان ۔ نُندٕ چھُ اُمس سعتی سعتی ۔
یم چھِ واتان گھرٕ پٔتن تہٕ موج چھےٚ دروازس کلف مٕژران ۔)

موج : (اژان اژان) ہے عاٗرفے ۔ اُتی چھکھے ۔؟

عاٗرفہٕ : (آواز) اہنی ۔ یٖتی ہے چھس ۔

(موج چھےٚ اندر اژان تہٕ درواز کران اندری بند)



## سین ۔ ۱۳

وقت ۔ شامُک

جائے ۔ گاٗمی گھرُک بوٚڈ کُٹھ ۔

کردار ۔ موج تہٕ ننٛد

(موج چھےٚ دارِ کران بند ۔ نُندٕ چھُ منز بھاگ کُٹھس استادٕ ۔)

نُندٕ : ہرگاہ سہ یٖیہٕ آوٗ ؟

موج : یورٕ یِیہِ بھلایہِ لگنہِ ۔ مگر ژٕ روٗزی زِ مغزوٗ لجسیہٕ بھلایہِ ۔ یانی دروازس ٹھک گژھِ ۔
تانی ژٕ ہنی زِیمہِ دارِ کنی وٕڈھ تہٕ ٹکے گژھی زِ ناگہٕ بل کس کمپس شیچھ ہیتھ ۔

نندٕ : تہٕ ژٕ کیاہ کرکھ ؟

موج : بہٕ لاگن تیوٗت کال سہُ کتھن ۔

(نندٕ چھُ کتھِ کران غور ۔ موج چھہٕ باقٕے دارِ درواز بند کران ۔)



سین ۔ ۱۴

وقت ۔ راتٕ ژہُند

جائے ۔ گامس منز عزیز ملُن مکانہٕ

کردار ۔ کمانڈنگ افسر تہٕ کینہہ سپاہ

(گامس منز چھہٕ کینہہ سپاہ ژوٗ رِ ژھیپہٕ اژان تہٕ پیشہٕ وراندازس منز عزیز ملہٕ نس نکانس گیر کران ۔ کمانڈنگ افسر چھُ اشارٕ ستی باقین سپہن کور کرٕ ٹنک ہیدا ۔ تتھ دوان تہٕ پانہٕ مکانس منز اژان ۔)



سین ۔ ۱۵

وقت ۔ راتٕ ژہُند

جائے ۔ گامی گھرُک بوٗڈ کُٹھ

کردار ۔ کمانڈنگ افسر تہٕ نُندٕ

( کمانڈنگ افسر چھُ درواز اژان تہٕ یکدم ٹھہران۔ أمس پٔتۍ کنی چھُ
نُندٕ ظأہر ہیوان گژھن ۔گر کمانڈنگ افسر چھُ اتھ سعتی أمس پتھٕ رٹان
یُتھنہٕ یہِ برونہہ کنیک منظرو چھِ ۔ برونہہ کنہِ چھَ موج پیتھ
تہٕ أمس چھُکھ ہٹس وولمُت کھش ۔)

کمانڈنگ : لاش کو پولیس کے حوالے کردو۔ بچے کو ساتھ لے کر چلو۔



سین ۔۱۶

وقت ۔ رأژ ہُند

جائے ۔ کمپس منز وازٕ سُند کمر

کردار ۔ کمانڈنگ افسر ،وازٕ تہٕ نندٕ

(دروازس پیٹھ چھُ وازٕ ۔تہٕ امے ساتہٕ چھُ أمس پٔتۍ کنی کمانڈنگ افسر ظأہر گژھان۔)

کمانڈر : رمی کھیلے ہو کبھی ؟

وازٕ : جی جناب......

(وازٕ سندس بیڈس پیٹھ چھُ نُندٕ کوٗھین منز کلہٕ ژھنتھ ۔)

کمانڈر : یہ پپلو ہے۔اسے بچا کر رکھنا۔یہی آخر میں بازی پلٹ دیگا۔

( کمانڈنگ افسر چھُ نیران۔وازٕ چھُ نُندس کران نظراہ)



سین ۔ ۱۷

وقت ۔ روٗتُل

جائے ۔ ماشٹر سُند کُٹھ

کردار ۔ ماشٹر تہٕ نوردین

(نوردین چھُ پٲتۍ مین خیالن منز ۔ ماشٹر چھُ ترین تہٕ ترٕہن منز ۔)

ماشٹر : ژٕ اوسُکھ کتہِ یمن کہن وٕرین ؟

نوردین: ناگہٕ بل کس کمپس منز۔

ماشٹر : گوژٕ چھُکھ نہٕ اوسمُت بیٚنہِ ستیٚ ۔ ؟

نوردین: تٔمی سنز چھنہٕ میہ خبرٕ ے۔

ماشٹر : یپٲرۍ اٚس ترُے ژٕ تہِ چھُکھ اوسمُت تٔتھی مکانس منز۔ اکھٕتۍ پوٚر ہے نیماز جناز تہِ ۔

نوردین: گوتیلہِ چھُس بہٕ موٗمُت ؟

ماشٹر : نہٕ سہٕ گوٚ برا۔ مرِ سُے ییس ووتمُت آسہِ ۔ بیہ قطعاً کیازِ مرِ کا نہہ۔

نوردین : تیلہِ چھُ میہ باسان بہٕ نیرٕ واپسے ۔

ماشٹر : کیازِ ؟

نوردین : بنان چھُ یگاہ لاٗ جہم مخبر ہانژھ تہٕ مور ہس۔

ماشٹر : نہٕ سہٕ گوٚ برا۔ ژٕ یہ ماری نہٕ کانہہ۔ ژٕ چھُکھ وٕنۍ پننس گھرس منز۔

نوردین: مگر یہ گھرٕ ہے چھُتھ ژٕ یہ مٔلۍ ہیوٗت مُت ؟

ماشٹر : یہِ چھُ قادر ملن دھوکھس منزٕ کن مُت ۔ سہٕ کیازِ دیہِ نہٕ پونسہٕ واپس ۔ ژٕ ہے زینہٕ تمیک وسواس ۔ سو چھَ میأنی کأم ۔ ژٕ ون ژیہ ماچھے بو چھِ لٕج مژ ؟......بیہہ ژٕ یور کُن ۔ بہٕ انے ژیہ بھتہٕ ۔

(نوردین چھُ صوفس پیٹھ بہان ۔ ماشٹر چھُ کمرٕ منزٕ نیبر نیران ۔)



سین ۔ ١٧

وقت ۔ رأژھُند

جائے ۔ قادرملُن بیڈروم

کردار ۔ قادرملہٕ

(قادرملہٕ چھُ بیڈس پیٹھ کھوفتہٕ شوٚنگتھ ۔ شاندس پیٹھ چھُ لینڈ لائین فونس گھنٹی وزان ۔ کینہہ کال گُرٕشتھ چھُ قادرملہٕ ہُشارٕ گژھان ۔)

قادرملہٕ : ہیلو......کیاہ سہَ ماشٹر جی ۔ ژٕ شوٚنگکھ نہَ وُنہٕ ؟......کیاہ ؟...... ہے ونان کیاہ سہَ چھُکھ ۔ سہٕ کتہِ گونندٕ پأدٕ ۔ ژٕیہِ ماچھُتھ خاب وُچھمُت ؟ ...... ادٕ وں ژٕ کیازِ گوکھ پریشان ۔ یا گو ژیہ تمی سنزٕ ڈیتھ سرٹفکیٹ چھے نہٕ دژٕ مژ......کینہہ چھُنہٕ پروائے ۔ صُبحس تام وچھو ۔ خو داہ کرِ سہلے ۔

(قادرملہٕ چھُ رسیور پتھر تراوان تہٕ سونچاہ کران ۔)



## سین - ۱۸

وقت - رأژھُند

جائے - ماشٹرسُند کمرٕ

کردار - ماشٹرِ تہٕ نوردین

(نوردین چھُ صوفس پیٹھ بہتھ کمرس اورٕ یورٕ وچھان۔
ماشٹر چھُ اژان بھتہٕ پلیٹ ہیتھ۔)

ماشٹر : ووتھ سہٕ گوٚ برا۔ پٹھر اوسہٕ اتھِ۔ باتھ روم چھے ......۔

نوردین : (تھوٚ دوتھان) میہ حض چھہٕ خبر۔

ماشٹر : اہن سہٕ گژھِ ہے نہٕ خبر آسنہٕ۔ چوٕنے ہے گھرٕ چھُ۔

(نوردین چھُ کمرٕ منزٕ نیران۔ ماشٹر چھُ أمی سندِ خاطرٕ بھتہٕ کھیٚنچ جائے شیران۔)



## سین - ۱۹

وقت - صبحُک

جائے - کیمپس منز ڈائینگ ہال

کردار - حولدار تہٕ سکہٕ وازٕ

(حولدار چھُ گشتہٕ پیٹھٕ آمُت۔ أمی چھُ آبہٕ جگ اتھس منز روٚ ٹمُت تہٕ یہِ چھُ دارِ کنہٕ گرگر تہٕ کول ءکرٕ کران۔ یوت کال چھُ سکہٕ وازٕ یوان أمی سُند بریک فاسٹ تھال ہیتھ۔)

حولدار : نوردین کہاں ہے۔ کل سے نظر نہیں آ رہا ؟

واژ : وہ تو چلا گیا۔

حولدار : کہاں ؟

واژ : پتہٕ نہیں۔

حولدار : لیکن اب تو تین ماہ بعد وہ بٹالین میں بھرتی ہونے والا تھا ؟

واژ : لیکن کمپ تو ہفتے میں اُٹھنے والا ہے۔

حولدار : نہیں اُٹھے گا۔ کہیں سے دو گولیاں چلیں گی۔ حالات پھر بگڑھ جائیں گے۔

واژ : دو گولیاں چل تو جائیں۔ پھر بُلا لیں گے۔

(واژ چھُ یہِ وٚنتھ نیران۔ حولدار چھُ بریک فاسٹ کرنہٕ بہان۔)



سین ۔ ۲۰

وقت ۔ صُبحک

جائے ۔ لوکُٹ مقبرٕ

<u>کردار ۔ نوردین تہٕ ماشٹر</u>

(ترِیہ قبرٕ پیٚر چھِ سٮ۪تی سٮ۪تی۔ یمن بروٚنہہ کنہٕ چھِ نوردین تہٕ ماشٹر استادٕ۔)

نوردین : ماشٹر جی کتھ ونے۔ میانہِ قبرٕ پیٹھ اوسُنہٕ پیٚوٚ رلاگُن۔

ماشٹر : ڈیتھ سرٹفکیٹ کتھ ناوس دٕہن۔

(زِ بۆ ندقہٕ ٹاس چھِ گژھان۔ نوردین چھُ سینس
اتھِ دتھ وارٕ وارٕ وٗسی پیوان۔ ماشٹر چھُ اُمس کھوٚنہِ منزرٹان۔)

نوردین : ماشٹرجی۔ ژ یہ ہے وۄنتھ وں مارِنہٕ کانہہ۔

ماشٹر : (گلٹی فیل کران) مجبوری

☆☆☆

خَتم شُد

## سین ۔۱

## وقت ۔ دوٚہہ لوٚسہٕ وُن

## جائے ۔ ڈاکٹر سُند کلنک

## کردار ۔ ڈاکٹر وجاہت تہٕ تٔمۍ سُند ایٹنڈنٹ

(ڈاکٹر سندس ٹیبلس پیٹھ چھُ لینڈ لائین فون وزان ۔ رژھ کھنڈ گژھتھ چھُ ڈاکٹر وجاہت واش بیسنہِ پیٹھ اتھ چھٔلتھ یوان تہٕ تولیہہ سعتی اتھ وتھراوان رسیور تُلان ۔)

ڈاکٹر : یس ۔ ڈاکٹر وجاہت ہیر...... فرمٲیو قٲدری صاب ۔ طبیعت چھا ٹھیک ؟ کینہہ پروائے چھنہٕ ۔ کافی کپ کھنڈ دی وُس ۔ تیوٚت کال سپدِ بہٕ تہِ حاضر...... ژٕ کیاہ سہٕ چھکھ جلدٕے ویسران ۔ بیمارس برونہہ چھُ پیوان ژے علاج کرُن...... ہاہاہا ۔ گوکھ کیاہ سہٕ ناراض...... ہلو......۔

(باسان چھُ قٲدری صأبن ژوٚٹ فون ۔ ڈاکٹر صأبن تہِ نیوٚ نہٕ سیریس کینہہ ۔ ڈاکٹر صأب چھُ پنہٕ نس ایٹنڈنٹس بیل کران ۔ ایٹنڈنٹ چھُ ڈٔستی یوان ۔)

ایٹنڈنٹ : جناب......۔

ڈاکٹر : نیٚبرٕ کنہِ کٲتیاہ پیشنٹ چھِ ؟

ایٹنڈنٹ : داہ پنداہ

ڈاکٹر : سوزُکھ ۔

(ایٹنڈنٹ چھُ نیران ۔)



سین - ۲

وقت - شام

جائے - جان بیڈروم

<u>کردار - صفیہ ، ناز</u>

(صفیہ چھَ بیڈس پیٹھ لرترٲوتھ۔ کینہہ کال چھُ گژھان تہٕ جوان مرد اکھ چھُ شُرنہِ پیٹھ مقبولِ عام فلمی بأتھ گیوان چھَ شُرِنی بوٗزی تھے چھَ صفیہ أچھ مٹراوان۔)

صفیہ : نأصر صأبا۔ لُجسیا بھلایہِ۔ گوڑ ہأ ژی زِیوٗری۔ نازے۔ ہتے نازے۔

(ناز چھَ دروازس پیٹھ ظاہر گژھان۔)

نازٕ : کہے زِممی ؟

صفیہ : بھوئے ہے آئے۔ أمس شیر تہٕ بھتہٕ پھوٗل۔ یہِ کیاہ بی آسیم دُہک فاتے۔

نازٕ : (اندراژان )...... ممی۔ بہٕ ہے أسس براندس پیٹھ ونیگھ تام تُمی ہے پراران۔ سہ نے آؤ نہٕ ؟

صفیہ : میہ ہے گیہٕ زن تُمی سنز شُرنی ہش کنن۔

نازٕ : (ماجہِ تھاوان رزأئے شیر تھ ) خاب آسہٕ ہکھ وچھان۔

(امے ساتہٕ چھُ ڈاکٹر وجاہت کمرس منزاژان۔)

ڈاکٹر : اسلام علیکم۔ کہِ حض دلیل بھابی۔ خأرٕ ے چھا۔

صفیہ : ہتہٕ حض توہہِ کتھ کر یوٗ نکیس تکلیف۔

ڈاکٹر : دس ازمائ ڈیوٹی۔ تلہٕ حض ژٕہأوِو ؟...... کیاہ چھُ باسان وکیس ؟

صفیہ : کیاہ گۄژھُم باسُن ڈاکٹر صأب۔ کیاہ چھُ باسان میہ ہشن ماجن یمن وۄتمُت گۄبُرأ چھن دۄرآسہِ ؟

ڈاکٹر : مطلب ؟۔ نأصر چھاکُن گومُت ؟۔۔ وائر ازہی ؟

ناز : تمِ سُند نہٕ حض چھُنہٕ صُبح پیٹھٕ پَیی۔

ڈاکٹر : ائ سی۔ مگر صبحس ییلہِ ییٚتہٕ دراو ، وۄنُن کیاہ کۄت چھُم گژھُن ؟

ناز : ییٚتہِ وۄنُن ماسہِ نش گژھٕ صفا کدل۔ تتہِ چھُن تمن وۄنمُت بژھپور چھُم گژھُن پوپھِ نش۔ مگر بژھٕ پور چھُ صبح پیٹھے کریک ڈاوُن۔ اسہِ چھُنہٕ فکرِ تران سہُ ہے چھُ تہِ چھُ کتہٕ۔

ڈاکٹر : کینہہ چھُنہٕ پروائے۔ خوداہ کرِ ہلے۔ صبحس تام واتہِ ضرۄر۔ تلہٕ حض ژٕ ہاوٕنٔر۔ ولہٕ سہٕ کوریا کھال سہٕ یمس پھیرن نۄ رہیۄ رپہن۔ بہٕ تھاوس بی پی چیک کٔرتھ۔ یہ روزِ راتس سونچان۔ صبحس آسہِ حقہٕ بل وأژٕمژٕ۔

(ڈاکٹر چھُ مریضس بلڈ پرشر چیک کران۔)



سین ۔ ۳

وقت ۔ شام

جائے ۔ ڈرائینگ روم

<u>کردار ۔ ڈاکٹر وجاہت تہٕ شاہ محمد</u>

(شاہ محمد چھُ فرشس پیٹھ جائے نیماز وہرأوتھ نیماز پران۔ کینہہ کال چھُ گژھان تہٕ ڈاکٹر وجاہت چھُ لوتے اژان کمرس منز تہٕ صوفس پیٹھ بہان۔ سہ ُ چھُ پریشان تہٕ متفکر۔ تُمس چھُ کانہہ واقعہ یاد پیوان......)

فلش بیک



سین ۔ ۴

وقت ۔ شام

جائے ۔ ژلوٕنی کار

کردار ۔ ڈاکٹر وجاہت تہٕ ناصر

(ڈاکٹر وجاہت چھُ کار چلاوان۔ ناصر چھُ أمس سعتی بہتھ۔)

ڈاکٹر : ناصر صابا۔ کتھ اکھ تھاوِو زِیاد۔ موج چھےٚ ہائپر ٹینسیو۔ یہ گژھِ ہمیشہٕ خوش تھاوٕنی۔ سٹریس تہٕ ٹینشن چھُ امی ہِندِ خاطرٕ موت۔

ناصر : پرمنٹ علاجاہ تہٕ ؤنیو کینہہ ؟

ڈاکٹر : احتیاط۔ بیٚیہ یُس بہٕ دواہ گھرِ دمےٚ۔ سہ ُ گژھِ ہمیشہٕ گھرس منز موجود تھاوُن۔ کبھی بھی اس کی ضرورت پڑھ سکتی ہے...... ویسے چھُ ہائپر ٹینشن کشیرِ منز آم۔ أزی کین حالاتن منز چھُ پرٛتھ کانہہ امیک شکار...... یہ گو بیاکھ مصیبتھ۔

(بُتھِ چھُ حفاظتی عملُک بنکر نظرِ گژھان تہٕ اکھ فوجی سپاہ
چھُ یمن نزدیکھ یوان۔ ڈاکٹر چھُ ہاوان شناختی کارڈ۔)

فوجی : باہر نکلو......۔

(ناصر چھُ یکدم کارِ منزٕ بٕون وسان تہٕ سپہس
سمجھاوُن یژھان زِ ڈاکٹر گوٚژھ نہٕ بٕون یُن والنہٕ۔)

ناصر : دیکھیئے۔ یہ یہاں کے مشہور ڈاکٹر صاحب ہیں۔

فوجی : تو ......؟

ناصر : آپ اتنا بھی نہیں سمجھ سکتے ۔

فوجی : تو کیا تم سمجھاؤ گے ہمیں ؟

(ڈاکٹر وجاہت چھُ یکدم کارِ منزٕ بٕون وسان۔)

ڈاکٹر : نہیں نہیں۔ آپ کو سمجھانے کی کوئی ضرورت نہیں ہے۔ آپ جو کچھ کر رہے ہو، بالکل صحیح کر رہے ہو۔

فوجی : تم زیادہ سمارٹ بننے کی کوشش مت کرو۔ وہیں کھڑے رہو۔

ناصر : دیکھیے۔ میں کہتا ہوں ان کے ساتھ عزت سے پیش آئیے۔ یہ ڈاکٹر وجاہت ہیں۔ مشہور کارڈیالوجسٹ۔ ہندوستان میں ہی نہیں ، پورے ایشیا میں ان کا نام ہے۔

ڈاکٹر : ناصر۔ مجھے یہاں کھڑا رہنے میں کوئی تکلیف نہیں ہے۔ انہیں اپنا کام کرنے دو۔

فوجی : ڈاکٹر سمجھاو اسے۔ بہت گرمی ہے اس کے خون میں۔ نہیں تو ابھی ٹھنڈا کر دوں گا؟

ڈاکٹر : نہیں پلیز۔ اس کی ماں بیمار ہے۔ اس وجہ سے ٹینشن ہوگا۔ آپ پلیز اپنا کام کیجیئے۔

فوجی : چلو نکلو یہاں سے۔

(فوجی چھُ ناصرس أچھ ٹکراوان۔ ناصر تہِ چھُنہٕ نرمی تروان کینہہ۔)

ڈاکٹر : آؤ ناصر۔ تلہٕ بہٕ پکھ تہٕ وٕلی وٕلی......۔

(ڈاکٹر چھُ زبردستی ناصرس کارِ منز دکہٕ دوان۔)

ڈاکٹر : أتھی ونان ہتہٕ ہونہِ کھیہ تہٕ زنگ۔ یمن سعتی چھا بُتھی لاگے کران؟

ناصر : نہٕ حض تہٕ پتہٕ کیاہ کرٕہن۔

ڈاکٹر : یم ہساہیکہٕ ہن گوٚ براکینہہ تہِ کرتھ۔ دپ أسی ہیکہٕ ہونہٕ کینہہ کرتھ۔ کنہِ وزِ چھَ پیوان دندن تل زیورٹھٕ۔ صبرس کاٲم ہینٛز۔

ناصر : ہیٚہِ کیاہ چھِ أسی پرانیو ہیچھناوٕ تہٕ۔ صرف دندن تل زیورٹھٕ تہٕ صبرس کاٲم ہینٛز۔

ڈاکٹر : اِدسہٕ وں گری زِمہربأنی۔ اورِیی زینہٕ یپأری کینہہ۔

ناصر : موخصر کھیٚہِ یہِ وتھ تہِ ٕکنتھ۔

(کار چھَ انہٕ گٹس منز غاب گژھان۔)



سین ۔ ۵

وقت ۔ شام

جائے ۔ ڈرایننگ روم

کردار ۔ ڈاکٹر وجاہت تہٕ شاہ محمد

(ڈاکٹر چھُ کتھ تام سٕنتھ ۔شاہ محمد چھُ نیاز پُرتھ وں ڈاکٹرس نزدیکھ صوفس پیٹھ بہان ۔)

شاہ : السلام علیکم ۔

ڈاکٹر : وعلیکم سلام......۔

شاہ : پیشنٹس دژِونظر ؟

ڈاکٹر : ہوں ۔

شاہ : ناصر صابُن تہِ آسیتھ بوٚزمُت ؟

ڈاکٹر : آ ۔ بوٚزُم ۔ تٔھی اُسس سٕنتھ ۔ یژ لاپرواہی گوٚژھ نہٕ کرُن ۔ تُمس ہےَ خبر چھےَ ازی کین حالاتن ہنز ۔

شاہ : لاپرواہی کرِ نہٕ ۔ تُمس تہِ آسہِ گھرِ کُنہ فکر ۔

ڈاکٹر : کیاہ چھُکھ ونان ۔ تیلہِ کرِ ہے نہٕ فون ؟

شاہ : فون چھِ یوان ۔ مگر یانی یورِ ہیلو چھِ کران تانی چھےَ گژھان لائن ڈِسکنیکٹ ۔ اورِ چ کتھٕے چھِنہٕ بوزان ۔

ڈاکٹر : کرپیٹھ ؟

شاہ : ژُمی سند نیرنہٕ پتَے۔

ڈاکٹر : تیلہِ ماچھُ دور یومُت ؟

شاہ : دور یومُت ؟۔۔۔مطلب ۔۔دورِ کوٚت ؟

ڈاکٹر : توٚری یوٚت ازِ کی جوان دوران چھِہ۔ممکن چھُ کُنہِ بوڈ ر علاقہٕ پیٹھٕ آسہِ توٚہہِ اطلاع کرُن یژھان۔توے چھَ لائن بار بار ڈِس کنیکٹ گژھان۔

شاہ : ناممکن۔میہ چھُنہٕ باسان سہ ُ چھُ تمہِ قسمُک لڑکہٕ۔

ڈاکٹر : یم لڑکہٕ درایہِ تم تہِ آسی نہٕ تمہِ قسمکی۔یتھ ریشی وارِ منزاوس پر یتھ نیک بوٚ ڈ پنہٕ نہِ جایہِ اکھ ریوٚش۔طبیعت کنی نرم۔دلہٕ کنی شوٚ د۔یٔیتہِ ہے کوٚ کرس تہِ آسہِ ہے کھش کرُن ، ترین محلن اوس پیوان ژھارُن کھش کرن وول۔از چھِہ تراوان انسانس کھش گرتھ۔

شاہ : مگر...... میہ چھَ پوٚر ہ میدسہ ُ آسہِ بژھ پورے پھسیو مُت۔

ڈاکٹر : جان گو پگاہ گوڈٕ توٚری دِنی نظر۔پتہٕ گو کرُن تھانس رپوٹ۔(تھوٚ د وتھان) میہ اُسن ونکیس اجازتھ۔ہرگاہ کینہہ ننیوٗے ، میہ گری زِ شیچھ۔ بہو خو دایس حوالہ۔

(ڈاکٹر چھُ نیران۔شاہ محمد چھُ کینژس کالس پریشان ہیو روزان۔اُمس چھُ ڈاکٹر سُند وائیس اوٚ ور یوان۔)

ڈاکٹر : (voice over) تۆرۍ یوٚت ازِ کی جوان دوران چھِ۔ ممکن چھُ کُنہِ بوڈر علاقہٕ پیٹھ آسہِ توٚہہِ اطلاع کرُن یژھان۔ توے چھَ لائین بار بار ڈِس کنیکٹ گژھان۔

فلش بیک



سین - ۶

وقت - شامُک

جائے - ناصرُن بیڈروم

کردار - ناصر تہٕ شاہ محمد

(ناصر چھُ کتاب رٹِتھ بیڈس پیٹھ بہتھ۔ شاہ محمد چھُ دروازس پیٹھ۔)

ناصر : ......صلیح چھ اُس نہٕ کانہہ کمی۔ مگر اسہِ مڈل کلاس نو جوانن چھَ اکہِ سرِٹفکیٹہٕ ہنز کمی۔ یوسہٕ سرِٹفکیٹ منسٹر صاٮ۪ب نس باتھرس چھَ۔ کمشنر صاٮ۪ب نس زامترس چھَ۔ سو سرِٹفکیٹ نہَ چھُ کانہہ انسچوٗشن دوان۔ نہَ ہیکِو توٚہی مڈل کلاس مائی دِتھ۔ سو سرٹفکیٹ پیٚیہِ پانے حاصل کرِنی۔

شاہ : صاف صاف ون کوسہِ سرٹفکیٹ ؟

ناصر : اے کے فوٹی سیون۔

شاہ : ژیہ چھےٚ دیماغ خراب گومُت۔ (شاہ محمد چھُ نیران)۔

ناصر : یتھ کورپٹ معاشرس چھُ وٕنی سُے یلاج۔



## سین ۔ ۷

وقت ۔ شامُک

جائے ۔ ڈرائینگ روم

کردار۔ شاہ محمد تہٕ ناز

(شاہ محمد چھُ مسلسل صوفس پیٹھ بہتھ دوشوے اتھ بُتھس دِتھ۔

لینڈ فونس چھےَ مسلسل گھنٹی وزان یوت کال ناز چھےَ اندر اژان۔)

ناز : پاپا۔فونس ہا چھےَ بیل گژھان۔

(امہِ برونہہ زِ ناز تُلہِ فون، بیل چھےَ بند گژھان۔)

شاہ : کۄری کتھ بوز۔ وں چھےَ ہیمتھ کرِنی۔ ژٕ دتہٕ میہ ناصر صأب نہِ کمرٕ منزٕ

ٲمی سُند کانہہ تازٕ فوٹو۔ بہٕ تھاوٕ ہا تھانس رپوٹ۔



## سین ۔ ۸

وقت ۔ راتھ ژھُند

جائے ۔ناصرُن بیڈ روم

کردار ۔ ناز

(ناز چھےَ کمرس منز اژان تہٕ یکدم ٹیبلہٕ کس بُنٕ مس ڈرارس لمان۔اتہٕ چھےَ وچھان

البم۔اتھ چھےَ کینہہ ورق پھران تہٕ اتہِ چھُ پیوان أکس جوان لڑکی

(عظمہ ا) ہُند فوٹو۔اتھ فوٹوس چھےَ کینہہ کال وچھان۔ أتی چھےَ

أمی سنز لیٹر لبان۔ چِٹھِ پیٹھ چھُ عظمہ اہُند عکس وتلان......)

عظمہ : ناصر جان۔ چانین شُری کتھن ہُند مُدریر تہٕ چانین بالیغ اِسرن ہُند وشنیر چھس بہٕ پریتھ ساتہٕ پانس اندر مۆحسوس کران۔ توَے چھُم نہٕ ژ یہ دۆ رأکس برِنزس تہٕ قرار یوان۔ توے چھَستھ اجہِ اجہِ رأ ژفون کُرتھ ڈسٹرب کران۔

ایَ ایم سوری...... زانہِ خوداہ میأنی بیل کیاز چھنہٕ چانین کنن گژھان۔ بہٕ ییلہِ تہِ فون چھسے کران، رسیور چھُ گراہ چون مول تلان، گراہ موج تہٕ گراہ چأنی بیٔنہِ۔ بہٕ چھَس پنہٕ نہِ جایہِ کھُجل گژھان تہٕ رسَے چھَس فون تراوان پتھر۔ ژ کیاز چھکھ نہٕ فون ہیکان پنہٕ نس بیڈرۆمس منز کھألتھ۔۔

(ناز چھَ ناصرُن فوٹو ٹلان تہٕ نیران)



سین ۔ ۹

وقت ۔ دۆہہ

جائے ۔ ڈرایننگ روم

کردار ۔ ناز

(فونس چھَ گھنٹی وزان۔ ناز چھَ جلدے جلدے یوان تہٕ رسیور ٹلان۔)

ناز : عظمہ۔ عظمہ پلیز۔ ٹیلی فون کُری زینہٕ ڈسکنیکٹ۔ میہ چھَ خبر ژ کمی سندِ باپتھ چھکھ بیہ قرار۔ بہٕ چھَس نصرین۔ تمی سنز بیٔنہِ۔ بہٕ تہٕ چھَس تمی سندِ باپتھ تیلہٕ تاوِ منز۔ گُری گھرٕ چھُ پریشان۔ تہِ کیاز بھأیَ جان چھُنہٕ کُنے۔ از چھس دویم دۆہہ......

(نازس چھُ بیہ تختیأری منز وُدُن یوان تہٕ سو چھَ رسیور پتھر تراوان۔)



سین ۔ ۱۰

وقت ۔ دُہل

جائے ۔ جان بٔنگلہٕ

کردار ۔ شاہ محمد تہٕ ڈاکٹر وجاہت

(ڈاکٹر وجاہت تہٕ شاہ محمد چھُ بنگلہٕ منز نیران تہٕ مین گیٹس کُن پکان ۔)

شاہ محمد : راتھ دوہس چھُ بڑہ پورِ کریک ڈاوُن اوسمُت ۔ سأری نکی بڈی چھکھ عیدگاہس منز جمع کٔری متی ۔ تمن منز چھُ ناصر تہٕ اوسمُت ۔

ڈاکٹر : سہٕ کوٗت اوس تور گومُت ؟

شاہ محمد : ماسہٕ نش آسہِ ہے ۔ تٔتی چھُکھ کوٗ ڈمُت ۔ دپان واریاہ لٔڑکہٕ چھِکھ نمتی ۔ مگر پولیس چھُنہٕ کہیں مٹہِ ہیوان ۔

ڈاکٹر : پروائے چھُنہٕ کینہہ ۔ حفاظتی عملس نش گرٹھ ہِ مولوم ۔

(دوشوے چھِ گیٹہٕ کنہٕ نیبر نیران ۔)



سین ۔ ۱۱

وقت ۔ دہُل

جائے ۔ شاہ محمد سٕنہِ مکانٕچ لابی

کردار ۔ ناز تہٕ عظمہ !

(لابی منز چھُنہٕ کانہہ ۔ مکانہٕ کس نٔیبرِ مس دروازس چھِ بیل گرٹھان ۔ کینہہ کال گرٹھتھ چھِ ناز أندرٕ نیران تہٕ لابی ہُند دروازٕ مٔژران ۔ نٔیبرٕ کنہِ چھِ اکھ جوان لٔڑکی عظمہ ! استاذ ۔ سو چھِ پانے پٔنن تعارُف دوان ۔)

عظمہ ! : عظمہ !

(ناز چھَ پیونت کھنڈ گرٛھتھ أمس نالہٕ متہٕ رٹان تہٕ زار زارودان۔)



سین ۔ ۱۲

وقت ۔ دہُل

جائے ۔ صفیٖن بیڈروم

کردار ۔ صفیہٕ ،ناز تہٕ عظمہٰ

(صفیہٕ چھَ بیڈس پیٹھ بہتھ تسبیح پھران ۔ناز چھَ اژان عظمہٰ ہیتھ۔)

ناز : ممی ۔نوش ہے چھے آمٕژ

صفیہ : (کنفیوز ہش گرٛھان)

عظمہٰ : السلام علیکم !۔

صفیہ : وعلیکم سلام۔ لُجسس بھلایہٕ۔ وٗلن گوٗبُر میون ۔شوٗش میون ۔(نوشہٕ پانس بروٗنہہ کنہٕ بیہناوان تہٕ موٗنہٕ میٹھی کران)۔ وٗچھ یہٕ کرٛھ بینہٕ چھَ میأنس خانہٕ مألس۔امہٕ ماتروٗ اِسبند بوٗک تہٕ کانگرٕ......مگر یہٕ وندس زوٗ۔تیُتھ ونہٕ وُن تراوس یُتھ پھرُن روزِ......۔

(ناز چھنہٕ پننہٕ نین جذباتن ہیکان کاپہٕ رٔٹتھ ۔
سو چھَ ودان ودان کمرٕ منزٕ نیران۔)

اما ژٕ ہے زِنہٕ کانہہ غم ۔ سہ ُ آسہِ پکان ۔ تٔمس چھم نہَ انٹرویو ۔ میہ چھمس
سارے سرٹِفکیٹہٕ سومبرتھ تھاوِمژٕ .......

(صفیہ چھَ شانہٕ تلہٕ سرٹفکیٹن ہُند بنڈل کڈان ۔)

تٔمس چھم نہَ یتھ اکھ سرٹِفکیٹ پرٕ ۔ سہ ُ چھُم گوٗمُت سوئے اننہِ ۔

عظمہٰ : ٹھیک حض چھُ ممی ۔ سہ ُحض ییہِ ضرور سو سرٹِفکیٹ ہیتھ ۔

(عظمہٰ چھَ لوتے ودان)



سین ۔ ۱۳

وقت ۔ دوہہ

جائے ۔ ہیر

کردار ۔ ناز تہٕ عظمہٰ

(ناز چھَ ہیرِ پیٹھ بہتھ ودان ۔ کینہہ کال گٔژھتھ چھَ عظمہٰ نیران
صفیہٕ نہِ کمرٕ منزٕ تہٕ نیصف ہیرٕ وٗستھ نازس سعتی بہان ۔)

عظمہٰ : ناز پلیز ۔ ہرگاہ توہہِ تہِ ہیمتھ ہاٗرو ۔ ممی سورِ توہہِ بروہہ ۔

ناز : ونیگھ تام رؤژس بہٕ ہیمتھ کٔرتھ ۔ یتھ ممی تہٕ پاپہ روزِ دٔرتھ ۔ مگر بہٕ تہِ کوتاہ صبر کرٕ ۔

عظمہٰ : صبر چھُ کرُن ۔ تمہِ ورأے چھُنہٕ کانہہ چارٕ ۔ اللہ تعلےٰ کرِ سأری سے حلِ
مشکل ۔ ناصر ییہِ وارٕ کارٕ اسان تہٕ گندان ۔

ناز : خوداہ بوٗزن۔

عظمہٖ : ونکیس دیومیہ اجازتھ۔میہ آسن گھرِ کی پریشان۔

ناز : اماپز ضروٗر۔چانہِ ستی درے میہ ہیمتھ۔

عظمہٖ : بہٕ یمہٕ ضروٗر۔

(عظمہٖ چھَ وتھان تہٕ ہیرِ وسان۔ناز چھَ أمس دروازس تام ستی نیران

تہٕ درواز بند کران۔)



سین ۔ ۱۴

وقت ۔ دُہل

جائے ۔ صفیُن بیڈروم

کردار ۔ صفیہٕ ،شاہ محمد تہٕ ناز

(صفین چھَ ناصر نہِ سارے سرٹفکیٹ لبہ پیٹھ ڈرائنگ پنو ستی ماؤنٹ کرِمژٕ۔

منز بھاگ چھَ روزمژ خالی جائے۔تانی چھُ شاہ محمد اژان۔)

شاہ محمد : یہ کیاہ چھکھ کران ژٕ ؟

صفیہ : ناصر صأب نہِ سرٹفیکیٹ چھس سجاوان۔ وچھ یتھ جایہِ گژھس نہَ آسنہٕ

بیاکھ سرٹفکیٹ۔گرِ گراوسے ونان اکھ سرٹفکیٹ چھم پرٕ۔

(امے ساتہٕ چھَ ناز اتھس منز لفافہٕ ہیتھ اژان۔)

ناز : پاپا۔یہِ کوس حض سرٹفکیٹ چھَ ؟

شاہ محمد:  یہ کمی دژنے ؟

ناز  :  تھانہٕ پیٹھ آؤ کُس تام نفر ہیتھ۔

(شاہ محمد چھُ بانبرِ ہؤتے لفافہٕ مژ راوان

تہٕ سرٹفکیٹ نیبر کڈتھ پتھر پیوان۔)

ناز  :  پاپا......۔

صفیہ  :  تلہٕ بی دِیؤ رکہ ......۔

(صفیہٕ چھ یہ سرٹفکیٹ منز بھاگ جایہِ ماؤنٹ کران۔ اتھ چھُ لیکھتھ ڈیتھ سرٹفکیٹ۔
کیمرہ چھُ اتھ فوکس کران تہٕ تانی چھ دروازس پھرِ پھرِ بیل گژھان۔)



سین ۔ ۱۵

وقت ۔ دہُل

جائے ۔ مین گیٹ

کردار ۔ عظمہٰ

(عظمہٰ چھ نیبری کنی دروازس بار بار بیل کران اماأ مس چھُنہٕ
کانہہ درواز مژ راوان۔ پوتس چھ یہِ واپس نیران۔ مین گیٹ چھُ
زوٗم اوٹ گژھان تہٕ لاسٹ کیپشن چھ فلوٹ کران۔)

ختم شُد





# RAMHUKH VESTAR

(Collection of Kashmiri Plays)

By

Showkat Shehri

**Shehri House**
Harwan
Cell:9682170945-9419013392
shehri.showkar@gmail.com

PRINT & DESIGN
AL-HAYAT
PRINTOGRAPHERS
GAWKADAL SGR #9419403126